کشمیر یونیورسٹی ہند

# تحقیقی رِسالہ

فیکلٹی اوف آرٹس

نمبر ۳

کاشُر ڈپارٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی سرینگر

یونیورسٹی ریسرچ جرنل، فیکلٹی آف آرٹس

# انہار

(جلد : ۵ شمارہ : ۸)

۱۹۸۱ء

چیف ایڈیٹر : ڈاکٹر شکیل الرحمان

صلاح کار : دینا ناتھ نادم

ایڈیٹوریل بورڈ :

رحمان راہی

شفیع شوق

رشید نازکی

کاشُر ڈیپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی، حضرت بل سری نگر

یوٗنورسٹی ریسرچ جرنل، فیکلٹی آف آرٹس

# رَنہار

جِلد : ۵

شُمار : ۸

وُری : ۱۹۸۱ء

گوڈنیک چھاپ : اکھ ساس

خوشنویس : معراج ترکوی، گلزار احمد

سرورق : شفیع چمن

کاشُر ڈِپارٹمنٹ کشمیر یوٗنورسٹی، حضرت بل سری نگر

# ترتیب




انہار رسالک پہٕ شُمار چھُ تمہِ وِزِ تۄہہِ تام واتان یِیلہِ سانہِ یوٗنورسٹیہِ ہندِس کلُہم ماحولس منز اکھ صحتمند تبدیلی وار وارہ پنُن رُت... اثر تراوان باسان چھیہٕ۔ اکھ رژ یوٗنورسٹی گیہِ سو یوسہٕ کاشہِ آگُر تہٕ اکھ وتہٕ ہاوُک ذیٖہنن گاشراوِ، دِلن حساس بناوِ، مادی زندگیہِ ہنز ترقیہ باپتھ نوٚی نوٚی وسیلہٕ موہیا کرِ تہٕ اعلا اِنسانی قدرہ سگناوِ۔ شاد مانیہ ہنز کتھ چھیہٕ یہِ زِ یِم مُختلف تقاضہٕ ڈنجہِ رٹنہٕ باپتھ چھیہٕ ووٚنی سانہِ یوٗنورسٹیہِ ہنز سربراہی پروفیسر وحیدالدینن ملک صابس حوالہٕ، یِمہِ کنی یوٗنورسٹیہ ہندی ماحولن مناسب اعتدال پراوُن ہیوٚت۔

باقی واریاہن نوٚین اِقدامن منز چھیہٕ یہِ کتھ تہِ شامِل زِ یوٗنورسٹیہ ہندو مُختلف ڈپارٹمنٹو طرفہ یِم مُختلف تحقیقی رسالہٕ اوٚن تام الگ الگ چھپان آسی تِمن آیہِ نوٚو تنظیم دِنہٕ۔ چنانچہ یِیتہٕ یور کرنہٕ یِم رسالہٕ محض بیوٚنہ بیوٚن ڈپارٹمنٹن ہنز

نُمایندگی کرنہٕ بجایہ مختلف فیکلٹیَن ہُنز ترجمانی۔ ساری رسالہٕ چھپَن کُلہم پاژھ" یونیورسٹی رِسٔرچ جرنل" عنوانس تحت پَننہٕ پَننہٕ مخصوص ناوٕ۔ پرتھ فیکلٹیہ آسہ اکھ مخصوص وقفہ باپتھ پَنُن اکھ چیف ایڈیٹر تہٕ پرتھ ڈپارٹمنٹکس رسالس روزِ اکھ ایڈیٹوریل بوڈ تہٕ پنُن اکھ صلاح کار۔

انہارُک دُردس شمارہٕ چھُ اَتھی نوٚس انتظامس تحت شایع سپدان۔ یتم کینہہ وٚری واتی کاشُرس ڈپارٹمنٹس اُنہارُک خاص نمبر شایع کران۔ اَزیُک شمارٕ چھُ عام نوٚعیژ ہُند تہٕ وومید چھیہ زِ پرَن والی کرَن اَمیُک رنگارنگی پسند تہٕ اَمہِ کِس مانہٕ ساوِرس تہٕ مولانکون۔

رحمان راہی

پی۔این۔پُشپ



# کأشرِ شأیِری ہُنٛد گوڑنیاں

## بانا سُر کتھا

[ بانا سُر کتھا یہِ برونٛہہ چھپیہِ یتھ مضمون بانکہِ منٛز گوڑنیاں پرٛژان ترٛن منٛزن نشان دِہی کرنہٕ آمژ۔ رنم گیہِ: ا۔ مہانے پرٛکاشس تام۔ ۲۔ لل دیدِ ہندی واکھ ۳۔ رُینہٕ رینٛیشنٛز شرُکی۔ ]

از پینٛژہ وٕری برونٛہہ نام اوس بانا سُر کتھایہِ ہُنٛد قلمی نُسخا اکھ بھنڈارکرا ورینٹل ریسرچ انسٹی ٹیوٹ پونہٕ کس محافظ خانس منٛز اُکِس جزدانہٕ سے اَندر روزِتھ گومُت۔ نُسخہٕ چھُ شاردا اچھرن منٛز تہٕ ساڑ ترٛیہ ہتھ وٕری ہیوٚ پرٛون باسان۔ میہٕ اینوو لونا پیٹھہٕ پرٛنہٕ باپتھ تہٕ ریسرچ لایبریری سرینگرہٕ خاطرٕ کرناو یمِس مایکرو فلم تیار۔ یتھ زن کأشرِس اَدبس سام ہینہٕ وأل اکھ کُن نہٕ نظراہ کرِتھ ہیکہ ہن خوشی ہنٛز کتھ چھیہِ زِ ڈاکٹر نسشی شیکھر نوشخانی صأبن چھُ اَمیُک ڈرِی پاٹھی مطالہ کوٚرمُت، ڈِپان اَتھ پیٹھہٕ چھکھ لِسأنیأتی نظرِ نزٕ آومژ۔ جانہٕ گوو۔

بہٕ پرارے لوس از تام زِ ییہِ مابیا کھ نُسخا تہٕ اَمیُک اَتھِ، ییمہِ کہِ مُدتہٕ صحی تہٕ سألم عبارتھ سینکہِ ییہِ ہے کرنہٕ۔ اَتھ کھو تمن ییہِ ہے گاش، تہٕ گاں کھاتس گاہتی حصہٕ ماسپدہٕ ہن ییہِ دسیِ یاب۔ اما یتھن وٕرین پراٚرتھ تہٕ ییلہِ اندیوم نہٕ کینہہ، صلاح بیوم زِ اَتھ کھنٛڈی پھٹی نُسخس تہٕ پرٕ دوٚنرتھ دِژ، تکیازِ امہٕ سِتی پینٛزہن تہٕ اَندِ سعوتہٕ آسہٕ نہٕ کم کینہہ۔ چنانچہٕ کوٚرمیہٕ سنہ ۱۹۷۰ یس منٛز اَمیُک اَندہٕ وَندہٕ مطالہٕ، راے اُہسم زِ ریسرچ ڈپارٹمنٹہٕ طرفہٕ کرناوہٕ چھاپ، اَما کینہہ مُشکل آم سُبتھِ تہٕ چھاپ ہیوٚکنہٕ سپدِتھ۔ خار ریڈیو کشمیر پیٹھہٕ کوٚرمیہٕ اَتھ متلق از شیہ وٕری برونٛہہ اکھ جایزِ نشر ییمیُک عنوان اوس " کأشرِس اَدبس منٛز بانا سُر کتھایہِ ہُنٛد مقام " تہٕ یُس " سنگرمال " پرٛوگرامس اندر لوزناونہٕ آو۔ تِتھہٕ پیٹھہٕ ووت میہٕ کأشرِ شأیری

ہندِس گوڈنیاس سُننچ پرانِس مُوادس بیئیہ دوٗنژھ دِوان ۔ یہِ مضمون چھُ امی سِلسلک ژوٗریُم نیال پیش کران ۔

بانا سُرکتھایہ ہندپوٗرناو چھُ بانا سُروٗدھ کتھایانی بانا سُرمارنہٕ یِنچ کتھ ۔ لیچھ مژ چھیہٕ اوتار بٹن سلطان زین العابدینس دورس منز ۔ ییلہِ زینہٕ بڈشاہس گدِ بیچھ بیٹھ ہنس شُتوہ وُری گاہمتی آسی ۔ اوتار بٹہٕنی وَننہٕ :

" زینہٕ نپانے وِملے راجیہ شنڈ وَنشے ورشے کتگے
دِوِسَر سوت پوٗزیت آجیہ بر ونشس اندھرونتھے "

تہٕ " شری زین الابدینے نرپتہٕ رچیتے دھرم راجیہ سُشدھے
شنڈ وَنشے وَتسرے اِہ پنمیت سَرسے کرشن بانان بدھے
دِیسے اوتار بھٹے وِرژون رمنی آکھیہ لپنیت سِدھے
بندھا گیر دان بھاشہٕ منز ہرِ ونشے بھارتے تہٕ گردھے "

گوژ " بانا سُرکتھایہ " ہند آکھ (یا نہٕ پلاٹ) چھُ کرشن میلیٔ تہٕ بانا سُرن سُہ یوٗد لیُس مہا بارتہٕ کس ہرِ ونش ناوکِس پوٗت لِپُس منز سنسکرت پاٹھی وَننہٕ آمت چھُ ۔ اوتار بٹ چھُ اتھ رمنی (یانہٕ دلپذیر) زانہٕ تھے کاشری پاٹھی پھِران تہٕ یتھ صنفس منز پیش کران چھِس تتھ (صنفس) آسی نیلہ وَتان " کاویہ پبند " ۔

اوتار بٹہٕنی زیوٗ
" ژوم اِہ کاویہ پبنڈ "

باسان چھُ زِ بزمیہ تہٕ رزمیہ شاعری ہند صنف آسہٕ ہے سنسکرتہٕ کہِ ' پربنڈھ کاویک ' سُہ رچھ لیُس برزا کنہٕ تہٕ تہٕ اُپہٕ پھِرنہٕ کیونکہ ادبی قالبو منز نیرتھ اُمہِ اہنارک بنیوٗمت اوس تکیا زِ ہرِ ونش پرانس مطابق گنڈنہٕ یتھ تہٕ چھینہٕ ' بانا سُرکتھایہ ' ہند انداز اُمہِ پرانک ہیوٗ کینہہ ۔ بلکہ چھُ اُمہِ لیتہٕ سیٹھاہ بدوٗن ۔ حالانکہِ ہرِ ونشکی پاٹھی چھُ اتھ منز تہٕ کرشنس ستی بانا سُرن یوٗد لیشم پایتہٕ نہٕ زیوٗ جنمے جیس بوزناو نہٕ یوان ۔ جنگک تصور تہٕ چھُ پرانۍ ہندی اُمانہٕ یتھ منز اساطیری رنگ پزنہٕ پاٹھی ہیوٗ باسان چھُ ، پوٗز انداز چھُس بدوٗن ، سنسکرت (کیو) پربندھ کاو پوٗنشہٕ تہٕ تہٕ فارسی (جیو) مثنوی لوٗ نشہٕ

تہٕ سنسکرت پربند کاوکی پاٹھی چھِس نہٕ سرگہٕ باگے تہٕ مثنوی ہندی پاٹھی چھِنہٕ اُکی سے بحرس منز رٲژھی لیکان۔ اوٚسلوٗبہٕ تلہٕ چھُ نَنان زِ پیٹھے باپنٛژ ہش کوٗشِشا تہٕ گرٛتھنہٕ آہسہٕ۔ اَمہٕ قسمچہٕ منظوٗم کتھہٕ گرٛتھن آسنہٕ اَمہٕ بروٚنٛہہ تہٕ کٲشرِ پاٹھی لیکھنہٕ آمٕژ۔ نتہٕ ماہینکہٕ ہے اَتھ اندر شتوٚہن چھندن یا بحرن ہند لوٗت زوٗدار ورتاو درِیٹھ پتھ۔ یِموٚ شتوٚہوٚ چھندو منز چھ ڈہہ ہہ مُرتم سنسکرتس منز نہٕ خال خالے وَرتاوُنہٕ آمتی چھ۔ بڑاکرتس نہٕ اَپہ بڑنشس اَندر ما آسہٕ ہن پرتررس رُوٗدی ہتی۔ لکہٕ شاعری اندر نہٕ ما آسہٕ ہے کانٛہہ کانٛہہ بارسس آمٕت۔

یِموٚ منز چھ کینژن ہندی ناو:

ٹھدّو۔ ڈُکٹکا۔ نرکٹکا۔ کڈوڈا۔ پھرو۔ چٹانہٕ اَچلا (یِم زَن وزن ورّت یا نہٕ اوزانکی بحر چھِ)

سنسکرت چھندن منز چھ یِم نہٕ شامل:۔

وَسنتم یا وسنت تلکم۔ مالنی۔ سرگدھرا۔ شاروول (یا نہٕ شارووِل وِکریڈتم) پُشپتاگرا۔ پرہرشنی۔ تنٕ مدھیا۔ ہرنی۔ دُرت ولمبت تہٕ مَندا کرانتا۔ مَنداکرانتا گوشہٕ چھندیتھ منز کالداسن میگھ دوٗت ووٚنمُت چھُ۔ کلہُم چھ یا ناسر کتھا یہ منز ژُور ہتھ ہوی بنہٕ۔ یِموٚ منز زیادٕ ژمصر چھ۔ کیہنہٕ چھ دُمصر تہٕ کیہنہٕ شہٕ مصر نہٕ۔ ژمصر چھندن چھُ قافیہ بیٛژ پاٹھی طاق طاق نہٕ جُفت جُفت گنڈنہٕ آمُت تہٕ مصرن ہند وزن نہٕ چھ اَکی ترٛایہٕ۔ ہم وزن مصر چھِ، گوڈنیک تہٕ ترٛیٚیم۔ دوٚیُم تہٕ ژوٗرِیُم، اَژرہ شوے مصر ہے ہم وزن آسن تیلہٕ چھ ژوٗرِیُم مصرٕ کُنے یا ہیٚے روزان مگر وزنٕچ تہٕ قافیچ گنڈتھ چھیہٕ دوہیہ ترایہٕ۔ یا نہٕ چھِ گوڈنکی ترٛیشوٚے مصر ہم وزن تہٕ ہم قافیہ، نتہٕ چھِ شے شے طاق طاق تہٕ جُفت جُفت حساب لیس اَمہٕ بروٚنٛہہ تہٕ کینہٕ منز بیٛژ پاٹھی نہٕ واکھن منز کُنہٕ کُنہٕ درِیٹھ لبان چھُ۔ مہانے پرٛ کاشہٕ کینہٕ چھندن منز تہٕ چھیہٕ اَمچہٕ مثالہٕ میلان۔

دٲپو اَمہٕ علاوٕ کیا چھنہٕ باناسر کتھا یہ اندر بحرکی تہٕ قافیہٕ بندی ہندی نوٚمونے میلان۔ سو چھنہٕ کتھ۔ کیہنہٕ نجر بہٕ چھ بلبلُ نوٚی باسان، نکیا زِ اَمہٕ بروٚنٛہہ چھنہٕ کُنہٕ تہٕ نظرِ گژھان۔ مثالے نی تو اُشا یہٕ ہندِ تہٕ انرُدھ سندِ لولہٕ ملیکُ یہٕ منظر:

" بانَ دُہتِ سا اُش وَرسُندر
رُوپ ژڑو سَکلِ زَگہِ اَنڈھر
وَلشا کھ بھاشو شَیینہِ نرِ مسدر
گومُڈ زَن کاشو .......
سنگوے پُرُش وَرسے لَس اسکےّ
کنٹھ ولون چھلا
اُش اَدھر پنکےّ
سُدھے دَشنُ دَلا
اَتہِ تاڈیت آنگن کیوَرسُ
سُکھ ہے قُمتَ بھوگ بجھز ولنسُ
نُوَدے وَر رمنہِ کومار ہرونسُ
کھسیت اولمنہِ
سا اُش اُمر نیئیندرس دُلبھّ
وَرکامن وَدنا زَن شِمشہِ پرُٹھ
لَت زَن چھاوَن پکےُ پُش بھر
گو اَدا نبھ بزیت کسنے اَکےّ!"

طاق طاق تہٖ جُف جُف وَرنِچ تہٖ قاٖفیچ مثالہِ چھیہٖ پیٹھ آمژ، یا نہٖ :

" زَین نپانے وِملے راجیے
شَڈ وَنشے وَرشے کہتہ کے
دِو سَر سوت پلوُزیت آجیے
ہَروِنشس اَنڈھر دَستھےٗ

ژٕ شعرٕ مصرٕ ہم وزن تہٕ ہم قافیہٕ چھِنڈک نومونہٕ چھُ یتھ آمتۍ یانہٕ:

"شری زین العابد پننے زیٚہِ وِچتے دھرم راجیے شُشدھے....."

یو خصر زشارن ہنز بندش تہٕ قافیچ تلہٕ تراوچھییہٕ یژ کاج رلوٲنژ ہنز گواہی دِوان۔

زبانٕ ہند ورتاو تہٕ چھُ اتھ کتھِ تایید کران، تہٕ زن گوو: شِنہٕ کنٹھہٕ مہانے پرکاشہٕ پیٹھہ اوتار بٹہٕ بانا سُر کتھا یہٕ تام چھُ کاشر زبانٕ لوٚڈ بارٕ منز۔ لا اکھٕ زٕتہٕ تز وومُت باسان۔ لل دیدِ ہندی واکھ تہٕ شندہ ریشنی شرکہ چھانی منزٕ یہ کیہنہٕ میلہ کنہٕ یمن ہند لیکھُت وقتہٕ وقتہٕ لوسر کھینہٕ آمُت چھُ۔ اما باناسُر کتھایہٕ ہند وُنتھ چھُ قریب قریب تمی اُنہار رُود مُت یمہٕ انہار اوتار بٹن لیچھوو۔ لفظن ہنز تراے گرٲے چھییہٕ اتھ پرانٕ روزمرہٕ تکیاز بحرکین قالبن منز تراونہٕ آمُت یہٕ وُنتھ چھُنہٕ لفظن وزن پھیر گرنس تہٕ وارٕ تھوان۔ شکلِ پھیرٕ ہیے گژھہِ ہیکہ تہٕ کیتھ کنی۔ وقتہٕ وقتہٕ لب و لہجس تبدیلی یتھہٕ نہٕ روزنہٕ یمن لفظن کانہہ ژیٹھ لرِ پھرن دِلس گنجاٲیش زِ واکھن تہٕ شرکین ہنز بالش گرٕژھ ہیکہ۔ امہ نظرِ چھُ باناسُر کتھا یہٕ لوٚڈ حصہ زِیٹ امہٕ صدی ہند ادبی کاشریک نیال چھییہٕ ٲوِتھ دِوان۔

رُود سوال زِ امہٕ کِس کاشرس تہٕ شرکین ہندِس کاشرس کیاز لوٚن تفاوتھ تہٕ ناہشر، حالانکہ دوشوے چھِ نکھہٕ نکھہ تے تہٕ اکھ اکِس پتھ برونہہ آسی متۍ؟ امہ سوالک جواب یاسہٕ ہے نہٕ لوٚت مُشکل ہیو، ہرگاہ واکھن تہٕ شرکین ہند تہٕ کانہہ قلمی نُسخا باناسُر کتھایہٕ ہندِس قلمی نُسخس کرِ لوٚر میلہ ہے۔ شہ ماہیول وُنیکتام۔ لیہاذا چھُ امہٕ سوالک حل تلاش کران کران اُسہٕ ژیتہٕ ہیے تھوٚن زِ لل دید تہٕ شندٕ ریوش اُسی نہٕ پیشہ ور شاعر۔ تہندی واکھ تہٕ شرکی رُودی تلہٕ ہنزن زیٚون پیٹھ لوان تہٕ پھولان۔ اتھ برعکس اوس اوتار بٹ (بڈشاہن) درباری شاعر، راج کوی، یمی ہندِس کلامس امرآب حیاتچ کھول دومُت چھُ:

"شدھ نہٕ زن کنٹھا وہوانے"

بڈشاہ نِہ دورک چھُن دون لفظن اندر سو کہ ساو ہٕ تہٕ نلنشہٕ نو ومُت تِم لفظ چھہٕ:

"دھرم راجیہ" تہٕ "وِمل راجیہ"

راج کوٚ یاد رباری شاعرٕ چھِنہٕ عام لوٗکن ہُنزٕ زبانہِ ادبی کارنامس شایانِ شان زانان، بلکہ چھُ سہٕ کلاسیکی ادبہٕ چھِ پرانہِ وارن تہٕ پننہِ شاعری ہُند خلقھ زانتھ پننہِ زبانہِ اَکی (کلاسیکی) زبانہِ ہُند اظہار دِنچ کوٗشش کران، یتھ زٕن خاندانی باسہٕ، سفید پوش ہیٚیِس نہٕ ناو۔ یہے وَنن لوٗزی توٗچھیہٕ اَوتار یُتس نہٕ گامرٕ۔ شوٗد تہٕ سیوٗد کاشُر باسیوس نہٕ ادبی ہیوٗ، توے دِتِنس گرا سنسکرتک وُر گرا پراکرتک تہٕ گرا آپہ برنشک۔ نہٕ تٕ وُنی تو بس

"کرتا وٕ تھ گو رُدرس نِشو  بانا سُر گا ہیت رِبدرِ کام
اُشرل بھنتِ سورسہٕ مشو  وِیت نگدس رزیت پنام...
ناتھ وَدِس گرٕ ھے کیا باژ  کین ست تپ وِرزوت بُہہ زنڈ
سوزِ بھوٗنے جے دیواژِ  دِتم نہٕ بھوٗن راجیہ اکھنڈ"

ہیو کاشُر وُنتھ ہنکِہ سہٕ کیا زٕ گرٕ ھِ یتھِس اندازس نہٕ خام طمع :

"آنند اسرٕو لِوارِیت نینہٕ
وِرزیت بدّھا نِجل شت پیٖشر
پُناہ پُناہ پوٗزیت سُدھ وَینہٕ
ہرا سِس زکیوٗمس وَینیژ"

یا۔

"اُت اُت بانا دانوٗ ینداسُورا
بُھج بُل کُل چنداژ سموا کھ واتے
رنُس کُشل بڈو پاتر شدھوے دھرا
اُلوٗے منس ییے سازِنت دُسا کیا تے؟"

یا۔

"بِگ دِش شنشہ آنن گز گامن ہین ہیوٗ دھر ترزن وزّا

برہہ کیش سُدھ اُدھر ساکاہن ورکاہن سُر لیلپان سزا"

یا

کُمھبانڈژ نتہٕ ریٚیدہٕ تَت کال نکھو

اِکھوٚ پال ویژار کرِنا مُدا سے

اُت پات لکھہن گنیے نانھا نار کھوٚ

کیات بھےٚ رُن تنگون سُدا ے"

یا۔

" شپتلہِ وٚپ نا ہمہِ وانیا نزنین شوٗنیت موژن"

یا

" میہ باندھوزُن لوین نکٹو"

گوڈ کتھ منز چھُ اوتار بٹ پننِس گورس سہلن آچار یس (عقیدتک نذرانہٕ پیش کران) وارِیاہ شاستر زانن وول، گیانُک سوٚدُر وَنان :

" نمیت رُسے سہلن آچاریس

بُہہ شاسترہ گینس یُش یین نینؔ

گیان سُمدرس اُنہٕ آچاریس

اوتارے باناسُر کیہ"

اَمہِ نذرانہٕ نِش چھُ نتان زِ کاشُر باناسُر وَننس اوس شاعرس پننس وہ ستاد سُندنا ییہِ حاصل۔ بلکہ ما آسہ ہے سہلن نہٕ کاشری پاٹھی لیکھہٕ لوگمت، پوز کلامُک نمونا چھُنہٕ نظری گژھان۔

اوتار بٹ چھُ اوسمت لارکنہٕ تام سرگال پورہ (شالہ پور) روزان۔ نکیاہِ قلمی نوسخہٕ کس اوٚت لیکھنس منز چھیہٕ یہ عبارتھ درج :

"اِتھ لیہرِ سۭز گال پُرہیہ کھٹاوتار وِرچتا باناسُر کتھا سماپتا"

(باتھ: لار پرگنہٕ کہ سِر گال پور کر اوتارن توٗنی مزٕ باناسُر کتھا وآژ اندٕ۔)

سنسکرِت زبانی ہندکتل اَتھ چھُ نمن نومٕون مژ۔ تہٕ پھٹتھ نیران یم منظوٗم کتھ ہندین گنڈن ہنز نشاندہی کران چھِ۔ مثلن: وِلیمپاین اُواچ، یا 'ایشور اُواچ' حالانکہ یمو مژ چھُ کینژو گنڈو کاشُر ینک رنگ تہٕ روٗت۔ مثلن: "شُنیت جنمے جیہ" سنسکرِت پاٹھ گیوو: شُرُ توا" نہ زِ 'شُنیت' لیُس پزون کاشُر چھُ (اپہ بھرنشی اندازُک) لوٗزی توٗ تمہ ہش عمادِ تھ سانین کینژن مثنویٕن منز فارسی عنوانن ہنز چھیہ۔ گُریز، منزِ لیوت نہ، بلکہ رامائن تہٕ شوٗلگن ہوین منظوٗم قصن منز تہٕ۔ کاشرین منظوٗم قصن اندر سنسکرِت یا فارسی پاٹھ عُنوان بندی چھیہ ہاوان زِ شاعرس چھیہ سنسکرِت یا فارسی اَدبیچ رلوایتھ ذہنس منز۔ تاجُب چھُ زِ امہِ غلبہ ہاوجود چھِہ سنسکرِت زبانی باناسُر کتھا یہ مُند کاشرِ دِباوتھ ہیو کمُت۔ قافیکی ورتاون چھُ اَتھ اندر اکھ لوٗبہٕ وُن آہنگ پادٕ کورمُت، لیُس غالبن جے دلوتہٕ گیت گووندک اثر چھُ تکیازِ بُڈ شہس اوس یہ غنائی شاہکار سیٹھاہ پسند۔ تہٕ کرِتھ اوس کشیرِ اندر وُری ہنتھ نار اَمہِ بروٗنہ کھیمندرن اَمہِ قسمُک تجربہ کورمُت۔

خارٕ، اوتار بٹ چھُ پانے وَنان زِ باناسُر کتھا یہ ہنز موٗلہ کتھ چھیہ (مہابارتہٕ کِس) ہری ونش پُرانس منز درج۔ اَتھ کتھ چھُ واٹھ اَکِس دلچسپ رومانسس سیتۍ۔ شہ گوو باناسُرن تہٕ خانہ ماجہ اُشا یہ تہٕ کرشن جی نِس نیچوی سندرس خانہ مالس اَنرِدھس پانہ وانٛی اکھ اَکس سیتۍ دلہ میُل۔ خبر اوتار بٹس کیازِ آو اَتھ کتھِ اندر کرشنن تہٕ باناسُرن لڑائی زیادٕ اہم لبنہ؟ ژورِ وہتو بندو منز چھُ نصف کھو تہٕ زیادے یمہِ جنگہٕ کِس ہنگامہ سے منز ہینہٕ آمُت۔ اُشا یہ ہنز تہٕ اَنرِدھنی لولہ کتھ ہے۔ اوتار بٹ بننہٕ شاعری مُند گول بناوِ ہے کاشُر ادب روٗٹھ ہے نہ کُنہٕ۔ تونہٕ چھیہ باناسُر کتھا یہ سیٹھاہ اہمیتھ زبانی زنگ تہٕ تہٕ اُوسلوٗبہٕ زنگی تہٕ۔ ییمہ کنی کاشرس اَدبس منز اَکھ مقام دِسنا ویزی بنیومُت چھُ۔

اَمہِ علاوہ چھیہ باناسُر کتھا یہ اَدبی مہراثچ سوا اہمیتھ لوٗبہ پرائی اَسہِ تہٕ نوٗس لر لوٗر پکان چھیہ۔ مثالے نی نوٗجنگ باز باناسُر سند یہ تصویر:

"کرناوت گوٗرٕ درس نشو — بانا سُرگاہیت ریٚدِ کام
اَشرِ ل بھنٛیت سورسہ مشو — ونت نگدِس رٕژیت پنام
زِنہٕ تلدِش گٕن گنڈھر ہیٚلہِ — کرن ناوادچھے ناکس پٹھٕ
بھیہ میٚہ یٚدھ کوٗژنا پیٚلہِ — گوٗسِ نزاشو بُھہ ورِنٹھ
باہہٕ سٕہس وِنھا گوسامؤ — یٚدھس کوٗژ سِرزم اتٕ کال
سُکھ وِندانا بہ ایہٕے کامؤ — کرٕم کپ نوِسہہ کرنال"

اُشاہہٕ ہند سراپا پھران چھُ شاعرِ سنسکرت شاعری ہند ووزم تُلنہٕ نہٕ اکھ رنبہٕ وٗن

خوا‌ہِ خط پیش کران:

نُووٕے ورٕسند تہھون روٗپ — بگہٕ دِش ششِہ آنن گجِ گامن

پیٖن ییوٗ دٕھر برٕہہ کیش شدھا دھر....."

[یانہٕ زٕن :- کھہ وٗن یاوُن، (یکناے روزگار) نازل، غزالہ چشم، ماہ روے، گڑاے ہُسی سنزِ ہش، سپنہ دوٗہ گُن، ہُس زِ مورِ پچھ، لب زِ آب حیات ... ]

رقص تہٕ مو سیقی ہند فضا چھُ ییتھہ کٕنی لفظاونہٕ آمُت:

" اُتہٕ وینا وٕر وزن ہہہ شت — تنت نغل سرسے
مرِ جَ ہڈرنگ پٹھہ کلہا گت .....
گج گمنا ششِہ وٕدنا رٕژ کرنیما اچھرسا
نژٕن تنہٕ السو ہرنِ دِشا گیت کرن پرٕ میٚشس وِنیے اُتہٕ اچھرسا ..."

یہ اچھرسا، لفظ چھُ دوٗہ بہ بھرِ آمُت، دوٗن ہیوٗن ہیوٗن مانہٕ یٕن مترٕ:

۱۔ 'اپسرا' (اژھ رٕژھ) ۲۔" تا آشر پہ سان ، ییتھے کٕنی چھُ" بھاشو، لفظک نہٕ دوٗن مانہٕ یُن مترٕ ورٕناوسپدمُت ؛ ۱۔ ویشاکھ بھاشو' (زِ وٕ ہکہ باشی دوہ)

۲۔ ' اہہ کتھ مہ بھاشو' (زہیہ کتھ وٗنی ؤ ژیہٕ)

دُو مانی لفظن ہِندِ وَرتاو چہ بیٚیہِ کیہنہ مثالہٕ چھیٚہ یمہٕ :

۱۔ بالس بان آو ( زِ بانا سُرس آو تیر )

۲، گگے گگٔے ہیٚلہِ ( زِ : وِسی دوٚپ مے ہے بہ مرٕے )

۳، پیے پییے کرپانہِ ( زِ : لوٗھ ڈیار کرِ پیہ اَتھِ )

۴، کرِ ہم کرو کھرتے ( زِ : اکبر سنا؟ ۲ ، (تژ) کرٕ ۱۰۳ اتھ )

۵، سمپتھ ہینےٚ مارنے پیا مہ گرژھہ مارنےٚ

( زِ : ٹاٹھیاپہ جنگس لاران ہینےٚ ، مارنہِ ( مارہ گرژھنہٕ چہٕ جاپہ ) منہٕ گرژھتہٕ )

سنسکرتہکہ اتہا پرٲستھ تہٕ چھُہ یہ وَرتاو کاشرِس شرس پیہ وُن ۔ یِتھے پاٹھی چھیٚہ تشبیہ تہٕ استعارٕ تہٕ سنسکرت ادبک ثندٕ پون شوزرِ کاشرِس اَندرِ ہے وِدہ نلاوان :۔

" بان دُہت سا اُش وَرِ سُندرِ ۔ روٗپ ژڈو سکلہِ زگہِ اندر

ویشاکھ بھاشوٗ شیٚنہ ِنزمندر کوٗ مُدرزَن کاشو ! "

( زِ : بسترس بیٚٹھ ڈاپھا دِتھ چھیٚہ اُش ( اُشا ) دَکہ ژدٕنہ پچھ باٲش ہُند زوٗنہ گاش ہشِس پرژلان : ) ( بھاٲش تہٕ کاٲش لفظن ہند باسہ وُن نصا دِچھُ دیان دیُن لایق )

بیاکھ مثالاتہِ :

" لت زَن چھاوون پکے پُش بھر گو اُدا نبھ نزیت کشنے اکےٚ "

( زِ : انِرُدھہ گو اُشا یہ تیتھ کنی نزرا آوِتھ ، یتھ کنی لو شہ لوٗل لوشہٕ تھرچھاوِتھ برِ نزرس اَکس منزشی گرِتھ نہٕ کہو ژلان چھُ )

اَنِرُدھس چھُ بانا سُرن راکھس فوج تیتھے کنی گہر کران یتھ کنی اوٚبر دلو چھُ سرس نال وُلان :

" اَبرا زَن بھان وَلو "

بانا سُرن جنڈ بیٚلہِ ہنگہ تہٕ منگہ یتھرٕ آوِ لابنہٕ ، تس باسیوو پانس تسے حال گرژھان یس حال کُل تھلیتہٕ وزلِنا یہ بیلہ گرژھان چھُ ۔

" گوشتہٕ کھنڈ دِیتاتہٕ ژھنہ ریت کِت لتا!

اَمہٕ وِزِ ییٚس وُزتہٕ بنیٚیٚ آو نمہٕ کنِز باسیو زَن تہٕ سری یہٕ لٹہٕ دارتار کھ ہیو بُتہٕ اژٕ بیٚچھ لاینہٕ آو:

" ژِتر بھون اُلکازَن پو دَرِ"

تہٕ کیاہ زِ:

" شُنیت وُلو کُمبھا نٹے بانس آنوت منگیت کِت وِناش

یدھ مہادُسہہ اے پانس ژَل دِلوا اُنی دیَن ماہاش . . . .

اے یَد دَیہ وان نیم اکبن اک وسّے پوگرِ زِکِت دِھوزودِیت دیگ بلا

وَسہٕ منہٕ کمپ ژاوکُلہٕ پُریت ناوتہٕ سے اتہٕ ہُنکا دروٗپ گیہٕ اَشن سا بھومہٕ تلاٗ"

لول تہٕ ہول باوِنس چھُ اوٗنار بَٹس کمےٚ ہہَن وار آمُت، تو نتہٕ چھِن یتھی ہوِی نُندہٕ باٚزِ ادب

پارہٕ کاشُر زبانی دِژہ متی۔

" گگنے زَن کُرڈی وِدَوانیا نرِ نیَن شونت موژن

شیتلہٕ وَپ ناہمہٕ وانیا ہےٚ وَناپیہ دُکھّ بھرِن!"

(ژِ: اَیزِ دھ ہِندِس فرانس منز چھپیہٕ اُشا کنچہٕ ہندی پاٹھی وِیدا کھ دِوان، اُچھو کنِز خوٗن

هاران، ہمہٕ ہمہٕ چھُنس سہٕ نار گونڈ مُت، ییُس زَن شیپہٕ وانہٕ تہٕ ہُمتھ ہینکیس نہٕ۔ ٹاٹھی سُند دوٗر پرِ ہےٚ

زرِہےٚ نہٕ کیتھہٕ؟)

نوٗجوان زنانن ہُند یہٕ وِلاپ، چھُ شَن بَندن منز وَننہٕ آمُت ییمِن ہُند ووج "ہےٚ وَنتا

بیاد کھ بھرِن" چھُ۔ یِتھے کنِز چھِ بَیہ بَیہ پرِ سنگ، ژُبندی یا پانژہ بندیُک ووج چھُ "کروانم سوپیے

مہٕ نکٹو"

یمَو نمونو تلہٕ چھُ صاف ننان زِ یا ناشُر کھتا یہٕ ہُند شاعری گرتہٕ تہٕ چھُنہٕ پیٹھے بانگ ہیو کینہہ،

بلکہ چھُ جان پاٹھی رِندِ دزامُت۔ اَمہٕ رَنگہٕ آسہٕ ہےٚ بَیہ تہٕ سیٹھاہ کینہہ لیکھنہٕ آمُت ییُس زَن گال کھاتس

گومُت چھُ۔ شری وَرسنہٕ راج ترنگنی تہٕ چھیہٕ اَمِکنہِ ہنز گواہی دِوان زِ اوتار بٹس ستی آسی کاشُر کِ بَیہ

بیٚنِہ گوٚنہٕ ماتھ تہٕ بڈشاہی دربارٕ ہیٚے منٛزٕ۔ یِمو منٛزٕ اوس نوٚنٛد سوم بڈشاہس سیٚٹھاہ قریب۔ سنسکرتٕک زانٛی کارانٛسٕنٛد تہٕ لیوٚکھ تٔمی "جین چرِت"۔ کانٛشرِ پانٛٹھی۔ یودبٹ اوس بیٚیاکھ کانٛشُر شاعر یٔمی "جیٚن پرٛکاش" ناوٕ اکھ کانٛشُر ناٹک لیوٚکھ۔ بٹ اوتارس متعلق چھُ شری ور لکھان زِ یہ اوس "شاہنامہ دلیش گُرٛنٛتھا بدِ پارگ" یِتھٕ زمانے ہیکن نیرِتھ۔ اکھ زِ: سُہ اوس شاہنامکِ ملکہ کِس ادبہٕ سوٚد رَس اپارِ بہور نوٗرمُت۔ بیٚیاکھ زِ اوس شاہنامہ کانٛشرِ پانٛٹھی پھیرمُت۔ شری ور چھُنہٕ باناسُرکتھایہ ہُند ناو نہٕ ہیوان، مگر اوتار بٹنہٕ بیٚنہٕ اکہ تصنیفک پَے چھُ دِوان۔ سُہ گوو "جین وِلاس"، یتھ انٛدر اٚسی بڈشاہنی مقولہ نظمأوی مٕنٛز آسی۔ باسان چھُ زِ باناسُرکتھایہ ہُند چھُنہٕ دربارس ستی کانٛہہ تعلقاز ونمُت۔ ناوٕ ہیٚے ہیٚکیٚہ ہیٚے نہٕ کیا زِ؟ جیٚن راج ترنٛگنی منٛز پرٛتھمہٕ کُے چرچہ یتھ جین العابدینہ ستر زندگیہ ہنٛز سیٚد سیوٚد تعلُق آسہٕ۔ خار، شری ورنہٕ زِ تھو یہ باوجود چھیہٕ باناسُرکتھا کانٛشرِ شاعری ہِندِ گوڈنیُک اکھ ٹاکارہٕ حقیقتھ۔

قاضی غلام محمد




اۄبرٕ ڈالن اَتھوَ تہٕ کاڈ کڈُن
بالہٕ تیغَس کھسُن تہٕ زۄنہٕ گنڈُن
تَتھ مَکانَس تہٕ آسٕ دارنہ بَرَ
تَتھ مَکانَس اَندر میۆ اوس اَژُن
راتھ آساہ میۆ سٕندِ جِ ترٛاے اُچھَن
راتھ اوسُے میۆ دردٕ گام گژھن
کاَرِ تحقے بہٕ چھپُس تہٕ نۆمراوِتھ
تھُر تہِ زاتھہ وچھنہ ہوں سہ کاردہ گُن
وُچھنہ آسیاہ سہ دارِ کنہٕ درآمتہٕ
نیر باپانہٕ وۄنی مہ وُچھ پتھ کُن

قاضی غلام محمد

# غزل

پراران یہ اوسُس راتس بٔلی
شبرنگ میٖہٕ ہاوِتھ تارکھ ژٕلی
رِتھ پاٹھۍ ژہ پیٖہم راتھ ژہتس
زن کاوٕ تمیٖر ژرٕول بونہٕ ٹٔلی
دوہ ڈٕلہٕ وُن کُنہِ زٔنہِ ژھایہٕ وٕلتھ
کوہہ پٔتر کنہِ کوٚت گژھِ وَتھ ہٕلی
کم خندِ عزیٖلس گےٚ میٖہٕ دوہے
خالس منز لالن ہیٖر مکھ مٔلی
پوٚت ژھایہٕ کرِزٕلی اُچھ آنہٕ بدن
تمہ بازرٕ کیاہ کیاہ ہمہٕ ہا مٔلی
کم پوشہِ چمن! اِکتھی سروِ شہلی
بٔلی پاد بچارن لوٚکن پھٕلی

قاضی غلام محمد

# غزل

بالہِ دامنہِ پکان پکان باضے
یٔری یہِ آلو کنن گرزھان باضے

آش دَپہِ وَے چھیٚنہ کیٚہنہ سو مازانہہ آس
ہنگہِ تہِ منگے چھُ دِل پھولاں باضے

زانہِ کُس آدمس چھُ کیاہ ڈیشُن
راتھ کُیتھ زوٗن سُتھ کھٹاں باضے

پرانہِ مندورِ نوٗرہِ دٔری چہِ قَلاے
دوہلہِ کم خاب چھُس وُچھاں باضے

پیاٗنہِ کُس پُرژھ کری اگر ژہِ وَنکھ
سبزہِ رائژن بہ چھُس وُہاں باضے

ڈاکٹر رتن لال شانت

# اَفسانٕچ زَبان تہٕ ہَیتھ

تمی زَبٲنی ہُند اَفسانہٕ چُھ کانٛہہ پٔرزنتھ (آیڈینٹٹی) پٔراوان یَتھ مۄنزٕ نٔثر بالیٛغ گومُت آسہِ۔ نٔثر گوٚزَبٲنی ہُندِ نٟجی مَحاوٕرک بامانے وَرتاوٕ تہٕ اَمہِ مانے یہِ خاطرٕ مَحاورس اَندرٕ لفظچ صُحی لاگے (پلیسِنگ) کانٛہہ زَبانِ یتھے پٔنٕنۍ مخصوٗص مَحاورٕ پٔراوِ امیُک فٲیدٕ چُھ باقیو صِنفو کھوتہٕ جادٕ نٔثرٕ سے واتان۔ مَحاورٕ گرٕزھہ لفظی مانے چٔن سَرحدن تُرن تہٕ اَلنکاری (ضایع بدایع) مانے خاطرٕ شبقہٕ گرٕزھن تہٕ باوَت چٔن نوزکی یَن وٕترِتھ ہیکُن۔

زَبٲنی لحاظہٕ چھینہٕ نٔثرس تہٕ نظمَس (وٕرسَس) کانٛہہ وَیٛٹھ فرق مگر یوسہٕ فرق چھکھ سو چھ لفظ لاگیہٕ سیتی گرٕزھان نظمہِ اَندر چھُنہٕ مَحاورٕ کُنہٕ باقٲیدٕ لفظہٕ لاگیہِ مۄحتاج آسان مگر نٔثرس اَندر ہیکہِ لفظہٕ پھیریہٕ سیتی مَحاورے بَدلِتھ، مانے بَدلِتھ، گرٕیمَر غَلطِ تہٕ گرٕزھتھ۔ نظم چھنے وَننہٕ کھوتہٕ اِشارٕ کَران۔ نٔثر تہٕ چُھ اِشارٕ کران مگر وَنان چُھ وار یاہ کینٛہہ۔ وَننہٕ کنہٕ چُھ اَتھ مۄنزٕ جملہٕ اَہم بَنان۔ لفظ چھُ لوٚہ لنگرٕ ہِتھ پوٚرٕ تہٕ نوٚظرٕ کنہٕ مانے دِوان۔ تِتھ چھینہٕ ہٕنٛز کانٛہہ تنہا شخصِیَتھ روزان۔ زَبٲنی ہٕنٛز موٗل اِکٲے تہٕ چھُ جُملے مانہٕ یِوان۔ زَبان دان چھِ مانان زِ اِنسانَس آسہِ نہٕ لفظو سیتی بلکہِ جُملَو سیتی زَنو آمُت۔ اَوٕ کنہٕ چھُ نٔثر موٗل بولہٕ نہٕ زبٲنی نَزدیکھ آسان۔ امیُک مَطلَب گوو نہٕ زِ أسی چھِ نٔثر بولان۔

اُسی نہ چھِ نظم (ورس)۔ بولان نہ نثر مگر یہ کینہہ شاہ اُسی بولان چھہ تہ چھُ ییمِن دوَن اندَن منز باگ مگر نثرس ہنا نکھے پہان۔ سُہ چھُ بقول اپلیٹ شاید نظمی نثرس (ورس پروزس) ہیؤ آسان ۔ مگر اگر اُسی نثر کُنا کتھہ کران چھہ یہ نثر چھہ نثر چو صنفو منز افسانس نکھہ آسان تہ کیازِ افسانہ چی زبانی چھے خوصوصیتھ زِ سو چھہ ونان تہ تہ اشارہ کران ۔ تی نا یہ اُسی بولان بولان اَتھو تہ کھور لو کران چھہ ۔ یہ دُروِ یہ ذمہ واری بناوِنہ خاطرِ چھہ افسانس اندر لفظِ لاگے اَہم ۔ لفظک تُلہ تراؤ اہم ۔ چونکہ افسانہ چھنہ الگ تھلگ رُوزتھ وو تھہ بولبان ۔ یہ چھُ کُلہوم پاٹھی نثر بالینغ گژھنس ستی پھولان۔

## وُشنیر تہ ہندر یارگ رائچھ کرنثر : اَسے تہ تنقید۔

نثر چہ بالینغی ہُند توٗ توٗتھ چھُ اسے تہ تنقید آسان ۔ اسے چھُ لکھاری سِندِ رس تتھ تخلیقی مَنس ڈِسپلنس اندر کٹر رٹان یُس سو باوکنی نے راہ رَو چھُ تہ اسے لیکھنہ وِزِ نے راہ رَو روزُن تیٚمچ خوٗبی چھہ ۔ گوز اسے چھُ چھو کہ وُنہ آمتس مَنس دو ژھ منز رٹان تہ دو ژھ مُژرِتھ اسہ برونٹھ کنِہ لُدرِ مال تراوان، یتہ ثابت کُرتھ دِوان زِ سوٗدُراوس ۔ اَزلے مالہ وُرتھ ۔ اسے چھُ نثر چو صنفو اندر کُن سہ یُس لفظس وونہ کُڈِتھ دیمانغی پھروان چھُ تہ بیک وقت وو نہ وُشنیر تہ دیمانغی ہُندر ریز ژھران چھُ ۔ اکہ طرفہ چھُ اتھ منز مُنک جہار تہ لفظک جہار ہم مانے بنان تہ بیٚیہ طرفہ جُملہ بناوِنہ وِزِ مَن کٹر ژینچ کوشِشے فن بنان ۔ زبانی ہنر بالینغی خاطرِ چھیہ یہ کوشِش ضوٗروٗری ۔

تنقید چھُ لکھاری ہنز نے گنڈ کوشِشہ اندر تمہ عنصر ژھانڈان یموسہ SPONTANEITY اندر تہ کُنہِ ڈِسپلنس طابع تھوٚو ۔ اَمہ خاطرِ چھے تنقید بلینہ زبانی اندر قوٚوتھ پادہ کران ییمہ ستی لکھاری

پسندِ بن لفظن باہمی رِشتن پھاس تراوِ۔ یانے لِکھاری سنٛز فطرتی زبانٛی لاگہٕ پننہٕ مصنوعی زبانٛی ستی پیٛرٛ ژھش۔ اَمہٕ خاطرٕ چھُ تس پننہٕ نس لفظس لِکھاری سنٛدِ لفظٕ کھوتہٕ جاۍ بروٗسہٕ پاۍ دِ کرُن۔ پٔرن وول یُس اوٚتانٛی لیکھن والی پیٛرٕ نیوٗمُت اوس، ٹھیکہٕ راوِ کھور تہٕ پوٚت نظر تراوِ۔ پٔرتھ کانٛہہ پٔرن وول تہٕ تنقیدس آسہٕ نے نہ ساری پٔرن والی۔ سہٕ آسہٕ نال کانٛہہ، گوڈے رژھ کھنڈ بالیٖغ تہٕ ممکن چھُ توصی تہٕ۔ تنقید چھُ تسنٛز بالیٖغ نظری ہُنٛد فائدٕ تُلان تہٕ تَسنٛدی توصب کھٕڑاوان۔ پتہٕ دی تنس یورٕ نوی توصب سوچھ وکھرٕ کتھ۔ بہرحال گٔرژھہٕ تتھ زور وَر زبان آسنۍ۔ (وُچھو آخرس پیٛٹھ ضمیمہٕ نمبر اکھ)

عملی شکل دِنٛچ کرٛاو

اِسے تہٕ تنقیدٕ چ کراو (پراسس) چھیٚہ نٔرس بالیٖغ بناوان۔ افسانہٕ چھُنہٕ اِسے یا تنقیدٕ چ زبان وَرتاوان۔ وَرتاوے تہٕ غلط چھُ کران۔ مگر تتھ چھُ اَمہٕ زبانٛی ہنٛزِ عملی شکلہٕ ستی واسطہٕ آسان ۔ ڈیسلنہٕ ستی شکلہٕ آمُت، مانے بوٗرت تہٕ وَرتاو دٕرامُت یُتاہ وسیع لفظٕ راش افسانس میلہٕ تیوٗتاہ دِیس سہٕ عملی رَنگ۔ سہٕ جوڈہس عام اِنسانس واقہٕ ہن، موموٗلی لُکن ستی، ان پٔڈرٕ زیوٗلاگِس۔ ساہٕ بیانس تہٕ وُٹھی متین مکالمن ہنٛدِ بن کانٛہ بَن لدہس۔ افسانہٕ چھُ سنجیدٕ لفظس اَسُن تہٕ گٔنڈُن ہیٚچھہٕ ناوان۔

سفر اکایتہٕ پیٛٹھ کایتس کُن

بالیٖغ گٔژھان گٔژھان چھُ لفظ اِکائیت پٔراوان۔ اکائیت گو پٔرتھ کایایہٕ (جسمہٕ) نشہٕ بدٕون مگر کُنہٕ تہٕ کایایہٕ ہُنٛد روٗپ دارِس گٔو۔ کایایہٕ سوٚس تہٕ تہٕ کایایہٕ رٔوس تہٕ۔ اِسے تہٕ تنقید چھُ زبانٛی اکایتہٕ چین

تھذَرن واتہٕ ناوان ۔ افسانہٕ چھُ اتھ اکائیتس عملی زِندگی ہٕنز کایابخشان ۔ تنقید کرِ سماجہ کہ ملٹراِرچ زِندگی ہٕندِ کٕرِ کِچھرِچ، رِشتن ہٕندِ ٹھِچھرِچ کتھ ۔ افسانہ دِیہ نفظن واقعہٕ کرداران ہُند رنگ، زِند مثالن ہٕندِ ذٕس ہاوِتہٕ نفظس دِیہ بولوٕنہٕ زبأنی ہُند روٗپ ۔ تنقیدہٕ کین اِصطلاحن چھُ افسانس اَندرٕنُن الگ مانے آسان مثلن ٹھِچھر یا میچھر ہینکہ عملی زِندگی منز صِرف مَدٕہچ وَکھنے کٕرتھ یوٗ دَوے تنقیدس اندرٕ یہ ٗروِتیچ (اہٹی چوٗڈچ) وکھنے کران چھُ ۔ ییٚیہ چھُنہٕ ضروٗری زِ افسانہ نگاروٗنی کہ کانہہ یا کینہہ چیز چھُ میٹوٗٹھ یا کرٗوٹھ ۔ سہ دِہ تلاوِ انسہ اَچھِن برٗونہہ کنہِ اکھ شکل یُتھ زِ یانے نَنہ میچھر تہٕ کٕرِکچھرِ کیاہ گو ۔ جذباتھ، صفتھ، قرار، ٗروِی یہ، قدر، اِنسأنیتھ ہی گوٚبی لفظ چھ افسانس اندر واقعہٕ تہٕ تصویر بنان ۔ اَوکُنہٕ چھِیہٕ یہ کتھ صاف زِ افسانچہ زبأنی ہٕنز ترٔاے چھِے اکائیتہٕ (ابسٹریکشن) پیٹھ کائیتس کُن ۔ شُنی کہ تھذرِ پیٹھ ٹھوس یا تھلس کُن بِیٚتہٕ پیٹھہٕ تھذر جاہٕ وجان پاٹھی سمجھہ ہکون ۔ تنقیدہٕ پیٹھہٕ افسانس تانی زبأنی ہُند سَفر چھُ ہوٚ بہوٚ تتھ سَفرس ہیوٗیُس زبان زنم ہیوان ہیوان کڈان چھِیہ ۔ زبان تہٕ چھِیہٕ اکائیتہٕ پیٹھہٕ کائیتس کُن تیچ کوٗشش آسان ۔ افسانچہ زبأنی ہُند گوڈنیک نوقطہ چھُ یوٗہے ۔

## آوازِ ہٕنز ہانکل

دود تہٕ دگ، سوکھ تہٕ دوکھ، ہٕنٛن تہٕ ووپر، مائے تہٕ ہِرش، زندگی تہٕ موتھ، یم اکائیتی لفظ تھٕوِ نہٕ اِنسانن کُنہٕ قدرتی آوازِ نقل کٕرتھ یا کُنہٕ مجلسہ اندر باضأبطہٕ مشورٕ کٕرِتھ ۔ یم دراے تِہندِ ووٹہٕ اندرٕ ہکہٕ یا کشالہ ۔ تمی گلوز ہوتہٕ پانس روٗزِس نہٕ خبرٕ تمی کر یتھ ہیوو یم لفظ تھرٕی ۔ مگر کیاز؟ ییٚنہٕ تس زہو آیہٕ تہٕ پیٹھہٕ ازتانی چھُ تُسند روحجانے اکائیتین اِحساسن آوازِ ہٕنز ہانکل گنڈٕنی ۔ اِحساسن آوازِ دِنی گو بِنِ ناو تہٕ

بے رٕ پس ناوتہٕ رٕوپ دِیُن ۔ یہِ گٔے کایراورٕنٛج کرٛاو۔ یہاَے کرٛاوچھیٚہ زبأنۍ ہُنٛد توأریخ۔

## بالیٖغ زبأنۍ ہٕنٛز مَنٛگ

افسانک روٚجان تہِ چھُیی۔ یوٚسہٕ زبان بالیٖغ آسِہ تہٕ تنقیدٕ دراٛمٕژ آسہِ تَتھ آسہِ اِکایژ ہٕشکل گامٕژ اَفسانہٕ چھُ اتھ کایادِرٕنٛج کوٗشش کران۔ مگر سَوال چھُ ووٚتھان زاَمہِ کرٛاوِہُنٛد ضوٗرٕت کیاز ہیٚنیہِ؟ اگرٕ زَبان پانہٕ اکایتِس کایُت دِتھ بنے ہٕژ چھیٚہ، افسانہٕ کونہٕ وَرتاوِ سوٗ کایژ زبان سیٚد سیٚود دُے ؟ سوٗ بالیٖغ اُسی تَن یانہٕ۔ افسانہ کیازِ گوٚڈٕ تنقیدٕ دُسی۔ بالیٖغ گأمٕژ زبان ژھاران پیٚتہٕ ورتأوِتھ تمیٖکُ اکایُت دٕنِتھ تراوان۔ مَسلہٕ وٕتھنَہٕ وزِ پٕژن اَسہِ یِم لفظ نوٗٹ کرٕنۍ۔ تنقیدٕ دُسی بالیٖغ گامٕژ زَبان۔

## تٔہذیٖب تہٕ نَثرُک ووٚتھہٕ بوٚ

افسانہٕ چھُ کم ترقی یافتہٕ زَبانَن منٛزٕ تہِ آسان تنقیدٕ متہٕ اُسی تن۔ مگر سُہ چھُ نہٕ پھولُت آسان۔ ترقی یافتہ زبا گیہٕ تِمہٕ تِمن انٛدر

١، نظم (ورس، شأیری تہِ) تہٕ نثرٕ زٕنگی بٕرٕزرآسہِ۔

٢، نظمہٕ زٕنگی صرف بأتھ یالوٗکہٕ اَدبٕ لیوٗت آسہِ نہٕ تہٕ نثرس انٛدر صرف اِنسانیاتَن مُتعلِق لیکھُت آسہِ نہٕ۔ اَدبی صِنفن انٛدرا فسانہٕ یا ناولہٕ یأژٕ آسَن نہٕ۔

ترقی یافتہٕ سَماجَن انٛدر چھیٚہ نہٕ زِندگی سوٚپ آسان تہٕ مولوٗماتہٕ زٕنگی غریٖب کیٚنژن بٕژمن تہٕ وہمَن گَتہٕ گیوٗر کران بلکہِ سوٗ چھیٚہ حقیقتَس OBJECTIVE تہٕ سایِنسی نظرِ ژرژان۔ تِتہِ چھِہ لیکھن وألۍ زندگیہٕ ہِنٛدین زأوِی جارتہ افراط تہٕ فراغتہٕ کِس ماحولَس اَنٛدر اڈوٚ تھوٗٹار بوٚو بٕژہٕ ناوان۔ زِندگی آسہِ

زاٛوی جارتہٕ سماج آسہٕ COMPLEX نثرس اندر چھِیہٕ حقیقتچ لےٚ آسان ۔ وُچھنہٕ چھُ آمُت سماج یوٗتاہ COMPLEX گژھان چھُ تیتھراہ آپہٕ تہٕ تہٕ چہٕ زندگیہ ہنزٕ لےٚ حقیقتس نکھہٕ تہٕ نثرآو بارٕسس۔ COMPLEX گژھن اگراٛزی کہٕ سماجک مُقدر چھُ، حقیقتس سیتی گنڈنہٕ یُن چھُ نثرُک مُقدر۔ COMPLEX سماج یُس نظم یا نثرٕ بٲدٕ کران چھُ تتھ چھِ تراے آسان اٚدبی (ادبیت سان، فوک نہٕ) بَنہٕ چ، سونچس آوازتہٕ لفظ دِنس ۔ تتھ ادبس پٔچھ جادٕ سنہٕ رتہٕ وُستھ یوان ۔ لفظ ہیکہٕ اصطلٲحی جہت پٔراٛوتھ ۔ تنقید چھِیہٕ بالیغ سونچس اکاتی اصطلاحن اندٕر بنٛدکرنچ کوٗشش کران ۔ تنقید چھِیہٕ لگاتار ادبی رلوائیژ تھران تہٕ پوٚکھراوان ۔ افسانہٕ چھُ ادبی (ادبیتہٕ سان، صِرف ادنٛچ صِنف آسنہٕ موکھہٕ نہٕ) کاوِشس تہٕ اٚوکِنی سماجچ دوٚیِم زلو۔ گوڈنچ چھس پنٔنی اوٚگرتھوٚ گرٕ زلو۔ اوٚگرتھوٚ گرٕ آسنہٕ کِنی چھِنہٕ سو بڈونہٕ بیان کٔرتھ ہیکان تہٕ اوٚکِنی چھِ مختلف عِلم ووہ پدان ۔ عِلم تہٕ ادب چھُ سمٲجی ترقی سیتی سیوٚد واٹھ تھوان یُس سماج لبہٕ ترقی اٚدٕ لبہٕ عِلم تہٕ ادب تہٕ ترقی ۔ سماج بنہٕ COMPLEX ادب تہٕ بنہٕ COMPLEX ۔ افسانہٕ چھُنہٕ اتھ ووڈ (اَکسپشن)

## اوٚندٕ بوٚرتہٕ سمیہٕ شعوٗر

کانٛہہ زبان یوتراہ اصطلاحن اندٕر گنڈنہٕ ییہٕ تیتراہ چھِیہٕ تمچ جینیس مران ۔ سو چھِیہٕ پرٕتھ (مُرژ رلوایتھ) بنان ۔ تتھ چھِے تخلیقی قوّتھ یُتی گژھان ۔ اٚفسانٕچ زبان چھِے سمٲجی ترقیہٕ سیتی آمٕژ یہٕ تبدیلی مانان تہٕ زانان ۔ یُتہٕ چھس یہٕ قوّتھ واپس اٚنان ۔ واپس اٚنہٕ چ یہٕ اہلیتھ چھِے افسانس ملوٗ (اوٚندٕبوٚر) نش حٲصل سپدان ۔ اٚندی بٔرس سیتی اژھیوٚن واٹھ ۔ سماجہ کتابہٕ اندر چھُ اوٚندٕ بوٚر اکھ ورق ، افسانک تنوظُر بنان ۔ اوٚندٕ بٔرس سیتی ذہنی توٗلق واضیح گژھنہٕ پتے چھُ افسانہٕ نگارس افسانہٕ زلوان ۔ اوٚندٕ بوٚر

چھُ اوٚنٛدپوٚکھ تہٕ سیمپ اِکاۓ آسان ۔ زمان تہٕ مکان کُس دٲیرس چھُ افسانہٕ نِگار مرکز بنان ۔ امہِ دایرِ چہ ڈٔنٛدرِ پیٹھ شوٚرو کرِتھ نشان نشان مرکزس تَل واتان تہٕ پتہٕ پانس اَنٛدی اَنٛدرٕچ یہ اکاۓ افسانہٕ بنٛد کران ۔ اَنٛدی بٔرکس شوٚعورس وَنوسمیہ شوٚعوٗر اِکاۓ آسُن گوٚ نہٕ زانٛہہ حقیقتس چھ تہٕ رنٛگاۓ نگی یہ چھیٚیہ یک رنٛگ ۔ بلکہ اتھ ہیکن واریاہ سطہٕ (سطح) اَستھ ۔ افسانہٕ نِگار چھُ تِم پانہٕ ناوان سمجان تہٕ پتہٕ تمن انٛدرتال میل پادٕ کران ۔ اَوکِنہ چھ افسانہٕ نِگارس نہٕ چیز آسان ۔ سَمیہ شوٚعوٗر پانہٕ ناوِنُک سکتھ تہٕ مُستند تجربہ ۔ دوٚشوے چھ تَسنٛدِ خاطرٕ ضروٗری مُستند تجربہ گۓ تَسنٛز حساسگی (سینسبلٹی) ہِنٛدی حٲری تاتھ ۔ یم چھ تَسنٛدِس فردس گُدران ۔ سَمیہ شوٚعوٗر چھُ تَسِ اجتماعی اَڈرنہٕ تہٕ ستی یوان ۔ اوٚنٛد بوٚرِنش یُس افسانہٕ نِگار بے اثر آسہِ تَسنٛدہ لیکھُن تہٕ پادٕ کتھ چھ ہَم مانے بنان تہٕ کیازِ سُہ چھُ پننہٕ منہٕ کِس بےبوٗج دُنیاہس زبود تھہ پنہٕ نس خیالی بجرس حق بجانب قرار دنٕچہ ژھونیہ زہاران آسان ۔ یتھے کنٕ اگرے افسانہٕ صرف نیبرِم واقعہ تہٕ اوٚنٛد۔بوٚر وہترھنے، پننہٕ تجربٕچ سنٛدِ تھ ہیکِہ نہٕ سُہ چھُ صرف ایداد شُماردِوان سٹیٹسٹکس لیکھان افسانہٕ نہٕ ، اَخبار شیران افسانہٕ نہٕ ۔ افسانہٕ ہیکہِ نہٕ یموٚ منزٕ اکہِ چی صوٗرتھ ژٕٹتھ ۔ تتھ چھُ دوٚنوٚنی ہِنٛد میل کرُن ۔ اَفسانہٕ چھُ فَردٕ تہٕ تَسنٛدِ اوٚنٛدبرٕکی توٗلوٗق تمن ٹھوس واقن (سچویشن) ندر وچھان تہٕ بَیان کران یِم بامانے (ریلونٹ) آسن تہٕ لکھاری ہِنٛدی ظاہری تہٕ باطنی رِشتہٕ وہرھ ناوان ۔ (وچھو آخرس پیٹھ ضمیمہ نمبر ڈ)

## اِشارن زلوٗ دٕنچ تراے

اَزکہ اَفسانچ حقیقتھ کیاہ چھیٚیہ؟ اَزٕچ حقیقتھ کیا چھیٚیہ یتھ افسانہٕ زلودِوان چھُ؟ اَزٕچ حقیقتھ چھیٚیہ نہٕ کانٛہہ اَبدی حقیقتھ یوسہ ہمیشہ روزِ تہٕ نہٕ چھےٚ اَبدی حقیقتھ ضروٗری اَزٕچ حقیقتھ ۔ موٚجبتھ تہٕ حسد، کھانٛدریا

طلاق، لول یارِش، دِیُن تہٕ ووسُن، امُن تہٕ جنگ، بڈین ہُند احترام اِنسانیتھ، اِنسانس اَندر زِندٕ حیوان بیتر ہوی موضوع چھ افسانس کوڈ پیٹھے آسٕمتی۔ مگر از چھ وُچھنکی زاویہٕ بدلان۔ رُوی یہ چھ بدلان شاعری تہٕ تصویر کشی اَندر چھ یم رُوی یہ جاے ٹاکارٕ آسان، افسانس اَندر رٕژھاه کم پہان۔ شاعرس چھ یم یوٗت گرکران زباضے چھُ تیس یم رُودیے نظریہ بنان تہٕ یتھ کُنی تس یژ وُنہہ کُن بدلنس رُکاوٹھ انان۔ افسانس اندر چھ یم جاے کھوہ تہٕ جاےٕ اِشارٕ چہ شکلہِ اَندر یوان۔ اَفسانٕچ حقیقتھ چھے بہر حال ٹھوس دُنیاکس حقیقی تہٕ خیٲلی تشریحس ستی واٹھ کھوان۔

## سمبک سوال تہٕ ایماندار ردِ عمل

سیمچ تراے چھیہ یہ زِلُکھ چھ گامو پیٹھ شہرن کُن دَوان تہٕ تہذیب چھ شہرو پیٹھ گامن کُن کاڈ لڈان۔ دوتراونہٕ وزِ چھ لکھ پنُن تمدُن تِتی تراوان تہٕ کاڈ لڈنہٕ وزِ چھ تہذیب ملرن ہندی پاٹھی یہ سُبھہ پیس تہٕ نِنگلاوان۔ یُس اتھ دورِ واپس پھیرنچ کوشش کرِ سہ گوژھہن۔ اِنسانہٕ سنز بدقسمتی چھیہ یہ زِ اشرف المخلوقات آسنکہ بزمہ اگر سہ تہذیبکس کاڈس ٹھرروزنچ کوشش کرِ، کرِو یُس گژھِس۔ یہ چھیہ حقیقتھ تہٕ یم چھ سوال۔ سون از کال چھُ یتھی نے سوالن ہُند چلینج وہران۔ سون یژ وُنہہ کال تہٕ کرِ یمنے وچھنے۔ اَوے چھُ اُزیُک اَفسانہٕ پننہ اَنَدی پکھرِکس اُتھی روٗپس وِہرہ ناوان۔ یم سوال چھنہ اکارس زنم دوان ٲلی کہ حقیقی واقن ہندس روٗپس منز ووتلان۔ حقیقتکس مُستند تجربس اَندر چھ ایمانداری آسان۔ ایماندار لِکھاری چھُ تجربہ کرِ مژ حقیقتژ تہٕ مُستند تجربس منز آہنگ ژھاران۔ تجربہ گوٚنہٕ صرف واقہ یانے یہ سیدان چھُ تہٕ یا یہ لکھارس گُذاران چھُ تیوٚتُے یوت ٲلی کہ واقُک آزاد باتھوعور تہٕ تخلیقی ردِ عمل۔ تجربہ یہ سیدان

چھُ تہٕ حقیقتھ (ٹرُوتھ) یہٕ آسہٕ یِم دوٚشوٕے ہیکن زبانٕ گرٛتھنتھ (رِیا ئنڈ-اَپور) اَسِتھ مگر دوٚشوٕے ظاہر کرنٕک ذٔریہ چھِیہ صِرف زبان۔

## داخلی کیفیتھ تہٕ پیٚرن وول

اَفسانہٕ ہیٚکہِ نہٕ افسانہٕ نگار سِندِس منٕس تانی موٚجوٗد روٗزِتھ۔ اتھ اَندر چھےٚ اکھ بوزن وول ہمیشہ موٗجوٗد آسان۔ لِکھٲرۍ ہیٚکہِ نہٕ امہِ بِچہِ پیٚٹھ زِنٛس اِنکار کرِتھ۔ اَفسانہٕ چھُ اَکھ مسلسل خطاب آسان۔ ییلہِ افسانہ نِگار پنٕنی نام نہاد داخلی کیفیتھ دونان چھُ پیٚرن وول چھُس موٗجوٗد آسان تہٕ خلاف گواہی دِوان۔ یہٕ تہٕ ہیکوٚ وٕنِتھ زِ پیٚرن وول چھُ باضے لِکھٲرۍ سٕنزِ شخصیتُک توسیع (اکسٹینشن)۔ لہٰذا تجربٲتی یا نام نہاد داخلیتُک عکاس اَفسانہٕ اگر پیٚرن وٲلۍ سٕندِ شخصیتُک کانٛہہ لحاظ کران چھُنہٕ سُہ چھُ پنٕنہٕ نٕس فطرتس انکار کران۔ دوٚیمین لفظن اَندر چھُ یہِ وَنُن زِ ڈرامایہ تہٕ چھُ افسانہ دوٚیم سوٚ صِنف یوٚسہٕ عامس آوران چھِیہ۔

افسانہٕ نِگار گژھہِ بوزن وٲلِس دِلس اَندر بٔیہِ تمی زندگی ہُنٛدس وٕرتہ پأدٕ ہیکن کرِتھ یُس تمی پانہٕ زوٗمُت آسہِ۔ افسانہٕ گژھہِ سُہ تسنٛد شوٚعوٗرُک تہٕ حِصہٕ بناوُن۔ مُشکل چھُ تیلہِ پأدٕ سپدان ییلہِ لِکھٲرۍ ذاتی تلمیحہٕ دی دی پیٚرن وٲلِس توٗس تُلان چھُ تہٕ پنٕنِس زِٹھل منٕس حق بجانب قرار دِوان۔

## نظم تہٕ نثرٕچ زبان

تہٕ کیا زِ تجربہ دِیہ زبان تہٕ حقیقتھ چھِہ لِکھٲرۍ سٕندِ ردِعملہٕ سٟتۍ تخلیقی تجربہ بنان، اَوٚکِنۍ چھِہ اَفسانچہ تہٕ شأیری ہُنٛز زبأنۍ اَندر فرق کرُن ضروٗری۔

گوڈنیُک فرق چھِیہ یہ زِ شأیرانہٕ تجربُک سٕنٛد چھُ صِرف شأیر آسان۔ تجربہٕ کیتھ شکلہِ منز آو

تَس تہٕ پیٚنہٕ تس پیٚٹھ زٕتھہٕ ۔ یہِ شکل ہیٚکہِ حقیقی یا خیٲلی یا غٲبی یا ترٛیٚشوٕنی ہُنٛد امتزاج یا ترٛیٚشوٕنی ہُنٛد تضاد
یا ترٛیٚشوے بفاربیٚیہِ کیٚنٛہہ اُستھ ۔ پَرن وٲلِس یا بوزن وٲلِس چھُہ تتھ ستھرس تانی واتُن پنُن شوٗعور تھذراوان
تہٕ شار سمجُن ۔ مگر افسانس مُطلق چھنہٕ یہِ ضٕحی ۔ اَفسانکہِ تجربٕچ سنٛد گرٛزھِہ لِکھاری سُنٛد اوند بوٗرآسُن ۔ شٲیر
بطورِ فَرد چھ تخلیقہ وِزِ وَنیکھُت فِرِ دآسان تہٕ باوتہٕ کِس سطحس پیٚٹھ تہٕ فردے روزان مگر افسانہٕ نِگار ۔ چھُہ
انفرٲدی گٔرِ منٛز نیرِتھ تا پَس پنُن پان ہاوِتھ دِوان ۔

۲ ۔ ـــــ نظم ہیٚکہِ صِرف اَکِس سٹاہ موٗختصر خیالس پیٹھ ڈٔرتھ اُستھ مگر افسانس اَندرٕ یِنہٕ سہٕ
خیال صِرف اکھ ڈِٹیل ( ہاٗئہٕ ؟ ) ۔ شارک یہِ خیال یِوٗ تاہ شٲیرس پوٗرٕ آور تہٕ یِوٗ تاہ چھُ شٲیر مُستنَد باسان
مگر افسانس اَندرٕ گرٛزھِہ امہِ خیالک وَرتاو OBJECTIVE آسُن یِتھین انسانس اَندرٕ ڈِٹیل آسن تہٕ تتھین چھُہ
خطرٕ آسان زٕ زبٲنی ہیٚکہِ رِکن گرزھتھ تہٕ جذبٲتی یا سَجاوٹی بنتھ ۔ اتھ گرٛزھِہ زبان بےٚ لاگ آسنی ۔ جان
افسانس اَندرٕ بڈٕ زٕکھل قیصہ تہٕ ساد زبٲنی منٛز وَنِہٕ یتھ ۔ مگر سادگی پیٚتہٕ چھُہ بافضے زبٲنی ہنٛز کمزوٗری یہِ تہٕ کھٹِنہٕ
یِوان ۔ زبٲنی ہنٛز نوزکی چھیٚیہٕ دِتھ سادگی تھاوٕنی چھُ غلط ۔ بَیان گرٛزھِہ اثردار آسُن یہِ چھیٚیہٕ زبٲنی ہنٛز
ابتدٲیی خوصوٗصیتھ ۔

۳ ۔ ـــــ شٲیری اَندر چھُہ بوٚلونی زبان تشبیہن تہٕ استعارن ( یانے النکارن ) ہُنٛد جامہٕ ڈٔلتھ
یِوان مگر افسانس اَندر چھ تشبیہ تہٕ استعارٕ بوٚلونہٕ زبٲنی ہنٛدِس محاورس اَندرٕ وَرتاونہٕ یِوان ۔ یانے
افسانہٕ چھُہ النکارن بول بوٗش عطا کران ۔ افسانٕچ زبان اگر النکٲری آسہٕ "تیٚلہٕ ہیٚکہِ سو سون توجہ کتھِہ
نِش ڈٲلتھ تہٕ پانس کُنے پھِرتھ تھوٗتھ ۔" افسانہٕ تہٕ پرن وٲلِس منٛز ( بیہ ) زبان اکھ بےٚ وجوٗد مگر اہم ذٔریعہٕ

ئنِتھ تھےکُنہٕ یِتھٕ کُنہٕ نظرٕ تہٕ نظارس منٛز چھی نمبُرک شیشہٕ (عاۓنکھ)" راجندر یادو چھُ ہِندی افسانن ہنٛز سومبرن" ایک دُنیا سمانانتر" چہ گوڈکتھ منٛز افسانچہ زبانۍ ہنٛز کتھ تُلان تہٕ عانٛچ مثال دِتھ اریچ فنکشن واضح کران۔ زبانۍ ہنٛز مُرژگرۍ چھ صرف سون دیان ڈالان۔ اَفسانچ کتھ سمجنس ٹھروزان۔ افسانچ زبان گژھہِ شفاف آسنۍ۔

## زبانۍ ہندۍ ستھری تہٕ رنٛگ

افسانچ زبان چھیہٕ زانٛتھ مانٛتھ گرنہٕ یوان۔ یِتھٕ کُنہٕ افسانہٕ نِگار کردارن ناوتھوان چھُ، افسانس کانٛہہ مخصوص ہیٔیت دِوان چھُ تِتھےکُنہٕ۔ اَفسانچ زبان چھنہٕ ہنٛگہ تہٕ منٛگہ سپدان (نظمہٕ ہنٛز زبانۍ متلق کُس وڈچھُ؟)۔ نظمہٕ اندر چھیہٕ شبیہہ (اِمیج) پنٛنۍ زبان ہیٚتھ یوان مگر افسانس اندر چھیہٕ کتھ پنٛنۍ ہیٚتھ ہیٚتھ یوان۔ زبان چھس پتہٕ دِنہٕ یوان۔ برابر کتھ برابر زبان دِنۍ چھیہٕ افسانہٕ نِگارہٕ سنٛز شخصیژ ہنٛز خاصیتھ۔ حقیقی (یا حقیقت پسند) زبان چھیہٕ الگ آسان تہٕ جذباتہٕ نِگارۍ ہنٛز الگ۔ منظرکشی ہنٛز الگ تہٕ نفسیاتی تجزیچ الگ، کُڈرِ ہن تجربن وَکھنہٕ کرن وانجنۍ الگ تہٕ لاوِہن ایحساسن زِلو دِنہٕ وچنۍ الگ۔ اگر اَفسانہٕ نِگارس زندگی ہنٛز عُریانی ہاوِنۍ چھےٚ زبان تہٕ چھیہٕ ننٛگہٕ آسان، وہ راٹھ محاورس اندر لیکھِ ہُنٛد آکار ژٹھتھ۔ موتُک تجربہٕ تِمۍ ژیو نمُت چھُ (موت مُت چھنہٕ ٹلرکہ مرِنۍ واقن اندر گُذرنُک تجربہٕ چھس) زبان آسہِ بے رنٛگ تہٕ تیخ۔ سہ دِیہٕ رشتن ہند ہُندریارچ ژینہٕ وَن۔ عشق لیکھُن چھس تہٕ اوٚندبوٚرکھواشروستی بدلے متی تِمۍ گُنجی کڈِ وَنہٕ تہٕ ذاتی جذبل زبانۍ دِیہٕ زنم یِتھ اندر مایگی برقرار روزِ۔ طنزِ خاطرِ دِیہٕ غارذاتی (اِمپرسنل) محاورس ترژشی۔ لفظ بنٛن ہشرٕ نہٕ پیٚتی ہی تیز۔ سنسکرت نقاد اَسی اَتھی سنے متی

تموکوٚرٕو مُطالہٕ تہٕ پیٚتہٕ نتیجہ کڈِتھ مختلِف جذبہ باوُنہٕ خاطرٕ اِسکھ اچھرتانٕی مقرر کٔرِتھ ہیٚتی۔ یہِ شرٕہن چھیٚنہٕ زاچھرن چھُ پنُنُ وشنیر تہٕ نرمی ٹھنڈی تہٕ ترٛوشہٕ نیاز آسان۔ (وُچھو ضمیمہ نمبر ترٛیٚ)

## النکأری زبان

افسانس اندر اگر تشبیہہ استعارٕ یانے النکار آسن تم ہیکو کھہٕ اُسی الگ پأٹھی نتھ موٚلوٗتھ۔ یتھہٕ کنہٕ اُسی شأیرسٕنٕز موٚلہٕ اُنکو نہٕ وِزتسٕنٕز۔ مثالہٕ علامژ تشبیہہ وغأرٕ الگ تہٕ نوان چھہٕ تہٕ تہنٕز خوٗبی زٕرژان چھہ تھہٕ کنہٕ چھہٕ نہٕ اُسی افسانکی النکار الگ نوان۔ وارِیاہ پھیرچھ دٕرُس نظم اکھ تشبیہہ اکھ علامتھ یا اکھ استعارٕ یانٕز آسان یا زِ نظم آسہٕ رِوایتی موٚمولی وِچھ استمال سیدٕ متی النکار آسن خوٗبصورتھ۔ وارِ یاہ نظمہٕ چھُ شأیر صرف پننی تشبیہہ کأری ہاونہٕ خاطرٕ لیکھان۔ وُنہٕ تہٕ چھُ کلاسکی شأیرن ہُنٛد ناوہینہٕ یوان ییٚلہٕ الگ پأٹھی تہٕ تہندی النکار وٕکھنی آسن۔ مگر نثرنِگار چھِنہٕ صرف زبأنی کنی موشوٗر۔ پریم چندنی زبان اُس پننہٕ روانی کنی بےجوڑ مگر پریم چند چھُنہٕ زبأنی کنی ییٚلہ کِتھ ہنٛزِ کنی موشوٗر۔ پننہٕ اونٛد برچہ چھپانہٕ کنی موشوٗر۔ پننہٕ سمیہٕ شوٗعورٕکنی زانہٕ یوان۔

## علامتھ گِیہ پیٚتہٕ

چوٗنکہِ تشبیہہ استعارٕ وغأرٕ چھہ جادٕ تہٕ لفظن تانی موٚحدوٗد روزان تہٕ علامتھ چھہ سأری سے افسانس پیٚٹھ توٗتراوان اوٕ کنہٕ چھہ علامژ پیٚٹھ کتھ باتھ کرٕنی ضوٗروٗری۔ علامتھ چھہ لفظس ناوس یا سأری سے افسانس بیاکھ مانے دوان۔ گوڈنیک مانے یانے لوغوی مانے اگرٕے تتھ موٚمولی یا عام فہم چھُ اکم یا بیاکم باوتی چھُ علامتھ چھِس بٔنیہ ہن سنبرتہٕ وُستھ دوان۔ اگرٕے یُہُن مانے مکمل چھُ علامتھ چھِنہٕ رأسی

گژھان۔ ئلی کہ عَلامتھ گرنچ خوٗبی چھیٚہ یہِ زِ کتھ اوس پنٕن مانے تہٕ نیران، علاٗمژ دِتس بیاکھ مانے تہٕ تمہِ چہِ اثراندازی گےٚ پٕشنے۔ اگرے پٔرن واٗل صِرف گوڈنیکےٚ یوت مانے سمجھ علامتس پیٹھ گژھہِ نہٕ فرق پیٚیہ تہٕ پٔرن واٗلس گژھہِ پنٕن لُطف حاصِل سپدُن۔ عَلاٗمژ ہیٚنکہِ صِرف ثانوی اہمیت آستھ۔ یہِ ہیٚنکہِ نہٕ تہٕ گژھہِ تہٕ نہٕ گوڈنچ جاے رٹنٕی۔ییٚلہِ عَلامتھ گوڈنچ جاے رٹان چھیٚہ افسانہٕ چھُ موٚمہٕ بنان۔ گوکہ علاٗمژ چھُ مانے مٕسی یوت واٹھ، ہیٚرِ تہٕ علامتی شکل دِنچ کوٗشش تہٕ چھُ سپدے مٔژ۔ امہِ مٕسی کیاہ حشر ہیٚکہِ افسانس گژھتھ!

نظمِہ اندر آیہٕ یتھی تجربہٕ کرنہٕ۔ سُرریٖلزمہٕ مٕسی متاثر گیٚنژ ویوٗرپی شاعرو بناوٕ ہیٚتھ تہٕ علامتھ۔ اپوٚلونیٚیرن لیچھ رٔود، کرٕسی، میزس ہیتر پیٹھ تتھ پاٹھی نظم، اچھر تہٕ جُملہِ سجاوِن تتھ پاٹھی زِ کاغذس پیٹھ اُس کرٕسی یا میزچ شکل تہٕ بوزنہٕ یوان تہٕ پرنہٕ خاطرِ اوس کرٕسی ہنز ٹھٔر پیٹھ شوٚر دٔکرتھ نِربوٚتھٕر تہٕ بٔہن جایہِ کنہِ وٚسان وٚسان پتہٕ رنگن تانی پران گژھُن۔

## زَبٲنی ہُنز شکلہِ تہٕ شکلَن ہُنز زَبان

اَفسانکی کِردار ہیٚکن یٔنہٕ زِ نگی عَلاٗمژ آستھ یا سورُے اَفسانہٕ ہیٚکہِ اکاۓ عَلامتھ بٔنتھ تہٕ بیٚیہ کُنہِ مانے ہُک اِشارٕہ تہٕ کٔرتھ۔ مگر اگر امیٖکُ پھیر (وُلٹھ) سپدان چھُ یانے عَلامتھے چھُ کِردار بنان یانہٕ علامتھے چھُ افسانہٕ بنان تیٚلہِ چھُ افسانہٕ پننہٕ موٗلہِ مزاجہٕ نِشہٕ ژھینان۔ یُتھ افسانہٕ چھُ کُنہِ سماجی، اجتماعی، انفرادی، ذاتی، نفسیاتی یا بیٚیہ کُنہِ عِلمیہِ مکین فارموٗلاہن یا قاعدن وکھنے کرنہٕ خاطرِ لیکھنہِ آمُت آسان۔ (وُچھو اَنٕرس پیٹھ ضمیمہٕ نمبر ژور)۔ یِتھہِ افسانچ ہیٚتھ تہٕ چھُ بدلان تہٕ خبر تتھ ونہٕ وِ افسانہٕ۔ سوال چھُ یہِ زِ زندگی اندر چھُ اکا یتہِ عِلمی مسلہٕ تہٕ۔ مگر انسانس اندرو بٔرھہٕ ناونہٕ خاطرِ چھُ نہٕ وٲجب زِ امہِ خاطرِ نمو کھ اکایہٕ عَلاٗمژ تہٕ

تہٕنٛدٕ اُپزٕے دُنِیاہ کرِ وکھڈٲہ۔ ہیٚتھ چھِ ضوٗر رو افسانکرٕ متیٚنٛج منٛگ آسان مگر افسانہٕ گژھِ بہرحال افسانہٕ روزُن۔ یوٗرپس اندر بدلے یہ ہیٚتھ مگر اَمی کوٗر نہٕ افسانہٕ کُس فِطرتی ڈانچس کیٚنٛہہ۔ جرمن افسانہٕ نِگار کافکاہن انگریزی لِکھاری ورجینیا وولفہٕ تہٕ سال بیلوہن بیتر کوٗر نہٕ بوزن والِس ذیہنس .. اِمتحان تہٕ صبر آزماٹُر کوٗ ستی کوٗرُکھ نہٕ پریشان۔ علامہ ہیٚتھ یموٗ داد۔ زبٲنی ہنٛد بدٲتی نہٕ ہیکن یاے کوٗرُکھ تسلیم مگر نثرس ترٛوٗدُکھ نہٕ اَمکہٕ ممکن ہیکہٕ کھوٚ تہٕ علاوٕ بار۔ افسانس چھُ بہرحال کتھ روزُن تہٕ کتھِ اندر نیرِ تَن یتہٕ کاژاہ کوٚتھ نیر۔ کتھ گژھِ ٹھوس شکلن ہنٛز زبٲنی یِنۍ۔ افسانہٕ چھِنہٕ کانٛہہ سبق دِنہٕ خاطرٕ لیکھنہٕ یوان۔ زندگی ہنٛز فلسفیانہٕ تشری ہیٚکہٕ ادب کرِتھ مگر تمن صِنفن ہنٛدِن شرطن اندر۔ اندرٕ یمن اندر سو تشری آسہٕ۔ شاعٔری اندر زبٲنی ہنٛزن شکلن منٛز تہٕ افسانس اندر شکلن ہنٛز زبٲنی منٛز۔ افسانہٕ آسہٕ تمہٕ فلسفہٕ ورٲے تہٕ مکمل تہٕ لوٗبہٕ وُن۔ فلسفہٕ چھُ وار یاہ پھِرِتھ بوٗزے بیانن تمیُک باوتھ روٗٹے کران۔

## ذاتھ تہٕ بےٚ ذاتھ

افسانہ اوس گوڈٕ گوڈٕ داستان تہٕ افسانہٕ نِگار پانہٕ ختِل اِمکان لوٚب رٔزتھ بیان کران گو کہٕ بیان کرنہٕ کِنۍ اُس تسٕنٛز ذاتھ تتھ اندر موٗجوٗد آسان۔ پتہٕ آو افسانہٕ نِگار بحیثیت راوی۔ بیان گو جذبل ــــ افسانک زٕیٹھ کردار بنیو "بہٕ"۔ باقے کردار اُسی "بہٕ" ہَس ہوی یا یُہ ہیچ ژھاے یا 'بہٕ' ہِکی آ بخکٹو اپڈِشن۔ پتہٕ آو بے لاگی ہُنٛدا پرٛوٚچ بارَس۔ افسانہٕ نِگار اوس راوی بدلہٕ صِرف اکھ دوٗر وُچھن وول شخص۔ "بہٕ" بنیو "سہٕ"۔ "بہٕ" اوس وار یاہَس کانٛس تاذٕ "سہٕ" ہَس زنگ تٕھنان یا اوس "سہٕ" دراصل "بہٕ" ہَس ہُبٕھس پیٹھ اکھ نقاب۔ وار یاہ افسانہٕ یمن ہنٛد مرکزی کردار "سہٕ" چھُ، چھِ توتہٕ

تیتی جذبأتی تہٕ سبجکٹو۔ یہ سأرے کوٗشش چھیٚہ اکہٕ طرفہٕ سمیکہٕ بدلنچ ییٚمہٕ طرفہٕ لکھأری ہٕندِ سمیہ شوٗعوٗرچ وکھنے کران ۔ ژکہِ چھیٚہ کتھ لکھأری ہٕندِ اپژوچ تہٕ ژوی تچ۔ چھراہ "سُہ" کِردارٕ سُندنا وتھوبہٕ ہستی گو بہٕ زلکھأری چھُ سمے زون مُت ۔ أندی نِکھس کُن یُنِن نوہٕ قطہ نظر بدِکڈ نکٗ عمل چُھ تس اپژوچ دِوان تہٕ ادِہِیکہٕ سُہ ٹھیکھ پأٹھی پننہِ خأطرِ فأصلہٕ کرِتھ زِ "بہٕ" روز ژیاکنہٕ "سُہ" بنہٕ۔ "بہٕ" وزِ چُھ لکھأری واقن ہٕنز جوہٕ یہ ہستی وسان آسان تہٕ "سُہ" وِزلوٗب روزنچ کوٗشش کران ۔مگر یتھ پأٹھی چھُ افسانہٕ نگارٕ سُند "سُہ" تہٕ تٔسندی شخصیتُک حصہٕ۔

بلکہ باقین ساریٚن کِردارن منز چُھ تس سُے "سُہ" ییٚنِن نوہٕ قطہٕ نظر آسان ییٚمس ژِسی سُہ واقہٕ تہٕ باقے کردار وُچھان چُھ ۔ نوہٕ قطہٕ نظر چُھ ہمیشہ کأنہہ کردار آسان ۔ "بہٕ" وقتہٕ بے تہٕ "سُہ" وقتہٕ تہٕ بے۔ سلہٕ چُھ بیانس تہٕ اپژوچس اندر بے لاگ دوٗر بر پأدٕ کرنُک ۔ افسانہٕ نِگار لیکھی تَن "بہٕ" ہے مگر "سُہ" ہیچ کوٗشش کرنی بے لأگی کرِی تَن پأدٕ ۔ مطلب افسانہٕ نگار گژھِہ پانس پانہٕ نِشہٕ ژھینہٕ کرنچ کوٗشش کر ۔ صِرف "سُہ" دِنہٕ ہستی یوٗسہٕ تبدیلی افسانچہ ہیٚژ اندر یوان چھیٚہ سوٗ چھیٚہ غأراہم ۔ژھینہٕ کرنچ کوٗشش کرِ محاورسے تلک ہیٚتھ زبأنی دِیہ بدلے جہارتہٕ ہیٚتھ بدلہٕ پانے ۔ یہ کرُن چُھ مُشکل ۔ بڈٕ عذاب چُھ یہ کرُن تہٕ یہ عذاب تُلان تُلانے چھیٚہ افسانچ صحی زبان تھنہٕ یوان ۔

## ہیٚتھ بدِلنچ منگ

ہیٚتہِ ژنگی چھ افسانس اندر رنگارنگی میلان ۔ ڈایری ہنٛدِ بن ورقن ہنٛدی پأٹھی ، چِٹھِ ہو ژنگی ، اخبار کٹنگن اندر ، فلمی سینر یوٗہن منز چھ افسانہٕ لیکھنہٕ یوان ۔ یوٗت تأنی نہٕ یمن ہٕنز منگ متنہٕ

اَنٛدرٕ آیہٕ تہٕ لِکھاری یِموٗ منٛزٕ کانٛہہ پانہٕ لوٗب روٗزِتھ ژور توٗت تانی چھُ نہٕ یِمن ہُند کٕنٛہہ مقصد۔ یِم ہیکن تَسٕنٛدِ ہونرُک انٛدازٕ کرنٕ ٲوِتھ فنُک نہٕ۔ یِمن منٛزٕ ہیٚکہِ افسانہٕ نِگار پَننہٕ کتھِ نِشہِ رٲوِتھ تہٕ کیاژِ تَس روزِ کلِ چھٹہِ یا ڈایری ہِنٛدی لوٲزِمات گژھی پلوٗرٕ گژھنۍ۔ (وُچھو ضمیمہٕ نمبر پانٛژھ)

## اہم چھُ جبسُک جبس

افسانس یوٗسہٕ ذِمہٕ وٲری اَزلے مٹہِ چھیٚیہٕ سوٗ چھہ یہٕ زِ اوٚند بُرس تہٕ تِتھ انٛدرٕ زُووِنس فردَس ژھانٛڈِ برو بدی تہٕ نابرو بدی۔ یہٕ ذِمہٕ وٲری ہے چھیٚیہٕ افسانس ہَیتھ دِوان۔ اتھ ژھانٛڈوس انٛدرٕ چھُ لِکھارِس یہٕ یقین کرُن زِ تَس چھا بیانی لہجہٕ نٕٹُن کِنہٕ تقریری، خطأبی کِنہٕ خود تجزِیی، یا نَس سیتیٚ کتھ کرنہٕ کِنہٕ بٕنیس سیتیٚ۔ افسانُک گرٛیمر چھُ سُہ اُذ تِھیٚ طے کران۔ یُتھ زِ افسانہٕ یِتھے بَنان چھُ سُہ چھُ بیٚک وَق ہیٚتھ تہٕ آسان تہٕ تہٕ متن نہٕ کتھ تہٕ تہٕ زبان تہٕ ہیٚیتھ گژھِ افسانہٕ نِگارس پننہٕ چھیٚستکہِ ضوٗرۆرٕ تہٕ موٗجوٗب ژارِنۍ تخلیقیتھ تہٕ ہَیتھ کاژاہ ہم آہنٛگی ہیٚکہِ اَستھ اَرِچ بہترین مِثال چھِ موسیقی۔ اتھ منٛزٕ چھُ مضموٗنے ہَیتھ آسان تہٕ ہَیتھ مضموٗن۔




(الف) اَمِہ پیمانے وُچھو تہٕ کاشرِس چھُ اِسے زنٛگی یسا کھ تہٕ تنقید چھیٚیہٕ وُنہٕ شوٗرُوٗہے گژھان۔ اَدبہٕ چوٗ صِنفو منٛزٕ چھیٚیہٕ یٚیتہٕ تنقید ستھاہ کٕنٛشس۔ صِرف کُٹھ کٕڈنۍ تہٕ تأرِیف کرنہٕ کِرِ روٗجانہٕ کِنۍ ہیٚچ نہٕ کاشرِ تنقیدِ پننۍ کانٛہہ شخصیتھ بنأوِتھ تہٕ نہٕ زبانۍ زنٛگی کانٛہہ ذأتی رنٛگ کھأرِتھ۔ یہٕ روٗجان رٕ وٕ د

نو ڈ ہنگن اُٹھن دٕہن وُری ین ۔ تنقیدہیٚرِن یِتہٕ پرٛہتھی مگر پرمانہٕ رُودی غاژ کاشُر ۔ نتیجہ دژاو یہ زٕ کاشِر نقادن سوٚرُچ نہٕ پننہٕ آیہ پننہٕ زٕ یوٚمنز ۔ تِمو کوٚر نہٕ پننہٕ زٕنس محاورس اندرسہ جرٲت پیاوٕ زٕ لِکھاری سِندِس باوتس تہٕ باوتہٕ رکس اَپروچس دِیہے زوال ۔ عوٲمن سوٚرُچ تِمو تھی محاورس انٛدر یتھ منز لِکھاری لیکھان اوس:

"کٲشِر چھیٚنہٕ پانہٕ غزل ۔ اکھ مرِزچھ مٲری مُنز، مَدٕ مٲژ، رٕنبلی خوشس وِنی، تیٚہہ ژھٹہٕ وِنی ننٛدٕ بٲنی تہٕ نیٚہ نیٚہ کرٕ وِنی غزل ۔ اِمچ اکھ اکھ مرگ تہٕ اکھ اکھ نیوٗر چھُ اَمہٕ غزلہٕ ہنٛدشار ..... یلیٚتہٕ رکس آب وہوٲہس چھُ تغزُل پشیان ..... یلیٚتہٕ چھِ وتہٕ چھیٚنہٕ پان وو تھراوان تہٕ تس سینہٕ داران ..... اَمہٕ رٕکنی چھیٚنہٕ یلیٚتہٕ رکس مزازس غزل تہٕ غزلہٕ ہندِس مزازس یہ جائے عدٕ کھوتہٕ جاہٕ دَیہٕ وِنی ......"

—— کاشِر غزل :۔ مشعل سُلطان پوٗری

سون اَدب ۱۹۷۲ء

نقاد چھُ تنقید لیکھان لیکھان مُشران زِ تس چھُ غزلس پیٹھ تنقید لیکھنی، غزل تہٕ ۔ یا تہٕ چھ سہ غزلہٕ رٕکنی بوٚت آورتھ زباسان چھس غزلس پیٹھ تنقید تہٕ گرٛزھ غزلس ہشی آسنہٕ ۔ سہ چھیٚنہٕ یتھ بُنیادی کتھ کُن ظون تھوان زِ تس چھُ حقیقت پسندانہٕ سنٛجیدہٕ تہٕ بےٚ لاگ روح پانہٕ ناوُن ۔ غزلہٕ زبٲنی سیٚتی مُہہ آسنہٕ رٕکنی نہ چھُ صرف پانہٕ غاژ تنقیدی زبان استعمال کران بلکہ کینہہ وِہتی نتیجہ تہٕ کڈان مثلن یی زٕ غزلس چھُ کٲشرِ سیٚتی ازلی واٹھ حالانکہ یہ چھُ محض اتفاق زٕ یوٚر آیہ فارسی رٕہوایتھ ۔ یورے پٕر انگریزی یہان تہٕ تیٚلہٕ دوہ تلہٕ ہے ناتھ زبٲنی انٛدر یتیٚنگ مٲری موٚنٛد حُسن ؟ یہ اُس غزلس پیٹھ تنقیدٕ ہنٛز اکھ مِثال ۔ اَفسانس پیٹھ

تنقیدِ ہنز اکھ مثال چھیہ یہ :-

" افسانہٕ نِگار چھینہٕ وو زمینک گنز رٹتھ پنز اپنز چ، جان نا کارِ چ یا گو ناہ تواریچ نشان دِہی کران نہ چھُ تماشہٕ بینہٕ سندی پاٹھی دوٗرِ بہتھ والٹیری آیہ عوامچہ بہتری باپتھ سِنہ وو گنینک ایلان کران ۔ تلی کرِ چھس کل پنُن پان پیرزِ ناوِنچ ۔ اوے چھہ سہ پانَس اپریشن ٹیبلس پیٹھ کھارِتھ تختہٕ مشق کران . . . . "

کاشُر افسانہٕ :- ہردے کول بھارتی

سون ادب ۱۹۷۶ء

اختر محی الدّین نہٕ افسانہٕ " زٔے چھکھ زٔے چھکھ" ہچ تنقید کران کران چھُ نقاد پننی تشبیہہ کأری اندر لطف تُلان تِس چھُ افسانہ کھو تہٕ پنُن استعارِ گرُن جاذ اہم باسان ۔ سہ چھُ تہٕ تمو لہ وان یہ نہٕ افسانہٕ نِگارن کوٚرُمت چھُ یانے پنز اپنزِ چ نشان دِہی چھن نہٕ کُرمژ ، ایلان چھن نہٕ کرُی مِتی وغارِ ۔ تمی کیاہ چھُ کوٚرُمت تہٕ چھہ نہٕ کہوٚ چہ کھاران ۔ تہٕ پیٚلہٕ اَخرس پیٹھ تمیک ذِکر کران چھُ تیٚلہٕ چھُ امہ یاتھ افسانن مُطلق یہ بُنیادی کتھ مُشران زِ افسانک " یہ " چھُ رأوی ( نریٹر ) یانے اکھ کردار یُس سیتی لکھارِس جذباتی لگاو ہیکہ اُستھ یُس تُندنو قطہِ نظر ہیکہِ اُستھ مگر یہ فأصلہٕ کرُن چھُ نہٕ صحی زِ یہ 'یہ' کیاہ چھُ اختر محی الدین صأبے یُس پانس تختہٕ مشق کران چھُ ۔

کأشرِس تنقیدس کیازِ گو نہٕ کانہہ پنُن محاورِ صحی امیُک وجہ چھُ شاید یہ تہٕ کِہ لکھأری لیوٚکھ نہٕ ایمانداأری سان پانس متلق ۔ پننِس تخلیقی تجربس تہٕ عملہٕ متلق ۔ محاورِ گرنچ بے قرأری دِیہ ہے امی وِزِ

کُنہٕ نوٗس گرتس زنم ۔ امہٕ حالہٕ چھ اخترمحی الدینن تم مضموٗن اہم یم تمو گو کہ ایلانیا پاٹھی افسانس مُتلق لیکھمتی چھِ مگر چھِ درحقیقت تمِن پنٕنین افسانن مُتلق ۔

(ج) واقہ ٹھوس آسُن چھُ افسانہٕ کہِ واتہٕ نیارٕ خاطرٕ گوڈنیک شرط ۔ واتہٕ نیارُک فاصِل ہیکو نہٕ اُسی لکھارٕ ہنٛز ذاتی پسند ناپسندٕ ستی گرٛتھ ۔ خود مرکز افسانہٕ نگار چھُ تی کران ۔ نفسیاتی تجربہ کرٕ بہانہٕ چھِ کینٛہہ افسانہٕ نِگار سراسر فارمولایہ یا عام سمجھہٕ نبر واقہ ( سچویشن ) گران تہٕ یہ دُپٕ زِ تہٕ چیلینج کران زِ پرَن وول نیرِن امہِ جنرِ منترٕ منٛزٕ نیبر ۔ ٹھوس واقہٕ گو نہٕ صرف حقیقت پسند ( ریلسٹِک ) واقہٕ ٹی کرٕ کانٛہہ تہٕ تواریخی ، غار تواریخی ، خیالی ، خابی یا تمِن تمام امکانن ہنٛزن حدن اندر کُنہٕ قسمُک واقہٕ یم انسانی ذیہنَن ہاوان چھُ ۔ نارمل انسانی ذیہن ۔ شرط چھُ یہ زِ واقہٕ گژھِ تتھ مِلوٗ ( اوٚند برس ) ہٕ ستی کُنہٕ تہٕ کُنہٕ کالس اندر مُطابقت تھوٗن یتھ منٛزٕ سہ زہوان چھُ ۔ از کالس نے تہٕ پتھ کالس یا مُمکن برٛونٛہہ کالس ستی ۔ فاروق مسعودی سُند "مَن تہٕ پوَن" تہٕ بھارتی سُند "میانٛی لاش تہٕ ژھوپہٕ ہُند شُدرٕ" چھِ یتھین افسانن ہنٛزٕ مثالہٕ ۔ دوشوَے چھِ کُنہٕ تہٕ گرٕ کنی ( نفسیاتی تجزیہ وُنی تو یا علامتی مانے ہوکنی ) صرف مُنتشر ذیٛہک مُنتشر باوتھ کران ۔ سچویشن چھنہٕ کُنہٕ تہٕ منطقہ رکنی بیٛہان یا پرَن والیٛن سند بنیادی بروسہٕ پراوِتھ ہیکان ۔ اُکس اندر چھُ زنانہٕ قتل سپدِتھ پیمُت مگر سو مارنہٕ آسنن ( غار وَجوٗدن ) ماجٕ پینٛہ اُزِ تھنہٕ ۔ نوشہٕ ہُند خوٗن چیٚتھ کوٗر ماجہ پتہٕ تس ستی سنگ ۔ یتھ واقس لاگو علامتی منطق ؟ کیاہ علامتھ تہٕ کُس مانے ؟ دوٚیمس اندر چھِ راوی ہنٛز لاش الٲنٛزٕ تہٕ سہ چھُ تتھ پانہٕ لمان ۔ اتھٕ پیٹھ گاڑ چھس بوٗن وتھ مرتہ ہُری یہ ستی بُرزٕ نہٕ یوان ۔ سو رچھ ہنٛز اُر گۓ شُنبس منٛز دٲخل ۔ 'یہ' پھالیا و ژھوپہٕ ہنٛدِس

سۆدرس تہٕ لاش گے رٲوی یَس منٛز تحلیل۔ ذیٚہن ہیٚکہِ منتشر ٲستھ مگر سہٕ اِنتشار گژھہِ پَرن واٲلِس تاںٛ ذواتُن۔ اِنتشار آسُن تہٕ اِنتشار باوُن چھہٕ مُختلِف کتھہٕ۔ اِنتشار باوُن چھہٕ زٲنتھ مٲنِتھ کوٗشِش۔ تمہٕ وِز چھُ تتھ بروٗسہٕ دار واقہٕ ہیچ شکل دِنٛی آسان۔ خبرِ یہٕ واقہٕ سمادھی چھا باوان، جنسی عمل چھا وۄپژھ نان کِنہٕ مزرِ پچ عمل کِنہٕ کیاہ؟ یہٕ زٕہن چھُکھی زِ افسانہٕ چھُ تہٕ لاش وۄپژھ ناوِنہٕ باوجوٗد ذیٚہنس رٕژھ تہٕ پریشان کران۔

(تۄرشی) کٲشرِس اَفسانس چھُن زَبان ہیٚتھ مَسٲٕلہ نٕی۔ گوکہِ بیشتر افسانہٕ نگار چھِنہٕ اتھ پزِنہٕ پٲٹھی سَنے مِتی۔ کینٛژن افسانن منٛز مِثال ہیٚکو ٲسی نتھ تہٕ زَبانٕی ذشۆعوٗر ونہٕ کڈِتھ۔ طنٛز چھُ اُزکہِ کٲشرِ افسانُک خاص عونصر۔ سٲنٛی دوٗار یاہ لکھٲرِ چھہِ زبانٕی غار ذٲتی تۄرشی دِنچ کوٗشِش کران۔ مثلن:-

"خبر کیتہٕ ہن ہنٛز آسن وُچھمُت کُس۔ تو تہٕ چھُم کُس" تاپھ۔ ہرٛی کرشن

"ٹنگہٕ ڈٲلہِ مِتس دروازِ بُٹس ژ مرِن کر نیکھ ہش نیرِتھ" کرفیو۔ ہرٛی کرشن

"یتھ سہٕ تتھ کُنہِ یکوٹے مرہا، یتھ کُنہِ سیچ دیا وۄتھ بجلی بتی چھپیہ یکوٹے سٲرِے ژھیتہٕ گژھان۔

— النفسی۔ اختر

"مَس وولیومُت جنگل۔ دِل گو بے مِتی وۄٹھ، رُخ ژھوکیمتی ژٲنگی..." نزوان۔ رہبر

نفسیٲتی کیفیژ وِزِ چھہٕ شبیہن ہنٛز ہو کار گر سپدان، نفسیٲتی اِنتشارس انٛدر زُون واجنی شبیہہ شٲیرانہٕ شبیہہ نہ —

"سہ ہینکہِ ہے میون ممکی پأٹھی خم سپدِ مُت ڈُبڈی بب تہِ اُستھ ..... یہ چھُس پنہٕ نِنِ وِرامن ہُنٛد قیدی کنہِ وِرامہِ چھیہٕ میأنی قیدی" — بہاو ۔ اِقبال فہیم

" دِلکُ کنہٕ راوسُم سِینس منٛز وَٹھ زَن ٹُدان .... پرٛتھ طرفہٕ اُس زھوپہ ۔ اتھ زھوپہٕ منٛز اُسی ستھ سو ریپران" — ہَوَس ۔ رَتن لال مجو

موتیج زھو پہ تہِ تیچ زبان چھِ زباُنی تہِ بے رُنگی ہُنٛد تو شُر دِوان ۔

" یہ گرٛزھہِ نہٕ غارگاٹھِ تھامہِ گرٛزھن ییتھ نہٕ ہیم تلہِ تھونگل زِٹارِی زالتھ وتہٕ گرٛزھن ۔ "

"میأنی لاش تہِ زھوپہِ ہُنٛد سوٗدُر ۔" بھارتی

" تہِ یِی وَنان وَنان لوٗگ بختا ورس ہیٚنک سہ اوس وہ نی اچھِ زِبند کرِتھ لوکٹس شُری سِندی پأٹھی وَدان ... بختا ور تُلن اتھن دو ن کیتھ تہِ تھوٗون فایلہِ پیٹھ ...."

جنٛگ ۔ چمن لال ہکھو

ننٛگہِ سماجس یاواقس وُرن تراونہٕ بدلہٕ پیلہِ لِکھارٛی تمیچ عُریأنی جاوے ننٛ کرِنی چھہ یرٛھان زبان چھیہٕ وہ راٹھ محاورس اندریٚکہِ ہُنٛد آکار رٹان ۔

"مےٚ اُمس ہلکارٛی ہوٗنی سِنٛدی پأٹھی لال پشپان ۔ مےٚ اُمس زنان کھران ۔" ٹایمز ۔ اختر

"اتھ ناگہ بلس دام دِوان دِوان موٗنٛڈ مےٚ پننہٕ یِڈ تل مُنی تہِ نسیمن سوٗر" نرگہٕند ۔ فاروق

"ہو ننٛگی سِینس ستی یہ دِیٚنہِ زِ تہِ لاأرِتھ تہِ زنٛگن منٛز باگ دِچھُن اتھ سرٛتشِینہٕ ہندِ سرٛتشِ نہٕ گرٛزکہ پأٹھی دوہ تھان تہِ بہان ۔" اِرتقا ۔ بشیر اختر ۔

عشق لیکھنہٕ وزِ عوٚموٗمَن زبان سٕتاک محاورس انٛدرٕ بند گرٛھان تہٕ کیاژ نظمہٕ تہٕ نثرس انٛدر چھُ عُشقیہ بیان سٹھاہ موٗجوٗد تہٕ خطر چھِ آسان اَفسانہٕ لِگار مادیہ اُتھی سٕن سٕن۔ مگر کینٛژن کاشرٕ ہن افسانن انٛدر چھپیہٕ عشقک بدلوٗن تنوظُر سمجِتھ موزوٗن مَحاورٕ گر نچ ایمانداری کوٗشش کرنہٕ آمژ۔

"یہ کرہاپننٕ دوٚدسہٕ لدٕ آتماسٕ آراب .... مگر چھِٹ روٗزمٕ وُٹھن لاُرِ تھے"... مدن سرتہٕ منوش

علی محمد لوٗن

"سہٕ اوس یانہ اُرِس ان زاُنی تہٕ ٹیٹھ وہنہٕ نابدی طُفانس منٛز ہینہٕ آمُت ... بفظن ژھوکیو شاہ تہٕ عبارژ لوٚب عنوان۔" ژٕس۔ امرٕ مالموہی

(شروس) کاشُرس اندر چھ یتھی اَفسانہٕ وِزِ وِزِ لیکھنہٕ آمتی۔ گوڈکالس انٛدرٕ اُسی اشتراکی تہٕ مارکسی فارموٗلاہ وٕتھ ناونہٕ خاطرٕ واقہ تہٕ کِردار تھرنہٕ یوان۔ یتہٕ اُسی نہٕ تِم پننہٕ فِطری اِنسانی اِرتقاہس مطابق یا منگہٕ مُطابق بلکہٕ فارموٗلایہ ہندِ ہدایتہٕ مطابق ووتلان تہٕ ترقی یا زوال پراوان۔ یِتھین افسانن ہندی اِقتباس دِنچ ضرورژ تہ چھِنہٕ۔ یِم چھ برژنہہ تہٕ وٕتھ ناونہٕ آمتی۔ ییٚتِ مس دٕہلس اندر تہٕ آیہ یِتھی افسانہ لیکھنہٕ یوٚدوزن ووٗنی مارکسی ہدایتھ چھنہٕ۔ یِتھین افسانن اندر چھُ لکھارِ سُند نظریاتی توصُب یونت گرٕ کرِتھ آسان زِ افسانہٕ سمجنہٕ خاطرٕ چھُ سُہ توصُب یا تمہٕ نظریک خول خط زانُن ضوٗروٗری بنان۔ یانے اَدب پرنہٕ خاطرٕ چھُ گوڈٕ فلسفہٕ پرُن ضوٗروٗری۔ جدید پد بننہٕ خاطرٕ جدید علم پرِتھ پتہٕ تمنے اُندی اُندی افسانہٕ گرُن چھِ کینٛژن افسانس اندر تہٕ خیالاتے روژان چھ۔ رٔتھ تہٕ ماژکی کِردار بنان چھِ تہٕ۔ اَمہٕ تُقابلہ چھُ بھارتی سُند "سری یہ روٚس پگاہ"۔ اکھ ژٔھوس واقہٕ دِوان یُس پتہٕ کُنہٕ بدل مانے ہَس کُن

اِشارٕ کران چھُ۔ بشیر اختر سٕندی افسانہٕ "فلمی ٹریلر" تہٕ "زیوٕ ہٕندی افسانہٕ" چھ کامیاب عٔلامتی افسانہٕ۔ ہری کرشن کوٗلُن "پگاہ" چھُ بظاہر حقیقتھ پسند افسانہٕ مگر سورُے افسانہٕ چھُ یکدم بدل سطحس پیٹھ بیاکھ مانے دِوان۔ یا "اکھ عُریاں کتھ" اندر چھُ نہٕ پرٛوفیسر سٕندِ ننگے گژھنک صِرف تی مانے روزان۔ سُہ چھُ یتھ مصنوٗعی سماجس اندر تٔسندِ فِطری ایماندأری تہٕ تمہِ چہ ٹریجڈی ہٕنٛد مانے دِوان مگر امہِ مانے بغأر تہِ چھُ تتھ پٔنٕن مانے برقرار تہٕ کأنی۔

پانٛژھ۔ مُختلف اسلوٗب استعمال کرٕنۍ تہٕ پتہٕ اکے افسانس اندر تِم وٕ یپہٕ راوٕنۍ گژھِ اکھ ڈیلی بریٹ عمل آسنہٕ۔ فاروق مسعوٗدی سٕندۍ افسانہٕ "کوٕہ کافس پیٹھ پری جِن تہٕ ہیرو" چھ بیک وکھت پانٛژن مُختلِف ژھاین ہٕنز کتھ لبنہٕ اکس قالبس لدِتھ بڑٕ کامیأبی سان اکھ ہم آہنگ اسلوٗب پیش کران۔ یِمو لبنو منز چھیہٕ فلمی کتھ گوڈٕنچ انوأری تھوان اوٚکنی چھُ افسانہٕ کُل پأٹھۍ اکھ سِنیریو باسان۔

ہردے کول بھارتی

# کأشُر افسانہٕ

## سنہ ۱۹۴۷ءٕ پیٹھہٕ سنہ ۱۹۶۵ءٕ یس تام

کأشرِ افسانٕچ وأنس چھیہٕ مسادہٕ یہٕ ترٛیہہ وٕری تہٕ عالمچن مختلف زبانن ہُند افسانوی ادب نظرِ تل تھأوِتھ چھُ اَمہِ حسابہٕ کأشرِ افسانہٕ سٹھاہ کوٚتُس۔ یوٚز کوٚتُس آسنہٕ باوجود تہٕ یمِ ارتقأیی مٔنزلہٕ اَمی اَتھ موٚختصر وقتس منٛز طے کٔری تہٕ یتھ مقامس پیٹھہٕ وٕنی کیس کھڑا چھُ۔ سُہ وُچھتھ چھُ یہٕ یقین کرُن ہنا مُشکل گژھان زِ یہ کیاہ چھُ وُمبرِ لوٚت کأنسہٕ کوٚٹ۔ تِتھ چھُ غالبن یہٕ وجہہ زِ اَمیک سفر گوٚو نہٕ تتہٕ پیٹھہٕ شوٚروٗع ییتہِ پیٹھہٕ مثالے اُردو یا ہندی افسانُک شوٚروٗع گوٚو بلکہِ ترٛاوی اَمی گوڈ تہٕ کینہہ مٔنزلہٕ تہٕ منٛز تہٕ کٔرِن کینہہ دور BY PASS ۔ اَتھ منٛز کانہہ شکھ چھُ نہٕ زِ سرسری طور اَمکہِ سفرچ سام ہینہٕ وِزِ چھُ اَمیک یہٕ ارتقأیی عمل غأرفطری باسان تہٕ مجلسن منٛز بحث زیینہٕ خأطرٕ پننہٕ ترٛکُ آسنُک ثبوٗت تہٕ دِوان۔ یوٚز بحث زیینہٕ ہُنٛد کٔلُ اَکھ طرف ترٛاوِتھ ہرگاہ وُچھنہٕ ییہِ تیٚلہِ چھُ یہٕ عمل فطری تہٕ تہٕ حقیقی تہٕ۔ تہٕ زن گوو ہرگاہ یہٕ کتھ تسلیم کٔرِتھ اَمِچ سام ہینہٕ ییہِ زِ ادب چھُنہٕ سمأجی سیأسی کیو اقتصأدی حالاتو نِشہ الگ تھأوِتھ نہٕ وِچھنہٕ یِوان تہٕ نہٕ تخلیق سپدان ہرگاہ یہٕ کتھ تسلیم کرنہٕ ییہِ زِ یہ چھُ کلہم معاشرُک اَکھ لأزمی حِصہٕ آسان تیٚلہِ باسہِ نہٕ کأشرِ افسانُک ارتقأیی عمل غأرفطری تہٕ نہٕ غأر حقیقی۔ سماجس کیو معاشرس ستی اَمیک گوٚن رِشتہٕ چھُ ییمہِ اَکہِ مثالہِ ستی واضح سپدان زِ ییمہِ ساتہٕ اینسٹاین رلیٹوٹی (RELATIVITY) تھیوری پیٹھ تحقیق اوس کران بلکل تمی ساتہٕ اوس پیبلو پکاسو تہٕ کیوبزمس (CUBISM) منٛز تجربہٕ کران۔

ٹھیک یِتھے مُتوازی رِشتہٕ چھُ سائنس معاشی، معاشرتی کیو سماجی ارتقائی عملس تہٕ ادبس درمیان تہِ۔ تہٕ گوویٚلہِ ملک آزاد سپدتہٕ سائنسی تہٕ تکنیکی ترقی سانہِ بقا خاطرٕ اکھ لازمی کتھ بنے یہِ۔ اُسہِ پرارے یہِ نہٕ کانٛسہِ مارکونی یا ایڈیسنہٕ سندس تھہنہٕ ییٚنس تہٕ نہ کوٚراَسہِ تتہِ ییٚٹھہٕ ترقی یافتہٕ ملکو یہِ سفر شوٗروٗع اوس کوٚرمُت۔ بٔلکہ کٔرِ اَسہِ ابتدائی تحقیق تہٕ تجربٕکۍ واریاہ مٔنزلہٕ BY PASS تہٕ شوٗروٗع کوٚر تَمہِ مقامہٕ ییٚٹھہٕ یُس سانہِ ماحولہٕ مزاجہِ بیترِ تہٕ سماجی سیاسی کیو اقتصادی حالاتو موٗجُب مُناسب اوس۔ چونکہِ ادب چھُ نہٕ زندگی ہِندلو میوشولوٗنِشہِ کانہہ بدوٗن چیز اوٚ موکھ رُوٗدا چہِ ترقی ہُندا نہار تہِ کم وبیش یِتھے تہٕ یہِ چھینہٕ کانہہ ہیڈہٕ لائکھ یا عاجب کتھ۔ اَمہِ بیانٛک گژھِنہٕ ہرگز تہِ یہِ مطلب کڈنہٕ یُن زِ صرف کیاہ سپز نقالی یا یہِ زِ مضموٗن نگار کیا چھُ نقل نویسی ہِنز حمایتھ کران۔ بٔلکہ چھُ مُدا صرف یہِ کتھ کھٔرٕ کرٕنۍ زِ سانہِ افسانوی ادبُک ارتقائی عمل نہ چھُ غار فطری تہٕ نہ غار حقیقی۔ بٔلکہ بہِ اسہِ یہِ تتھ صوٗرتس منٛز یِنہِ پاٹھی غار حقیقی ہرگاہ اَمِکس تہٕ زندگی ہِندین باقے شوٗبن ہِندس ارتقائی عملس منٛز یِتھ ہِشر تہٕ متوازی رشتہٕ درینٛٹھ گژھِہے نہٕ۔

کاشُر افسانہٕ آو آزادی حاصل سپدنہٕ پتے تَمہِ سات وجودس منٛز یِیلہِ ملکس منٛز مختلف سیاسی جماژن نکھہٕ پکھہِ وَہراونہٕ خاطرٕ پننۍ دُکان توٚسرہِ چمکاونۍ آسی ہیتۍ مٕتۍ۔ کھووُرِ درچہِ پائی آسہٕ زیادٕ منظم تہٕ ملکچہِ ثقافتی کیو تمدنی زندگی منٛز تہِ اوس مختلف اوٚنجمنو کیو تنظیمو ذٔریہ یہُند دائیرٕ اثر سیٹھاہ وُسی تہٕ زوردار۔ یہِ اوس سہ دور یِیلہِ ملکی پیمانس ییٚٹھہٕ کُنہِ منظم ادبی تحریک نظرٕ آس گژھان تہٕ سوٚ گئیہ یہِ ترقی پسند تحریک۔ سانِس ریاستس منٛز تہٕ یمو بزرگ ادیبو نٔرِچ کمی موحسوٗس کٔرِتھ کاشرِ پاٹھۍ افسانہٕ لیکھنک دٔسلابہٕ کوٚرتمِ تہٕ آسی سیدِ سیوٚد یا ورگہٕ اَتھ سیاسی تحریکہِ سٕتۍ وابستہٕ۔ چنانچہِ سپد کاشرِ افسانُک آغاز تہٕ ترقی پسند تحریکہِ سٕتۍ۔

گوڈنیُک افسانہٕ یُس چھاپ سپدِتھ لوٗکن بروٚنٛھہٕ کُنہِ آو اوس شری دینا ناتھ نادمہٕ سُنٛد "جوابی کاڑ" اَتھ سٕتۍ سپد شری سومناتھ زُتشی سُنٛد افسانہٕ "یِیلہِ پھوٚل گاش" تہٕ شایع۔ بٔلکہِ چھینہٕ یتھ ملق متضاد رایہِ کاشرِس افسانس لوٚگہٕ جوابی کاڑ سٕتۍ کِنہٕ "یِیلہِ پھوٚل گاشہٕ" سٕتۍ۔ کیٚنژن بُزرگ

اُدِمِن ہندونٕ چھُ زِ گوڈٕ آو "یِیلہِ پھوٚل گاش" لیکھنہٕ مگر چھاپ سپُد گوڈٕ "جواٰبی کارڈ" تہٕ (اتھ تحریکہِ ستی وابستہٕ) کینٛژن بُزرگن ہنز راے چھےٚ اتھ مختلف۔

"قومی کلچرل کانگرہ کِس ۲۵ فروری ۱۹۵۰ء کِس ادبی جلسس منٛز آو گوڈنیک کاشُر افسانہٕ پرنہٕ۔ ناوا و سُمس "یِیلہِ پھوٚل گاش" تہٕ افسانہٕ نگار اوس سوٚمناتھ زتشی"۔

(اَزٕنیک کاشُر افسانہٕ اگست ۶۷۔ کینٛژھا افسانس متلق "اُمین کامِل) اتھ مقابلہٕ چھےٚ بیا کھ راے یہِ زِ۔

"...... ۱۹۵۰ء ہس کنہٕ ہیوٚ لیوٚکھ دیناناتھ نادمن "جواٰبی کارڈ" ناوُک گوڈنیک افسانہٕ ....... تہٕ یوٚہے چھُ کاشُر افسانُک مولادار ......"

ساریکا آدِہ کتھا و شیش انک ۱۹۷۲ او مکار کا چِرو۔)

بہر حال یہِ بحث اُک طرف ترٲوِتھ چھےٚ یہِ کتھ سکہٕ زِ کاشُر افسانُک آغاز سپُد ترقی پسند تحریکہِ پیٹھٕ تہٕ اُدی کرِ تم معیار کیو میزان کُنہٕ پس و پیشہٕ یا مُشکلہٕ بغار قبوٗل یِم اَمہِ تحریکہِ خاطر لازمی آسی۔ یوٚہے وجہ چھُ زِ اَمہِ دورُک کم و بیش ساری افسانہٕ چھِ تِمو افسانو نِشہٕ کینہہ خاص مختلف یِم اتھ تحریکہِ تحت مُلکہٕ کین مختلف حصن منٛز مختلف زبانن اندر اتھ دورس منٛز لیکھنہٕ آیہ۔ بلکہ چھِ کُنہٕ کُنہٕ جایہ حالاٰنی ہندس حدس تام پراگراف ہندی سِرٕ اگراف ہوی اکی اَنہٕ مانہٕ لیکھنہٕ آمتی۔ مثالے:۔

"... ... .. ریتہٕ کول سدرُو نپے چھُ اتھ (کولہِ) آب راٰسی زن گرٛھان تہٕ گاٰٹی گامس آبہٕ کامن گرٛھان۔ توٚے چھےٚ گاش چھولنہٕ پیٹھٕ اُڈراتن تام آبس منگ آسان .....

....... ازتہٕ اوس گاٰمی گام آبہٕ دادِ ژرِستھ آمُت ......"

(افسانہٕ "رے" دیناناتھ نادم۔ جُلے ۱۹۵۰)

تہٕ

"....... گامکین بسکینٛن اوس اَکھ زِ دوہ برونٛہہ خوف زِ خوشکی مار گژھنہٕ سپدُن...

"...... پہاڑی نالہ پُیس گامکِین دال کھہن سنگ اوس دِوان اوس دانہِ پَیپنہِ برزو نہے ہوکھٔمت بیٚمہ کنہٕ
گاہ کِلو کھ اُسی ہر وِزِ ڈکہ ژکھ رِتھ آسان ......"

(تامل افسانہ "ہالو" مصنف راج رتنم - ۱۹۵۰)

واقاتن تہ یہندس بیانس منز امہِ ہشرک سبب ہیکہ نہ محض ہوی حالاتھ آستھ ہکیاز حالاتھ ہیٚو آسِتھ بٔلکہ کُنی آسِتھ تہ چھُ فردسُند یا افسانہ نگارسُند ردِعمل انفرادی آسان تہ ظاہر کتھاہ چھیٚنہ زِبیلہ ردِعمل انفرادی آسہ بیان تہ آسہ اکی اپہ ماپہ - بٔلکہ چھُ امہِ یکسانیتُک وجہ یہ باسان زِ اتھ تحریکہ تحت یہ کینژھا تخلیق سپُد تہ سپُد اکس فارمولاہس تحت تہ فارمولا باسے کُنہِ تہ جایہ بیتن ورتاونہ نتیجہ آسن ہوی - یوٚہے وجہ چھُ زِ امہِ دورکین افسانن منز فکری سطح چھیٚنہ ہشی تہ موضوع کہ اعتبار تہ چھیٚنہ یمن منز خاص کانہہ رنگارنگی نظر گژھان - البتہ اُس صرف لیکھن والی سنز ہونر (CRAFT) کُنہِ افسانس مقابلتن زیادہ بہتر یہ وُن یاسنہ وُن بناوان مثالے ، اخترن دلو مجبور رسند "کوٚلہ وان" ناوکہ افسانک ترجمہ چھُنہ دیناناتھ نادم سند افسانہ "شپنہ پپتو پپتوکہ" "یہ" کردار لِشہ خاص کیہنہ مختلف - دوشوے چھِ اکی سے فارمولاہس تحت گرنہ آمتی - اوکنہ چھُ دوشوٕنی ہنز زندگی ہند کنہ کیچھِر سختی تہ دوکھ دود ہوٕے - دوشوٕنی چھیٚنہ پننی پننی ذاتھ لُپشرنہ آمژ اوٕے چھُ دوشوٕنی ہند نفسیاتی وجود تہ مصنوعی - پوٚز نادم صابنہ ہونر مندی (CRAFTSMANSHIP) چھِ امس تتھی جایہ وٕلی متر زِ یہ چھُ مقابلتن زیادہ CREDIBLE بہتر یہ وُن تہ سنہ وُن باسان -

"..... یہ اوٚسُس نہ تسُند مرُن سوٚری تھے ہیکان ، تہ اوٚتے تام وٕاتِتھ اوٚسُس یہ بدل کیہنہ یاد پاوان - شاید سہ دوہ ییلہ یہ گوڈنیتھے ینِنس ماس ستی شہر وُژھوس - تمن دوہن اوس شہر دوٚیم "مارشل" چلان تہ لوکن آسی نمائشی منز ٹکٹکی کھالیتھ رٹہ داوی کران - تہ کتھ کُنہ رچاکھ اُسی گاوکدس نکھہ تہ پکناوے یکھ یدستی - مےٚ اُس ماجہ مکایہ ژوچہ ہن دِرم رِش یوسہ مےٚ نالس گنڈتھ آس تہ ییلہ یڈ کھوکھج رلکان سو آیم ہرنہ - مےٚ درایہ تتھ کیتھ مگر پتھے آیاو اکھ بوٚندوٚقی تہ تمہ ژھنیایم بوٚندوقہ ٹاس اکس - مےٚ چھُ وُنہ تمیک اکھ ڈھیلس چھانس یہ یاد دیتھ اوٚسُس

بہٕ جل جل اَتھ کڈان تہٕ اتھ تمی مایہ لبوان یمہٕ مایہِ گاوچھیہٕ وٕرِہس تھہٕ پیٹھ تن پھیشان ۔۔۔۔"

(افسانہٕ شیٖنہٕ پیتو پیتو۔ مصنف دینا ناتھ نادم ۔ چھاپ جنوری ۱۹۵۲ء)

یہٕ بیانہٕ چھُ فارمولای اُستھ تہٕ سَنہٕ وُن تہٕ اتھ مقابلہٕ بیلہٕ اَسۍ کولہٕ وانُک "زحمہٕ چھن وُچھان سُہ چھُ اَمی فارمولاہک پاداوار آسنہٕ باوجوٗد تہٕ سطحاہ سطحی تہٕ سَرسَری باسان۔ گو وتسندی حارٕی شاتھ چھینہٕ "شیٖنہٕ پیتو پیتو کہِ" "یہٕ" کردارٕنشِہ خاص کیھنہٕ ہیوٚن۔ تِمس اگر مکایہ ژوٹ والیس حاصل کرنس پیٹھ لوٚندوٗقی اتھہ زخمی چھُ کران، تِمِیس چھُ وُشکہٕ ژوچہٕ مِنداہا وبے ہوش کران۔ تِہ اگر مار شلُک شکار چھُ یہٕ چھُ جاگیرداری تہٕ چکداری مُند۔ پوٚز نادم صابٕ ہو نر چھیہٕ شیٖنہٕ پیتو پیتوہس اَمہِ دور مکھ اکھ نمائندہ افسانہٕ بناوان تہٕ اتھ برعکس چھُ ارجن دیو مجبورٕ سُند "کولہٕ وان" اَمہِ ہو نر ہنرٕ کمی موکھہ فارمولاہُک مساخاکہٕ باسان۔ بلکُل یہِے فرق چھیہٕ عبدل عزیز ہارونہٕ سندِس افسانہٕ "زوٗن" (چھاپ ۱۹۵۱) تہٕ علی محمد لونہٕ سندِس "یِم لوکھ" ناوکس افسانس درمیان تہٕ تہٕ نور محمد بٹہٕ سندِس "ژور" ناوکس افسانس تہٕ صوفی غلام محمد سندِس افسانہٕ "ژرِہٕ ژورس" درمیان تہٕ۔

گو وو ۵۵-۱۹۵۴ءہس تام اُس ترقی پسند تحریک ژھوکمٕژ ہیٚتھ مگر HANGOVER اوس وُنہٕ باقے، اوٚت تام یِم افسانہٕ اَتھ تحریکہِ تحت لیکھنہٕ آیہٕ تِم ہیکو کھ اَسی دوٚن حِصن منٛز تقسیم کٔرِتھ۔ اکھ تِم یِم کھیلی ذہنیژ ( HERD - MENTALITY ) تحت لیکھنہٕ آیہٕ تہٕ دوٚیم تِم یِم ہیو فارمولایی موضوع آسنہٕ باوجوٗد تہٕ فنی اعتبارٕ مکمل افسانہٕ چھِ۔ یوٚہے دوٚیم ہیوٚ قسم چھُ ساہٕ انزکہِ افسانُک مولادار۔

کاشرِ افسانُک یہٕ بڑاوس سطحاہ نوٚز کھ تہٕ اہم لقولِ امین کامل۔ "اشتراکی انقلاب پسند نوجوانن ہٕنہٕ اوس کُنی تام ذہنی ژورَن اتھ ہیو تر وومت تہٕ فرضی سماجس تہٕ کردارن منٛز نشرن والبو اوس والیس پنٕن گرٕاژُن ہیو تمُت ۔۔۔۔"

(کینٛژھا افسانس متلق "شیرازٕ" ۱۹۶۷ء)

یہٕ اوس کاشرِ افسانُک عبوٗری دور تہٕ لوٚے اوس ہنا کرٕوٚکھ تہٕ۔ کرٕ وٚھ اوٚکنی زِ تِم ارزھ

اُس یِہ ذٕپِزٕرِ تہٕ نہٕ آسنس برابر اَوے بنیاد تہٕ پسندِ خاطر بُنیٲدی کتھ وِرٕشہناوِنہٕ تٕہ کُنہِ حدس تام ضوٗرٕوری۔

"۔۔۔۔۔۔ افسانس چھِ یوان زندگی منٛز ساسہٕ بدی حادٕثہٕ تہٕ واقعات پیش یِم حادثہٕ چھِ تراوان اَہندس ذٕہنس پیٹھ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ اثر۔۔۔۔۔۔ مُتقی چھِ شرٲبی تہٕ زاری بنان۔ سٕنٛز ژوٗر چھِ لوٗڈٕ بارٕ امانتھ دار بنان۔۔۔۔۔۔ مَتہٕ شرٲد نِچ اکھ زٕژیا پچلے کلانک اکھ تیٖر کوٗنڈ (تہٕ ہیٚکہِ افسانہٕ بنٕتھ) ۔۔۔۔۔ یا شیٖٹھہٕ ذٕری شہٕ تجہ چھِ پَنُن مٲہرِ نہٕ توٗن گالنہٕ ہندِ ذٕری یادٕ میہ یزارٕ ہٕ ستی یاد پیوان۔ سو کیاہ چھیہٕ تمہِ ساتہٕ سوچان یہٕ ہیٚکہِ افسانُک موضوع بنٕتھ۔۔۔"

(افسانس متلق کیٚنہہ بُنیٲدی کتھ از اختر محی الدین ۱۹۵۵ء)

سوٚ چنٛکِس اتھ اندازس ہیٚکو فنکہٕ سفرٕ چ سوٗ دتھ یدِ کٔڈِ نِچ کل وٕنتھ بٕتیمیک کانٛہہ موڈ کانٛہہ پٕڑاو کانٛہہ دوٗر یا کانٛہہ منزل حتمی چھُنہٕ آسان۔

ترقی پسند تحریکہِ ہٕتہٕ کِس اَتھ دورس ہیٚکو اَسی کٲشرِ افسانوی ادبُک درمیٲنی دور تہٕ وٕنِتھ۔ یہِ چھیہٕ اکھ عجیب کتھاہ زِ اَمہِ دورٕکِس آغازس ستی ہیوٚت بیشتر پیش رَو افسانہٕ نگارو یانے سوٗمناتھ زتشی، دیناناتھ نادم، نور محمد روشن تہٕ عبدالعزیز ہارون افسانہٕ نگٲری نِشہٕ لوٚب، شاید چھُ امیک اکھ وجہہ یہِ تہٕ زِ یِم ہیٚکی نہٕ پننہِ سیاسی آدرش فنہٕ نِشہِ الگ کٔرِتھ پوٗرٕ ہیٚندِ لوٚب ہٕنس ستی سَیدی اختر محی الدین، علی محمد لون، صوفی غلام محمد، امیش کول، امین کٲمل، ہردے کول بھارتی تہٕ اتھ کاروانس منٛز شٲمل۔ اتھ منٛز کانٛہہ شکھ چھُنہٕ زِ اتھ دورس ستی والبستہٕ کیٚنہہ افسانہٕ نگار تہٕ اَسی ترقی پسند تحریکہِ ستی والبستہٕ روٗدی مٕتی مگر ووٚنی اوس کٲشُر افسانہٕ نگار فارمولایی دورٕ نِشہِ آزاد گٔژھِتھ موضوع علاوٕ اوٚسلوٗبس ہیٚتس تہٕ فکری پہلوٕ ہٕس پیٹھ انفرٲدی طور سوچنہٕ لوٚگمُت۔ افسانہٕ نگارٕ ہٕنز فکری سطح تہٕ باوتھ کرنُکھ فن کتھ معیارس پیٹھ اوس اَمہِ ساتہٕ امیک اندازٕ چھُ اختر محی الدینہٕ سُند "ذٕری یا یہِ ہندی یزار" افسانہٕ پرنہٕ ستی گژھان، یتھ از تہٕ سنگ میلچ حیثیت

حاصل چھِیہٕ۔ اَمہِ دورکۍ افسانہٕ چھِنہٕ ترقی پسند تحریکہِ دوران لیکھنہٕ آمتین افسانن ہندۍ پاٹھۍ یکرنگی۔ اَمہِ دورٕکین افسانن منز چھُ گوڈنکہِ پھِر یہِ اِحساس گژھان زِ کاشُر افسانہٕ نگار چھُ زندگی ہنز تَمہِ گرمی ہنز کتھ کران یوسہٕ تیٚہندِ اَندرِ یکہِ خاطرٕ تہٕ تیٚژے ضوٗروٗری چھےٚ یِتھٕ ذاتہٕ کرِ بقا خاطرٕ چھےٚ سُہ چھُنہٕ کھوکھرلوٗنارٕ وستہِ انقلابکۍ شاذی تارکھ ہاوٕنچ کوٗشش کران بٔلکہٕ ذاتُک دود تہٕ دٕکھ سوکھ پننس اَندرۍ یکھس منز بٔدکِلٕتھ کینژھا یہِ دور کران تہٕ کینژھا دوا ژھانڈان گوڈنکہِ پھِر چھُ باسان زِ افسانہٕ نگارتہٕ چھُ انسانٕے تہٕ تسُند روٗپ چھُنہٕ وۄزمیُک گاش بٔلکہٕ سُہ PHEN°MENON یِتھ گاش تہٕ پننُ چھُ تہٕ اَنہٕ گٹہٕ تہٕ تاپھ تہٕ پننُ چھُ تہٕ شہٕل تہٕ۔

"...... کیٚژ لٹہِ وُچھ راتن بھوشنن تہٕ پریتھ لٹہِ ژرتھ اَمہِ تسندِس بُتھس پیٹھ اکھ عجیب اَسُن تہٕ نظرن منز اکھ عجیب سر یہ۔ زنتہٕ اوس تَمس دِلن اسان اَسان کُستام شاپھ دیُت مُت زنتہٕ اوس سُہ یژھان اَمس کیاہ تام وَنُن ........" چانٕز کنہٕ چھُ زندگی منز اکِس ہِیے جایہِ واتُن تہٕ یہے چھِے باسان سیٚز تہٕ ژھوٚٹ وَتھ۔ مگر زندگی منز چھےٚ کانہہ سیٚز وَتھ کُنہِ کُنہِ لوٗٹان تہٕ۔ یہ یُس سہلاب باسان اَتہٕ موٗنجہِ کوٗرمُت سُہ آسان گومُت کُنہِ کُنہِ سٔری بیٚنژھ ......"

(افسانہٕ "اَڈٕے کتھ" اُمیش کول۔ چھاپ ۱۹۵۵ء)

بھوشنن اَسُنک "شاپھ" چھُ افسانہٕ نگارس پننُ "شاپھ" تہٕ وۄبوُدکِس اَنِس منز اَندرۍ یکھ پیٚچھ وُلِسی گومُت اکھ ژیٚوہ۔ زندگی ہنز "ژھوبہٕ وَتہٕ" ہندبرم چھُ ذاتُک خاب تہٕ "وَتھ لوٗٹنُک" یا "سہلاب سٔری بیٚنژھ" گژھنُک اِحساس چھُ اکھ ترٛٹھ ژینہٕ وُن (بٔلکہٕ ژرتنا تہٕ) یوسہٕ ذاتی تجربُک دیُت یا حاصل چھُ۔ یوٚہے وجہ چھُ زباونٕکھ کُرنکھ انداز تہٕ چھُ فطری۔ ذاتچہِ ژرتنا یہ ہنز باوتھ کرنکۍ اَمۍ اندازن دِژ کاشرس افسانس اکھ ترٛٹھ پرٕ تہٕ صحتھ مند پیرا۔ یتھ پیٹھ اَزٕ کہٕ نہٕ گژھ اَزٕ کہٕ افسانچ مندورکِھ ژاچھےٚ۔ تہٕ یہِ تسلیم کرنس منز نہٕ گژھِ اَزٕکس افسانہٕ نگارس تہٕ نہٕ

نقادس کانہہ گال باسنہٕ۔ اختر محی الدینن، "میٚہ تہٕ تووگ پہٕ کیہنہٕ"، "تہٕ ڈٲری یا یہ ہُندیسزار" علی محمد لونن۔ "ییم لۆکھ" امین کاملن "نوٚو تاوُن" "تہٕ کوکر جنگ" ہی افسانہٕ چھہٕ امہٕ دورکۍ نمائندٕ افسانہٕ۔ ممکن چھُ زِ وُنِکین باسہٕ تمہٕ وقتہٕ کس اختر سُند موصم تہٕ شوٗد بیانیہ انداز تہٕ کٲملہٕ سنٛز ترٛچ لفظہٕ زٲر اکھ فطری تہٕ عام کتھاہ، لون صابنٕ اوسلوٗب تہٕ اُمیشن فکری انداز اکھ سیٚز تہٕ سادٕ عمل مگر یوٚہے باسُن ییٚلہٕ وُہ پننہٕ وٲری یہ پتھ کُن ژھال تھٲوِتھ کھوچہِ کھالان چھن، تیٚلہٕ چھُ یہ "باسُن" غلط ثابت سپدان تہٕ یمہٕ کتھ ہُند سٕہی انداز سپدان یمن فن پارن کٲژاہ اہمیتھ چھپیہٕ حاصل۔

تقریبن ۱۹۵۹ ہٕ یس تمام روٗد کٲشر افسانہٕ یمہٕ نے شٕتھن اُدبین اندی اندی پھیران تہٕ درمیانی دورکس آخرس کنہٕ ہیوٚ سپدی اتھ کاروانس منٛز۔ کیہنہٕ نوٚوۍ اُدیب شٲمل تہٕ کینژو پرانیو سفرژ ڈاوُ ہیوٚت لوٚب۔ نوٚین ناون منٛز چھہٕ خاص طور بنسی نردوش، اوتار کرشن رہبر ڈاکٹر شنکر رینہٕ عباس تابش، غلام نبی بابا تہٕ چھیکرس فاروق مسعودی قابلِ ذکر۔ یِم نوٚوۍ ادیب آسہٕ نہٕ بلکل تہٕ کنہٕ سیاسی یا ادبی تحریکہِ نشہٕ جواب دِنہٕ اُدموکھ اُس تہتہٕ ذاتی سوٚمبرن تہٕ ذاتکٕ ژینہٕ تہندین افسانن ہُندین وُنن، یہ اوس امہٕ وقتکۍ نوٚبر تہٕ جدید افسانکٕ گوڈلیُس تمہٕ وقتہٕ کیو کینژو نقادو رد کوٚر تہٕ کینژو قوبول کوٚر۔ اوتار کرشن رہبر سُند افسانوی مجموعہ "لوٚبرکھ" تہٕ کوٚر بشیر رواتھ پرستو تمہٕ وقتہٕ یہ وٕنتھ رد زِ اتھ منٛز شٲمل تمام افسانہٕ چھہٕ محض خاکہٕ۔ غالبنٕ چھُ امیک اکھ وجہہ یتہٕ زِ یمن منٛز اوسنہٕ تہٕ کینژھا یمچ اوٚت تمام لوٗزن وٲلس، پرن وٲلس یا نقادس حال ہِش گٲمژ اُس تہٕ یہ حادی مانکل پھٹ تمہِ ساتہٕ مکمل پاٹھی ییٚلہٕ اختر محی الدینہٕ سُند افسانہٕ "آدم چھُ عجب ذاتھ" چھاپ سپُد۔ گوو ییٚتھہٕ پاٹھی چاکہٕ رکھ ترٛاوِتھ بنہٕ نہٕ بندی کرنی چھپنہٕ سہی۔ پوٚز مطلب چھُ صرف یہ زِ اتہٕ بیٹھہ چھپیہٕ سو نوٚہج ٹاکارٕ پاٹھی دزنیٹھی گرژھان یمہٕ نہجہ اُزی کس افسانس زنم دیت۔ کتھ چھپیہٕ یہے ۱۹۶۰ ہٕ کہ ڈیلکہٕ گوڈنکہٕ جحیح ہِش ییٚلہٕ زن کٲشر افسانہٕ مُلکہٕ کس ادبی منظرس منٛز پننٕ مقام حاصل کرنس اہل سپُد۔ امہٕ دورکین افسانن منٛز چھپیہٕ گوڈنیچ پھر یہ کتھ نظرِ گژھان زِ لکھاری چھہٕ اوہنری، موپاساں، یا چیخوف ہیوٚ کانہہ تہٕ

ماڈل پالس برونہہ کنہِ تھاوِتھ افسانہٕ تخلیق کوٚرمٕت، بلکہِ چھُ سُہ پننی ژیننہٕ ژٕترنہٕ تہٕ توانگرہٕ موجب کتھِ ہنٕز باوتھ کران۔ پوٚت منظرس منٛز لکھاری سٕنز فکری سطح ڈکھ آسنہٕ باوجوٗد تہٕ چھِ ییم افسانہٕ موضوع کیو اوٗسلوبہٕ حسابہٕ خانہٕ بندی لوٗنٛشہِ آزادیا سان تہٕ ۱۹۶۰ ء سنہٕ کہِ ڈلکس اخرس کنہِ ہیوٚ سپدی اَمکی ییم نوٚقوٗش زیادٕ واضح تہٕ نوٗبرگو وزیادٕ ژینہٕ وُن بیٚلہِ گژھنے تا پھ گژھے "شہُل" "سبٹھاہ موموٗلی" تہٕ "شکست" بیترِ ہی افسانہٕ شایع سپدی۔ اَتھی وقتس منٛز سپدی ژٕہ ہیٚندی افسانہٕ نگار ہری کرشن کول تہٕ رتن لال شانت تہٕ اتھ کاروانس منٛز شامل۔ تکیازِ ییم دٕہ شوٗرے آیہٕ ہیٚندی پیٹھہٕ کاشرس کُن اوکنہِ روٗد ہیٚندی افسانُک دیُت تہٕ یمن سترٕ تہٕ یتھہٕ پاٹھی سپد کاشرِ افسانچہِ رنگارنگی بیٚیہٕ ہن تہٕ بُرٛزر۔

یہٕ اوس ۱۹۴۷ ء سنہٕ پیٹھہٕ ۱۹۶۵-۶۶ ء سنہٕ ییٚس تام کاشرِ افسانُک موختصر جائیزٕ۔ گوو اردہ وٗریہٕ چھپہٕ کُنہِ تہٕ فنکہِ پھاپھلنہٕ خاطرٕ کانہہ مانتے تھوان۔ پوٚز کانہہ روایتھ یا پس منظر آسنہٕ ورأے ہیم ارتقائی منزل سائی افسانن اتھ موختصر وقتس منٛز طے کرٕ ی تمیچ مثال میلنٕ چھُ شاید ناممکن۔

اختر محی الدین

# اَفسانُک عالمی مَعیار
# تہٕ کأشُر اَفسانہٕ

زٕ زنگہٕ، زٕ نرٕ، زٕ کن، زٕ اَچھ تہٕ اکھ کلہٕ۔ کلس منز کاڈٕ تہٕ کاڈٕ ہُند جھُس وزن تہٕ مولوم ــــــ یہٕ گووانسان مگرانسان چھُنہٕ یتے بوت۔ یہٕ چھُ اکھ ؤسی سوٗدُر، یہٕ چھُ اکھ پھبنا منا، یہٕ چھُ پرتھ یکُس منز اکھ اکھ کاینا تھ۔ یہٕ چھُ پرتھ تضادُکھ آگُر تہٕ تہٕ ملوٗن تہٕ۔ یہٕ چھُ تمیک ابتدا یتھ نہٕ انتہا چھُ، یہٕ چھُ تمیک اِنتہا یتھ نہٕ ابتدا چھُ۔ یہٕ چھُ حأرتس منز تراون وول تخلیق تہٕ یہٕ چھُ حأرتھ انگیز تخلیق کار۔

افسانہٕ گووکتھ وَننک سُہ طریقہٕ یتھ اکھ ابتدا آسہٕ، عوٗروٗج آسہٕ تہٕ اختتام آسہٕ۔ اَتھ منز چھِ کردار تہٕ واقعاتھ اکھ اکس مُحرِکھ بنتھ مطابق اظہار تمہٕ طریقہٕ کرن زِ پرن وول چھُ حأرتس گژھان۔ یتھ کٔنی نہٕ ژُزنگس انسان وَنوٗ تیر اِہ پشاگس گرونوٗ یا وُڈِہٕ ونس ہوٗن وَنوٗ یتھے کٔنی ہیکو نہٕ پرتھ کُنہ تخلیقس افسانہٕ وٕنتھ۔ اکہٕ خاص ترتیبک بُنیادی ڈانچہٕ آسُن چھُ ضوٗروٗری۔

افسانہٕ چھُ نثر پارٕ۔ افسانُک بوڈ وصف چھُ اختصار، افسانس منز چھِ وحدتہٕ تأثر لازم تہٕ افسانس منز چھُ وحدتہٕ زمان ومکان شدتہٕ تاثُر پأدٕ کرنہٕ خأطرٕ ضوٗروٗری۔

خاص ترتیبک یہٕ بُنیادی ڈانچہٕ چھُ از ابتدا افسانس اکھ الگ صنفِ ادب بناوان تہٕ عالمی معیارس پیٹھ یلہٕ اَسی افسانُک تذکرٕ کران چھ اَسہِ چھُ گوڈے ذہنس منز یہٕ ڈانچہٕ یوان۔

اَتھ بُنیادی ڈانچس ہیٚکہِ کانہہ کانہہ فرق یتھ۔ تکیازِ باتہٕ سارِنی تخلیقن ہندی پأٹھی چھُ افسانہٕ تہٕ نیوٗتے وٕسی، تِتھے پھبنا منا تہٕ تیتھے حأرتھ انگیز یتھ تخلیق کار یانہٕ چھُ کردار ہیٚکہِ بالزاک سُند مضحکہ خیز پادری تہٕ آسِتھ، مولپساں سُند ARCHETYPE نمایندٕ کردار تہٕ آسِتھ، سارتر سُند DEGENERATE

تہٕ آسِتھ تہٕ ساوٕل بیلوٗ سُند علامتھ تہٕ آسِتھ۔ یِتھے کٔنٕز ہیکن واقعاتھ خارٕجی دُنیہِس منٛز رونما سپدِتھ یا کردارن ہندِس ذیٚہنس منٛز بٲتِھ، کتھ ہیکہِ واقعاتن ہندِس تسلسل سۭتؠ منسلک آسِتھ یا سونچہٕ چہِ روانی سۭتؠ مگر بٔنٕز یاد ہیکہِ نہٕ ژٕہے ہلتھ، ییٚمہِ بٔنٕز یاژ انکار کورٕ تمی کوٚر افسانہٕ کِس وجوٗدس انکار۔ تہٕ یُتھ کو افسانہٕ نگار چھُنہٕ وُنیکٕ نام کانہہ تہٕ وۄتھمُت تہٕ نہٕ ہیکہِ وۄتھِتھ۔

یِمَو عالمی افسانکٕ اکھ معیار قٲیم کوٚر تِمَو ہوو پننہِ تخلیقی جیٖنیسک کمال اٚتھی پابنٕد صنفس منٛز تِتھی حارٕتھ انگیز ایجاد کٔرِتھ زِ اَز تہٕ چھہِ تِمَن گاشری منار عام لوٗکن تخلیقی موجزک فرحتھ عطا کران۔ بوکاشیو سُند موضوع اوس سیکس مگر سیکس اوس نہٕ OBSESSION یِتھی کٔنٕز فرایڈ سندِ بن پیٲرو کارن ہندِ خاطرٕ بنیو۔ دون جوان جسمن ہند ملاپ اوس بوکاشیو سندِ خاطرٕ تِتھے نُنٛد لون، شوٗبہٕ وُن تہٕ اَسہٕ وُن یُتھ تا پہٕ صُبحس منٛز بُلبُل سُند پوشَس سۭتؠ لولہٕ وُن تہٕ باسہِ وُن مییٚ چھُہ آسان۔ بالزاک سندِس سیکس ذٕدٕ پادرِس چھیٚہ ہا وبا دِمذہبچ رضاے وٕرٕز تہٕ بہٕ رضاے چھُہ بالزاک ژٕذیلہٕ مگر خوش کرونس شُری سندی یاٚکٹھی ہنگہٕ منگہٕ تھوٚد لِوان تُلِتھ۔ شُری ہنٛز رذالتھ چھِنہٕ کھران تکیاز ہمس ریش دراز تہٕ وظیفہٕ خان ہنٛز شیطنتھ ننگہٕ گژھِتھ چھُہ وژھِ وٲنجہِ اَسن کھنگالہِ نیرِتھ ژلان۔ چیخوف سُند فلسفیانہٕ انداز چھُہ انسان ہنٛزِ بلعجبی بیٚٹھ گاہ ترٲوان۔ واقعاتھ چھِ تِتھی یِتھی دہ ہدِش بنہٕ وُنی چھُہ مگر اندس واتِتھ چھُہ اکھ سوٚن تہٕ PROFOUND تاثر پادٕ سپدان یُتھ منٛز مانے ین ہندی سوٗدرٕ گژھِ چھُہ میکسم گورکی سُند آدم چھُہ یتھ ڈٕسی کاینٲتس منٛز اکھ عظیم تخلیق، ییٚمی سندِ ذہنہٕ زٕرٕ ذرا تس گژھِ تحیرٕ سپدن، اتھ مقابلہٕ سارتر سُند کردار کامیلہٕ بیمار سماجس منٛز دِتھ مُصیبتس لگان تہٕ میاد خراب آسنہٕ کِنٕز چھُس پٲجامہٕ تام ناپاکھ سپدان۔ کانن ڈایل سُند برگیڈیر چھُہ زلوٗ زباٗنی نیپولین آسنکی دَم دِوان مگر داند ڈھولہٕ چھُہ تیوٗتھ کھوژان زِ زنانہٕ ڈٕلِس تَل چھُپِتھ جاے لبان LADY MACBETH OF MINSLA چھیہٕ قاتلہٕ ہنٛز مجرم ماشوق آسنہٕ باوجوٗد سا یبریا جلاے وطن گژھان گژھان تہٕ قتل کران، اتھ مقابلہٕ چھُہ مارکھیم پورے پننٕ پان پُلیسس حوالہٕ کرناوان۔ GIFT OF MAGI چھُہ پرِتھ دورٕ تہٕ پرِتھ انسانہٕ سندِ خاطرٕ افسانہٕ یتھ منٛز شوق تہٕ لاچاری تیٚتھ اکھ ویہہ چھِ کران زِ انسان چھُہ کوٚل گژھان، راوان، سونچان تہٕ خاموش سپدان۔ ساوٕل بیلوٗ

سُند کردار چھُ کُنہ تہٕ شکلہِ منٛز علامژ پٕرٛژھی تخلیق سپدتھ ہیٚنہٕ ووٚجوٗدُک محض اَحساس دِوان تہٕ واقعاتھ چھ پاردٕکہِ پانٛٹھی نظر گژھتھ تہٕ اتھ نہٕ لگوٕنۍ۔ مقصد کلام چھُ زِ عالمی معیارکِس افسانوی ادبس منٛز چھیہ سوٕے وُستھ۔ یہ چھُسے پھٕنا مٕنا، یہ چھُ تیتھے کُنہ تضادُک آگرُ تہٕ تہٕ بلوَن تہٕ یتھ کُنہ امیک تخلیق کار انسان چھُ۔ یہ چھُ حاَرتہٕ منٛزٕ ووٚجوٗدس آمُت حاَرتھ۔

یہ زیرِ نظر تھاوِتھ ییلہِ اَسی کاشُر افسانوی ادب وِچھان چھِن، اسہِ چھُہٕ۔ ہرگز نہٕ چھُہٕ کانہہ ندامتھ سپدان یا کمتری ہُند کانہہ اَحساس ووتلان۔ میہٕ چھیہ خبر زِ یہ چھُس یہ اکھ بوٚڑ دعوا کران مگر یتہِ چھُم خبر زِ یہ چھُس نہٕ کانن ڈایل سُند برگیڈیر۔ یہ چھُس کاشُر افسانہٕ نگار ییمِس یہ مولوم چھُ زِ اگر یتھ ساری سے دورس منٛز اَسی ساری کاشُر افسانہٕ نگار محض اکُے افسانہٕ تیٚتھ تخلیق کٔرِو یتھ عظیم ہیکو وٕنتھ سُے آسہٕ سانہٕ کامیأبی ہُند معراج۔ میہٕ چھیہٕ پتہٕ پتاہ زِ کینژن عالمی پایہٕ کٮ۪ن نقادن ہُند گُفت چھُ زِ یہ کینژھا کانہہ ادیب کُنہ تہٕ سماجس منٛز کُنہ تہٕ وقتہٕ لیکھتھ ہیکہ ہا تہٕ چھُ آمُت لیکھنہٕ تہٕ ووٕنی یہ اَزکِس ادیبس صرف ADAPTATION یا PLAGIARISE کرُن۔ مگر اَمہٕ باوجوٗد چھُس یہ پانہٕ تہٕ لیکھان تہٕ باقے ہمسفرن تہٕ چھُس زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ لیکھنُک مشورٕ دِوان۔ اَتھ چھُ کینہہ وجوہاتھ ییمن ہُند کم زیادٕ تفصیل یہ چھُ ——

(ا) انسان، یرِیتھ اکھ انسان چھُ بذاتہٕ خوٗد اکھ کاینات، اَمی سٕندی تجربہٕ چھِ نہٕ رل، اَچھوٗ تہٕ نوٚی۔

(ب) ادیب چھُ زمان و مکانُک پابند تہٕ اَتھی پابندی یہ منٛز چھُ اَمِس کُنی سے زٕنس اَلگ، بدُون تہٕ بیوٚن یکتا یِیس اَمِس پننہٕ خاطرٕ محض پننہٕ خاطرٕ وَنہٕ ہاوُک چھُ۔

(ج) زندگی یہ نسبتھ چھُ یرِیتھ اَکِس ہٕنٛز اکھ خاص نظریہٕ یتھ ترتیب تہٕ ووٚجوٗد بخشنس منٛز ساسہٕ برٛو درٕ پٔتھٕ تہٕ اَدرِ پٔتھٕ، شونکر تہٕ نِشوٚنکی تحریکو حصہٕ نیوٚمُت چھُ۔ یوٚد وٕے ہردے کول بھارتی سارتر ہیکہٕ نہٕ آسِتھ، سُہ ہیکہٕ نہٕ بنسی نِردوش تہٕ آسِتھ۔ سارِنٕی لفزن چھُ پننٕ پننٕ تحریکہٕ آگرُ۔ پننٕ پننٕ زہترُ۔ یہ ہیکہٕ نہٕ اکھ اَکِس ستی زانہہ تہٕ ہیوٚ آسِتھ۔

(د) زِندگیہِ ہِندِس کتھ تاّرلفس ونوٗ شیقہٕ پوٗز تہٕ حتمی پوٗز زِادٕنس متلق ونوٗ کُنہِ اُکس تحریکس، رُحجانس یا دورس حتمی تہٕ آخری۔ گور کی سُند عظیم شاہکار آدم تہٕ حقیقتھ، تہٕ کافکا سُند ننہٕ تہٕ ہینہٕ آمُت کیوٗم تہٕ۔ مارکیم تہٕ پرٗزنہٕ LADY MACBETH OF MINSLA تہٕ۔ ییمہِ دوہ ادبس آخری مقام بدِ کڈنگ برٗم لگہِ تمہِ دوہہٕ آسہِ قیامتھ۔

تہٕ چوٗنکہِ وُنہِ سپزٕ نہٕ قیامتھ لیہٰذا چھُ وُنہِ تہِ اَسہِ پننہٕ نیوٗ تخلیقی صلاحیتوٗ موجوٗب پننہٕ نین نیرل تجربن ہندِ اظہار کرنُک وَق۔ ووٗن گوو یہِ کینژھا ونیُک تام گوٗرتھ ہموٗ سام تکیاز تی چھُ وُنی کس سون موضوٗع۔

کاشرِ افسانچ سارٕوے کھوتہٕ بڈٕ خامی چھیہٕ زِ اتھ منز چھنہٕ رنگارنگی۔ اَتھ چھنہٕ وُسعتھ، اَسہِ چھُنہٕ کانہہ ٹامس مان لیُس کردارن تہٕ ماحول تامیر کرنس منز نوزک کھوتہٕ نوزُک جزیاتن تہِ بروے کارانہٕ، اَسہِ منز گوو نہٕ وُنہِ کانہہ ہیمنگ وے پاؔد ییمہِ ہندی کردار ڈرٕی، وُژھوار ڈھول کرنہٕ خاطرٕ تیار، مگہٕ شوٗدی تہٕ مردانہٕ ولقار تھاون والی چھِ، اَسہِ منز چھُنہٕ وُنہِ تہِ کانہہ کاموٗ لیُس اُکس ضائع طہٕ بند فلسفہ دان ہندی پاٹھی سماجس منز روٗحانی بُحرانُک ننبر کرِ۔ مگر اما یہِ چھا ضوٗروٗری زِ اَسہِ منز گژھن ییٚھی ادیب پاؔد سیدہٕ۔ یہ چھا حقیقتھ نِہٕ تِہُن ہیکہِ ہاچین سے منز اکہٕ خاص وقتہٕ پاؔد سیدِتھ۔ منشی پریم چند ہیکہٕ ہانہٕ شمالی ہِندوستانس منز اکِہِ خاص سماجی تحریکہِ وَرائے زِنہٕہے زنم لیتھ۔ اگر نہٕ نیپولین روٗسَس شکس آسہِ ہادٕ تیمتُت ہمکن چھُ دُنیہِ ہِنٛز عظیم ترین ناول WAR & PEACE آسہِ ہانہٕ تخلیق سپزِ منز۔

کاشرِ افسانہٕ چہِ سارٕیے خامیہِ چھیہٕ اتھ پننہٕ اکھ الگ تہٕ منفرد مقام عطا کران۔ سانہٕ وطنچ جغرافیائی پوزیشن، سانٛز تواریخ، سانہِ سماجچ خصوٗصی ساخت تہٕ سانین تحریکن ہنٛز کامیابیہِ تہٕ ناکامیہِ تہٕ اُمہِ علاوہ تہٕ ساسہٕ بدٕن وَرٕی ین ہنٛز سانٛز شوٗعوٗرس منز تہٕ لاشوٗعوٗرس منز زندگی کرنہٕ چیر ووٚتھ رِہانٛہٕ ——— خبر چھا کاتیاہ چیز چھِ سانٛس افسانہٕ نگارس رہبری یا گمراہی کران۔ خبر چھا اَمہندِس تخلیقی شوٗعوٗرس منز کیاہ کیاہ چھُنہٕ یہِ بیوٗن، الگ تہٕ UNIQUE چھُ، یہِ بسم اُکرٕ سے لوت چھُ

تہٕ بیٚیہٕ کاٗنسہٕ ہیٚکہٕ نہٕ اٰسِتھ۔

اَما لاٗزِم چھیٚہ اظہارچ ایمانداری تہٕ پُرخلوٗص تخلیقی باوتھ۔ یہِ باوتھ کرنٕس منٛز کیتھ حدس تام چھُ کاشُر ادیب کامیاب سپُدمُت تہِ پزٕ اَسہِ ووٚن دِتھ ژھارُن ۔ ممکن چھُ یہِ ژھارنس منٛز کرن اَسہِ کُنہِ کُنہِ غارکاشِر ادیب تہٕ نقادتہِ اَتھہٕ روٚٹھ۔ لہٰذا ذادِمہ یہٕ تہندی حوالہٕ۔ چوٗنکہ یِتھی حوالہٕ آسن میٚہ پنٕنین افسانن متلق میٚہ گژھِ مانٛی دِنہِ مطلب چھُم نہٕ پننٛز تاریف کرٕنٕ بلکہِ (شاید) باقے ین متلق پننہِ لاعلمی ہُند مظاہرٕ کرُن۔ یُس شرمہِ لایق چھُ، تاٗلیفن لایق نہٕ کیہنہ۔

میٚہ چھُنہٕ غرض کاشرِ افسانٕچ توآریخ بیان کرٕنٕ۔ مگر کُنہِ کُنہِ جایہِ چھیٚہ توآریخ بیان کرٕنٕچ ضروٗرتھ تہٕ ہیوان۔ یِمی صدی ہِندِس گوڈٕنٮ۪ڈِس منٛز یِیلہِ ہِندُستانٕنٛز زبانن منٛز افسانہٕ نگاری چلے جاو لوٗگ کاشرِس سماجس آے تِم ادیب حصہٕ ہیٚن ہُنزن تخلیقی جوٗین کاشرِ سماجکی سرآبیاری آسہٕ نہٕ کران۔ یِم ساری ادیب آسی کشیرِ نیٚبرِمی لاہورٕکی، بمبیہِ ہِندی دِلہِ تہٕ الٰہ آبادٕکی۔ کشیر چھیٚہ یِتھ کالہِ ہیٚتھ مشرقس منٛز لیجنڈٕکی پاٹھی مشہوٗر۔ یِتکی ہونرمند تہٕ عالِم فاضل آسی سارِے عالمس وۄڈی مگر زمانہٕ بدلنس ستی یِیلہِ کشیرِ ابتلا آو، یِم ہونرمند تہٕ عالِم فاضل سپدی نابوٗد تہٕ کشیرِ نیٚبر روٗد صرف تھدٕین کوہن، سرسبز جنگلن، آبہٕ سرن تہٕ جوٗین ہُند پروپگنڈا، انسان گوو مُشتھ یا یہٕ آو جنتس منٛز اکھ جہنم گار تصوٗر کرنہٕ۔

نیٚبرِمیو ادیبو یِم لوٚدٕوے تِم پُرخلوٗص تہٕ نیکھ نیتھ تہٕ آسی، ہیوٚک نہٕ کاشُر انسان سمجھِتھ تہٕ نہ اوس تہِ تہندِ خاطرٕ ممکن۔ تکیازِ تِمن ہِنٛدِس تخلیقی سربندس اوس نہٕ کاشرِ سماجُک پے وِزان۔ نتیجہٕ دراو زِ تِمو دیُت کشیرِ نِسبتھ اَتھی مضحکہ خیز پروپگنڈا ہس ادبی رنگ۔ کشیرِ ہِندِس قودرتی حُسنس منٛز ہوو تِمو اکھ غریب، مفلس، نِدیور تہٕ نِکھیوٚب۔ کردار لاچار تہٕ بےشعوٗر تہٕ اَہنٛز جسین مگر اخلاق باختہ کوٗر۔ اکھ اوس نیٚبرِمِس وزیٹر "بالوجی" یُس ٹھٹھہٕ کران تہٕ بیاکھ آس تہنٛز جنسی ضروٗرتھ پوٗرٕ کرِتھ فخر محسوٗس کران۔

اما کشیر آس نہٕ یہِ۔ کاشُر اوس غولامی ہِندِس اَتھہٕ دورِس منٛز تہِ سیاسی، ادبی تہٕ سماجی تحریکن زِنٛدٕ دِوان تہٕ سیاسی تہٕ تہذیبی غولامی خلاف جدوجہد کران۔ ضروٗرتھ اوس یِمیٚہ کینٛہ ہُند

زادبی آسمانس پیٹھ کھسہِ اکھ نوٚو تارٕکھ یُس قطب نُماستارٕکی پأٹھۍ کٲشُر ہِندِ زندہ سماجُک نیب دِیہِ ۔ یوٚہے تارٕکھ بنیتھ دراو گوڈٕ پریم ناتھ پردیسی تہٕ سنتی پریم ناتھ درٕ یموٚ کٲشُر افسانہٕ اوٚردوٗ جامہٕ وٕلتھ پیش کوٚر۔ یمن دوشونٕز ادبین ہِندی کردار تہٕ کردارن ہُند سماجی ماحول، جدوجہدٕ کرانمان، واقاتھ بیترٕ اَکھی کٲشرٕ یوٚت زِ بہتر زبان، اَسٕ اوٚردوٗ آسنہٕ باوجوٗد تہٕ کٲشر تکیا زِ محاورٕ، تلمیحاتھ بیترٕ آسی خالص کٲشرٕ زبأنۍ ہِندی اوٚردوٗ ترجمہٕ ۔ یِہندیو ادبی کارنامو ڈول توجہٕ لاہور، بمبیہٕ، دِلہٕ تہٕ الہ آبادٕ پیٹھٕ سری نگرکُن تہٕ پیتہٕ ییلہٕ ۱۹۵۴ء منٛز "پونڈرِچ" افسانہٕ عالمی افسانہٕ مقابلس منٛز اوٚردوٗک دوٚیُم بہترین افسانہٕ قرار دِنہٕ آو، غأرٕ کٲشرن ادبین رأو کٲشرِ نسبتھ CREDIBILITY ہمیشہ خاطرٕ۔ پونڈرِچ اوٚس نہ صرف "دریافتھ ایک نئے افسانہ نگار کی اور افسانہ لکھنے کے نئے انداز کی" (افکار کراچی) بلکہ اوس یِہ یٖمہِ حقیقتُک تہٕ اظہارٕ زِ کٲشرِ سماجکِ اقلیم ادبچ رازٕ دأنۍ چھُ سرینگر تہٕ بیٚیہٕ نہٕ کانہہ جاے۔

سرینگر کٲشرِ ادبی تحریکہِ ہُندرازٕ دأنۍ قرار سپدِتھ ہُرلو ہندُستانکس رنگا رنگی ادبی چمنس اکھ نوٚو گُل، یتھ رنگ، مشک، شکل تہٕ صوٗرتھ بلکل بدٕلن اَس۔ یوٚدوے کٲشرِ زبأنۍ منٛز ۱۹۵۴ سنہ برونٛٹھے افسانہٕ لیکھنس فوٚرٕ وجہٕ لوگمُت اوس تہٕ سوٚم ناتھ زتشی، عزیز ہاروٗن، نور محمد روشن، دینا ناتھ نادم تہٕ حبیب کامران، اکھ پتھ اکھ برونٛٹھ، ۱۹۴۸ سنہ پیٹھے لیکھان آسی، مگر ۱۹۵۵ سنہ اوس یٖمہِ رنگہٕ خوش قسمتھ ؤری زِ اَتھی ؤریس منٛز سپدی کٲشرِ زبأنۍ تم افسانہٕ نگار حاصل یِہندی تخلیق سانہِ ادبچ شوب بنیتھ واریاہس کالس کاروانچہ وتہٕ ہُشکاوان روٗدی۔

ہنارٕ یتھ دِتھ پزٕ اَسہِ لحظس اکِس سوٚنچُن زِ اتھ دمس نام کیاہ کیاہ سپُد حاصل۔

میانہِ خیالہٕ پراوی یمہ کینہہ اہم منٛزِل۔

(ا) کٲشیرِ ہِندی لوٗکھ چھِنہٕ محض لوکہٕ ہوٚجوٗمہٕ بلکہ اکھ منضبط قوم یتھ پننۍ پرمرا تہٕ کلچر چھُ۔

(ب) کٲشیرِ ہُند کلچر چھُ زندہ تہٕ متحرک تہٕ اَتھ چھِ اظہارٕکۍ پیمانہٕ الگ تہٕ پننۍ یم مذہبی تحریکو، سماجی وودھ ژھانٛڈٕ، سیاسی جدوجہدو تہٕ لسنہٕ بسنہٕ کیو خاص طریقو وجوٗدس اَنۍ متۍ چھِ۔

(ج) کأشرِ قومکہ ثقافتی وۄتھ لۄکٕ آسی پٔنہٕ چھُ سرینگر، یُس سارنی قومی تحریکن ہُند آگُر چھُ، نہ زِ لاہور، بمبئے یا دہلی۔

(د) کأشرِس منضبط تہٕ متحرک قومس چھِنہٕ پننہٕ آشہٕ تہٕ ووٚمید، پننۍ ارمان اۆر زرد، پننۍ جذبات تہٕ خیالاتھ پیش کرنہٕ خاطرٕ تہٕ پننۍ تخلیقی تجربہ باوٕنہٕ باپتھ اکھ ؤسی، مکمل تہٕ مالدار زبان۔ تہٕ یہاے اکھ زبان ہیکہِ امہِ قومِچ ترجمان آسِتھ تہٕ بیٚیہ نہ کانہہ۔

١٩٥٥ء برونٛہہ یہ کینژھا افسانہٕ رنٛگ لیکھنہٕ آو، تہِ زن آسہٕ نہٕ تخلیقی کارنامہ مگر یہ چھُ تمہِ کے فأمِن تہٕ برکتھ زِ ١٩٥٥ء منز تہٕ اتھ اندۍ پکھۍ یُس تہٕ کأشُر افسانہ نگار پأدٕ سپُد تمی کوٚر اعتماد حأصل گوڈ کالہٕ کِنۍ ادبین نِشی۔ گوڈٕ کال کیو ادیبو ہۄوز کأشر زبأنۍ چھُ نثری تخلیقن ہُند بارٕ وِستار اونُک بتر تہٕ سماجس منز کردارن ہِندس زندگی کرنس منز چھُ سُہ ڈرامہ یُس ادبی تخلیقن ہُند رۄح بنِتھ ہیکہِ۔

١٩٥٥ء منز تہٕ امہِ پتہٕ یُس اکھ کاروان افسانہٕ نگارن ہُند پأدٕ سپُد تہندی تخلیق چھِ دراصل میانہٕ یمہِ مضمونٕکۍ موضوع۔ میٚہ وۄنۍ گوڈے زِ افسانہٕ چھُ تیٚتھ اکھ صنفِ ادب یتھ پننۍ لوازم چھِ تہٕ یِم لوازم چھِ از ابتدا پیٚٹھ جایہٕ ملحوظ تھاونہٕ آمتۍ۔ یِم لوازم چھِ کأشرِ افسانہٕ نگارو، ادیبو ناج بیگم رینزٕ وأسی تن، غلام نبی بابا، ہردے کول بھارتی، ہری کرشن کول یا شمس الدین شمیم آسی تن، تہِ ملحوظ تھأوی متۍ۔ تہٕ اتھ پابند صنفس منز یوس فنکارانہٕ تہٕ تخلیقی تفادتھ، اوسلوبس منز، بیانس منز، TREATMENT تہٕ APPROACH منز، ہیکہِ پأدٕ سپدِتھ سو چھِنہٕ کأشرِن افسانن منز تہٕ امیش کولُن رنٛگ ہیکہِ نہٕ زٕنہہ بنسی نردوش نِس رنٛگس یا فاروق مسعودی ہِندِس رنٛگس سٟتۍ CONFUSE سپدِتھ۔ رتن لال شانتن تہٕ ہری کرشن کولُن رنٛگ چھُ اکھ اکس نِشہِ تیوٚتھ بدلُن زِ اسی ہیکو کتھ یِم افسانہٕ مصنف سُند ناو پرنے بغیر ہیوٚن گنٛڈِتھ حالانکہ دۄشوٕے چھِ افسانہٕ کہِ بنیادی ڈانچکۍ قائل۔

لۄتے یوت نہٕ بلکہ کأشرِس افسانس منز سپدی تِتھی کردار تہٕ تخلیق یمن مازٕ اڈج تہٕ رنٛگ روٗپ یونیورسل چھُ مگر پأدٕ ہیکہِ ہن صرف کشیرِ ہِندِس پننہِ نِس قومی کلچرس منز سپدِتھ۔ کو کرجنگ

افسانچ شاہ مال' یوس خاص انداز ہِ پھیرنہٕ دۄل ڈنان چھیہٕ، تہٕ کٔنن منٛز کنہٕ واجہٕ نرنٛاوان چھیہٕ۔ یمہٕ ہنٛز کوکرِ جانہٕ بٔرٕ ہُنٛد کو کُر پیٹھ کھسِتھ دراصل آہندِ ہے، یگوہس جانہٕ بٔرٕ ہنٛز شخصیژٕ ہُنٛد حملہ سپدان چھُ، ہیٚکہِ ہانہٕ کٔشیرِ ہنٛبر تہٕ کٔشیرِ منٛز آشنہٕ ہُنٛد بلوز ژٕٹھِتھ وچھ ژیٹنُ، مالی سُنٛد جگیرِ دام دام دِوان خاص انداز ہٕ ماتمُک اظہار کرُن تہٕ آشناو بانہٕ ہُنٛد مو ردس چندن بینٛز ژھانڈِ دِنی ــــــــ یہٕ سورُے ماحول چھُ یِمی میٚنٛز ہنٛز اُڈرنہٕ۔ گُلہٕ بدماش، بژبٕسی واتُل، اشم، نورہٕ کمال، محدہٕ تلہٕ وونی تہٕ ہتہٕ بُدی یِتھی کردار تہٕ بے شمار SITUATIONS ہیٚکہٕ ہٕن نہٕ آسی تھی اگر نہٕ کٔشیرِ منٛز ادبی تحریک آسہٕ ہا۔

یہٕ چھُس نہٕ ونان زِ یہٕ کٔشیرِ ہاونیکُ تام کأشر یا مٹھ افسانہٕ لیکھنہٕ آو نہٕ چھُ سورُے عالمی معیارُک تہٕ چھُنہٕ کُنہٕ تہٕ زبأنی ہندِ خاطرٕ ممکن۔ یہٕ چھُسنہٕ یہٕ تہٕ ونان زِ کأنسہِ اکِ افسانہٕ نگارن کیاہ لیوٗکھ یِتھ کانہہ افسانہٕ یُس عالمی ادبس اضافہ اوس تہٕ تہٕ چھُنہٕ زِہس ممکن۔ اما یہٕ چھیہٕ ٹاکارٕ حقیقتھ زِ کأشرِ لو افسانہٕ نگارو کوٗرُ پرخو لوص تہٕ ایماندارانہٕ اظہار تِمن تجربن ہُنٛد یِم یِمن یٔنہٕ یٔنس کلچرِ وحالتس منٛز اکہِ خاص وقتہٕ حاصل سپدی۔ تہٕ اتھ عوض اگر یِم یٔتھ دورس منٛز اکُے افسانہٕ تیُتھ تخلیق ہیٚکن کٔرِتھ یُس عالمہٕ کین ادبی ایوانن تحیرٕچ فرحتھ بخشہٕ، سوے چھیہٕ بٔڈ کامیأبی۔ کأشرِ افسانچہٕ پرلو چھیہٕ وونی کٔشیرِ نبر تہٕ گاہے گاہے یہوان۔ مُلکہٕ چن مختلف زبانَن منٛز چھِ ترجمہٕ سپدان۔ اکھ زِ چھِ میہٕ تِھی تہٕ نظرٕ تِل یِم مُلکہٕ نبر تہٕ چھپییہٕ۔

" دریا یہٕ ہُنٛد ایزارٕ" افسانس متلق آو یہٕ تہٕ ونہٕ زِ

THIS IS A POEM OF LOVE - ETERNAL AND DESERVES

TO BE INCLUDED IN THE WORLD ANTHOLOGY OF SHOT

STORY

یا ژس" افسانس متلق آیہٕ راے دِنہٕ زِ ییٚتہٕ ملن پانژن ؤرین منٛز ہندستأنی زبانن منٛز لیکھنہٕ آمتین افسانن منٛز چھُ یہٕ افسانہٕ سرس"

مگر یِمن مثالن تہٕ ہیٚکونہٕ "تحیرٕچ فرحتھ" بخشن واجنہٕ مثالہٕ ؤنِتھ۔ ممکن چھُ نہٕ میہٕ چھیہٕ وومید آیندٕ ہیٚکہِ تیُتھ کانہہ افسانہ نگار پأدٕ سپدِتھ یُس با صلاحیتھ آسہِ تہٕ تس آسہِ آزأدی موٗلیر

یَتھ منٛز سۄ عظیم اَدب پارن زنم دِیہ۔

میٖہ ووٚن گوڈے زِ کاشرِس افسانس منٛز چھیٚنہٕ رنگا رنگی تہٕ وُسعتھ۔ امیُک بوٚڈ ہیوٗ وجہ چھُ زِ یِتہٕ میوٗ تِہ ہوٚ وٕری لوٗ بیٚٹھہٕ چھُ ادبی تحریکہٕ ہُند مرکز سرینگرے یوت۔ ضوٚرۄر تھ چھُ زِ بھدرواہ پیٚٹھہٕ گریز تام تہٕ کرگل ہیٚتھ گرٛھن مختلف مرکز پاٚدٕ بیٚنہٕ اِیتماد سان تہٕ باوہ لِقار یاٚہتھ تخلیق ادب سیٚدر تیٚلی ہیکن سائنس اَدلِس تِم ساری اوصاف پاٚدٕ سپدِتھ یِم اکہ قومی ادبہٕ خاطرٕ ضوٚرۄری چھِ مگر وُنیُک تام ہیو کھیٚنہٕ یہ سپدِتھ تہٕ نہ چھُ یہ توٚتام ممکن یوٚتام نہٕ اَسی لوٗری شبالِن ہندین لفظن منٛز آزاد سپدَو۔

THERE CAN BE NO FREEDOM IF THE INDIVIDUAL CANNOT GET EDUCATION THROUGH THE MEDIUM OF HIS NATIVE TONGUE OR CANNOT ASSIMILATE THE RICHES OF HIS NATURAL CULTURE.

افسوس زِ اَسی چھِ نامراد تہٕ بے شوٚعوٗر سیاسَتھ کارن ہِندی غوٗلام۔

رحمان راہی

# سَراپا نِگارۍ تہٕ رَسول میر

سَراپا چھُ فارسی زبانۍ ہِنٛدِ اکھ بِلہٕ مِش لفظ۔ یُس ژھوچرِ تہٕ مانہٕ کرِو "تالہٕ پیٹھہٕ تلہٕ پدَس تام" اصطلاحس منٛز چھیہ اَمہِ تلہٕ مطلب آسان سو شار یا وتھ یمہِ کہٕ ذٔریعہٕ شاعِر کانٛسہِ محبوب صوٗرتھ انسانہٕ سُند رۄٗپ رنگ تہٕ ترٲے گرٲے ووٚتلاوان چھُ۔

حُسنہٕ باس تہٕ لولہٕ اِحساس چھِ یتہٕ وَتھ آہتی۔ کاشرِس منٛز چھُ سراپا نِگارۍ ہُند سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ ووستاد رَسول میر تہٕ میہ چھُنہٕ یہِ وَنُن تہِ کینہہٕ پوٗٹھ باسان زِ رَسول میر چھُ اَتھ سراپا نِگارۍ یہِ ہُنا پرزنہٕ پیٹھی لور رُودمُت، سراپا نِگارۍ لیوسہٕ اکی آنہٕ تہٕنٛزِ شخصیژ ہُند جبر وُتھ تہٕ باوان چھیہٕ تہٕ تمکۍ حدتہٕ باوان۔

اصلس کُن ہیے گژھو تیلہِ چھُ بانُن زِ قوٗدرتن چھُیی نہٕ انسانس کُنہِ چیزُک انہار تہٕ انداز ہوٗبہوٗ بیان کرنُک یا کانٛسہٕ ہنٛزِ ترٲیہٕ گرٲیہٕ عاَن تہٕ غاَن تصویر تُلنُک بِتُر عطا کورمُت۔ توٗے تہٕ چھُ بڑِ کھوتہٕ بڑلو شاعِر وتہٕ مُصورِ وارمان کھیوٗمُت زِ ژٕنزٕ ذٔنی تِہ آیہٕ نہٕ سالِم کتھ وَننہٕ تہٕ بناوی بناوی تہِ آونہٕ اصل تصویر بناونہٕ۔

سراپا نِگارہٕ سُند مُتھ چھُ یرِ حُسنُک تہٕ جوانۍ ہُندیُس بکہٕ کرُون۔ ژنتھ تس دیدمان چھُ سہٕ گوٗژھ تہٕندین لفظن منٛز تتھہٕ پاٹھۍ رٹنہٕ تہٕ ژٕرھرنہٕ یُن زنتہٕ کانہہ اُژھ رُژھ شیشس منٛز بند کرنہٕ یِیہٕ۔

مگر

نہ چھُ لفظن تیُتھ ہیو شوٗخ قدم نہ چھُ مانے تِتھ کٔنی زھالہٕ ٹلاں

بَنہٕ کِتھہٕ کٔنی میانِن مصرن منز ییہٕ چون زُسُل رفتار متیو

گیہٕ ناسوے اَرسطوٗ سِنز پرآئی کتھ زِ اصلس سِیٹھ سیٹھ نقل تُلُن چھُ ناممکن ۔ وُن گو وامارس کیاہ کرِ یزِ ، ناممکنس ممکن بناونچ کوٗشش چھیہٕ ازلہٕ ابد جاری تہٕ اَمی کوٗششہِ ہُند اکھ رُوپ چھیہٕ سراپانگاری ۔ تاہم چھُ کوٗششہِ تہٕ کوٗششہِ پھیر ۔ پوٗختہٕ کار شاعر چھِ اصلس تام واتنگ پَنن اہِپروچ یانے واتن وارِ بدلاوان ۔ اصلس نقل تُلنہٕ بجایہٕ چھیہٕ تمیُک تاثر وہ تلاونچ کوٗشش سپدان ۔ سہل پأٹھی دِمو مثال یتھ کٔنی زِ عاشق چھُ ماشوقہٕ سِنزن اَچھن ہُند بجر میننہٕ تہٕ تہندین اَچھر والن ناپھ ہیننہٕ بجایہٕ تِتھ سرِ ساوی عمر کیفیژ وُنی دِواں تہٕ سوا زأنی ہرژ مُسری تی ژرینچ کوٗشش کران یوسہٕ تمن محبوب اَچھن ہُند عطا آسان چھُ ۔ اَمی اَسبدِ واتن وارِک نتیجہٕ چھُ زِ دُنی یہُک کانہہ تہٕ بوٗڈ شاعر چھُنہٕ نُسرِ تہٕ چھرا خنجرو نتھ تہٕ تمن ژھرے کمان زانتھ سراپانگاری کران ۔ حافظ ہکون اَسر کنہٕ مبالغہ ورأے عظیم ترین عاشق شاعرن منز گنزرِتھ تہٕ تَسُند ماشوق باسہِ دُنیہُک اکھ حسین ترین انسان ، مگر سُہ نہ چھُ تَسندِس قدس پھٹوار کران نہ تہندین پلون ہندی قسم گنزران تہٕ نہ تُہٕ ہوٗندوٗس وِجیہہ مولہٕ وان ۔ حافظ ہِنز سراپانگاری بوٗزی تون اکھ کیفیتھ ، اکھ صوٗرتِ حال ، اکھ تاثر ، اکھ ڈراما ۔

زلف آشفتہ وخوی کردہ وخنداں لب ومست

پیرہن چاک وغزل خوان وصراحی دردست

نرگسش عربدہ جوی ولبش افسوس کنان

نیم شب دوش بہ بالین من آمد بنشست

سر فراگوش من آورد بہ آواز حزین

گفت : کای عاشق دیرینہ من خوابت ہست ؟

غالب چھُ حافظن تہٕ پوٗ واہ کھسی تھے ورگہٕ باوژ ہُند شاعر ۔ سُہ چھِنہٕ ماشوقس قدمینان ہُلکہٕ تمہِ قدمک

طلساتھ وِچھتھ راوان تہٕ وٕنان ۔

سائے کی طرح ساتھ پھریں سرو صنوبر

جب وہ قدِ رعنا ترا رفتار میں آوے

بٔلکہ چھُ غالب تال تہٕ تلہٕ پٮ۪ٹھۍ چھُونہٕ ورٲئی تیتھ سراپاوہ تلان زِ سر لوج تام چھُ رقیب بنان :

ذکر اُس پری وش کا اور پھر بیاں اپنا     بن گیا رقیب آخر تھا جو رازداں اپنا

تہٕ محبوبہٕ سُند جسم چھُ کایا کلپ سپدنہٕ کِنۍ     بہارِ بستر تہٕ نوروزِ آغوش بنان

وقت کم آسنہٕ تہٕ بٔڈ بادی کتھِ بیٚز ورِژھنے کرٕ میٚہ اوٚکُنۍ سیٚتھا اَسۍ پننہِ زبٲنۍ ہندس سارِوے کھوتہٕ بٔڈِس سراپا نگارس یانے رٔسُل میرس پٮ۪ٹھ یَتہٕ باڈٔے موٚلانکہ وٕن ہیکو کٔرِتھ ۔

رٔسُل میرس چھِنہٕ دُیاسَل اہمیتھ ۔ اکھ چھُ سُہ سون سارِوے کھوتہٕ اہم مجاز پسند شاعِر یُس نش صوفی شاعرن ہندِ بالا فطری عشقہٕ بجایہ ییمہٕ سانہٕ فٲنی دُنیہٕ ہکین اَسہِ ہِوین فٲنی انسان ہُند حُسنہٕ اظہار تہٕ لولہٕ ولوٚہار ژھنڈنہٕ ماران چھُ ۔ دوٚیِم ییٚز رٔسُل میرس نش وآتھ چھُ ماشوقہٕ سُندِ مٲری منز رُک بیان زنتہٕ ژھری پٮ۪ٹھ پیٹھ ہیوٚر سو ییٚزلا آکاشَس کُن وُچھ وارکرنُک گوڈنیُک سنز باسان ۔

کانہہ اکھ کھور وول انسان پننہٕ ماشوق بناوُن تہٕ تس عشقہٕ مسجد ناو کرُن، تہندِ ہیہ وُچھکین رہ پٔڑ قبٕن نیہ وو ہمت مٲری فتح وُنُن، زُلف کوٚکُل آنگ ہاہ تہٕ قورانُک بسم اللہ زانُن، سرو شمشاد ہیمتِ عٲلی مانُن ۔ مُس کھاسی مالامال ۔ بٔڑی ہتی کمی کلہٕ وآلیے ۔ جمالکی جامہ وِچھنے کامکس نالہٕ ۔ قد چون وِچھتھ ویر بزمان تیٚر گرژھان خم ۔ زآلی وانکن بٲکُس کرِ شوٗمار ۔ پچھ لگہ سوگنزر نس لچھ تے ہزار ۔ اَمہٕ شاپہ نوٚمو کلن پاے لولو ۔ ییم اظہار تہٕ احساس، یہ بیان تہٕ اُمیٚک یہ انداز یہ سورُے چھُ تُو لوُکھ زِ رٔسُل میر چھُنہٕ کانہہ موٗمولی شاعِر اوسمُت ۔ یوٚدوٕے محمد یوسف ٹینگ صابُن یہ وُنُن لوٗچھے یہِن باسان چھُ زِ سراپا نگاری منز چھُ رٔسُل میر شیکسپیرس ہِوین عظیم شاعرن مدِ مقابلہٕ تاہم ہیکوٚ نہٕ یتھ پٮ۪ٹھس انکار کٔرِتھ زِ رٔسُل میر نہٕ کینہہ شاہ پرزُ ڈیشتھ چھُ گمانہٕ گژھان زِ خبر برادِ یہ مایمہٕ تہٕ بلیہ ما تارکھ تہٕ آفتاب !

سراپا نگاری ہندِ بن یہہ بہترین نو مونن سام ہینہ تلہ چھیہ یہ کتھ سرِ گژھان زِ سراپا نگارُ سند سفر چھُ CONCRETE بیتھ ABSTRACT یانے کایِل چیز پیٹھہ اکایِل ایحساس یا تخیلی صورت حالس کُن آسان۔ کتھ واش کڈنہ باپتھ نمون روسُل میرن یہ شار:

کالہ مولیس طاقاقِ چھس بربسر پھلی لہ نافے مولمت مشکہ ادفر
ہیٔنزہ یاران ژرہ نز کیو دایہ لولو

شاعرن چھ بظاہر بلکل سے تصویر پیش کورمت لیس تمی بانس بر ونٹھ کنہ وچھمت اوس تہ تمہِ اور لیور ڈلنچ چھن نہ کوشش کرمژ یانے سہ سفرے چھن نہ کورمت یُس سراپا نگاری باپتھ ضوری چھ آسان۔ اکھ صورتِ حالس کرونا وتھہرادیا بیہ سفری۔ وہ ذنیتو روسُل میرن بیاکھ شار:

قندپھلو دُھ لعلہ کھوتہ رتیے دندپھلی چھس موکھتے ہار

اکھ منز چھُ سفر نگرسانہ حسابہ گیہ یہ کو سفری تکیاز سفر چھُ قند پھلو بیتھ لالہ پھلین تام تہ دندپھلو بیتھ موکھتہ پھلین تام سپدمت۔ یانے اکہ ٹھوس تہ کایِل چیز پیٹھہ بیٔیس ٹھوس تہ کایِل چیزس تام۔ امہِ بیہ سفری یا کو سفری ہند حاصل ہینکہِ آستھ یا تہ ژھوٗرے لفظہ ورتاو نتہ تنگنگری تہ ووستہ کاری۔ روسُل میرس نش چھُ امہ کاچہ ژھوٗرے لفظہ ورتاو تہ نظر گژھان تہ بلہ ووستہ کاری تہ۔ دُر دانہ آستھ بے خبر میرجان دِیان چھی۔ یہ چھُ روسُل میرن اکھ مشہور غزل تہ امہ چہ ووستہ کاری یہ چھُ پروفسر غلام نبی فراق تیو تھ مرعوب کورمت زِ تمی چھُ اکھ شیکسپیرنس اکس اہم سانیٹس ستی ہشر دیتمت حالانکہ شیکسپیر چھُ نہ باٹھی کایِل پڑاو و بیتھ اکایِل فضہس کُن پرواز تلان باسان یلہ زن روسُل میر میرجان ترٲوِتھ زیادُ دُر دانس واتان چھ سینہ کین قبن پستانو بجایہ انار شیرین ونان چھُ تہ اچھ والن تیر تہ کمن کمان ناو کران چھ۔ امہِ کو سفری کنہ چھ غزلکی کینہہ رتی مصرہ تہ یمے اڈوتی زن مار گژھان۔

میون مطلب چھُنہ روسُل میرنس شاعرانہ کمالس انکار کرن۔ ونُن چھم صرف یتیے لوٗت زجذباتن منز یتھ گژھہ نہ رولیس تہ سو نس گنٔے مول کرُن۔ روسُل میر نہ سراپا نگاری یہ چھ واریاہ گون یم سبٹھاہ قابلِ قدر چھ تہ تمو کنہ سہ کاشرین سراپا نگارن ہندا امام گنزرُن پیٔیہ۔

میرٕ صابٕنس متلق چھُ یہِ کیتھ سٹھاہ عام زِ سہٕ چھُ مجازس موٗت تہٕ تہندِس کلامس منز چھُ کاشر
لولہٕ شاعری ہنز حاوی رلوایژ برعکس زٕ مینی لولُک جوش تہٕ جسمانی حُسنُک پھٹہٕ پھٹہٕ ۔مثالہٕ زنگی نموکھ
یتھ ہوی شار یمن منز اکس تازہٕ بالیغ عاشقہٕ سُند نون نون شوق تہٕ وُتاؤل جذبہٕ نظرِ گژھان چھُ:

حلقہٕ بندٕ تٕلی شوٗبان نارِ پستان ـ تی ڈیشتھ عاشقن دلی تنبہٕ لال

قندٕ کھوتے وٕڑھ کیاہ میٹھی چانی ـ لعل یمن یاقوتِ رُمانی
اکھ مزدار بیٚیہِ وونٕ آکہِ یئے لو

وٕڑھ چانی کو سُم زن وونٕ زٕلتہٕ ـ بوٚسن اسہٕ دٕ زٕ مالوٚسن
کوٚسنہٕ میلن لعلن تٕلی یئے

کینژن لوکن چھُ اتھ منز س پیٹھ اعتراض حالانکہ امہِ قسمک منز وُنتھ چھیوٚر کاشر شاعری ہٕ
یاوُن تہٕ اتھ ہُر یئیہِ اکھ اہم جہتھ ۔ بیاکھ کتھ چھیہِ یہٕ زِ روٗسل میر پتہِ ظاہرک منز وچھنہٕ یینہٕ دٕ لکین
سٕنزن سام ہیتھ شارِ وٕنان چھُ یوٚہے نوٚن جسمانی حُسن چھُ متبرک تہٕ مقدس باسان تِتھے نوٚن تہٕ
مقدس یُتھ آدمن حواہِ ہندِ جسمہٕ نِشہٕ زٕ لوٚ نمت آسہے:

ژٕ ہے پوشہِ تٕلی ! میانی عشقہٕ مسجد ، حُسنہٕ امام ژٕ ہے
ژٕ ہے بانگ شوٗبان موکھتہٕ ، ژٕ یہٕ چھیے یوسفی چالی

روٗ نہٕ گوڈٕ کٕے یامتھ لوٗ زُم ساز ـ ساز لوٗ زٕ ہٕ پانہٕ آوشاہِ یئیند راز
ہیٚہ وٕچھس رٕ وٗہ پہٕ سندی قبے ـ ماری فتہٕ زن وُو تھمت سے نبے
چھاپہٕ کو کل کنہٕ آیینس آہ ـ نتہٕ نوٗرانس پیٹھ بسم اللہ
پانہٕ لیوٗ کھمت نٕ ذٕلجلالٕ لیے لو

راز ہنز یانہ ناز کیاہ چھیہٕ اَنزِ رِ بٔنہ گردن

یا الٰہی چَشمِ بدٕ نِشہ رچھتن

کم کیاہ گژھہِ چانہِ بارگاہہ لولو

کایل چیز بیٹھ اکایل انٛحساسَس یا صورتِ حالس کُن سفر کرُن چھ روٗسل میرنہٕ زانان

تہٕ یہ صلاحیتھ چھیہٕ تس کاشُرِ بن سراپا نگارن منز امتیاز عطا کران، مثلن یم شار:

سوٗ ہنہ کنہ دوٗر یار چھم اَلہ راواں    بلہٕ راوان کُل عالمس تہٕ لولو

ہو بجہٕ پنجرس منز چھم جاناوار    اَکھ وِسیر یم کتھ شکر یے لو

روٗسُل میرنہٕ سراپا نگاری یہٕ چھیہٕ اکھ نادر خوٗصوٗصیتھ یِنہٕ اکھ منز چھ شاعر یہ تہٕ مصورِ یہٕ

میُل سپدان ۔ مثالے یم شار:

موٗکشس بیٹھ میلہِ چھوٗر    پوشہِ لنجہ بیٹھ زَن قموٗر    نتہ لوٗمبوٗر ولوٗر تلان

یا    عشقہ پیچان چھے ارغوانس منز    کاژہِ زون زَن دون شہمارن منز

نقشِ چینیس زنار نالی یے لو

ہی تہٕ مسول ہیٛیہ ییمبرزل    برہ گئے ژریہ کُن وچھان

چَشمہ سیاہ روخ وہ زالی جامہ چھتیے لتی یے

مُشاہدٕچ تیزی، شوٗقچ تُندی تہٕ انٛحساسک تژر یمہٕ خوٗصوٗصیژ چھیہٕ میرصابُن کیتن

شارن سراپا نگاری ہندوٗس تہٕ وُجی بناوان ۔

چھ شراوَن ہیہ چھاوُن ناراہار    سوٗ یاوَن مژ چھیہٕ پسرتھ جامہ چھتیے

دنجر بمہ نے شمشیر دارن کم شیر سَردارن    خنجر نستے کھش کیاہ تیز اوس ڈلشہ گوڈ کھش مے

بخاب ناز ہمخاب وچھم برفرشِ کمخاب ۔ ہیٛیس مہتاب در آب ۔ گئیس بیدار کوٗت گوم

میرصاب چھ وارِہن جایَن محض پننہ بیانہ کہ جبر وٗتہ، خیالبازی ہنز ہلچہ تہٕ باوژ ہنز

نادرواری یہٕ ہند دٕسی خیالی شکلن تہٕ کنہ وہن مُرژن تہِ زندگی ہندُ شنیر تہٕ دُبرائے بخشان ۔ تہٕ

ستی چھِن پننہِ ووستادانہٕ لفظہٕ ورتاوٕ تہٕ ندرت کار FANCY یا نے خیالبازی ہندِ مدتہٕ کاشُر زبانٕ ہنر تتھ لولہٕ شاعری یہِ کلاسکل ترلے گرا ے تہٕ عالمانہٕ اوٚبر گوٚ بہٕ عطا کورمُت یوٚسہٕ تس برونہہ زیادٕہٕ پہن لکہٕ شاعری ہِش باسان آسی ۔ یہِ چھُہ رُسُل میرن سہ کارنامہٕ یُمہِ کنِہ موجودٕ دورٕچہ تمہِ کاشُرِ شاعری یہِ بابتھ وَتھ درایہِ یتھہٕ اسی ازکل دانشورانہٕ تہٕ چھاپہٕ صفہٕ شاعری وَنان چھِہ ۔

خال بر روخ تازٕ ترووُمت ۔ نازٕ کے نوٚنہٕ لشہِ نوٚن درامُت ۔ یا سپنمُت زنگیاہ چھے
شہرِ حسنک نواب تہٕ وا ے

چشمہٕ ڈلشتھ چانہِ مس چتھ ۔ ما تین کرتُرک صوٚرتھ ۔ تُرکِ بدخو مرگِ آہو
نرگسِ نیم خاب تہٕ وا ے

یم کرسرو قامتھ ۔ گیم بر پا قیامتھ ۔ ئیم تہٕ استقامتھ ۔ سُہ خوش رفتار کوٚت گوم
وُچھ آفتابن چوٚن ژندٕ زموکھ تہٕ ڈوٚلُس رنگ گٔژ کاژٕ لوٚ ے زوٚن چھُس سرسام نگارو

رُسُل میر چھُہ پننین ژھوچن کیثو زیٚھن بحرن تہٕ قسمہٕ قسمہٕ مصرٕ بندین تہٕ قافیہِ طرازین ہندِ مدتہٕ پننہِ کلاسکل چالہِ شاعری یہِ لکہٕ موسیقی ستی گنڈتھ اکھ لطیف داتشی مس باگران ۔

چھے ژیہٕ کرتجہِ دارٕ     تاریف ژمن ژمن
بال ہوسہ متھ دارٕ     یارٕ یتہٕ ژمن ژمن
دَندٕ چانی موکھتے ہارٕ     وٚٹھ لعلِ یمن یمن
نیٚھ شفق بنیہ ستارٕ     یارٕ یتہٕ ژمن ژمن
بوے مشک تتارٕ     موے یاسمن سمن
روے چوٚن گلُ انارٕ     یارٕ یتہٕ ژمن ژمن

اتھہٕ دل گوٚلم کتھہ بوزتھ چانہِ ملتانی مار ییے     پوشنوٚل چھی ہوشہِ نکہٕ ہتی طوطہٕ لو ہوٚری کلہٕ ییے

( دسمبر ۱۹۸۰ )

شفیع شوق

# غزل

پرِتھ چوکس منز سُے اَسہٕ وُن پاٗھر چارَے
پرِتھ کرِیہٕنیارس نوٗد نیہٕ وُن روغن کھارَے

وَتہٕ وَتہٕ غمہٕ دِواں پھیلیہٕ تھ خاموشی
بَرٕ بَرٕ کَن دِتھ وُنہٕ پھیراں اکھ پھسرارَے

اَز روٗدس بےٚ گَردِ اندر وَتہٕ ہٕدی ژھاراں
تہندِ رنیچ اکہٕ دوٚہہٕ پھرِ نا یےٚ میٚتے پارَے

کُلٕ گوگرِس منز رونٕلہٕ ژمہٕ وُن وُہہٕ وُن بُتھ
پرٕ ژھیٚنہٕ ریٚہہٕ توٚژنس دوٚپنس گژھ سے نارَے

ساٗری منظر ییٚلہٕ شروٚپراٗوِم دیدن منز
قدمَن تَل موٚٹھمُت منظر روٗدُم وارَے

تنہٕ مُژرِتھ تَن وِچھمَے بجلی گاشس منز
ہنگہٕ منگہٕ ژھہم گاموٚ کنہٕ کوٚت کوٚت لارَے

تَن ترٕ آوِتھ بَن نیٖری بہارٕچ خوشبوہ یہٕ ژَھٹھ
وَن وآراں ژٕھنڈی ژھنڈی پیٹہٕ واوٕ رنگاہ گارَے
وُنہٕ چھم نظَرن تَیَ تہرِس پیٹھ بیٖنہٕ کیٖنہہ لوٗ بشس
مَتہٕ وَنتم کیٖنہہ تام مُدَے پرارَے
شوقس چھم ووہنُی اُچھ ٹارِن مشرٕ سِکھ ووہ پدان
بیٖنہٕ کیٖنہہ خاب ژٕہتھ بِکھنا سوداگارَے

شفیع شوق

# غزل

دوٚیتم زِ ژیٚہ کیاہ ناد گوٚنہگارٕ دِپیامَس
کُٹھی کوٚنہٕ رٹھِتھ چھُس بہٕ سزاوار دِپیامَس

وُپہٕ بالہٕ پھرِیک راز گیٚتھ چھُس بہٕ یہاں یا
سنگسار بنی خشمہٕ تہٕ بیزار دِپیامَس

دولہٕ گوٚچھہِ اَژِتھ پرٛزِ سوے پھسرٕ آسرٕ و نام
دولے یہٕ یتِھے واو سیاہ نار دِپیامَس

ژِمہٕ کِنہٕ جبہٕ اَنہِتھ توٚتہِ بیٚتِن ہیوٚل ژوٚتھ گے
تِتھ نارٕ وُڈر باگہٕ چھُ گٹہٕ کار دِپیامَس

پھری پھِہ تہٕ لوٚتاں نیوٚم زٕ ہیتھ شینہٕ طُفانٕ
چھُے سوٚنتھ پکھن تل ژٕیٚہ گرفتار دِپیامَس

پرِتھ لنجہِ اویزان وُچھِکھ لاش ترٛزھے یام
ترٛوہ دِپان ژٕ ہنِتھ لبُہ زٕ ژموکجار دِپیامَس

اکھ لوسہٕ سبز پٔری یہٕ اگرواتہٕ ژٕلس شاپھ
طوٗفانہٕ ڈٕلِتھ زوٚورہٕ تہٕ نہ کانہہ نار دِپیامَس

یم موٚنز ژٕ تری اَزِ تہٕ گراں خندٕ میٚہ ہے چھم
ٹھہراو قدم لوٚ زلتی زار دِپیامَس

پھالوٚ تہٕ کلُف مُژرِ اگر میانہ چھُ کیاہ کم
"بازٔری لوٚکُس چھُس نہٕ خریدار دِپیامَس"

ییٚلہِ بالہٕ تھوٚنگِن ییٚنہ چھہِ گریزاں ڈول وٕزاں نے
شوٚقس چھِ نِسنگاہ وُزاں شار دِپیامَس

۵ ۔ غالب

نوٗر محمد بٹ

# کأشرِ موٗسیقی ۔ اَکھ زان

کأشرِ موٗسیقی چھُ اکھ پنُن اندازٕ تہٕ اکھ پنُن رنگ ۔ اتھ چھُ لکہٕ رنگ تہٕ، تہٕ کلاسیکی رنگ تہٕ ۔ لکہٕ رنگ گوٚو لکہٕ موٗسیقی تہٕ کلاسیکل گوٚو صوٗفیانہٕ موٗسیقی ۔ یہٕ موٗسیقی چھےٚ زیادٕ تر بأتن تابع ۔ یانے شأیری چھےٚ اتھ پیٹھ سوار ۔ گوڈٕ گوڈٕ چھےٚ موٗسیقی یتھے کنٕ تابع روٗزِتھ تہٕ پتہٕ پتہٕ یکتھ پنٕنِ پتھ قأیم تھاوان ۔ مگر چھیکرس چھےٚ موٗسیقی پنٕنِ انفرادیتھ نو کڈان تہٕ یہٕ چھنہٕ لفظن ہندِ ملہٕ مانیچ موحتاج روزان ۔ بوزن والِس چھُ امیکھ احساس تیلہٕ یلہٕ یادٕ سپدان یلہٕ اُمس مدہم (ہیوٗندُستأنی ستارٕ) چین تارن ہندی اندرِم سوٚرکنن گرٕزھان چھےٚ ۔ اتہٕ نس چھےٚ موٗسیقی پنٕنِ پتھ روٗزِتھ پنُن اصل وُجوٗد ہاوان تہٕ بأتہٕ کس لفظ پوٗشاکس تر ہ پچہٕ کران ۔ حُسن چھُ بجاے خوٗد اکھ جلوٕ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ اُسن کھنگالہٕ مأرن تلٕ تارِ یادِ دلہٕ نظرو وُچھن، عاشقس عشقنہٕ والہِ داشہِ منز کھساونہٕ خأطرٕ مختلف اندازٕ اپناوُن ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ یِم سأری چیز چھِ حُسنس اندر لبنہٕ تہٕ اگر کتھ سٕتی حسنکہِ جلوٕچ شیر پأر کرو حسنس کھسہِ بظاہر لوٗش مگر حسنک اندرِمیُم تہٕ خاموش پرتو زھوکہٕ صوٗفی چھُ گوڈٕ گوڈٕ شرعچہٕ تلوارِ تل روزان پتہٕ چھُ آے بدلاوان ۔

یتھے کنٕ چھُ بأتھ تہٕ موٗسیقی ہنر خوٗشوٗنٕ ترائے رٕٹِتھ لکن فرحتھ تہٕ خوٗشی موہیا کران ۔ تہٕ کیازِ بأتس منز چھُ وزن تہٕ وزن چھُ سوٚرن ہندِ تہٕ نہٕ سٕتی جہار کڈان، ودلسنس لوان تہٕ رنگ ژھٕٹان ۔ موٗسیقی تہٕ چھےٚ وزنس تابع، اوٚکنٕ زِ سوٚر چھِ اکس تنوسلس تہٕ ترتیبس منز چاوٕرٕٹان تہٕ وزن چھِ لیہٕ پلیٹھ کھستھ چھِ یِم ہر نہٕ ژھالہٕ ماران ۔

یوٚدوَے کأشرِ شأیِری ہِنزِ وزِ تھٕرٕن بانہٕ بَدلے یہ تَگر وزن گوو نہٕ مُلہٕ موٚنجہٕ ختم۔ کأشرِ موٗسیقی منز چھُ وزن تہٕ لے یا وٕنی توٗلے تہٕ تال وٕنہٕ تہٕ قٲیم (مسٹر جوزف، اکھ امریکی ماہرِ فنِ موٗسیقی، یُس پَتِمہٕ وَری یہ صوٗفیانہٕ موٗسیقی ہُنز رسرچ کرنہٕ خأطرٕ کشیرٕ آمُت اوس۔ ووٚن میٚہٕ زِ امریکہ ہس منز چھِ کمپوزر یہ وَنان زِ سمپھونی لیچھ پرانہٕ زمانہٕ کیو کمپوزرو، لہٰذا چھُ یہ تِہندے حصہٕ۔ اَزکی کمپوزر چھِ نوٚوی تجربہ کران تہٕ تالہٕ ہندِ چکرٕ نِشہٕ تھیپھ تُلنی پرٛتھان)۔ لے تہٕ تال چھِیہٕ ہِنٛدُستأنی کلاسیکی موٗسیقی منز تہٕ قٲیم۔ لہٰذا یہٕ کینژھا اَسی کأشرِ موٗسیقی متعلق یٚیتِنس کتھ کروسو آسہٕ زیادٕ تر باوزن موٗسیقی ہُنز کتھ، لیوٚسہٕ بأتہٕ کیو اَچھروستی پہچاننہ ییہ تہٕ یٚیتِنس ممکن باسہٕ بأتگ سرگم تہٕ ییہ دِنہٕ۔

کأشرِ مکہٕ موٗسیقی ہندِ پتھ کال یا منز کالہٕ نِشہٕ چھِ اَسی بیٚیہٕ خبر تکیازِ امہٕ کہٕ آسنکھ، یا نے یہ کٔرژھ آس کمہٕ آیہٕ اَس لوان گیونہٕ، تہٕ امیٚچ ترقی تہٕ ترویج کتھ کٔنی آیہ کرنہٕ چھُنہٕ اَسہٕ مولوم۔ بڈشاہ یا یوسف شاہ نہٕ وقتہٕ لیوٚسہٕ ترقی اتھ دِنہٕ آیہ تتھ متعلق تہٕ چھِنہٕ کانہہ وضاحتھ آمٕژ کرنہٕ۔ صرف چھُ وننہٕ یوان زِ حبہ خوتوٗنہٕ بنوو مقام راست کشمیری۔ (امہٕ مقامہٕ منزٕ اکہٕ بأتُک سرگرم چھُ نمبر ۱۳ ہس پیٹھ)۔ لہٰذا چھُ بیٚہتر ییٚہ زِ واقأتی پہلو تھاوو اَسی مدِ نظر تہٕ کأشرِ موٗسیقی ہیمو واقأتی طریقس پیٹھ جایزٕ۔

دان کہس یا مکایہ ڈارس منز ییلہٕ اکھ زنانہٕ پننس خاندارس یا بیٚیہٕ کأنسہٕ لیُس دوٗرٕ اَسہٕ کرِتھ دیہ" ہتو ہیو رمضانو . . . . . . " امہٕ منزٕ چھِیہٕ موٗسیقی دوہ تلنیچ گنجأیش آسان تکیازِ لفظ چھِ وزنیچ اکھ ترأے ہوان رٹنہٕ۔ کاوِ ییلہٕ اَلوٚ دوان چھُ اتھ منز چھِنہٕ کہنی موٗسیقی آسان۔ اَمی سندیہٕ آلو چھُ چھوٚن تہٕ چھوٚژ۔ وَن گوو بیٲری ہی بیا کھ کاو اُتھی آلوس برابر جواب دِلیس گژھان ییلہٕ بنہٕ وزنہٕ رٕنگہٕ بہ موٗسیقی۔ تَگر یہ کرِتھ تہٕ چھُ کاوِ سندس "کرا" آلوس منز بیٚیہٕ تارِ ہنز رل گیِیل کھالن وِزِ (ڈھلایہ وِزِ) ییلہٕ بہٲلی وول باقی نفری ستی بٔڈی بٔڈی میٚنڈی کھالان چھُ سُہ چھُ دُژھ وأری بٔڈراونہٕ تہٕ موٗزٕوٕرن ہمتھ دِنہٕ خأطرٕ یہ آے رٹان۔

بہٲلی وول . . . . . . . لا اِلٰہَ

موٗزٕوٕر . . . . . . . . اِلَّا اللّٰہ

بہٲلی وول . . . . . . صمد لو برہ نہہ یکھ

موٗزٕوٕر . . . . . . اِلَّا اللّٰہ

بٲہلی وول ... ... ... ... احدلو پتھر رٹھ

موٗزوٗر ... ... ... ... اِلاّ اللہ

تہٕ بیٚیلہٕ گٔیی سٔتۍ رٕس واتہٕ اٰی سۍنزِ موٗسیقی ہنزِ ترٲے چھیہٕ بدلان تہٕ کیازِ دوہ ژھ چھیہٕ آسان اُمس موموٗلی دکرِ دِتھ موٗنڈ پکہٕ ناوٗن ۔

بٲہلی وول ... ... ... ... یِم کمٕر گٔرٕ ییٚ سوٗنہٕ کنہٕ وٲی

واہ واہ رادھا نالہ ییٚ

نمبر ع ۱

| ۱ | ۲ | ۳ | ۴ | ۵ | ۶ | ۷ | ۸ |
|---|---|---|---|---|---|---|---|
| پی | سا | رے | سا | نی | سا | پی | پی |
| پی | سا | رے | سا | پی | سا | پی | پی |

پتھے گٔژھ بیٚیلہٕ کانہہ موج پننس شُرِس ساوان چھیہٕ یہٕ چھیہٕ باوزن موٗسیقی ورتاوِتھ اُمس نیندرِ پاوان۔ کٲشُر موٗسیقی ہند روٲیتی رنگ چھُ اَسہٕ زنانہٕ وَنہٕ وُنس تہٕ روٗفس منز لبنہٕ یِوان ۔ وُنہٕ وُنیکھ یہٕ طرز روٗدی اُسی داریاہ کالہٕ پیٹھہٕ لوٗزان تہٕ ممکن چھُ یہٕ اَسہٕ سیٹھاہ پرون طرز ۔ مگر وَنہٕ وُنس چھُ ہٕن تہٕ مسلمانن ہندس طرزس منز فرق ۔ ہٕنہٕ چھیہٕ سیٹھاہ پرانہٕ طرزِ وَنہٕ وان ۔ شاید چھُ اتھ منز یمن مذہبی آے یا تہٕ چھکھ پننہِ انفرادیت تہٕ تفرق قٲیم تھاونہٕ خاطرِ اتھ تھپ کٔرمژ ۔ پنڈتس وَنہٕ وُنس منز چھُ گو پیرتہٕ سنجید گی ۔ مسلمان وَنہٕ وُنس منز تہٕ چھیہٕ نہا سنجیدگی مگر یہٕ چھُ خوشوٗن ۔ "بسم اللہ کٲرِتھ ہیمے وَنہٕ ووُنے" کس طرزس پیٹھ چھُ مبہٕ یہٕ وَنہٕ وُن پیٚتۍ نس صدا بندکوٗرِ ٹتہ (امہٕ موکھ زٕ یتھ وَنہٕ وُنچ رنگارنگی فکرِ ترٕہ ۔ یہٕ وَنہٕ وُن چھُ مبہٕ کامہ چہٕ اُکس دیدہ صاحبہٕ نِش رِکارڈ کوٗرمُت تہٕ امہٕ نِش چھُ ننان زِ کٕرِ موٗسیقی یا گکہٕ باگتھ جمع کرنہٕ ستی انسانی سرگرمی ہند کیتیاہ پہلوٗ چھِ گٔژھ نیران" ۔

یٔیتہٕ ماٗنزِ لاگن شامہٕ سوٗندٲرے   تتہٕ ماٗنزِ لاگن کامہ دلوٗس

اُذ تو ماٗنزِ ڈل ماٗنزِ منڈٲوے   جامہٕ گندٲوے کامہ دلوٗس

نمبر ۲

| ۶ | ۵ | ۴ | ۳ | ۲ | ۱ × |
|---|---|---|---|---|---|
| گا | گا | گا | رے | رے | سا |
| سا | سا | سا | سا | سا | رے |
| گا | گا | گا | رے | رے | سا |
| سا | سا | سا | سا | سا | رے |

کشتواڑی وَنہٕ وُن تہٕ چھُ کٔشیرِ ہندی آیہ نگر لوٗتُس چھیٖیہٕ زنانہٕ وَنہٕ وُن ہُر جل ژٕرٹان ؎

یور کوٗتہٕ اَکھو کٔلہٕ شکارس    یِنو لوٗزارس کنہِ سن نٔے

## روٗف یا روٗو

روٗف چھُ سہٕ بأتھ یُس زنانہٕ ماہِ رمضانس منٛز، یا عیدِ دوہ بیترِ گیوان چھِ۔ وَنہٕ وُن یوٗد دَے اکی ترایہ پکان روٗد نگر روٗفس منٛز آیہ واریاہ تبدیلی۔ پرون روٗف اوس یِتھہِ آیہ آسان ؎

مارِ موٗت ہے روٗد بارِ گُلس تل ژھے

سہٕ ہے چھُ ماران دوٗرِ کنہٕ نے گرا

(دوٗیُم مصرعہ ووٗن مِیہٕ اَکھی شخصن، یہ چھا برابر اَمہِ کُے حصہِ کنہِ نہٕ تہٕ ہیکن زانن واُلی وَنتھ)

نمبر ۳

| ۸ | ۷ | ۶ | ۵ | ۴ | ۳ | ۲ | ۱ |
|---|---|---|---|---|---|---|---|
| ما | ما | گا | رے | سا | سا | سا | سا |
| ما | ما | گا | گا | ما | پا | دھا | پا |
| سا | سا | سا | سا | سا | رے | گا | گا |
| سا | سا | سا | سا | سا | سا | سا | سا |

بیاکھ روٗفی باتھ چھُ یتھ گنزٕ س

عیدآیہٕ رسہٕ رسہٕ عیدگاہ وسہٕ واے

نمبر ۴:-

| ۱ | ۲ | ۳ | ۴ |
|---|---|---|---|
| ما | گا | رے | سا |
| رے | سا | سا | رے |
| گارے | سا | رے | سا |

بیئہٕ اکھ روٗفی باتھ چھُ ییٚمہٕ آیہٕ س

ماہ رمضان کھیے اوس نوٗراٗنی چھُنے لوزان چھُنے بیئہٕ روزاٗنی

نمبر ۵:-

| ۱ | ۲ | ۳ | ۴ | ۵ | ۶ | ۷ | ۸ |
|---|---|---|---|---|---|---|---|
| پا | پا | دھا | نی دھا | پاما | پا | دھا | پا |
| پا | پا | دھا | نی دھا | پاما | پا | دھا | پا |

امہٕ پتہٕ ییٚلہٕ صوٗ موسیقی ہنداثر مسلمان مُلکو پیٹھ کشیرِ ووت امہٕ ستیٚ بنیو دسون روٗف زیادٕ طرحدار صوفیانہٕ موسیقی ہند اکھ باتھ چھُ یتھ گنزٕ س

گُل روٗپہٕ کوٗر تھس بلبل دل دیوانہٕ ستے

نمبر ۶

| ۱ | ۲ | ۳ | ۴ | ۵ | ۶ |
|---|---|---|---|---|---|
| —<br>گا<br>گا<br>پا<br>گا<br>ما<br>گا | —<br>گا<br>گا<br>پا<br>گا<br>ما<br>گا | —<br>رے<br>ما<br>ما<br>رے<br>رے<br>رے | —<br>سا<br>پا<br>گا<br>سا<br>سا<br>سا | —<br>سا<br>ما<br>گا<br>سا<br>—<br>سا | ما<br>سا<br>دھا<br>ما<br>سا<br>رے<br>— |

یمنے سورن تہ اَکھی وزنس پیٹھ آیہ پتہ وارِیاہ رۆنی باتھ پرنہ۔ مسلن ؎

استے استے لعل جرس دامانس تاے گرژھتے وِنیسے بنی صاٹنس مکانس تاے

شہ تہ وُچھنن ڈبہ چھاکنہ ڈالانس تاے

اَکھی طرزس پیٹھ گیوو پتہ آشا بھوتسلے تہ امی آیہ بیاکھ باتھ لیُس شمس فقیرن چھُ۔

دپان کشیر ہُند مشہور حکیم یانے امہ حکیم اوس صوفیانہ موسیقی ہندس ووستاد رمضان جوس نش

صرف رۆنی طرزک صوفیانہ باتھ لوزان یمہ ستی تمس فرحتھ موسیر آس سپدان۔

## چھکر

کشیر ہنز لکہ موسیقی منز چھیہ چھکر سو صنف یتھ سیٹھاہ چلے جاو چھُ رۆدمتھ۔ وننہ چھُ یوان زِ

یہ چھُ پٹھان دورک دیت۔ کشیر ہند پرانی ساز چھِ تمبخ نار تہ تھالج۔ یم دۆشوے اسباب چھِ باتہ کس وزنس بوش

کھالان۔ تہ سوز موہیا کران۔ نلندر باتھ گیونہ خاطرِ آسن وُننہ تہ کامن منز تھالج استیمال کران۔ تمبخ نار چھیہ وُننہ تہ

زنانہ نیتھرن پاتھرن منز استیمال کران۔ امہ پتہ رٹ خاکر ولو سارن تہ یتھ کنی لوٗر تمو کاشرِ موسیقی لول۔ ریڈیو کشیرس

پیٹھ چھُ غلام قادر لنگو تان پورہ وایان۔ تمی سُند داوا چھُ یہ زِ لکہ موسیقی کرٗ واتلو راچھ، شاعری تھاو لڑی شاہن

زندِ تہ صوفیانہ موسیقی تاشہ وانن۔ (اگر حقیقتھ چھیہ یہ تہ زِ صوفیانہ موسیقی آو تکیہ پن منز اصل لول برٗ رنہ) پٹھان دورس

منز سپد چھکرِ منز بچہ نغمہ تہ زباب شامل۔ سارنہ ہنز آواز آسی اُوچ تہ زاُوچ بیلہ زن رباب آلو گوب تہ مردانہ آیہ

اوس۔ تمبخ نارِ بجاے آو اتھ ستی نوٹ رلاونہ۔ لہازا بنیو رباب، سارن، نوٹ تہ بچہ چھکرِ ہند بُنیادی سامان۔

چونکہ چھکر آس عام لوکن منز گیونہ یوان لہازا آسہ یمہ محفلہ رنگین آسان۔ بچہ سُند رکھ اوس پیشواز آسان

(پیش واز گیوو تنگ کامہ دار کُرتہ تہ گاگر) گوڈ آس پد لوان پرنہ۔ پد پرن بزِ آسی نہ ساز پدہ ہندس نغمس

برابر ساتھ دوان۔ بلکہ اوس رباب کینژن سورن پیٹھ منزی منزی تھتھراوِیہ ہنز آواز کڈان تکیاز پد آس نہ

تال بند آسان۔ اتھ منز آسی زیادتر صوفی منش لکن ہندی شار لوان پرنہ۔ صوفیانہ موسیقی منز تہ چھیہ پد لوان

پرنہ۔ لل دید ہندی واکھ یا شیخ العالمہ سندی شرکھ۔ ممکن چھُ چھکر آسہ امی منز پدہ ہُند رنگ رۆٹمت۔

چھکر باتکھ نوٗمونہ چھُ یتھ کنی ؎

لوسہٕ ناوٕنس أمہِ مدن وارن          چھسا پراران ژٕسے کرہٕیم

نمبر ۷

| ۱ | ۲ | ۳ | ۴ | ۵ | ۶ | ۷ | ۸ |
|---|---|---|---|---|---|---|---|
| رے | گا | ما | پا | ما | ما | گا | رے |
| رے | گا | ما | گا | رے | سا | سا | سا |
| سا | سا | سا | سا | سا | سا | سا | سا |
| نی | دھا | پا | ما | گا | رے | سا | سا |
| سا | سا | سا | سا | سا | سا | سا | سا |

چھکرٕ گیون وزٕ لوسہٕ کے بأتس گوڈٕ چھیہٕ آسان سوٕ چھیہٕ بترٕ بدلان ۔ ترٕ اتھ بدلے مژ لیہ چھہٕ دوٚگنٕ ونان۔ بروٚنہہ اَسی بأتھ ونان ونان بیمار آواز تہٕ کڈنہٕ لوان ۔ شاید اوٚکنیٚ زِ تصور فراق نیرہ نوٚن ۔ کُنہٕ وزِ اَسی بأتکس پتیٚمس لفظس موسہل بناوتھ لیہٕ منز ووج دوان ۔ مسلن ہیٚر مس بأتس لیُس لفظ یہیم چھُہ تتھ اَسی بنیٚیہٕ ترٕ بنیٚیہٕ یہیم یہیم، یہیم پران ۔

بچہ لغمہٕ سپُد ختم مگر چھکرٕ چھیہٕ بدوٚستورٕ قائیم ۔ چھکرِ منزٕ أنی نوٚ تبدیلی غلام احمد صوفی ییٚلہِ أمی شِشِ رنگ گیٚوورِ شش رنگکھ آے اوس یتھ کنہٕ ۔

پلوٚہی پن لوِ وأجنس لأجنس ژہٕ بلین تاے
کرٕ نموتأ ویزہٕ پن

نمبر ۸

| ×۱ | ۲ | ۳ | °۴ | ۵ | ۶ |
|---|---|---|---|---|---|
| گا | گا | گا | رے | سا | سا |
| رے | گا | گا | ما | پا | پا |
| دھا | پا | ما | گا | رے | سا |
| سا | سا | سا | سا | سا | سا |

ہامیانہ یارو ہو، ہو، ہو، ہو ۔۔۔۔ کرٕی نموٗنا ویزِ پٔژ

نمبر ۹

| ۱ | ۲ | ۳ | ۴ | ۵ | ۶ | ۷ | ۸ |
|---|---|---|---|---|---|---|---|
| سا | سا | سا | سا | رے | گا | گا | ما |
| پا | پا | پا | ما | گا | رے | سا | سا |
| رے | گا | ما | ما | گا | گا | رے | سا |

چھکرٕ ہُند بیاکھ آے چھُ داستان رنگ ۔ یَتھ منز زٕ مۆزوٗر رٔوسی گٔنٹ بیترٕ داستانہ مشہوٗر چھیٖ۔ یمن منز چھُ شرک حصہ تہٕ باوزن طریقس پیٹھ بوزناوُنہٕ یوان تہٕ کینہہ حصہ لیٚہ منز۔ رٔوسی کحیہ ہندٕ طرزک نموٗنہ

وہیرٕ بوٗمبوٗرنے نیری ونیٚی سے      لولہٕ کرو رٔوٗ دٕ سے

نمبر ۱۰

| ۱ | ۲ | ۳ | ۴ | ۵ | ۶ | ۷ | ۸ |
|---|---|---|---|---|---|---|---|
| سا | ساسا | رے گا | ما ما | گا | رے رے | سا | سا |
| ما | ما ما | گا | رے سا | سا | ساسا | سا | سا |
| دھا دھا | دھادھا | پا | پا | ما | گا | رے | سا |
| ما | ما | گا | رے | سا | سا | سا | سا |

## بانڈ تہٕ سورنے

بانڈ چھ کشیرِ ہُند پیشہ ور مۆسیقار۔ ساز تہٕ سورنے چھ ہہنٛد ویٚدی ساز آسی متھ۔ مگر ییلہٕ فنس قدردانی رٕودی نہٕ ساز بیترٕ سامانہٕ ترووِیوٗاتی، البتہ سورنے کرٕ کھرٕ آچھ تہٕ کیاز سورنہٕ چھُ آلو نیز، اکہٕ شایہ پیٹھ بیٚیس شایہ تام بکہٕ ناونس منز چھیٖنہٕ یہ وولہ لوٗر بنان تہٕ نہ چھس باقیٚ سازن ہندی پأٹھی تار چار پنٛچ ضوٗرٔ ورتھ (مۆسیقی منز چھیٖ تار چارٕنی تہٕ ساز سورس منز تھاون اکھ بڈ کتھا یوان مانٕنہ، تکیاز ستارٕی ساز ندر چھیٖنہٕ ہیکان یہ کأم اَند واتہٕ ناوِتھ) امہٕ علاوٕ چھیٖ سورنے بانڈن نیتھرن پأتھرن منز نگارس ستیٚ

بکار لوان ۔ لوزِ وَنے تہٕ باٹھ چھہٕ سورنیہ سیتی لبنہٕ لوان۔

برونہہ آسی باٹھ عیٖذ دوہ شہروسان تہٕ سورنے وٲتِتھ عیٖذ لوش کھالان ۔ یِم آسی زیادٕ تر عام فہم باتھ لوزٕ ناوان تہٕ اگر باسہٕ ہکھہٕ زٕ یِمیہ گھرک باڈٕ چھہٕ قدردان تیلہٕ آسی اصل موسیقی تہٕ لوزٕ ناوان (برونہہ آسی صوفیانہٕ گیوس "موسیقی" لوان ونہٕ ۔ اَڈٕ لکھ چھہٕ اتھ سازندر گیوٗن تہٕ ونان) ۔ مرحوم کمال بٹ یُس ریڈیو کشیرس منز صوفیانہٕ موسیقار اوس، اوس اتھ طبقس سیتیٚ تعلق تھاوان ۔ اُمی اوس صوفیانہٕ موسیقی گیونہٕ خاطرٕ بنیادی ساز کاشر ستیارٕ اینو وُمت ۔ باٹھ یِم باتھ عیٖذ دوہ سورنے بیٚٹھ وایان آسی تِموٗ منزٕ چھہٕ نوٗمونہٕ خاطرٕ اکھ ییتھ کنہٕ

اکھ ماہِ رویس کیاہ چھہٕ شوبان حسن عطائی

نمبر ۱۱

| ۱ | ۲ | ۳ | ۴ | ۵ | ۶ | ۷ | ۸ |
|---|---|---|---|---|---|---|---|
| ما | ما | ما | ما | پا | پا | پا | دھا |
| ری | دھا | پا | ما | پا | پا | پا | پا |
| سا | ری | دھا | پا | ما | ما | ما | ما |

## صوفیانہ موسیقی

مُسلمان دورِ حکومتس منز سپز صوفیانہٕ موسیقی ییٚتہٕ رایج ۔ صوفیانہٕ موسیقی اَکھ پانس سیتیٚ پنُن سازٕ تہٕ سنتور، سازٕ تہٕ ستیارٕ ۔ اَمہٕ موسیقی ہند گیونک انداز چھہٕ بدل ۔ گیونک آے چھُس اَکِنیٚ بدل زٕ تالہ چھُس بدل، گوٚ بہٕ کیو لوٚ ثرٕ تالہٕ ۔ لوزٕ وَنے تہٕ لوٚ ثرٕ تالمن پیٹھ نہٕ چھہٕ گوٚ بنی تالن ہُنداثر ۔ گوبیٚن تالن منز چھہٕ باتھ زیٚچھرسان تہٕ لُلو لُلو گیونہٕ لوان ۔ مثالہٕ پاٹھی بہٕ باتھ ییتھ کنہٕ

بالہٕ یارَنگ اوسم سر یہہ ۔ نوٚےرآدم تہٕ بندر تہٕ نیہہ

(مقام دھناسری)

نمبر ۱۲

| ۱۴ | ۱۳ | ۱۲ | ۱۱ | ۱۰ | ۹ | ۸ | ۷ | ۶ | ۵ | ۴ | ۳ | ۲ | ۱ |
|---|---|---|---|---|---|---|---|---|---|---|---|---|---|
| دھا | پا | پا | پا | پا | پا | ما | گا | گا | | | | | |
| — | سم | — | او | — | نک | پا | لہ | با | | | | | |
| ما | پا | ما | گا | گا | گا | ما | پا | دھا | پا | دھا | نی | نی | نی |
| ترتہ | ردر | - | ننبنوہ | — | وم | رآ | ے | تو | | — | — | — | |
| | | | | | | | | | سا | سا | رے | گا | گا |
| | | | | | | | | | — | — | — | - | نیہہ |

صوٗفیانہ موٗسیقی منز چھِ سورتہٕ اکس مقامس منز تمہِ آیہ گنڈنہٕ یوان یتھ سورُک مقام بوزنہٕ سِتۍ اکھ خاص جذباتی کیفیت یتھ موٗثر ونان چھِ پادٕ گژھِ۔ صوٗفیانہٕ موٗسیقار چھِ وزنہٕ خاطرٕ ذکرہ وایان۔ ذکرس چھِ طبلہٕ تہٕ ونان۔ ذکرہ استیمال کرنہٕ برونہہ اوس وۄصوٗل وایہنہٕ یوان۔ یتھ ڈوٗکی ونان چھِ۔ مگر ووٕنی چھُ دو کرے استیمال سپدان۔

نمبر ۱۳

| ۶ | ۵ | ۴ | ۳ | ۲ | ۱ |
|---|---|---|---|---|---|
| رے | رے | سا | سا | سا | سا |
| دھا | دھا | پا | ما | گا | رے |
| رے | رے | گا | ما | پا | پا |
| رے | رے | گا | ما | پا | پا |
| رے | رے | نا | نا | نا | نا |
| رنے | رنے | گا | رنے | گا | رنے |
| نا | نا | گا | رنے | رنے | رنے |
| نا | نا | نا | نا | رنے | گا |
| نا | نا | نا | نا | نا | نا |
| پا | نی | نا | رنے | رنے | رنے |
| پا | پا | دھا | نی | سا | دھا |
| گا | گا | گا | ما | پا | دھا |

اوتار کرشن رازدان

# کٲشِرِ منٛز مُصوری

اکھ جایزٕ

"مُصوری منٛز چھُ سُہ طریقہٕ پانہٕ ناونہٕ یِوان، یُس زِ نٔے تخلیقی کارٕ منٛز استیمال یِوان چھُ کرنہٕ ـــ صرف گرٕتھ مُواد ورتاونس پیٹھ گُو بُوز آسُن، اَدِ تِم الفاظ آسی تٕنی یا بیوٚن بیوٚن رنگ، یِموٚ کِنہِ لطیف جذباتن تہٕ احساسن ہُنز ترجمٲنی ہیکہِ سپد تھ"

(سرجوشنا رینالڈز)

کٲشِر چھیہٕ پتھ کالہٕ پیٹھٕ مُلکی تہٕ غٲر مُلکی مُصورن پننہٕ قودرتی حُسنہٕ کِنہِ برٕم راوان آمٕژ۔ یوٚہے وجہ چھُ زِ یٕتھ مُصوری منٛز چھِ مُصوِر تِمہٕ تِنے منظرن ہُنٛز عکاسی کران آمٕتی۔ یِموٚ سٕتی یہٕ گُل پوش وادی مہارٕنٛز ہٕشی شیٖرِتھ تہٕ پیرٕتھ چھیہٕ۔ امہٕ علاوٕ چھیہٕ اکھ بٔڑ بارٕ خوصوٗصیت یہٕ زِ اتھ منٛز چھُ اَسہٕ مختلف پوشن ہُنٛد رنگ، پمپوشُک شوہر، عاشق تہٕ ماشوق سٕنٛزن دِلن ہُنٛز دلہٕ دُبراے، رازِ محلن ہُنٛد ٹھاٹھ بھاٹھ، اشیوی یاتر کا فلسفہٕ باوتھ تہٕ صوفیانہٕ انداز میلان۔ یِمے چھیہٕ تِم کینہہ کوٗششہٕ یِموٚ کِنہِ یٕتِکی لوکھ پتھ کالہٕ پیٹھٕ اتھ فنس سٕتی لول بران رٕودی تہٕ اتھ سگونس منٛز تھوٚکھ نہٕ کانہہ تہٕ کسر باقے۔

کأشِرِ مصوری ہنرٕ رلواجِتھ چھیہٕ سلطان شاہ پرأنی۔ مگر بد قسمتی چھیہٕ یہ زِ ازکل چھِنہٕ اَسہٕ نَنِش امِہ فنکی ہاوِن تہٕ باوَن لایق نۆمونہٕ رٔژھہ رِتھ یمہٕ کِنۍ اَسہٕ منز وارِاہن پہ کتھہٕ ہیٚے عقیدِ ہش چھیہٕ بنیمژ زِ بیٚیتہٕ چھِنہٕ مصوری ہنرٕ رلواجِتھے أسِ مرژٕ۔ یوٚہے وجہ چھُ زِ کینہہ عالِم چھِ کأشرِ مصوری ہندس انفرأدی طرزس پیٹھ شکھ کران۔ مگر ژکہٕ چھیہٕ کتھ بدل۔ بیٚیتہٕ چھیہٕ وِز وِزِ غارتہٕ جنگی گأمژ تہٕ نارِ لگی متی یمیُک اثر نہٕ صرف کأشرِس ادبس پیٹھے پوت چھُ پیومُت بلکہ ہتہٕ برژ پرانہٕ کأشرِ مصوری ہنرٕ شاندار تخلیقاتہٕ تہٕ چھیہٕ ہا یہٕ تہٕ ضایہ گأمژہٕ۔ ۴۷ء برونہہ یہ کینژھا کأشرِ مصوری رنگی بیٚیتہٕ کِہن برہمن نشہٕ رٔژھہ رِتھ اوس، سُہ تہٕ آدمن نش پانسہٕ لالچ دِتھ نیہٕ۔ یتھ پأٹھی چھِنہٕ ازکل اَسہٕ نَنِش امِہ فنک تیُتھ کانہہ تہٕ لۆکہٕ وۆن نۆمونہ رٔژھہ رِتھ یتھ وُچھتھ ازکل کِہن مصورن ہیٚکہ اَچھ ہشہٕ مژراونہٕ یِہن تہٕ تخلیقکار رٔہن نہٕ یمہٕ ژلن تخلیقن منز امیُک واضح ذکر کرنس منز لوٚب۔ میٚیہٕ چھُ باسان زِ اتھ فنس متلق یِہندِ یتھ پأٹھی سوچُن چھُ بذاتہٕ خود اتھ ستی انصاف نہٕ کرنس برابر۔ پوٚز چھُ یی زِ کأشرِ مصوری ہنرٕ رلواجِتھ چھیہٕ سیٚٹھاہ پرأنی تہٕ دسوار، طاقتھ ورتہٕ خوبصورتھ ییژ ازن یمیُک ثقافتی تأریخ تہٕ رسمہ رلواج چھُ۔ یوٚہے وجہ چھُ زِ کأشرِ مصوری ہندِ ذکر چھُ بیٚیتہٕ کیو عالی مۆد سی لیکھنہٕ آمژن کینژن پرانین سنسکرت کتابن منز یتھہٕ کِنۍ میلان۔

۱۔ نیل مت پُران۔ مذہبی تہٕ ادبی سمن جاین ہنرٕ لبہٕ گرژھن تصویر کشی ستی سجاونہٕ ییٚنہٕ۔

۲۔ کُٹنمٹ کاویہ۔ دۆمۆدر گُپت چھُ پننہِ موہشوٗر شارِ کتابہ منز لیکھان زِ فنِ مصوری أس کأشرِن کورِن بالغ سپدِتھے پانہٕ نادِنۍ پیوان۔

۳۔ کتھا سرت ساگر۔ سوم دیو چھُ پننہِ یتھ موہشوٗر تصنیفِ منز بیٚیو کتھو علاوہ کأشرِ مصوری ہندِ ذکر یِہ وَنِتھ کران زِ بیٚیتہٕ أسی راز دربارن منز پریتھ سانہٕ نہتھی مصور مۆجوٗد آسان یِم زن یتھ گُل پوش وادی ہندِ ن قدرتی منظرن ہندِ عکس تلنس منز صاحبِ کمال وۆستاد آسہٕ ہن۔

۴۔ راج ترنگنی۔ کلہن پنڈِتھ چھُ راج ترنگنی منز لیکھان زِ ہیٚونِد ستانس منز مۆجوٗد ایوان ہندی پأٹھی أسی سانہٕ راجہٕ کشیر منز تہٕ تیتھی کینہہ ایوان، یِہنز لبہٕ لۆکہٕ وَنہٕ تصویر کشی ستی شیٚرِتھ تہٕ پأرِتھ آسہٕ۔

یِمو سارِوۍ کتھو تلہٕ چھُ اَسہٕ یی نَنان زِ کشیرِ منز چھیہٕ یتھ کالہٕ پیٹھ فنِ مصوری ہنرٕ اکھ

شاندار رلوایتھ اَسمٕژ تہٕ ازکل تہٕ چھِیہٕ یہ ساٖنہِن رسمہٕ رلواجن، خاندرن خُندرن یادٕ وٚیمِن کینژن برٛاہن دوہن پیٹھ زندٕ لبنہٕ یِوان۔ یِمو منز چھُ گوڈنیک لُوڈ دوہ ہہ ماگہٕ زٕونہٕ پچھہ ترییہ یتھ زن گوٚر ترزٕییہ تہٕ ونان چھِ۔ اَمہٕ دوہ چھُ گرٛدٕ جی پینہٕ نِہن یُدمن گھرن ہنزن نوین نوشین تہٕ لوکٹن شُرن شوخ رنگو ستی بناونہٕ آمژٕ دلوی دِوتاہن ہنز تصویرہٕ باگران۔ دوٚیمہٕ برٛٹہٕ دِینک ناو چھُ ہار زٕونہٕ پچھہ ستم تہٕ ونان چھِ۔ اَمہٕ دوہ چھُ بٹہٕ گھرن منز پرتھ جایہٕ رنگدار میٚژٕ تہٕ چوٚنہٕ ستی کھسونہٕ آفتابچ شکل بناونہٕ یتھ زن کاٗشری یاٗڈھی، ہارمنڈل چھِ ونان۔ اَمہٕ علاوٕ چھِ بٹہٕ خاندرس پیٹھ ماٗنزی راٗتہٕ دوہ گوڈنیتھے دارس چوٚنہٕ لوٗن یِوان کرنہٕ تہٕ تمہٕ پتہٕ اتھ پیٹھ رنگدار میلہٕ ستی قسمہٕ قسمہٕ پوشن ہُند ڈِزاین بناونہٕ یِوان۔ کاٗشری یاٗڈھی چھِ اتھ کرۄر کھاڑن ونان۔ تصویرکشی ہنز یہ رلوایتھ کرِ پیٹھ چھِیہ یِتہٕ قایم گاٗمژٕ۔ اتھ پیٹھ کیہنہ وٕ وٕثوٗقہٕ سان وَنُن چھُ ناممکن۔

۱۹۳۵ء منز یتھے ییل کیمبرج اکس پیڈ ہشنگی زٕ ٹھ ڈاکٹر ٹیرانس ہدایتس تل برٛزہامہٕ کھننہٕ آو، تہٕ دراپہٕ کنہٕ بنیمژٕ کیہنہ ہیتھی یار، دوٕ کھل تہٕ کاجہٕ وٹھہ تہٕ میٚژٕ بانوٕ علاوٕ اکھ کنہٕ پاٗتر، ینہ پیٹھ اَکس زٕلرِ ونس ہانگلہٕ سنز تصویرٕ ہُند ستر یار چھُ کرِتھ۔ اَمس پتہٕ پتہٕ چھُ اکھ شِکاٗری تیر تہٕ کمان ہتھ ہاونہٕ آمُت۔ کشیرِ منز چھِ یہ تصویرکشی ہنز گوڈنیچ کوشش مانہٕ یِوان۔ چنانچہ یہ گوشہٕ وکھہٕ یٚلہٕ زن کشیرِ منز انسان ہیتی گوڈنیچہٕ لٹہٕ بسنہٕ تہٕ لگی پننہٕ روزنہٕ زوہٕ کرنہٕ خاطرٕ جانورن تہٕ جاناوارن ہُند شکار کرنہٕ۔ کاٗشرٕ مصوری ہُند بیاکھ اکھ یتھے نوٗمونہٕ گیہ تم ترییہ ٹاٗل یِم زن ماٗروٗن بودھ مٹھس نلہٕ کنہٕ چھِ اَتھہٕ آمتی۔ یِمو منز چھُ گوڈنیچہٕ ٹاٗلہٕ پیٹھ اَکس گتہٕ ریٖنہٕ ہُند تصویرٕ بنِتھ۔ اَمس اَندی اَندی چھِ کیہنہ ساز دایان ہاونہٕ آمتی۔ دوٚیمہٕ ٹاٗلہٕ پیٹھ چھُ اَکس شِکاٗری تہٕ بٔنیہ کس تام جانور سُند تصویرٕ بٔنِتھ۔ تریمہٕ تہٕ آخری ٹاٗلہٕ پیٹھ چھُ عاشق ماشوق سنز تصویرٕ بنِتھ یم زن ڈبہٕ پیٹھ ہُنہ کتھ تام قدرتی نظارس چھِ سنیمژٕ۔ وننہٕ چھُ یِوان زِ یِم ٹاٗلہٕ چھِیہ ژورمہٕ صدی ہنزٕ تہٕ ازکل چھِیہ سرینگرکس صنم خانس منز رٕژھرِتھ۔ اَمہٕ علاوٕ چھِیہ یِتہٕ چوگینژٕ وگو پھو منز کیہنہ کنہٕ بکھنچہٕ تہٕ اتھہٕ آمژٕ یمن پیٹھ دوٗن زنہن ہندی کیہنہ ننگہٕ تصویرٕ چھِ بنِتھ۔ یِمن منز چھِ یِم اکھ اَکس موہنہٕ تہٕ میٹھی نالہٕ متی تہٕ دوٕ لہٕ متی کران چھِ ہاونہٕ آمتی۔ کینژن عاٗلمن ہُند وَنُن چھُ زِ یِم چھِیہ کوکہٕ پنڈتنس کوک شاستر چہ ہُنی باز بنِتھ۔ یِم کنہٕ بکھنچہٕ تہٕ چھِیہ ازکل سرینگرکس صنم خانس منز رٕژھرِتھ۔ یتھیو نوٗمونو ستی چھِیہ یہ کتھ ننہٕ تہٕ ٹاکارٕ زِ تمہٕ وِزِ آسہٕ ہن یِتکی

مُصورن ہِنٛز فنی مظاہرٕ کینہٕ پاٹرن، اکثر کھنجن یا میٚٹر ناٗلن پیٹھ تھِتھے کٔنہ کران۔ یِتھٕ کٔنہ زَن از کلک مُصوٗرِ کاغذس یا کیرس پیٹھ کران چھُ۔

کٔشیرِ منٛز فنہٕ مصوری پیٹھ چھا یونانی آتگُک اثر پیومُت کینہ نہٕ۔ یہ کتھ چھیٚ از تام غور طلب تہٕ اتھ پیٹھ چھیٚ کھوج کرنٕچ وارِیاہ گُنجاۂش تہٕ ضروٗرت تہٕ۔ کینٛژن بدیٚشی عالمن ہُند وَنُن چھُ زِ یونانو چھیہٕ کٔشیرِ پیٹھ ڈوٗڈس ہتس وٕری یس حوکومتھ کَرمٕژ۔ یہند چھُ یہِ وَنُن زِ سکندرِ اعظم چھُ ڈنہِ مہک فتح کران کران وٕتھ تاردِتھ وادی منٛز تہٕ وآتِ مٕتی۔ اَمہِ کتھِ ہُند ذکر چھُ ورگہٕ پاٹھی یونانی تارٕخس منٛز تہٕ میلان۔ حالے چھِ ییٚنہٕ کینہ سکِہ اتھِ آمتی یمن پیٹھ یونانی پاٹھی عبارتھ لیکھنہٕ علاوٕ کینٛژن تصویرن ہُند عکس تہٕ چھُ تُلتھ۔ یِتہٕ چھُ اکھ وجہ زِ عالم چھِ یِنہٕ نِس وینہٕ نس پیٹھ ڈٔیتھ۔ خاٗرِ یہ چھُ اکھ بٔنتھ موضوع یتھ پیٹھ وارٕ بحث ییہٕ کرنہٕ۔ یوٚدوٕے یہ پوٚز آسہِ زِ یونانو چھیہٕ کٔشیرِ پیٹھ حوکومتھ کرمٕژ، تیلہِ کتھِ ہٕکوٚ اسی یتھ کتھِ نکار کٔرِتھ زِ حُسن پرست یونانو آسہِ نہٕ ییٚتہٕ چہِ فنہٕ مصوری سگ دِتیمُت۔ اتھ کتھِ ییٚہ ہن زیر دوان چھِ کننگھم تہٕ فرگوسن پنٕہ نین کینٛژن کتابن منٛز لیکھان زِ امہٕ وقتہٕ اسی ییٚتہٕ فنہٕ مصوری یپٛراہ شمس واتنٕژ زِ ییٚتِکۍ مصوٗر آسہٕ شمالی ہیٚندستانکین علاقن منٛز بلاونہٕ۔ یِتھہٕ پاٹھی آیہٕ اَمہِ وِزِ کٔشیرِ ہندی، مغربی پنجابکۍ تہٕ کولِکۍ مُصوٗر اکھ اکس نکھہٕ تہٕ پننہٕ فنُک کوٚرکھ مظاہر۔

کینٛژن عالمن ہُند چھُ یِتہٕ وَنُن زِ کٔشیرِ منٛز مُصوری ہُند فن دُسوار کرنس منٛز چھُ شاہ آفاق مالی سُند وارِیاہ دِیت رُدمُت۔ یم اسی اکھ بہلِہ پایہٕ مُصوٗر۔ دِپان زِ بہٕ رجاے آسکھ چلن۔ یم آیہِ لور تمہِ وِز ییٚلہِ زَن ییٚتہٕ راناِ دِتیہ حوکومتھ اسی کران۔ وادی منٛز پننہٕ موجوٗدگی دوران بناوِ یمو دلکش تہٕ نفیس تصویرٕ یم زَن ییٚتہٕ سارنی اژرنگ ناوِکنہٕ ویٚدی آسہٕ۔ یمن تصویرن منٛز اوس یمو پننہٕ فنُک یتھ مظاہر کوٚرمُت زِ وَنہٕ چھِ یوان۔ یم گیہِ یمن وچھِتھ پاگل۔ پاگلازی منٛز لگی یم وَنہٕ زِ بہٕ چھُس خودایہٕ سُند دوٚیم روٗپ تہٕ یہ لوزن والیو یتھے تس امیگ تولوٗتھ موٚنگ، تہٕ تمی ماوِنکھ تورٕ پنہٕ بناوِ مٕژ تصویرٕ۔ یہند یم تصویرٕ ہاوُنگ مدا اوس یہ وَنُن زِ یم چھنہٕ تمی پانہٕ بناوِ مٕژ، بلکہ چھُ خودایٚن سوٚرگہٕ پیٹھہٕ کُس تام فرشتہٕ زمینہٕ پیٹھ سوٗزِتھ یم بناوِنوومُت۔ ابوالفضل چھُ آئینِ اکبری منٛز یہنٛز تصویر کٔشی متلق وارِیاہ کینہہ لیکھان۔ مگر ییٚتہٕ نس چھُ یہ سوال ووٚتھان زِ یوٚدوٕے

یہ پۆز مانوٗ زِ مٲنی اَسی لوٗر آمتۍ تہٕ بینہٕ فنی کمالہٕ ستۍ اَسکھ تیٚنۍ مُصوری مالامال کٔرمٕژ۔ تیلہٕ کیاز چھیہٕ کلہن پنڈتن راج ترنگنی منز یمن متلق ژھوٗپہٕ ورتاومٕژ۔ یمن متلق چھیہٕ بیاکھ اکھ کتھ وُنہٕ تہٕ قیاس آرآیہ چہ وُنہٕ منز گھٹتھ۔ یُس گوٚو یم کرہی چھ لوٗر آمتۍ تہٕ لوٗر ییتھ کیتس کالس چھکھ ییٚتہٕ قیام کوٚرمُت۔ اَز تام چھینہٕ یمن کتھن گٔنی درامٕژ۔ البتہٕ چھُ ایرانی تاریخہٕ منز درج زِ مٲنی اوس تمہٕ وزِ فنہٕ کمالس دوٚنمُت ییلہٕ ایرانس منز شاہ پوٗر اول سنز حکومتھ اُسمٕژ۔ خٲریتہٕ چھُ اکھ تیتھ موضوع ییتھ پیٹھ غور کرنچ واریاہ گُنجٲیش چھیہٕ۔

حضرت علیٰ ہس ۳۰۰ ؤری بروٗنہہ چھُ ییٚتہٕ لودھ مصوری جان دس وٚدتھمُت۔ اَمہٕ کتھہِ ہُند انکشاف چھُ مشہوٗر لودھ تاریخ دان تارناتھن ۱۶۰۸ءَ منز کوٚرمُت۔ یُہند ونُن چھُ زِ ییٚتہٕ اَسی لودھ مُصوری ترٛین طرزن پیٹھ دٔریتھ۔ ناگ، یکھش تہٕ دیو طرز۔ یمو منز اوس سارِوے کھوتہٕ زیادٕ مقبوٗل ناگ طرز۔ دپان اتھ میچ ییٚتہٕ موہشوٗر لودھ فلسفی ناگ ارجن نِس دورس منز جان وُسعت۔ اَمہٕ علاوٕ بناوِ اَمہٕ وزِ مصورو کیٚنہہ تژھ تصویرہٕ تہٕ یمن منز لودھ دھرمکین کینژن اوٚموٗلن تہٕ زاتکہ کتھن ہُنز باوتھ اَسی کرتھ۔ دپان پرٛژھن تصویرن ہندی کیٚنہہ لوٚبہٕ وِژی نوٚموٗنہٕ چھہٕ چینس منز کینژن گوٚمپن منز اتھہِ آمتۍ۔ ۱۹۳۱ءَ منز لبی سر آرل سٹاینن تہٕ لی کاکن کیٚنہہ اہم دستاویز۔ یم زن پوٚنژمہِ صدی ستۍ تعلق چھہٕ تھوان۔ یم چھہٕ اوٚرِنیٚرِ تہٕ سیٚٹھاہ موٚلۍ تہٕ اہم مانہٕ یوان تکیازِ یہنٛدِن مٔل ؤترن اَندرِ کِ تہٕ نیٚبرِ کِ چھیہٕ نفیس نفیس تصویرہٕ بنتھہٕ۔ یمو منز چھُ اُکس تصویرِ تلہٕ کنہٕ لیکھتھ زِ یم چھیہٕ اُکس قابلہِ مہارتھ مُصور سنز تخلیقاتہٕ۔ شیٚیمہِ صدی منز اَسی ییٚتہٕ لودھ مُصوری پیٚٹھ اعوٗرُج کمالس واتمٕژ زِ یٚیتکۍ مُصور گیہٕ نیپال، برماتہٕ جوٚنوٗبی ہیوٚندستانکین کینژن علاقن منز پنُن فنہٕ مظاہر کرنہٕ۔ یوہے وجہ چھُ زِ یمن جاین چھہٕ اَخرس مُصوری ہندی کیٚنہہ علاقٲیی سوٚکوٗل وُچھتلنہٕ ہیوان یہنز بُنیاد لودھ طرزِچ مصوری چھیہٕ آسان۔ اَمہٕ وزِ چھُ جوٚنوٗبی ہیوٚندستانکین مصورن لوٗرِ مُتۍ گرٛژھن روزان، ہیم زن ییٚتہٕ لودھ طرزس پیٹھ ہترہٕ بتہٕ تصویرہٕ بناوان چھہٕ۔ یمو منز یُس مصور لوٗر گوٚڈنِتھے چھُ یوان، تَمی سُند ناو چھُ بھمبسار آسان۔ دپان یہنزن تصویرن ہنز نُمٲیش اَس ییٚتہٕ لودھ پنٛنِم کیٚتھ سپدان۔ یم اَسی دیو طرزس پیٹھ تصویرہٕ بناونس منز صاحبِ کمال ووستاد۔ یمن پتہٕ آو بیاکھ اکھ مُصور لوٗر یمن زن شرنگار دیو ناو اوس۔ یم اَسی مارواڑِکی روزن وٲلۍ۔ یمو کٔر ییٚتہٕ ہترہٕ بتن تصویرن ہنز تخلیق، ہیم زن یکھش طرزس پیٹھ آسہٕ۔ مطلب چھُ وُنہٕ تگ یہ زِ اَمہٕ وزِ اوس کشیرِ تہٕ یمن علاقن درمیان

نہ صرف تجارتی توٗلوٗ فاتھے یاتی ، بلکہ اَمی سٟیم ثقافتی رشتو کنہ تہٕ اکھ اَکس نکھہ نکھہ آمتۍ۔

شیٖنمہ صدی پیٹھہٕ اِکھمہ صدی تام چھُہ کشیرِ منز مُصوری ہُند اکھ الگ طرز وۅتہٕ لُن ہیوان یکیانزِ اتھ پیٹھ چھُہ مُصوری ہُند گُپت طرز سوٗن تہٕ گوٗن اثر تراوان ۔ یہے چھِیہ سوہ وزِ ییلہٕ زن راز للتادِتیہ کنوج تہٕ بنگال چھہ فتح کران ۔ امہِ وزِ چھہ یِم پانس ستۍ نیٖبرِمن کینٛژن فن کارن بور تاران یِمو منز مُصور تہٕ شامِل آسان چھہ ۔ یِم چھہ تِمہٕ وزِ ییتہٕ کینٛہہ مُصورن ستۍ رلِتھ میلِتھ کام کران ۔ یِتھہٕ پاٹھی چھُہ کاشُر مُصوری ہُند اکھ نوٚو طرز بارسس یِوان تہٕ اَکھرس برٛونٹھ جان وُسعت لبان ۔ وَکھ گُذرنہٕ پتہٕ چھُہ ییتہٕ مُصوری ہُندیہ طرز لوٚتہٕ مقبوٗل گژھان زِ یہ چھِہ پنہٕ خاطرٕ چھہ چمبا ، کلو ، کانگڑہ ، لاہول ، اسپتی تہٕ مغربی تبتکی کینہہ مُصور یوٗر یِوان تہٕ آخرس پننہٕ مین علاقن منز اتھ مقبول بناوان مُصوری ہُندی ییتھی کینہہ نموٗنہٕ چھہ مارتنڈ مندرچین لبن علاوہ نیچابس منز امب تہٕ ملوٹ کین مندرلبن پیٹھ دریٛنٛھی گژھان ۔ اَتھی دورانس منز چھُہ کاشُر مُصوری پیٹھ شیوی فلسفک اثر پیوان ۔ مُصور چھِہ شِو ، شکتی تہٕ ترِیا انوہس پیٹھ تصویرن ہُنز تخلیق کران ۔ یِمو منز چھِہ ترٛیہ تصویرہٕ تہٕ شامِل آسان یِمن منز بھگوان شنکر تہٕ پاروتی بیٛون بیٛون روٗپن منز ہاو نہٕ آمتی یِوان ۔ دۅیان تِمہٕ وزِ آسہٕ ترٛیہ تصویر مندرچین لبن پیٹھ تخلیق یِوان کرنہٕ ۔ مگر بدقسمتی کنۍ چھِہ ازکل اَمہِ نشہِ سُتھ کانہہ تہٕ نموٗنہٕ رژھہ رٕنکھ ۔ نوٚیمہ صدی پتہٕ چھُہ فنِ مُصوری ہُندس سلسلس منز کشیرِ ہندی ، نیپالکی تہٕ تبتکی مُصور اکھ اَکس طرزس گوڈ براں ، یُس زن پتہٕ پالا طرز کنۍ مو مشہور گوو ۔ مُصوری ہُندیہ طرز روٗد ییتہٕ وارہیس کالس زندہٕ ۔ امہٕ قسمکی کینہہ نموٗنہٕ چھِہ شمالی ترم تبسپن ، منگ ادے تہٕ کوچاہس منز لبنہٕ آمتۍ ۔ امہٕ علاوہ چھِہ مغربی تبتس منز مانن ، ساپر نگہ تہٕ ریڈہٕ ٹمپل چین لبن پیٹھ تہٕ ترٛیہ تصویر بنیتھ ، یِمن منز پالا طرزِ چ ژھاپ نیتھ چھِیہ گژھان ۔

کشیرِ منز کرِ پیٹھ آو پاژی کپرس پیٹھ تصویر کشی کرنس دسی لایہ کرنہٕ ۔ زلقہٕ پاٹھی ہیکو نہٕ کینہہ وَنِتھ ۔ البتہ چھِہ کلہن پنڈِتنہ راج ترنگنی منز لیکھان زِ راز ہرش سُندِس محلہٕ خالس منز آسی تِتھی مُصور تہٕ موجوٗد یِمہٕ زن پاژی کپرس پیٹھ تصویر کشی کرنس منز صاحبِ کمال وۅستاد آسی ۔ دۅیان یہندس شاہی دربارس منز آسہٕ پاژی کپرس پیٹھ سوٗنہری رنگس منز ترٛیہ وارِیاہ تصویر بنیتھ ۔ یِتھے اُچل حملہٕ آور وراز ہرش ماقتل کرِ تہٕ تہند دربار لوٗٹکھ ، تتہٕ درایہ یِم تصویر تہٕ ۔ یِم تصویر آسہٕ ترٛیہ کھوٗس تہٕ اصلی باسان زِ لوٗٹہٕ وزالہٕ یِم سوہ تہٕ مارِ متہٕ ۔ مگر دزِتھ لوٚب نہٕ یِمو سوٗ نہٕ پرورآیی کینہہ ۔ یِمو کتھو سنٛز چھُہ یہ ظاہر گژھان زِ راز ہرشنہٕ سِندی وزِ آسہٕ ہے

بێیتہٕ پٲٹھۍ کیپرس پیٹھ تصویر کشی کرنُک زیادے بہن روش۔ مگر امہِ قسمچ مصوری آسہٕ بێیتہٕ یہند برونہہ شوقٕ وٲجع گامژ تکیاز لوٚدوے نہٕ تہٕ آسہٕ ہے، تیلہِ کیتھہِ آسہٕ ہن راز دربارس منز یتھی قٲبلہ ماہر مصور موجود۔

کشیرِ منز اسلام یینہٕ پتہٕ کینژن کالس میوٚل نہٕ بێیتہٕ فنِ مصوری ودہٕ تھہ لوٚ تکیاز سلطان رازن ہنگاو کینژو مذہبی وجوہاتہٕ موکھہِ کاشرن فنونہٕ لطیفن پیٹھ پابندی۔ اتھ منز یہ کینژھا پرون سرمایہ موجود اوس سُہ آدہا یہ تہٕ ضایہ کرنہٕ۔ مصورن آیہ حوصلہ شکنی کرنہٕ۔ تمہ ژلۍ کشیرِ نیبر کلوتہٕ کانگڑہ ہوی پہاڑی علاقن کُن۔ یتھہِ پاٹھۍ لوٚگ کاشرِ مصوری ہنز شاندار روایژ ہنہٕ ہنہٕ لوٚزر۔ مگر امہِ پتہٕ ڈوڈی ہتی وری پتہٕ ییمی مسلمان حکمرانن کاشرِ مصوری ہند ژکدر لوگ، تمہ گیہ بڈشاہ صاب۔ یموکر کاشرِ مصوری ہنز روایتھ نوِ سرٕ زندٕ تکیاز یم آسی پانہٕ لطیف فنن ستی دلچسپی تھوان۔ یہندس شاہی دربارس منز اوس باقٕے مصورو علاوہ اکھ بہلہِ پایہٕ تہٕ شوہرتھ یافتہ مصور پُرنھ ساتہٕ موجود آسان ییس زن ناو اوس ملا جمیل۔ دپان یہ اوس ہتہٕ بزن تصویرن ہند خالق تہٕ یم آسہٕ بڈشاہ صابنس شاہی کتب خانس منز اکس تہس وریس رژر تھہ۔ مگر بدقسمتی چھیہٕ زن پایہ دار سیاسی حالاتو موکھہِ آو یہ شاہی کتب خانہٕ مسمار کرنہٕ ییمہ کنہ یم مولی فن پارتہٕ ضایہ گئے۔ ژکن ہندس دورس منز تہٕ ووتھ کاشرِ مصوری جان دس۔ بقولہِ ڈاکٹر محی الدین صوفی سنہ ۱۹۲۴ء منز یتھے برطانوی آٹ نوموٚتن ہنز نمائش کرنہٕ آیہ، یمن منز کینہہ ژترٕ تصویرہ نہٕ آسہٕ، یمن پیٹھ منظر کشی کرتھ آسی۔ افسوس چھُم ییمہِ کتھہ ہندز مٮ۪ے ہیچ نہٕ یہنز تفصیل میلتھ۔ یتھے پاٹھۍ چھہ بیٚنس اکس جایہِ صوفی صاب لیکھان زِ لنڈنہٕ کس وکٹوریہ تہٕ البرٹ صنم خانس منز چھہ کیپرس پیٹھ بناونہٕ آمتی ۲۴ تصویر البمچہ شکلہِ منز رژرتھہ۔ یمن تصویرن منز چھہ پہاڑ تہٕ جنگلن ہند عکس تُلنہٕ آمت۔ اتھ بنہٕ ہس پیٹھ چھہ عالم یمن کاشرو مصورو دسی تخلیق کرنہٕ آمتی فن پارٕ مانان۔ یہند تخلیقی وکھ چھہ شُراہم صدی مانہٕ یوان۔ یہ گو وُسہ وکھ ییلہ کشیرِ پیٹھہِ میرزا حیدر دگلت راج تاج آسی کران۔۔ امہِ نلہِ چھیہ یہ کتھ ظاہر زِ ژکن ہندس دورِ حکومتس منز اوس کاشرِ مصوری جان ووہ کھبوہ میوٚلمُت۔

کشیرِ منز موغل دورِ ینہٕ پتہٕ لوگ کاشرِ مصوری جان چلے جاو۔ چنانچہ موغل بادشاہ آسی پانہٕ قودرتی حُسنکی دلدادہ تہٕ مصوری منز یتھی منظر عکس کرنس منز آسی یم پانہٕ دلچسپی نوان۔ امہِ موکھہِ کریمو کاشرن مصورن زیادے بہن حوصلہ افزٲیی۔ یتھے اکبر بادشاہ گوڈنچہ لٹہ یور آیہ۔ یموٲنی پانس ستی سنگتراش تہٕ مصور

اَمہِ غرضہِ خاطرٕ زِ تِم ہیچھِ ناوٕن یمن اَمہِ علاوٕ کینہہ ۔ مگر بیٚیتہِ کین مُصورن ہُند کمالِ فن وُچھتھ گیہ تِم تہِ حٲران ۔ اَمہِ پتہٕ نِ یموٗ یتِکی پانٛژدہ مُصورن پننِس شاہی دربارس منٛز ۔ یتھہِ پأٹھی کوٚر یموٗ پنجاب تہٕ گجرات کین مُصورن ستیٚ پنُن فنی مظاہرٕ ۔ یمن زن یہندس شاہی دربارس منٛز گوڈنٛیتھے نمایندگی میجمٕژ آس ۔ اَتہِ بناوِ یموٗ مقامی طرزس پیٹھ وارِیاہ تصویرٕ یِم بادشاہس سیٹھاہ خوش کرِ ۔ کینژن عالمن ہُند چھُ وَنُن زِ یہوے چھُ سُہ وَکھ اوسُت یُیلہِ زِن کاشُرِ لو مُصورو اگرا کین مُصورن نِشہِ شکلہِ تہٕ سینری بناوٕنۍ ہیوٚچھ ۔ شاید چھُ یہِ سُے طرز یُس پتہٕ کٲشرِ سوٗکولہِ ناوٕ کنہِ زانہِ ماننہٕ آو ۔ کینژن عالمن ہُند چھُ پتہِ وَنُن زِ کٲشرِ مُصوری ہُند یہِ سوٗکول چھُ راجپوت سوٗکولہِ نِشہِ تھنہِ ہیوٚ وُمت ۔ مگر اتھ کِتھ پیٹھ چھُ وارٕہن اختلاف تہٕ ۔ یُہندُ وَنُن چھُ زِ کٲشرِ مُصوری پیٹھ ہیوٚ راجپوت سوٗکولُک اثر تمہِ وِزِ یُیلہِ زِن راز للتادِتیہ پننہِ فاتح دوران شمالی ہیوٚندُستانکی مُصور پانس ستیٚ لۄر اُنِ ۔

کٲشیرِ منٛز آسہِ موغل دورس منٛز کٲشرِ تصویرٕ "کٲشُر قلم" ناوٕ کنہِ سارنے ویٚبدی ۔ یِژھ تصویرٕ آسہِ سیٹھاہ لۄبہِ وِرِ تہٕ آسان ۔ اَمہِ وِزِ اوس سینیتہِ تصویرٕ بناونُک بیاکھ اکھ طریقہٕ رٲیج ۔ سُہ گوٚو تصویرٕ آسہِ رنٛگہِ وٲلی آبہِ ستیٚ بناونہٕ یِوان ۔ اتھ طریقس آسی "ابینا" وَنان ۔ گوڈنیتھے اوس کاغذس پیٹھ خٲلی آبہِ ستیٚ تصویرُک نشانہٕ ترٲونہٕ یِوان ۔ آب وُہِتھ اوس تمِچہِ شایہِ اکھ زٲوِج سیٚومب باقے روزان تہٕ پتہٕ یِوان اتھ پیٹھ کام کران ۔ اتھ کِتھ وارٕ پأٹھی ورتھنے کران چھِ پرسی براوُن لیکھان ۔ "کٲشرِ مُصور آسی تصویرن منٛز ہلکہِ تہٕ خوش یوٗرنۍ شیڈ انہِ باپتھ گوڈٕ آبس اَکی سے جایہِ روزنہٕ دِوان ۔ یِوتام ستھ سُہ وُہِتھ گژھہ ہے ۔ یوٗتام ستھ اوس اَمِچہِ شایہِ اکھ زٲوِج سیٚومب ہیوٚ جمع گژھان ، یہِ سوٗرُے اوس تصویرٕ پوٚت منظر نوٗن کڈنکہِ غرضہِ استعمال کرنہٕ یِوان ۔ اَمہِ ستیٚ آسی تصویرٕ زیادٕ لۄبہِ وِرٕ باسان ۔

کٲشرِ مُصوری لۄرِ پأٹھی وُصت دِنُک سہرٕ چھُ ، جہانگیر بادشاہس حاصل ۔ یِم چھِ پننہِ توزکِ جہانگیری منٛز لیکھان زِ یہندس دورِ حکومتس منٛز آسی بیٚیتہِ اکھ آرٹ گیلری موجود ۔ کٲشیرِ ہندِس تٲریخس منٛز چھِ یِم گوڈنِکی راز آسی یِمو سرینگرس منٛز اکھ آرٹ گیلری بناوِمٕژ چھیٚ ۔ حٲرانی ہنٛز کتھ چھیٚ زِ از کل کس ترقی یافتہِ دورس منٛز تہٕ چھنہِ وُنیکس تام کانٛسہِ تہٕ یِہ بناونس دلچسپی ہیٚمٕژ ۔ اتھ آرٹ گیلری منٛز آسی کٲشرین مُصورن ہندی وارِیاہ تصویرٕ موجود ۔ اتھ نگار خانس مُتعلق چھِ جہانگیر پننہِ توزکِ منٛز یتھہٕ کٕنۍ لیکھان " اتھ منٛز اوس بہارتہٕ کین

بڑین بڑین صاحب کمال مُصورن ہنز تصویرِ پرزٕ دھ رِتھ۔ امہِ علاوٕ آسۍ اَتھ منز مبارٕ خانہٕ دانہٕ کینہٕ بزرگ وارن
ہنز تصویرِ کٔحن پیٹھہ الآندی ترٲوِتھ۔ میرزا کامران، میرزا محمد حکیم تہٕ سلطان دانیال سٕنز تصویرِ تہٕ آسہ اَتہٕ پرزٕ دھ رِتھ
۱۹۱۹ ءس منز لوٚب یتہٕ تصویرن ہنز نمائش دِلہ منز آیہٕ کرنہٕ، تتھ منز آسۍ کُل ۲۷ تصویر تھوٚوہٕ آمتی۔ نمائش موکلِنہٕ
پتہٕ یُس بیان یمو تصویرو ہنز و ماکِن دیُت، سُہ چھُ یتھ کنۍ۔ یِم سارے تصویر چھےٚ کاشرِن مصورن ہنز
شاہی تہٕ عظیم تخلیقہٕ۔ کتھ تام پاٹھۍ چھےٚ یہنز تکم عبارتھ ژیزٕ مژ تہٕ تصویر چھےٚ موٚ محفوظ بچیمژ۔ ونہٕ چھُ
یوان زِ یِم آسہ جہانگیرنس شاہی دربارس منز وارِہس کالس پرزٕ دھ رِتھ۔ ۱۸۰۷ ءس منز ییتھے گدرِ سُید
یِم لجہ کس تام پلیسہٕ وٲلس تل یتھی زِن یِم میہٕ دِژ۔" یہوے چھُ سُہ دوراو یمت ییلہ زِن کاشر مصور پوتھین
تہٕ کتابن آندی آندی لوشن نہٕ پتہٕ وکھرن ہند ڈزاین آسۍ کران۔ یُس زن تمہِ وزٕ اکھ نوو تجربہ اوس۔ یژھن
تصویرن ہندی وارِیاہ کیہنہٕ نموٗنہٕ چھُ وُنی کینہٕ رلسیرچ لائبریری (حضرت بل) تہٕ سرینگرٕ کس صنم خانس
منز پرزٕ دھ رِتھ۔ جہانگیرنہ پتہٕ دِژ شاہ جہانن تہٕ کاشر مصوری وُصت۔ دپان یِم ییتھے گوڈٕ نچھے کشیر آیہٕ،
یِم گیہٕ یتینکۍ قودرتی نظارٕ وچھتھ سٹھاہ متاثر تہٕ تمہِ پتہٕ بناوِناوکھ ترژدھ تصویر یہند پوٚت منظر سیکے قودرتی
نظارٕ آسی۔ یمو ہنو یژھن تصویرن ہند اکھ البم تہٕ دِلہٕ منز یہتھ ییتھے یمن کشیر آسۍ یاد پیوان، یِم آسی
یہوے البم مُرزان تہٕ تصویرِ وچھان۔ یتھہٕ پاٹھۍ آسۍ یمن اچھن اکھ نوٚی ترٲوتھ میلان۔

پٹھان تہٕ سکھ دورس منز بہ کینژھا ییتہٕ مصوری رنگ پرزٕ دھ رِتھ اوس، سُہ آوسوٗرِے
ہاپہ تہٕ ضایہ کرنہٕ۔ البتہٕ کنوٗ تمہِ تہٕ وُسہِ صدی ہندِس گوڈٕ کالس منز پیوٚ ییتھہٕ مصوری پیٹھہ کانگڑہ تہٕ
بسوہلی ہنزن مصوری ہند اثر پیوٚ۔ اُکھی دورس منز آیہ کیہنہٕ ترژدھ تصویر تہٕ بناوِنہٕ یہند پوٚت منظر تواریخی
یا تصوفس ستیٚ اوس۔ مثلن امرناتھ یاترا یا زوراوٕر سنگھن لداخس پیٹھ فتح۔

۱۹۴۷ ءس پتہٕ یہ کینژھا کشیر منز مصوری ہندِس فنس وُدٕکھوٚدنہٕ موکھہ کرنہٕ آو یا کرنہٕ چھُ
یوان، تہٕ چھُ سارِنے دِلوٚد۔ البتہٕ چھےٚ میہٕ باسان اَتھ سلسلس منز اکھ کمی ضوٗرُور۔ سُہ گوٚو زِ ونہٕ
آیہٕ نہٕ ییتہٕ اکھ آرٹ گیلری تامیر کرنہٕ یوسہٕ زن ییتہٕ کینہٕ مصورن ہنز اکھ دربینہٕ منگ چھےٚ۔ دوٚیم یہ زِ
کاشر مصوری ہندی نم طرز گژھن بدیز کڈنہٕ یِم زن ییتہٕ پتہٕ وتھ چلان چھا آمتی تہٕ یمن پیٹھہ نوٚ سر تجربہ کرنچ چھےٚ
سٹھاہ ضوٗرُور رِتھ۔

شوکت فاروقی




ہیٚرِ پیٚو

پھرِکہٕ ہوٚت تہٕ ٹھَہر لوٚیُت

ہرٕ دَن آسِس وٕنی مرٕ شیٚبیچھ

تَبنلیمرٕ رِیٚہہ کانہہ ژھارُن

دلوٕ بزٕنز کھنڈ بِیٚیہٕ

وٕشنیرکِہ برٲنژ

کِھنڈٕ پوٚنژِ کرکھ

اَسمانٕ وٕڈکھ

## ژٕہی ژارٕ

عابدہ احمد

وُدی روٚتِل سکھران پوٗری جٕنزل
بالہٕ تھٔجرِس پھوٚل ریٛہوٚن لون
گٹہٕ پھٹہٕ گٔبہ سٔری
رُمہٕ آے لوٚگُس
بیٚنبہ پارٕ دی رٕدلٔے نافس مشرٕ

## زان

شہہٕ پٔترن کھٔنی کھٔنی
میاٛنی کنتھاہ
یِہٕ ووٚتھ أندری وٕنہٕ کول ووٚجوٚد
ظوٚنہٕ پرٛنی أندٕ وٕندٕ آرٕ گرِتھ
نِشتھٕ اٰلی فنس ژھوٚپہٕ گرٛبند نہٕ وان
گاٶ رُمن ہنزٕ اکہِ اکہِ گوچھِ
سأدِر باڈژِا نہار دیتمُ
کوچھِ ناگہٕ پٛنیس اچھرِ راٹھاہ

ڈاکٹر بھوشن لال کول

# وشنو پرتاپ رامائن

کُری گامہِ کِس پرٛکاش رام ہندِ "پرٛکاش رامایݨ" برونٛہہ چھُپنہٕ کاشُر زبانی منٛز اَسہ کُنہٕ تہٕ رامایݨک پے میلان ۔ اَمہِ پتہٕ چھُ مہاراجہ رنبیر سِنگہٕ نِس دورِ حکومتس منٛز ۱۸۷۷ءیس منٛز اکھ رامایݨ لیکھنہٕ آمُت یتھ "شنکر رامایݨ" ونان چھِ ۔ ۱۸۸۰ءیس منٛز چھُ پنڈت آنند رام رازدانن "آنندرام اوتار چرِت" لیوٗکھمُت ۔ کاشرِ زبانی منٛز لیکھنہٕ آمتین رامایݨن منٛز چھپیہٕ ژورِم جاے وِشنو پرتاپ رامایݨس ۔ یہٕ رامایݨ چھُ ولوٗس گامہٕکہِ پنڈت وِشنہٕ کولن لیوٗکھمُت ۔ یِہُند اصل ناو اوس وِشمبر ناتھ کول تہٕ ژاٹھہٕ پاٹھہٕ آسکھ ونان وِشنہٕ کول ۔ یِم آسی ۱۸۷۵ءیس منٛز زامتی تہٕ ۱۹۴۰ء یس منٛز سَپدی سورگواس ۔ پیشہٕ کِنی آسی یم ووستاد تہٕ ژہ گام ناگام، چوگل پورِ، عشہِ مقامہٕ مٹنہٕ، سالہِ، اننت ناگہٕ تہٕ وِلیسہٕ کِہن سکوٗلن منٛز آسکھ شُرِن تالیم دِژمژ ۔

فارسی زبانی پیٹھ اوس تمن خاص عبوٗر حاصل تہٕ اَتھ زبانی منٛز چھُ تمو واریاہ کیہنہ لیوٗکھمُت ۔ عنادِل اوس تمن تخلص تہٕ فارسی زبانی منٛز لیکھمتی تہٕندی قلمی نسخہٕ چھِ یِم ۔

(۱) دیوان عنادِل ۔ (۲) بحرِ طویل عنادل (۳) ترجیع بند تہٕ (۴) انشاے عنادل ۔ میٛہ سُپُد یِہنٛدس فرزند پنڈت اومکار ناتھ کول صابس نِشہٕ پتہٕ معلوٗم زِ یِمو اوس مہابھارتس تہٕ فارسی ترجمہٕ کوٚرمُت یُس زَن اَمِس ناپہٕ واری دانِس منٛز ضایہ گَو ۔ باقے ساری قلمی نُسخہٕ چھِ یِہنٛدِس فرزندس نِشہٕ وِنکِہن تہٕ موجوٗد ۔

کٲشرِ زبٲنؠ منز چھُ پنڈت وِشنہٕ کولن صرف 'وِشنہٕ ہرٛپ رامایِن' لیوٚکھمُت۔ یہ رامایِن چھُ تمو ۱۹۰۹ہس منز لیکھُن شوٗروٗع کوٚرمُت تہٕ ۱۹۱۴ہس منز چھُکھ مکمل کوٚرمُت۔ یہ چھُ فارسی رسمِ خطس منز تمو پننی اتھہٕ ۱۴۹ صفن پیٹھ لیوٚکھمُت۔ اتھ رامایِنس چھ لگ بگ ۳۰۰۰ بند تہٕ کُل ۲۴۷ باب۔ یہ رامایِن چھُ تمو ستن کانڈن یانے حصن منز باگرٕومُت۔ یمن ہندی سلسلہٕ وار ناو یتھ پٲٹھۍ چھہ:-

بال کانڈ، بنواس کانڈ، منکا کانڈ، الودیا کانڈ، اشومیاہ کانڈ، راج لیلا کانڈ تہٕ وےکُنٹھ کانڈ۔

بنواس کانڈس منز چھِ کشکندیا کانڈچ تہٕ ذِکر آمُت۔ رامایِنک آغاز چھُ گنیش برٛگُن برٛہم، شوٚ پاروتی تہٕ گوٚرٕ ہٕسنز ونہٕ نا یہ بنز یتھہ پٲٹھۍ سپدان۔

نمامی شری گنیشم سچے نمامی توم ونایکُم
نمامی سگورم برہما نمامی سرد دیاپکُم
نمامی ستنگورم پرم پلور شوٗتم عمم

امہِ رامایِنکس بال کانڈس منز چھِ کول صاۍبن رام ہندِ زنیچ لوکچار یچ تہٕ سویم ورچ کتھ پوٗر پوٗرٕ وِشڑھناومٕژ۔ جبک پورس چھُ تمو نرویت پورنا وتھومُت تہٕ سویم ورکس مبارکس موقس پیٹھ چھُ یہٕ نگر سیٹھا خوبصورتھ پٲٹھۍ سجاونہٕ آمُت۔ شاعرن چھُ نردیت پوٗرٕ ہنزِ خوبصورتی تہٕ شان شوکتھ تہٕ بٔیہ خاندرچ ودہ سہ دردہ سہ تہٕ شادمٲنی بیان کرنس منز پننہٕ بہترین تخلیقی صلاحیژ ہند ثوٗتھ دیُتمت۔ امیک توٲرکی پس منظر تہٕ چھُ برابر تہندس ذہنس منز اوسمُت۔ یتہٕ چھُ ننان زِ راجک رلواج اوس عام تہٕ راجہ جبک تہٕ چھُ گوٚرٕ رہ نصیحت کرنہٕ وقتہٕ رُت راج دِوان۔ امیک ذِکر چھُ شاعرن یتھہ پٲٹھۍ کوٚرمُت۔

یہ کینژھا اوس تس امکان راجس      یہ کینژھا اوس تس حاضر جہالس
یہ کینژھا اوس تس راجس اندر سار      یہ کینژھا اوس تس سون موکھتہ تہ دیار
پننہٕ ہیتھ راج سورُے راج دِتنس

پننہٕ بجر کنی کوٗر راجہ دشرتھن رامچندرس راج دِنک بیتر فاصلہ تہ راج تلکچ تیاری ہیژن الودیا یہ منز زور شور سان سپدٕنی۔ الودیا یہ ہند پرتھ کانہہ روزن وول اوس خوش۔ یہ ڈیکھ زِتہ دیوتاہو تہ ہیژ امہ پتہ دُیہ تیاری کرٕنی۔

یُژھا شری رام چندرُن راج ساری
ترِ کونی دیوتاہن ہِنز تیاری
سجاوِتھ وارِ واراہ کار خانن
منکس یتھ کران شاہی مکانن

ونواس کانڈس منز چھُ شاعرس غمناکھ منظر پیش کران، ییلہِ رامچندر باپہ صابن حکمُ بجا اَنہ خاطرہ پننی آشنی سیتا تہ لوکٹ بوے لکشمن ہیتھ ژوداہن ورین ییتھ ونواس چھُ نیران۔ ڈنڈک ونہ ییتھ چھِہ یم چِترکوٹ واتان یُتھ شاعرن چندرکوٹ ناوُ چھُ تھوومُت۔ اَتہ چھِ تم گوتم، اگست، ستی کھشن تہ اتہ رِشی لیس سترِ ملاقاتھ کران۔ ستی چھِ تمہ اہلیا یہ تمہِ شاپہ نِشہِ موکہ لاوان ییمہِ کنی سوشل یانے کنی اَتس بنیمہ۔ چندر کوش متلق چھُ شاعر لیکھان۔

چندر کوش اندر شری رام لکشمن
یکان جنگل بہ جنگل خوش گژھان من
چندرکُی چارطرفہ چھِس مُشک دار
بہارس منز چھِہ ساری گُل تہ گلزار
گلن گلزارنے ہُند کیاہ ٹھکاناہ
اندر لوکاہ عجائب خوش مکاناہ

ہُپاَری چھُ راون کینٛہہ وٕدٕ جوٗ ہاتو کنہٕ تہٕ نفسیاتی بوچھ ستۍ پٔنٛنۍ ولفار راوٕ رأوتھ سیتاہ لنکایہ منٛز واتہٕ ناوان۔ اَمہٕ برونٛٹھ چھیہٕ ہنٛز کتھ لیوان۔ رام تہٕ لکشمن چھِ سیتایہ ژھانڈان ژھانڈان کشکندھاپوری منٛز واتان ییٚتہٕ تِم ہنومان تہٕ سُگریوس چھِ سمکھان۔ ییٚتہٕ چھِ تِم بالیس ژھل کٔرِتھ ماران۔ چھیہٕ تیٚر کھیٚتھ اصلیتھ زانان تہٕ رام جوٗس کن مرنہٕ وِزِ بہٕ عرض کران کران پران نزاوان۔

دِوان چھُکھ سارنے بخشتھن ژہٕ منگل
انگدُ تاراوتی ژِھ زِہن پرن تَل
انگدُ چھُ داس چونے سُگری حکمت پال
کھماتس پٹھ پرٕ بوٗجی کرٕ بہر حال

اَمِ پتہٕ چھُ رامایٔنس منٛز لنکا کانڈ لیوان ییٚتھ منٛز رام تہٕ راوٕن ہندِ زبردس جنگچ ذکر چھیہٕ آمُت کرنہٕ تہٕ پرنٛزہٕ فتح تہٕ اَپزچ شکس چھیہٕ آمٕژ ہاونہٕ۔ راونس اوس پننہٕ جایہٕ اہنکار زمیہٕ ہنٛکہٕ تہٕ کانہہ تہٕ پوٗشتھ۔ تمس آسہ اہنکارن وٕنہٕ واجہٕ مژہٕ تہٕ تُسند خاتمہٕ اوس کاینات خاطرِ سخ ضروٗری تہٕ یہٕ کٲم واتنٲو رامچندرن اند۔ شاعرس ہنٛزِ اتھ روشن دماغیہٕ چھُ داد دیوان دِیُن پیلہٕ سُہ محسوٗس چھُ کرناوان زِ وقتہٕ وقتہٕ چھِ اَسہِ ییٚتھی راون ژٕ پاَری نظرِ گژھان یِم زن پننِس آسنہٕ کِس دَبہٕ دَلبس منٛز بنٛس ستۍ گاَری چھِ ترٛتھ کھیوان۔

بہٕ چھُس لنکایۍ راوٕن زبردس
پرٕ جا ییٚتھ راج سارۍ میٚے نشے پس
چھُ لرزہٕ میون پرتھ طرفہٕ بہالس
میٚہٕ چھم ییمہٕ رازٕ تھو مُت فٲد خالس

ژہٕ داہہ وُہری چھُ رام الودیایہٕ واپس لیوان ییٚمیُک حال الودیا کانڈس منٛز چھُ بیان کرنہٕ آمُت۔ دوٗب تہٕ دوٗلی بایہٕ ہنٛز پانہٕ وأنی کتھ کتھ تہٕ رامچندرس اَمِچ کنہٕ وان

گرٛهٕنۍ چھِیہٕ سیتاہٕ ہنٛدِ خاطرٕ اَکھ مُصیبتھ بنان۔ سو چھیہٕ لوان گرِ کڈٕنھ ژھننہٕ تہٕ والمیکی ہنٛدِس آشرمس منٛز چھیہٕ سو دون بچن زٕنم دِوان۔ یمن لو تہٕ کوش ناو چھُ لوان کرنہٕ۔

اَمہٕ پتہٕ چھُ اشومید کانڈس منٛز راجہ رامچندرنہٕ اشومید ہونٛک تذکرٕ آمُت کرنہٕ تہٕ اَمہٕ وقتہٕ چھیہٕ سوہٕ سینز سیتا ہونٛکی لوٗ اَزماتھ لوُر کرنہٕ خاطر بناونہٕ یوان۔ گرٕ آو ژراونہٕ۔ گرِس چھ لو تہٕ کوش کھُرانان تہٕ رامچندرٕن فوج چھُ شکس کھیتھ دٕہی لدٕ گگرٕن ہنٛدی پاٹھۍ ژلان۔ پانہٕ رامچندر تام چھُ پیس پاگرٕ ژھٕنتھ بیہوش سپدان۔ ییاّری چھِ لو تہٕ کوش ییہِندی ہتھی یار تہٕ مکٹ سوٗمبرٕ تھ۔ آشرمس پیٹھ واتان تہٕ یہنز موج چھیہٕ یہ سوٗرے وُچھتھ تہٕ مکٹ پرزٕناوِتھ جامہٕ ژٕٹان، دیدٕ اَکھ دِوان تہٕ اوٗش ہاران۔

وُچھن یَلہٕ تاج شری رامُن وُستھ پیٚیے
گشس اَندر سِتی سیتا مرِتھ گے
لسٕنٛد ورلاپ وُچھ وُچھ میگ گرِ یان
بہٕ آہو نالہٕ وُزملہٕ دزے عُشر یان

بگوان شنکر چھُ امر سیتھ ورشاکران تہٕ رامچندر چھُ پنُن رومُت دُبارٕ لبان تہٕ پننین دوشوٗنی شُرین سِتی سیتاہٕ الود یا یہ والس اَنان۔ اَمہٕ پتہٕ چھُ راج لیلا کانڈ شوٗرو گرٛھان یتھ منٛز رامچندر پننین باین ہندین شرٕین ہنٛد خاندر چھُ کران۔ شاعرن چھُ لو تہٕ کوش ہنٛدِ خاندرک تہٕ تذکرٕ کوٚرمُت۔ کوشلیا چھیہٕ سورگواس سپدان تہٕ رامچندر چھُ وشِشٹھ مُنہ ہنٛدِس مشورس پیٹھ پنُن راج پننین تہٕ باین ہندین شُرین منٛز بٲگراوان۔ اَمہٕ پتہٕ چھُ رام تہٕ سیتا کشیمہ منڈلس منٛز سار کرنہٕ خاطر یوان تہٕ اتہٕ کٔین تیرتھن ہنٛز یاترا کران۔

آخری کانڈس یانہٕ دے کنٹھ کانڈس منٛز چھُ شاعر دُر دا سارنٛش سُندر رامس سمکھُن لکشمن سُند سرلوٗنڈی منٛز بھیٹن تہٕ رام سیتاہٕ سُند سرلوٗنڈی ہندس نبھس پیٹھ بٕران تیاگ کرُن شاعرانہٕ اندازس منٛز وَرنہٕ ناوان۔ یِتھہٕ پاٹھۍ چھیہٕ اَمہٕ رامائن کتھ اَند واتان تہٕ آخرس

پیٹھ چھُ شایر بیٚیہِ تِمس ہٕنٛدِس کاری گرِ سٕنٛز کاری گری ہٕنٛدی تارِیف کران۔ پنُن سرنمہ راوان تہٕ بجن، لیلا یہ تہٕ بکھتی باو پنٛنہِ شعرٕ دایہِ ہنٛدی لوپش کاینا تکس کاری گرس ورشاوان تہٕ زندگیہِ ہُنٛد اصلی سو کھ لبان۔

پنڈت وِشنہٕ کول چھُ کاشُر زبانہِ منٛز گوڈنیک راماین لیکھن وول یمس پیٹھ مشہور ادیب تُلسی داس نہٕ رامانیک اثر چھُ پیوٚمُت۔ مہاراجہ جنکی سندِس باغس منٛز رام سیتا یہٕ ہُنٛد پانہٕ وٕنۍ سمکھن، انوسو یا تہٕ سیتا یہٕ ہنٛز کتھ باتھ، رام ــــ راون جنگ تہٕ راوٕنہٕ سٕنٛز ہار، انگدُ تہٕ راوٕنہٕ سٕنٛز کتھ باتھ تہٕ بیٚیہِ وار یاہن قومن پیٹھ چھُ تہنٛدِس رامایٕنس پیٹھ۔ رام چرِت مانٕکُک اثر درینٛٹھ گژھان مگر یہ وَنُن چھُ بلکل غلط زِ یہ رامان چھُ رام چرِت مانٕکُک کاشُر ترجمہ۔ رامایٕنچہِ کتھہِ منٛز، کردار نگاری یہ منٛز۔ فطری منظرن ہنٛز عکاسی کرنس منٛز۔ تہٕ اوٚسلوٗبس منٛز چھُ تہنٛد اکھ مخصوص انداز تہٕ تہنٛز تخلیقی صلاحیتھ چھیہِ پرِیتھ اکس پرن والِس نظر گژھان۔

امہِ رامایٕنچ اکھ خوٗبی چھیہِ یہ زِ اتھ منٛز چھ وار یاہ لوکچہِ لوکچہِ کتھہِ۔ یمن سماجی، اخلاقی، معاشی تہٕ مذہبی لوٚت منظر کنہِ سیٹھا اہمیتھ چھیہِ۔ سُگریو، ہنومان تہٕ وِبیشن سٕنٛز کتھ، رام ہٕنٛدِس زنمس تہٕ خاندرس متلق کتھ ہنٛتھرا یہ ہُنٛد زال وونُن تہٕ رام سُنٛد ونواس، شروپ نکھا، کھر دوشن، ماریچ تہٕ جٹایو سٕنٛز کتھ، باے سُنٛد مرُن، نل نیل تہٕ بیٚیہِ انگدُ سٕنٛز کتھ چھیہِ یژی پاٹھی اتھ رامایٕنس حُسن بخشان۔ امہِ رامایٕنچہِ کتھہِ ہُنٛد تواریخی لوٚت منظر تہٕ چھ سیٹھاہ اہم یتھ عستی شایرن پننہِ تصورکھ رُت میٚل چھُ کوٚرمُت۔ پرانن ہُنٛد اثر تہٕ چھُ تمن پیٹھ اوسمت تہٕ رام چھکھ وِشنو سُنٛد اوتار موکمت تہٕ سیتا چھکھ رام سٕنٛز شکھنی مانٛز ہرش۔

امہِ رامایٕنچ بیا کھ خوٗبی چھیہِ یہ زِ اتھ منٛز چھُ شایرن پننہِ آزاد طبیتُک اظہار جا یہ جا یہ کوٚرمُت۔ تِمو چھیہِ وار یاہن کتھن منٛز نوٚو ہرا ننہ خاطر پنٛنِس تخیلس کام ہیٚژ مٕژ۔ لکشمن سُنٛد بھرتس پیٹھ کرٛود ھ۔ راوٕنہٕ سُنٛد سیتا اژُر نہِ وزِ لکشمن ہُنٛد بیہوش گژھُن، جنگہِ خاطر فوجی تیار یہ، ہستمترا یہ ہُنٛد خاب مرنہٕ وزِ راوٕنہٕ سُنٛد لکشمنس گیان و وہ پدیش دِین تہٕ راج

لیلایہ ہند تذکرہ چھُ اَمہ لحاظ اہم۔

شائرس پیٹھ چھیہ کشیرِ ہند فِطری حُسنُک تہ زبردس اثر اوسمُت۔ تِموز نتہ بیبتہ کے پوت منظر چھُ رامائنس دِتیمت۔ کشیرِ ہندِ بہارک حُسن چھُ وارِہین جاین نظرِ گژھان۔

یَمبرزَل پیالہ ہیتھ زن گُل انارس
ہوا داری چھیہ مٹہ برگِ چنارس
سیٹھاہ ندی ین تہ نہرن ہنز نداکتھ
ہیے پوشن تہ اچھ پوشن تراوِتھ

راون ژوُل سیتایہ ہیتھ تہ جاناوارو تِل وُدن ئے۔ پوشہ گُلی پیئے ہرتھ، سبزارگود دزِتھ تہ کُلی کُٹھ لگی باکھ ژھٹہ نہ۔

اُچھوکنہ جیو ساری اوَش چھِ تراوان
دِوان تِم نالہ کمہِ تاں ہالہ گو گو
کُلاں زلو چھکھ کُلاں تِم سوَرِ پالَش
وُلاں واراگہ ہیے اندر جہانس

عام طور چھیہ پنڈت جیین اَتھ رامائنس منز لکہ زبان ورتاومژ۔ فارسی تہ سنسکرت زبانی ہُند اثر تہ چھُ جایہ جایہ نظرِ گژھان۔ چونکہ تِمن اوس سنسکرت کیو فارسیس پیٹھ ہوَے عُبور حاصل، لیہاذا چھنہ تِمن لفظ ژھارنس منز کانہہ دشواری آمژ۔ لفظ ژارُ چھُ سیٹھاہ پُر اثر۔ لکہ زبانی ہُند اکھ نمونہ چھُ وُچھن لایق۔

ورِژان چھنہ برت جی کیا منز جامَن
بَرابَر ہوولَش ولیشہ رو کھیہ رامن
ستی سیتایہ پادن ہیتھ پرن پہو
سَنتیچہ مانایہ ستی کنی ئے شرن گود

رامائنس منز چھُ سنسکرتکُ اثر تمہِ وزِ غالب گژھان ییلہِ شاعر کائناتکُ مُدا مقصد چھِ زانُن یژھان تہٕ سچ وَتھ لبنہٕ خاطرٕ چھِ گیانکُ پرکاش نالہٕ متہٕ رٹان ۔

وُچھُن گژھ سَت وہزارُن سَت سَنانن
سَتنکی آنژارٕی دَرمس بوٗ دھپیہٕ وتن
گیانکُ گاش لیُس آسی برابر
پرَم آتمن تمُس باسے چراچر

واریاہن جاین چھےٚ اَمہِ رامائنچ زبان تہٕ سیٹھاہ فارسی آمیز ۔

گلو گلزار گلشن شولہٕ ماران
صدائے رام رام آبشارن
ہنس سرخاب کمہ آوار تراوان
عجائب رقص کیا طاؤس ہاوان

کینژن جاین چھُکھ ہُند تہٕ استعمال کوٚرمُت ۔

کبھی گلشن گلستان میں اُچھلتے
کبھی باغو نیستاں میں ٹہلتے
کبھی پھولوں کو سپتا توڑ لیتی
کبھی نظریں کو باہم جوڑ لیتی

پنڈت ولیشنہٕ کول چھِ گوڈٕ بھگتی تہٕ پتہٕ شاعر آسی متی ۔ یہوے چھُ وجہ زِ تہُند بکھنہٕ باو چھُ اتھ رامائنس منز بجنوَ، لیلایوَ تہٕ گیتو ذریعہِ ظاہر سپدان ۔ تم چھِ رامچندرس وشنوٗ سُند اوتار مانان تہٕ پنُنہِ بےکسی تہٕ بےبسی تمن برونٹھ کنہِ باوِتھ تہُند انوگرہ پراونہٕ خاطرٕ چھِ بیقرار سپدان ۔ رام سُند ناو سُرُن چھُ تہُند مُدا تہٕ مقصد ۔ تہُند رام چھُنہٕ کبیر سُندِ نِرگُن رام بلکہ چھُ تُتر اثر پیٹھ یکہٕ وُن تُلسی سُند رام لیُس راز دَشرتھ سُند زیٹھ نیچو چھُ سگُن تہٕ ساکار ۔ یہندِ بجرچ ذکر کران چھِ پنڈت جی

لیکھان ۔

کَل جگس اَندر چھُ تارِ وُن رام
مَدس موہس تہٕ کرٛودس مارُون رام

تمِ وقتچہٕ کٲشِرِ ہنٛز سمٲجی، مذہبی تہٕ اَدبی زندگیہِ ہنٛز عکٲسی چھیہٕ اَتھ رامایِنس منٛز ہرٕ تی پاٹھۍ سپزمٕژ۔ لۄتام پلاٹ، کردار نگٲری تہٕ الفاظن ہِندِ استیمالُک تولُق چھُ کٲشرِن رامایِنن منٛز چھُ وِشنو پرتاپ رامایِن بے مثال۔

اَمیُک قلمی نسخہٕ چھُ تمِہ فارسی رسم خطس منٛز تیار کوٚرمُت۔ لیکھنس منٛز چھُکھ کرہنٛ تہٕ دوٚزِ ج میل اِستیمال کٔرمٕژ۔ ژوٚن ژوٚن بندن منٛز باگ چھُکھ دوٚزِ جہِ میلہِ ستی 'اوم' لفظ لیوٗکھمُت۔
تمِ وقتُک مشہوٗر ڈوٗگرِ حُکمران مہاراجہ پرتاپ سِنگھ چھُ زبردس رام بکھتِ اوسمُت، یُوہے وجہہ چھُ زِ تِمِس ناوس ستی۔ پرتاپ سِنگھُن ناو واٗتھ تھوو تمہِ تِمِس رامایِنس "وِشنو پرتاپ رامایِن" ناو۔

یہِ رامایِن چھُ وُنِہ تہٕ چھاپ سپدنے تہٕ اَکھ اہم کٲشر ادبی تخلیق چھیہٕ وُنہٕ تہٕ لوٗکن ہنٛزِ نظرِ دوٗر۔

ڈاکٹر ٹی، این گنجو

# دۄنیالوک

## گوڈٕ کتھ

دۄنہٕ کار آنندوردھن چھُ ماجہِ کشیرِ ہِندس شوبہٕ دار نیچو اوسمُت یمیٚ زن دۄنیا لوک ادبی تنقیدس اکھ تھدِ پایچ ارزتھ لیکھِتھ سنسکرت ادبس منز اکھ تھدِ پایُک رتبہٕ تہٕ مقام پرٛاو۔ آنندوردھنُن زایہٕ کال چھُ ۸۵۵ء۔ ۸۸۸ء اندٕ ریکھ اوسمُت۔ کشیرِ ہِند مورِخ کلہن چھِ راج ترنگنی منز لیکھان ــ

मुक्ताकण: शिवस्वामी कवि आनन्दवर्धन:
प्रथां रत्नाकरश्चागात साम्राज्ये ऽवन्तिवर्मण: 115/34

"مطلب مُوکھتہٕ کن شِوسوامی، آنندوردھن تہٕ رتناکرِ ہوٚو ادبہٕ کھارلو بوش اونتی ورمن رِنس راجس تہٕ تمہِ وقتہٕ کِس ادبس"۔

نیاے منجری ہِندی لکھاری جلینیت بھٹ چھُ وَنان زِ آنندوردھن آسی مہاراجہ شنکر ورمن رِنس برازٕ کالس تام موجوٗد۔ شنکرورمن سُند راج اوس ۸۸۳ء تا ۹۰۲ء تام۔ دۄنیالوکس منز چھُ اُدھ بھٹ ہِندِ ناوُک تہٕ اِشارٕ کرنہٕ آمُت۔ اُدھ بھٹ سُند زایہٕ کال چھُ ۵۵ء عیسوی مانتہٕ یوان۔ آنندوردھن چھِ دلوی شتک ارزٕ ژ منز لیکھان زِ امی ہِندِس مالِس اوس ناو نون یا نانہٕ۔ کشیرِ منز چھُ نانہٕ کاک دُنہِ تہٕ زِ ینہٕ ناو۔ تأریخی مطالہ کِنی چھُ نَنان زِ یمِن اوس ڈلہِ کِس مغربی بٹھِس پیٹھ خونکو منکہِ طرفہٕ جاگیر میوٗلمُت یمِک ناو اوس آنندپوٗر۔ باسان چھُ زِ یہِ ما چھُ اوسمُت حضرت بلس نشہِ۔ حضرت بلُک پرٛون ناو چھُ نندپور یُس زن وُنہِ تہٕ سیٹھواری لاٹھس پیٹھ اِندراج چھُ۔

آنندوَردھنس اوس اَدبی تنقیدُک تاریخی پوت کال ورائٹھ منز مبولمٕت۔ چنانچہ
امہِ پتہٕ ندِس زمانہ کالس تام اوس کشیرِ ہندس اَدبی ماحولس منز تنقیدُک چھوپہ دِتھ اکھ منڈھتھ تہٕ
منتھتھ آسہِ دارِیاہ نوٕ تہٕ پرانہٕ تھنہ دوگل موجودٕ یمن ہنز زٕہن آس آنندوَردھن ٹھیکھ پاٹھی ہنہ ہنہ
کرمژ۔ کشیرِ ہندِس سنسکرت ادبس منز چھ بھامہ بھٹ اکھ خاص تاریخی اہمیتھ تھوان۔ بھامہ بھٹ سُند
زمانہ کال چھ ژورِم پانژِم صدی عیسوی آسمژ۔ چنانچہ یمن برونہہ تہٕ چھ ادبی تنقیدُک اکھ سٹھاہ پرون
سِلسلہ اوسمٕت چلان، یمیک حوالے یوت چھُ اَسہِ ووٕنی میلان۔ شری پودار چھ سنسکرت ادبچہ تاریخہ
منز وَنان زِ بھامہ بٹن یوسہ ادبی تنقیدچ کھوٹ اَدبس منز یہٕ زلاوہرژ چھیہٕ سو چھیہٕ پزٕ کرنی
اکھ میلہ پٹ۔

بھامہ بٹس پتہٕ تہٕ چھ داریاہ سنسکرت ادبکۍ نقاد کشیرِ منز تھنہ پیمتۍ یہندۍ حوالہ کاویہ النکار
سارسنگرہس منز میلان چھ۔ مالیوٗز بھامہ بٹس پتہٕ اگر تھیکنس لایق کانہہ ناو دریٹھ چھُ یوان، سُہ گوو
اُدھ بٹ سُند ناو۔ کلہن چھ وَنان زِ کارکوٹ خاندانک کاشر راجہ جےپیڈ اوس اُدھ بٹ سنز۔ قابلیژ پیٹھ
تیوتاہ متاثر گومٕت زِ سُہ اوس اُدھ بٹس دوہے اکھ لچھ دینار دِوان۔ اُدھ بٹ آسی تھدٕ پایکۍ عالِم تہٕ آنند
وردھنن، ابی نوگپتن، ممٹن تہٕ رُیکن چھیہٕ یہنز مثال سٹھاہ تھیکِتھ پیش کرمژ۔ وَننہٕ چھ یوان
زِ یم آسی پانہٕ تنقیدچہ لٕکرِ بینہ زیادٕ زور دِوان روٗدٕ ہمتۍ مگر آنندوردھن وغارن چھیہٕ تمی ہنز باوتھ
رٕٹہِ وادس منز کرمژ تہٕ ______ تمی ہنز حقیقتھ ماننی مژ۔ اُدھ بٹس پتہٕ چھ
زٕ بٹۍ تہٕ تھدٕ پایکۍ سنسکرت ادبکۍ نقاد ووتھی متۍ۔ یہندۍ ناو چھ وامن تہٕ رُدرٹ۔ کلہن چھ راج ترنگنی
منز لیکھان زِ وامن تہٕ اوس راجہ جے پیڈ سُند وزیر جے پیڈ سُند زمانہ کال چھُ ۷۹۹ سنہ ۸۱۳ء۔
وامن چھ پتہٕ گاٹلہٕ تہٕ ترکۍ آسی متۍ زِ یمو چھُ اکہِ نوٕ ادبی تنقیدُک سوکول کھولمٕت یتھ زن ریتی سمپرداے

"THE STYLE AND METHOD OF THE RHETORICS

وَنان چھ۔ امی ہنز ارزتھ چھ ریتی گرنتھ تہٕ کاویہ النکارسوترٕ۔ وامننہٕ پتہٕ چھیہٕ رُدرٹنہ جاے یوان۔
یم تہٕ چھ راجہ کشیرِ ہندی سپوٗت آسی متۍ۔ یہندوقت چھُ نوٕمہِ صدی منز یوان۔ یمو چھ النکارن سُند

(FIGURES OF SPEECH) اکھ سائنسی لوگ باگے کرٕ مژٕ یہنز بڈ
بارٕ قلمی ارزتھ چھیٖہ کاویہ النکار۔ اَمہِ پتہٕ چھِ یِوان دوٕ نی کار آنند وردھنُن ادبی تنقیدک دور۔ آنند وردھنس
تام آسہ ادبی تنقید پاژ زِینہٕ وَن غورٕ وجس پیٹھ واریاہ زٕ تہٕ یمو دیٖت اَتھ اکھ نوٚو رنگ یُس زن ادبی تنقیدِ کہِنز
سیٹھاہ شوق اوس تہٕ مایہ تہٕ پیچھر کِنز سیٹھاہ لووٕاوس۔
دوٕ نی، لفظُک مطلب گوو آوازیا دٔنی۔ بیاکھ مانہِ چھُس زِ یُس لفظس تہٕ مانے ہس دِنتھ
اکھ نوٚوے مانے چھِ زاران یا لفظس دنہٕ ناوِتھ یُس تھدِ پایکس ترکجارس چھِ ہاوِتھ دِوان یا یُس لفظس
تہٕ مانے ہس دوٚنتھ مطلبٕچ زِینہٕ وَن چھیٖہ دِوان۔ دوٕ نی چھیٖہ مطلبٕچ سو زِینہٕ وَن، یوسہ نہٕ چھیٖہ لفظس
پیٹھ روٹِہ گژھان تہٕ نہٕ چھیٖہ لفظٕ کِس مانے ہس پیٹھ شہٹتھ گژھان۔ دوٕ نی کار آنند وردھن چھِ وَنان۔
"یتھ کالہِ بیٹھے چھُ گاٹلیو تہٕ ترکیو ادبک زُو، دوٕ نی ماننی مژٕ۔ مگر یوٚز آنند وَردھن چھُنہٕ اَمہِ کتھ ہنز باوتھ
کران زِ تمو گاٹلیو کو سہ ارزتھ اُس کرٕ مژٕ۔ اَمیک تارِیخی پوٚت منظر چھُنہٕ وِلوٚد سپدان"۔
دوٕ نی اوٚصول سمجنہٕ خاطرٕ چھُ یہ لازمی بنان زِ لفظچہِ مانے پھرنہٕ (SEMANTIC
THEORY) پیٹھ تراوِ وکینژھاہ گاش۔ سنسکرت ادبس منزٕ چھِ زبانی تہٕ لفظٕچ پارٕی زان کرنہٕ خاطرٕ
مانے ہس ترٕیہ حِصہ کرنہٕ آمتی۔ اَتھ چھِ وَنان شبدٕ شکتھی یا لفظُک طاقتھ یا لفظٕچ مانے پھرُن (SEMANTIC
THEORY OR FORCE) تہٕ یِم ترٕیہ مانے پھرنہٕ چھیٖہ یتھ کِنز۔

## اَبِدا

لفظٕ کِہ یِمہِ طاقتہٕ ستی تمِیک اِشارٕ کوٚرمُت مانے ظاہر سپدِ تتھ چھِ وَنان ابدا یا
سیٖدِ سیوٚد لفظُک مانے۔ مثلن لٔر، گرٕ، کٕل، سوال چھُ پادٕ سپدان زِ لفظٕ کِس مانے ہس کُس چھُ زوٚران۔
گاٹلِ چھِ وَنان زِ لفظس کانہہ مانے دیُن چھُ اِنسانی سماجُک اکھ توارِیخی وِرژھرار۔ اِنسانی سماجس منزٕ
چھُ لفظٕ مانے اکھ خاص تبدیلی زانہٕ نہٕ زِینہٕ وَن تھوان۔ اَدبس منزٕ چھُ لفظٕ مانے ہس ضوٗرٕ وٗر اکھ
درجہ۔ مگر اکثر چھُ لفظٕ مانے اکھ تبدیلی انان۔

## لکھنا ـــــ

لکھنا چھ تِتھ وَنان یِیتہٕ زٕن لفظہٕ پٮ۪ٹھ یُس مطلبس پھیر تھر کرِتھ بیاکھے مانے چھہٕ ژاران ـ لکھنایہ زانٕنہٕ خاطرٕ چھے زٕ کتھہ یاد تھونہٕ (ا) یِیتہٕ زٕن لفظ پننہٕ مانے ترٲوِتھ بیاکھے مانے چھہٕ ہاوِتھ دِوان ـ مثالے "ہیو کھرا، کتھ بوز، اڈ کرِ کام" ـ وَنِ وول چھُ آدم تہٕ ظاہر چھُ زِ بوزن وول تہٕ آسہٕ آدم ـ مگر پوز انسان سپدِ نہٕ کھر زانہہ تہٕ، توتہٕ چھُ وَنَن وول نکتھ گژھان "ہیو کھرا" ـ اگر لوغاتن سام ہیمو تہٕ ژھانڈ دِموکھ، تِمن منز نیرِ کھرس مانے کیہہ، اوموکھ چھُ اتھ جُملس منز کھر لفظس مطلبہٕ چھ ترایہ رکنہٕ کھر مانے ترٲوِتھ پیوان تہٕ بیاکھے مانے دِیُن پیوان ـ یُس زٕن گو وکھ ہیو عقلہٕ پوش ـ

(ب) لکھنایہ خاطرٕ چھُ یِیتہٕ ضوٗرٕ ری زِ لفظ بیٚلہِ پننہٕ مانے ترٲوِتھ بیاکھ مانے ژارِ، تِتھ نوٗس مانے ہس گژھ کانہہ نتہٕ کانہہ ہِشر آسُن ـ چناچہ انسان ہیکہ نہٕ پوش سپدِتھ، اوموکھ کھر عقلہٕ ہیو ہِشر یُس انسانس آسہٕ تِس پیٹھ ہیکوٗ سیتھ ہیو لفظ استیمال کرِتھ ـ لکھنایہ منز چھُ مطلب دوٚیہ قسمہٕ کنہٕ ژارنہٕ یوان ـ

(ا) یِتھ کالہٕ پیٹھ مانے ہچہ ترایہ کنہٕ (ب) یا خاص ماحولہٕ کہِ وجہ کنہٕ ـ

مثال ـ ہتو بابا! یِیتہٕ چھُ کھر ٹولہٕ لبسان، لفظ کھر چھُ اکھ بیعقل پوش یُس زٕن ووٚلہٕ بور سارِنس چھُ لگان ـ مگر وَنن والی سُند مطلب چھُ زِ یمِن کھرزاتھ چھہٕ، تِم چھہِ یِیتہٕ لبسان ـ چونکہ یِتھ کالہٕ پیٹھے چھہٕ یِمن کھر زاتھ پیمر ـ اوموکھ چھہٕ یمِن وُنی کِنس تہٕ کھرے وَنان ـ

مثالہ :- ا، جناب، یہ گوس تہشنٕ کھرا وِ ہند ٹکہٕ ٹکہٕ ـ

۲، جناب، یہ گیہ غریب ہنزٕ پھہر ـ

یِمن دوٚشوٕنی مثالن منز چھُ خاص ماحولچ پھرن تہٕ گلِن ـ

## وسنجنا ـــــ

وسنجنا چھہٕ یہ لفظ چہ پاری زانہٕ ہُند ترجیم رِ چھ ـ گوڈ چھُ یوان لفظہٕ مانے، یِیتہٕ چھُ یوان ورکھہِ پھرکھ تہٕ کار موٗرِتھ مانے ـ بیٚلہِ یِم دوٚشوے مانے ہمن تہٕ ترلشیہ ہوٗتے تھمن، اوپتہٕ یوسہ مانہٕ ہیچ ژھگی ژینہ وَن دِیہ، تِتھ چھہٕ وَنان وسنجنا ـ کتھ چھہٕ یِتھہٕ پاٹھی باضے چھُ لفظہٕ مانے لاچار گرِتھ

ادٕ روزان، پتہٕ چھُ یہٕ لفظ گوڈٕ مانے ہُس پھُٹرتھ اکھ نوٚو مانے زاران۔ مگر بێیہٕ لفظ پننِس گوڈٕ مانیس کانہہ تہٕ دراوٕ ہاواناوٕن
مگر باسیہٕ بیاکھے کانہہ اشارٕ، تمہِ وقتہٕ چھیہٕ ونجنا بروُنہہ کنہِ مطلبک ترکیب باوِتھ دِوان۔ ایدا PRINCIPAL
MEANING OF WORD تہٕ لکھنا ( DERIVATIVE POWER WORD ) چھِنہٕ اتھ قابل زِتم
دِن صحی ژرینہٕ وٕ ذِکرٕ اشارٕ۔ اوٚمو کھ چھیہٕ اتھ قابل ونجنا (PHENOMENAL FORM, SUGGESTED
SENSE OF A WORD) یُس یہٕ مطلبچ ژرینہٕ وٕن صحی اندازس منز چھیہٕ دِوان۔ اُدٕنچ
ژرینون پمن احساسن لاچ مرزآسہٕ، تمے چھِ اتھ کتھِ سمجھتھ ہیکان۔ مثال ___

نِصف راتن برُوٚٹھی تھوٚو میو
ساتھاہ پکھنا ژے

یتھ شارس منز چھُنہٕ لفظٕ مانے ہس کُنہٕ تہٕ جایہٕ پھُٹر لوان، چناچہٕ لفظٕ مانے ہُس پھُٹرنہٕ
یہٕ ہکی چھُنہٕ لکھنا (DERIVATIVE OR INDICATIVE POWER OF WORD) بروُنہہ
ہیکان کنہِ کتھ۔ وۄذِکر ہو لفظٕ مانے ہس تھف، مگر لفظٕ مانے چھُنہٕ مدن وارسند نارٕ دزمرٕ زوٚنہٕ ہند
دلچ باوتھ کران۔ یزٕ چھُ یہٕ زٕ زوٚنہٕ ہند یوٗسف چھُ بادشاہ اکبرن قاد تھوٚومُت۔ زوٚن
چھیہٕ زانان زِ یوٗسف ہیکہِ نہٕ دہلہِ ژھیپھ دِتھ تہٕ یور یتھ، تکیازِ اگر سہٕ قادٕ منزٕ ژلہِ تہٕ
پتہٕ ییہٕ یور نہٕ، توتہٕ ہیکہِ نہٕ سہٕ گاشلہٕ میہٕ سمکھتھ، تکیازِ موغلن ہندی پہرٕ دارٕ چھِ ژٕ واپارٕ ی
پہرٕ دِوان۔ اَمہٕ کنہِ چھیہٕ زوٚن منزٕ راژٕ تام برُوٚٹھی تھوٚوتھ یوٗسفس پراران۔ نِصف راژ
وِزِ چھُ نینٚدرٕ ہند قاپھ تہٕ خمارٕ سیٹھاہ گوٚب آسان، اَمہٕ کنہِ آسن موغل پہرٕ دار اَمہٕ وِزِ
نینٚدرِ منزٕ مو آسان تہٕ ممکن چھُ ژھیپھ دِتھ ما اژِ یوٗسف میہٕ نشہِ۔ مطلبچ ژرینہٕ وٕن چھیہٕ
یہٕ باوان زِ زوٚنہٕ کوتاہ چھُ یوٗسفنی لولہٕ دگ۔ سو چھیہٕ منزٕ راژٕ تام برُوٚٹھی تھوٚوتھ یوٗسف
سٕنزٕن ژھاین تہٕ گراین وُچھان۔ شاید ییلہِ یوٗسف بادشاہی کران آسہٕ، دلوٗ سہٕ آسہٕ
ہے زوٚنہٕ نشہِ اَڈٕ راژٕ وِزِ لوان۔ اوٚمو کھ چھیہٕ زوٚن وُنہِ تہٕ تتھی نرایہٕ لوسہٕ مرزٕ و اچھو وُچھان
نہٕ وۄذِ ییہٕ یوٗسف میہٕ نشہِ۔ نِصف راژ لفظس پیٹھ زور دِین چھُ یہٕ ہاوِتھ دِوان زِ

زٕوُن رۄز یاوِ تہٕ کٔس منز لوسہٕ نٕس تام لولہٕ نار کر بر وٗتھی تھاوِتھ یوٗسفس پٔژاران ۔ نیصف راتھ ، لفظ چھُ پیتہٕ ہاوِتھ دِوان زِ اگر کرِ کٔس کانسہٕ تہٕ ہاژس گرِہ یُن آسہٕ ۔ تمی سِنز کوشش چھیہٕ پیہےٚ روزان زِ گرِ واتہٕ ہا سُلی ۔ مگر زوٗن چھیہٕ سِٹھاہے لاچار بنتھ نیصف راژ تام بر وٗتھی تھٲوِتھ رٕوزِتھ ۔ نیصف راتھ چھیہٕ انتظار ک اکھ شہٕ حد ییتہٕ یور پگاہ پینہٕ وول دوہ چھُ سِنز کران تہٕ سکھ کران ۔ زٕوہٕ ہند یوٗسف چھُنہٕ دوہ زِ گاشش ہاوُن لایق ، اوٚرے کنی چھُ سوٗ اڑراژ منز تمس سمکھُن یژھان تکیا زِ کھنڈ فُٹ ہار چھِ اَنہٕ گٹس منزے لبنہٕ یِوان ۔ شاید ما آسہٕ ہے زٕوہٕ زٕوہٕ پچھی نیصف راژ ہنز زوٗن دٕچھتھ منز یِوان زِ سوٗ آسہٕ ہے دار بر مُژراوِتھ یوٗسفس یاد کران تہٕ نادلایان ۔

ییتھس شارس منز ییمہٕ مطلیح ژینہٕ وٕن چھیہٕ کرتھ تہٕ الگ الگ اُچھ ٹٹرایہ چھیہٕ تم چھِ اکھ اکس پیٹھ لرلور روٗزِتھ جورِ ماران تیمبر ژھکان ۔ شارکین لفظن ژاآر دِنہٕ پیتہٕ چھُنہٕ لفظ مانے کنُہ تہٕ لبنہٕ یِوان ۔ ییٚھی رٕسلہٕ شار دٕچھ تھیہ چھِ دوہنہٕ کارونان ۔ "ییتہٕ مانے پینہٕ نس پانس تہٕ لفظ تہٕ لفظِ مانے ہٕس نَل کرِتھ بہٕ ریمان ماتے یا تے مطلیح ژینہٕ وٕن گاشہ راو تیتھ ادبس یا شارس چھِ گاٹلی دوہنہٕ کاوِیہٕ' یا مطلبہٕ چہٕ ژینہٕ وٕنہٕ ہند شار وٗنان ۔

دوہنہٕ کار آنند وردھن چھِ ادبس منز رٔس (EROTIC SENTIMENT AS DESCRIBED IN POETRY) تھٕدِ پایک بجرِ دِتھ اکھ کتھ پوٗچھ کران زِ رٔسیح ژٕہن تہٕ چھیہٕ پاٗزٕ پانس منز دوہنہٕ یا مطلبچہٕ ژینہٕ وٕنہٕ منزے گٹھ روزان ۔ لفظ مانے ہٕس تہٕ ژٕرکنیا رٔس ( SUGGESTED SENSE) چھیہٕ آکاش پاتال فرق ۔ لفظ ماتے چھُ سِٹھاہ سیوٗد تہٕ آسان مگر ژرکنیارٔس منز اژُن چھُ سِٹھاہ کٹھن بہٕ سمجنہٕ باپتھ چھِ لولہٕ منز تہٕ ٹاٹھ دب دلکہ کین احساسن پیٹھ ترٕونی آسن ۔

دوہنہٕ یا مطلیح ژینہٕ وٕن باگہٕ باگے کرِتھ چھُ آنند وردھن وٕنان زِ بٔیلہٕ ژرکہٕ کتھہ ہندِس تولنس منز کم کینژھا چھو نبر گژھِہ ، تیتھ چھِ وٕنان گنی لوٗت و ہنگیہٕ' شہٕ زن گووٕ ۔ تیلہٕ مطلبچہٕ ژینہٕ وٕنہٕ ڈوکھ آسہٕ ژاہرش ۔ ییتہٕ مطلیح ژینہٕ وٕن اڑ فٹ آسہٕ رۄز مرش یا لفظ آسن

مُرزٕ ژیا تصویر بنیمتہٕ، رنگ آسکھ شوخ یا آسکھ کوٗل، تتھ اَدٕبس یا شارس چھِ وَنان، چِترٕ کاویہٕ،
یا مُرُترٕ شار۔ یتھ پاٹھۍ چھِ دوہ بہٕ کار ادب یا شار ترٕن حصن منز باگران۔

۱۔ دوہ بہٕ ۔ مطلبٕ ژینہٕ وَن یا یِیتہٕ مانے پینہٕ نس پانس نہٕ لفظ یِنچھِ ہیتس مانے ہس تَل کرِتھ الگ مطلبٕ ژینہٕ وَن باوِتھ دِیہ۔

۲۔ گُنی لوٗت وہنگیہٕ ۔ یِیتہٕ مطلبٕ ژینہٕ وَن تَل گرٕ ھتھ سوٗرٕ وٕرٕ پچ ڈِنٕ کرِ ۔

۳۔ چِترٕ کاویہٕ ۔ مُرزٕ شار یا ادب، یِیتہٕ زن مطلبٕ ژینہٕ وَن اُڑٕ فٹ روزِ۔ یتھ کُنہٕ چُھ دوہ بہٕ کارٕن اَدب ترٕن حصن منز وٕنٕژھ نووُمت ۔

۱۔ اُتمم شار یا مطلبٕ ژینہٕ وَنہٕ ہُند اَدب۔
۲۔ مَدہم شار ۔ منز ویرِ ہُند شار یا اَدب
۳۔ نکرِشٹ شار۔ لوٗزِم پایُک شار یا اَدب

# دوٗنیا لوک

اَدبکۍ ماہِرو چھِ سۄچھ کالہٕ پیٹھہٕ اَدبُک یا شارِچ زلہٕ دوٗنہٕ یا مطلب ژینہٕ وَن ماناں مٕرژ۔ کینژو چھُ اَکھ کتھ ٹکھ دِتھ ییتہٕ دوٗنمٕت زٕ یہٕ چھُ نہٕ آسنُک اَکھ داغ، گویا تِہند وَنُن چھُ زِ اَدبُک عالم چھُنہٕ پانس منٛز کانہہ تہٕ ساخت تھوان۔ کینژن ہُند خیال چھُ زِ باکھت یا دٕرمٕژ راوِتھ مانے کڈن یا بیٚیتہٕ لفظ پنہٕ مانے ییٚچ ترائے مٕژراوِتھ ہوٗس مانے ہَس ہاوِتھ دِیہٕ۔ یِمن سارِنے کتھن سام ہیتھ چھُ آنند وَردھن پنہٕ نِس دوٗنیالوکس منٛز زٕ سلی ماہِرن ہُندِ خاطرٕ اَکھ دوٗنی ژھانڈ دِتھ وُکھنے یٚژھان کرِز۔

اَدبکۍ گاٹلی گیہ تم یِم زَن اَدبکس میچھرس تہٕ اَمِکِس زاوِ جارس ٹھیک پاٹھۍ آسن سمجان۔
یِمن ہُندُن چھُ زِ دوٗنہٕ

(SUGGESTED SENSE OF A PASSAGE IS MORE STRICKING THAN THE EXPRESSED SENSE WHICH IS MADE SUBORDINATE TO THE SUGGESTED SENSE)

چھیہٕ اَدبُک زلہٕ۔ اما پوز تاجُب چھُ اَمِ کتھِ ہُند زِ اَدبہٕ کین ماہِرن ہنٛز اَہلِ دِلی وُچھتھ تہٕ چھِ کینہہ وَنان زِ اَدبُک احساس چھُنہٕ کُنہِ تہٕ وجوٗدس منٛز، بلکہ چھُ یہٕ اَکھ شوشہٕ۔
کینہہ چھِ وَنان زِ شاعری ہنٛز زلہٕ چھیہٕ لفظ تہٕ لفظُک مانے۔ بیٚیہ چھِ اَکھ کتھِ

پوچھر دِتھ یتہٕ وَنان زِ یُزِ رٕکنہٕ چھہٕ شارٕک یاوُن لفظن ہِنز تُلہٕ ترلہٕ مِلٕوِتھ اَکس موٗرٕ رنگہٕ ناوِتھ ہیوٗر کھاران۔ کیہنہ چھہٕ اَتھ کتھِ زور دِوان زِ شارٕک زُوٕچھُ مُشابتھ یا اُپما۔ کیہنہ چھہٕ اَتھ کتھِ فِٹھ کرٕتھ یہٕ وَنان زِ شارس چھہٕ اَچھرن ہنز تُلہٕ تراوِتھ اَتھ اکھ رنگ کھاران تہٕ بییہٕ کینہ ہند میچھر بخشان یتھٕ کنۍ چھہٕ بِلیہٕ باہتہٕ اَدبٕکۍ نقاد لفظن، مانےٚہس، اَچھرن، کنۍ خوش یوٗرٕ زوٗزن تہٕ رنگ تہٕ روغن پلاسٹر کرِتھ اَدب باوان۔ وَنۍ والین ہند وَنُن چھہٕ زِ دوہہٕ کار آنند وردھن دوہہٕ ہنز کتھ ادلبس منز باوِتھ کوٚسہٕ سنالو کتھ باوان ورژھہٕ ناوۍ یرژھان تِکیا زِ یمے کتھ چھیہٕ اَدبس تنقیدس منز گوڈے وَننہٕ آمٕژ۔

کیہنہ اَدبکۍ نقاد چھہٕ وَنان زِ دوہہٕ چھینہٕ اَدلبس منز کانہہ تہٕ مانےٚ تھوان۔ تِہنٛد وَنُن چھُ زِ ہرگاہ دوہہٕ کار چھُ پانس منز لفظس، مانےٚہس سفتن تہٕ لانکہٕ رینہٕ ہندی اکھ وَکھنے کرٕنۍ یرژھان تیٚلہِ کیاہ زَن چھُ سہٕ دوہہٕ کار نو کتھ وَنان۔ یِمہٕ کتھ چھیہٕ برونٛٹھے ورژھناونہٕ آمٕژ۔ اَمہٕ ستۍ چھُ اَدلبس اکھ لوٚڈ بار نوقصان واتان۔ بییہٕ چھیہٕ یہٕ کتھ تہٕ مدِ نظر تھاوُنۍ زِ اَسۍ کیا زِ باگراوو اَدب یمن حالن تہٕ حالن منز۔ یُزٕ رِچھہٕ یہٕ زِ اَدب چھُ اہلہ دِلن ہندس سوٗرٕ دلیس لفظس تہٕ مانےٚہس لرِ لور کرِتھ اکہِ اِحساسک رُس ٹاکار پاٹھۍ باوان چھُ۔ اَومو کہہٕ چھُ اَدب لفظن تہٕ ملنےٚہس اکھ اَژھ لوٚن رشنہٕ دِتھ صحی اَدہنچ باوَتھ کران۔ یِم اَدبکۍ صحی نقاد چھِ تِمہ چھِ اَتھ کتھِ ژٕرۍ پاٹھۍ زور دِوان زِ دوہہٕ چھہٕ اَدبک زوٗ، سہٕ ژھینہٕ تہٕ کنہٕ تہٕ سوٗرتس منز۔ دوہہٕ اَدبُک زوٗ مانَن والین ہند خیال زِ لیٚوٗدوے دوہہٕ کار بننہٕ ژھانڈ منز اَتھ اَدبُک زوٗ تہٕ چھِ مانان مگر یُزٕ رِچھُ یہٕ زِ ماہرن تہٕ گاٹلین چھینہٕ یہٕ کتھ آنٛژ کھسان۔

یِم اَدبکۍ ماہر چھِ پننۍ قیاس آرایی برونہہ یکہٕ ناوِتھ وَنان۔ کُس چھُ وَنان زِ دوہہٕ چھیہٕ اَدبکس دُنۍ یہٕ ہس منز اکھ نو ایجاد تِکیا زِ دوہہٕ چھینہٕ اَدبکس حُسنس تہٕ اِحساسس کانہہ تہٕ نو ژینہٕ وَن دِوان۔ اگر دوہہٕ ژٕ دوہہٕ کار وُنۍ ہتے ازسرِ نو بییہٕ وَنُن چھُ ہوان، تیٚلہِ کیاہ بجر چھُ اَمہِ کتھ ہند زینہٕ ہمتے چھِ بییہٕ پہان۔ اَدبہٕ کیو ماہر و چھیہٕ گوڈے اَتھ کتھِ دوٗگ

دِیُتمت ۔ یہ ماچھُ دوہٕ کارِ پرانٛس نوٚ آیہٕ لاگان۔

اَدب چھُ گژھتہٕ رینہٕ ہِندی پاٹھؠ وزِ وزِ نال بدلاوتھ چاوٕرٕٹان تہٕ ترائے پھران۔ یہ خیال زینہٕ تُترِس بیٹھ تھووِتھ چھِ یہ کتھ لازمی بنان زِ ادبُک ہیوٗل کیتھہٕ چھُ ظاہر سپدان۔ مون کیتھہ چھُ حدکھوتہٕ زیادٕ ویژھرارتہٕ وکھنے آہژ کرنہٕ۔ باسان چھُ زِ دوہٕ کارِ ماچھُ دوہٕ ادبُک زوٗ بنتھ بنگہِ منز نژان۔ اُمس چھا حلس زِ یہ کیاہ چھُ وَنان۔ اَدبکھ ماہرو چھینہٕ ادبچہِ لانکر بینہٕ (ORNAMENTING SCIENCE OF RHETORIC) ساسہ ہٕدی حصہ کرِتھ اَتھ کتھ سٹھاہ واش کوڈمُت۔ یہ وُچھتھے چھُ باسان زِ دوہٕ ماچھیٚہ اَژھینہٕ لانکر بینہٕ نِشہٕ وُسی پیوان۔ سینہٕ سیوٚد کتھ چھیٚہ یہ زِ دوہٕ کوسہ کتھ چھیٚہ ناوٕ پاٹھؠ وَنان۔

دوہٕ منز چھیٚنہٕ اَہلِ دِلن تہٕ رَسی لین ہندِ خاطرٕ کانہہ تہٕ شوبہٕ وٕنی لانکرن۔ نہٕ چھُ منس پریہ وُن کانہہ تہٕ نوٚو مانے۔ یِژھ ہِش کتھ تہٕ چھینہٕ زِ دوہٕ منز آسہے نوٚو کانہہ وَزن۔ باسان چھُ زِ دوہٕ کار چھُ دوہٕ ادبُک زوٗ مانتھ اکھ برٛم پاد کران۔ اگر امہِ کتھِ منز ویژھنے بروٚنٹھے کرنہٕ آہژ چھیٚہ، تیلہِ کوسہ کتھ چھِ دوہٕ کار وَنان۔

ادبہٕ کیٚو نقادو چھُ یتھ کالہٕ اَتھ نوٚس ایجاد کرِ مُژ دوہٕ واد ناو دیُتمت۔ ییٚلہِ زَن اَدبس یا شارس منز وُچھتھ تہٕ پھِرتھ قلمہٕ آسہ ووٚنمُت تہٕ لفظ مانے ہس آسہِ کرِ سوٚنتھ گومُت، اَتھ وَنیچہِ ترایہِ چھُ واد وَنان۔ کینہہ اَدبکہ نقاد چھِ پرانہٕ وقتہٕ پیٹھے اَتھ دوہٕ کوٗنہٕ منز کرِچ وَنان آہتی۔ گوٗن ہنز کُر ژھیٚہ دوہ قسمہٕ (۱) میٹھِن لفظن ہِندی گوٗن (۲) ٹاٹھنارِ یُک موٗدُر مانے۔ کشیرِ ہِندی نقاد وامنا آچار یہ چھُ گوٗنن (QUALITATIVE SELCTION OF WORD AND IT'S MEANING OR FINE PROPERTIES OF A WORD AND MEANING) ویژھرارِ سیٹھہ کٔنی کران۔

گوٗن گیہِ تِم یِم زَن شارَس شوبہ کھولہٕ ناوَن۔ وامن چھِ وَنان زِ سوندراَچھرن ہنز ژَار، موٗدرِن لفظن ہنز رھانٛڈ تہٕ بیٚییمن ہندا استیمال چھُ شارس منز گوٗنن

تہٕ سفتن لوٗچھر کران۔

دوہٕ کارسندِس خیالس تھٕچھتھ چھ کینہہ اَدبی نقاد وَنان۔ یوٚدوے یہ کتھ چھیہٕ ٹاکارٕ زِ دوہٕ کار چھ گوٚنہٕ ہنر وشرٕھ نے کرنہٕ ورآے اَدبچ پارٕزان برونہہ پکہٕ ناوان، مگر تو تہٕ چھیہٕ کتھ وَنہٕ نس قابلِ زِ دوہٕ کار چھنہٕ پنہٕنس کلامس منٛز نوٚکانہہ کتھ وَنان۔ یہ چھُ اَسہٕ وَنان زِ اَمی چھ ادبُک زُو دوہٕ ماٗژ مرش۔ مگر بیٚیہٕ وَتہٕ چھیہٕ یہ کتھ۔

وِرٛژھ ناوِتھ لگ بگ تی وۄ ونمتہٕ یوسہ دوہٕ کار چھُ دوہٕ لفظکٕنہٕ وَنان۔ بھامہ بھٹ، اُدھ بھٹ تہٕ وامن، ییم ترٛزنوسے چھِ آنندوردھنس برونہہ وُٹھی متی تہٕ ییم ترٛزنوسے چھِ اَتھ کتھ باشوٗبوٗرٕ پاٹھی لوٗچھر کران تہٕ شارس اکھ ایٚحساس بخشان۔

آنندوردھن چھُ ییمہٕ سارِنٕے کتھ وِرٛژھناوِتھ وَنان۔ یہ کتھ چھیہٕ سوٗچنس لایق زِ اَدبس سمجنہٕ خاطرٕ گژھ کاڈٕن ہنز ترٛی ٹھیکھ آسنہٕ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ ییمہٕ کتھ ہُند آسُن تہٕ سٹھاہ ضروٗری زِ ادبُک مطالہٕ کرن وول گژھِ اہلِ دِل تہٕ رٕسیل آسُن۔ تیٚلی سپدِ پھرس ڈیرے تہٕ ایٚحساسن لگہ گژھ۔ ییمن سارِنے کتھن ہندِ گوڈٕ تہٕ اند سوٗنچتھ چھُ یہ خیال آمُت کرنہٕ زِ ادب گوٚژھ تتھہ پاٹھی باسنہٕ یُن، یُتھ زَن رٕسیلن منوش یہن رٕسکی پیالہٕ برِتھ تہٕ دل گژھِ ہیکہ شاد۔

دوہٕ کار چھِ وَنان ـــ پرٛژھ ہش یہ دوہٕ، یوسہ پتہٕ وَتہٕ پلیٹھے تھٕدٕ پایہ کیو شاعرو پنہٕنس کلامس منٛز وکھناوِمرٕ تہٕ رمبہٕ ناوِمرٕ چھیہٕ، اَمی دوہٕ چھُس یہ واش کڈان تکیا زِ ادبکیو نقادو چھُ اَتھ سٹھاہ نظر رتہٕ بجر دِتمت۔ رامایٕن تہٕ مہا بارتہٕ کس کلامس منٛز چھُ اَمہِ دوہٕ ہُند ظاہر پاٹھی ولوہار کرنہٕ آمُت۔ یہ چھُس اہلِ دِل تہٕ رٕسلین ہندِ خاطرٕ گاشہٕ راوُن پرٛزھان۔

دوہٕ کار آنندوردھن چھُ پادٕ ٹھیکہٕ راوِتھ اَمہِ دوہٕ ہنز لوٗرٕ گوج پیش کران۔ رٕسلو تہٕ گاٹلیو ییمہِ کس مانے ہنس قابِل ترین وُتھ ٹھیکہ پاٹھی تاریف چھ کٕرمتی۔ اَتھ دوہٕ چھیہٕ زٕ شاکھ۔ اکھ چھُس اظہارٕچ شاکھ تہٕ بیاکھ چھُس مطلبچ زِ پنہٕ وُن۔ یُتھ آنندوردھن چھُ پرٛتی مان لفظ وَنان۔ یہ چھیہٕ ماٗژ مرش کتھ زِ لفظ تہٕ مانے چھُ پزرِکٕنہٕ اَدبس یا شارس اکھ شکل تہٕ صورتھ دِوان۔

بذاتِ خود چھُ لفظ اکھ میوٗٹھ تہٕ لوٗٹھ آکار۔ اُمو کھ چھِ عام پرٛن واجٲنۍ لفظ مانے ہنٛس نٔقشِتھ کام ہیوان۔ مگر لفظ تہٕ مانے چھُنہٕ ہمیشہٕ سُے مطلب کھوان یُس زٕن سیدٕ پاٹھۍ لوغاتن منٛز تھونہٕ آمُت چھُ باسان۔ کانہہ تہٕ شاید چھُ ہینہٕ باوٕژ منٛز لفظن ہند طور طریقہٕ تہ تھوان یُس دُنیہس منٛز روزِتھ چھُ آسان، مگر تسنٛد اظہار چھُ بیٚیہ سہے کتھ تام ژینہٕ وٚنۍ کُن اِشارٕ کران۔ چنانچہ لفظ چھِنہٕ تتھ لوٗن دِوان ہاوِتھ۔ اُمو کھ چھِ آنند وردھن یہ کتھ باوان زِ شارس منٛز چھےٚ زٕ صوٗرژ بنان۔ اکھ گو واظہار تہٕ بیاکھ گیٚیہ مطلبِچ ژینہٕ وَن۔ اظہار چھُ لوان لفظو ستۍ کرنہٕ۔ مگر اظہار کرٛنۍ متین لفظن ہند مانے چھُ پرٛتی مان یا مطلبِچ ژینہٕ وَن ستۍ لوان کرنہٕ۔ کینژن ہندو ونُن چھُ زٕ دوہنہٕ کار چھُ اکِہ طرفہٕ لفظن پیٹھ زور دِتھ تہٕ لوٗنچ وٚلِتھ پکان۔ بیٚیہ طرفہٕ چھُ پرٛتی مان یا مطلبِچ ژینہٕ وٚنہٕ پُشت پناہ کرِتھ دوہنہٕ ورثہ ناوان۔ اَتھ کتھ ورثہ ناوِتھ چھُ دوہنی کار وَنان۔

" اُدبس منٛز چھےٚ لفظن ہنٛز النکر ینہٕ خاص مقبولیتھ حاصل تکیاز یم چھِ شارس رنگ تہٕ روگن کھاران۔ مگر یہ ہیکو نہٕ مٲنِتھ زِ النکار یا النکرینی ( DECORATION ) کیاہ چھُ ادبُک یا شارُک زوٗ۔ شارُک اہلِ دل یتھ ماے چھِ برٛان تہٕ رس چھس ژہان، سو چھِ دوہنہٕ۔ اَتھ دوہنہٕ چھِ زِ شاکھ یتھ زٕن واچیہٕ (EXPRESSION) تہٕ پرٛتی مان (SUGGESTED SENSE) چھِ وَنان۔

سوال چھُ پاداہ سپدان زِ کیاہ وٚژُن ( EXPRESSED SENSE ) تہٕ مطلبِچ ژینہٕ وَن ( SUGGESTED SENSE ) چھا کی اکھ ساہکی زِ شاکھ۔ اکِہ زِ لوٗیہ مٲنِتھ پکان زٕ دوہنہٕ چھےٚ اُدبُک زوٗ، تیلہِ چھا یی پرٛزر زِ لفظن ہنٛز النکرن چھےٚ ادبُک جسم۔ کتھ چھےٚ ننہ وانہٕ پاٹھۍ سفاز جسمس تہٕ زوٗس چھےٚ اسمان تہٕ زمین فرق۔ مگر پرٛز چھُ یہ زِ زوٗ تہٕ جسم ہیوٚن آستھ تہٕ چھِ لرِ لوٗر کرِتھ یکہٕ وٹے روٗدی متۍ۔ موٗن زِ اُدبس چھُ وٚژُن ( EXPRESSED SENSE ) شکل دِوان، مگر شکلے چھِنہٕ سارے کینہہ۔ اَتھ کتھِ فٹ کڈِتھ چھُ دوہنہٕ کار وَنان ——
نقدِ پاکین شارن منٛز چھُ لفظن ہنٛز خوٗبصوٗرتی علاوٕ بیٚیہ تہٕ کینہہ آسان یتھ زٕن

ژیٚنۍ وٲلۍ ژینان چھہ، تِتھۍ ژینہ وَنہٕ چھہ پرٛتی مان یا مطلبٕچ ژینہ وَن وَننہٕ یوان۔ یِتھہٕ پاٹھۍ زن زرکہ برکہ پَلو وستہٕ ڈلِتھ۔ ہیرُتہٕ جوٲہرا توستہٕ سجیتھ کانٛسہٕ تہٕ زنانہٕ مُہند حُسن چھہ پرٛوتراوان۔ مگر محی حُسنکی قدر دان تہٕ داد دِنہٕ وٲلۍ عاشق چھہ چَھنٛچھ بینیہ کو سہ تام ژینہ وَن کران۔ یوسہ ژینہ وَن عام چھنہٕ ہیکان اَسِتھ۔ شاید وچھیہ پرٛتھ ہشہٕ ژینہ وٕنۍ ہُنر شوخی، اکھ خاص ترائے تہٕ گرائے دِتھ باوٕ مژ۔ حسین ترین پیٹھ ہر گاہ زر باپ تہٕ کمہٕ خاب یِیہ تراوتہٕ۔ ظاہر چھہ یہ کر حُسنس برزا چھرن ہنر۔ شوخی یا ژینہ وَنۍ نظر چھیہ تمہٕ ہنز ادا مگر تتھ بے رُخی تہٕ بے دلی آسہٕ یہ سورُے سوزٕ بیٹھ بیٹھ۔ اَندر پیٚنیہ تہٕ اَمیک کانہہ تہٕ اثر۔ کتھ چھیہ برٛہ شوزٕ تہٕ صاف۔ حُسن بذاتہٕ خود چھنہٕ سوہ وُس جوٲہر  تہٕ وردھن۔ حُسن چھہ یمو لشہٕ بیوٚن۔ تِتھۍ حُسنس چھہ اہلِ دل اَچھر وستہٕ چھیوان تہٕ دلہٕ چین ڈُبہ رائن منز زند نھوان۔

پرٛتی مان یا مطلبٕچ ژینہ وٕنۍ وِہستار دِتھ چھہ دہ تہٕ کار برونہہ کنۍ وَنان ـــــ

" پرٛتی مان یا مطلبٕچ ژینہ وٕنۍ (SUGGESTED SENSE) چھہ وَن نچہ ترایہ لانکر ینہٕ ہنز گرایہ تہٕ ذایکہ (TASTE) مایہ کنۍ واریاہ شاکھ سپدان۔ مگر یہ وَنۍ چھہ بے سوٗد زِ تمن شاکھن منز کیاہ چھہ وژن (EXPRESSED SENSE) اکھ اہم رول ادا کران۔ بلکہ چھہ پرٛتی مان یا مطلبٕچ ژینہ وَن آنکارہٕ منز نکارہاوان تہٕ نکارس منز آنکار ہاوان ـــــ

مثال ـــــ

' ہتہٕ با گوسانہٕ، ژہ چھیرٕ تھور بے روک پاٹھۍ وہ ذِ تکیا زِ سہٕ ہوٗن لیُس گوداوری ڈریا وکین گنین کلٕین تہٕ کٹین منز   روزان اوس، سہٕ مور اَز یا گل ہہن۔'

یتھ مثالہٕ منز چھنہٕ کُنہٕ تہٕ جایہ نکارُک اشارہ بلکہ چھہ آنکارُک اکھ خاص مقام تکیا زِ گوسانٛز اوس تہٕ ہوٗنۍ ہندی خوفہ کنۍ گوداوری ڈریا وکین گنین کلٕین کٹین منز۔ بوٚہران گژھن، مگر وہ ذِ چھنہٕ نس کانہہ تہٕ خوف تکیا زِ پیٚن ہوٗنس سہٕ کھوژان اوس، سہٕ کھیو یا گل ہہن۔

مگر اکھ مثالہٕ منز چھہ النکارس منز ناکارہ پاٹھۍ نکار باوِتھ۔ پرٛتی مان یا مطلبٕچ ژینہ وٕنۍ (SUGGESTED SENSE) کنۍ چھہ یہ صاف پاٹھۍ ظاہر سپدان تکیا زِ وَنۍ واجبن چھیہ سوزنانہٕ،

یوسہ یہ کتھ زانان چھیہٕ زِ یہ گوسائی چھ گو داوڑی ذری یا وکس تتھ جنگلس منز گرٕ ھستھ کلٕبن ہنز لنجہٕ دوٗ نہٕ زالنہٕ خاطر اُنان یتہٕ لنجہ ژٹنہٕ کنہٕ اوس کُنہٕ جایہٕ ٹھوٗرودہ تھان تہٕ نظر اُس سیوُد پاٹھی پیوان۔ اَمہٕ یار باش زنانہٕ اوس یارس سمکھنک مقام یہِے جاے ٹھوٗمٕژ تکیاز یہٕ اُس کھلوکھ تہٕ لنجو تہٕ لنگو کنہٕ اُس وُلِتھ۔ مگر گوسائی ہینز دوٗ نہٕ زالنہٕ خاطر لنگ لنجہِ صفا کرنہٕ تہٕ یار باش ولس رییہ تہٕ سو لیچ گوسائنس وَننہٕ زلیٖس ہوٗن ژٕیے اَتہٕ کُنی گنہٕ رس منز کھوژنا وان اوسُے۔ سُہ کھوراتھ پاگل یہن۔ اَنداز کرو زلیٖس گوسائی ہوٗنس کھوژان آسہِ۔ سہہ سُند ناو بوٗزتھ ژلن تس پڑان نہ پرتھ۔ پڑتی مان یا مطلیج ژینہٕ وَن چھیہٕ گوسائنس باخبر کران۔ اگر اوٗت تام ہوٗنہٕ ستہٕ ژینک خطر اوسُس ووہٕ نہٕ چھُس جانگ نہٕ خطر۔ مگر لفظن سوٗمبراوِتھ تہٕ مانے جوٗڑتھ چھُ اَتھ شارس منز فرکھ تراوتھ گوسائنس اَتھ جایہٕ گژھنک آنکار باوِتھ دِنہٕ یوان۔ مگر شارک اِشارٕ چھُ مطلیجہ ژینہٕ وَنہٕ کنہٕ لنکارس باوان۔
کُنہِ ورِ چھُ وَنہٕ نجہِ باوژ منز لکار کرِتھ آنکار پیٖچ باوتھ کران۔

مثال ـــ

" ہنو راژ اپنیا! (ییٚمس راژ منز اَچھن ژانپھ چھیہٕ پیوان تہٕ اَچھن چھُس نہٕ کینہہ تہٕ لبنہٕ یوان) دوہلی تھوٗو چھیٚتھ زِ میائی ہش چھے رالس بیٚیٹھ شولنگان تہٕ یہ چھیسے یورکُن شولنگان۔ اَوٗمو کھ ییٚہ سانہٕ چارپایہٕ پیٹھ راژ ہنز۔ اَنہٕ گنڈ منز لاینہٕ یکھ۔

اَتھ شارس منز ییٚمن کتھن ہند پھالاو تہٕ وِژھرار دِنہٕ چھُ گژھان۔ سُہ چھُنہٕ ظاہری طور لفظن ہِنز ترایہٕ منز کُنہٕ تہٕ باونہٕ یوان۔ مگر پڑتی مان یا مطلیج ژینہٕ وَن (SUGGESTED SENSE) چھیہٕ صاف پاٹھی یہ باوتھ دِوان زِ ون واجنہٕ یار باش نوٗش چھیہٕ روتلی یارس اَمہٕ کتھ ہنز باوتھ کران زِ گوژتھ شِنگنی زِ تہٕ ژرژر زِ کیاہ میانہٕ ہِشہِ چھا گوب نیٚندر پیمٕژ تکیاز میوٗن روٗن چھُ پردیس گومُت۔ میائی ہش چھیہٕ میٚے پہر درینتھ پانس لِشہِ ساوان۔ روتلہٕ آسی ژونگ ژھیتہٕ، اَوٗمو کھ تُلی زِ لوٗت قدم تہٕ میانہٕ چارپایہٕ پیٹھ ییٚز۔
یار باش نوٗش چھیہٕ راژ اَنس ساریے کتھ ہِشہِ ہنز موجوٗدگی منز باوان۔ مگر یار منز

نوش چھیہ تیژ ترُچ زِ راتھ منٛزی چھیہٕ وَنان - ییٚہ ساںہ چارپایہ ییٚٹھ لاینہٕ یکھ - اگر یارہٕ مُژ نوش یہ وَنہٕ ہے - ییٚہ میانہٕ چارپایہ ییٚٹھ راتھ منٛزی لاینہٕ یکھ" - ظاہِر چھُ سپدان زِ ہشہ گژھہ ہے اَمہ کتھہٕ ہُند شکھ زِ نوشہ چھُ دِلس منٛز کیاہ تام ناکارٕ خیال لہر ماران - مگر سو چھیہ صفٲیی سان وَنان - ییٚہ ساںہ چارپایہ ییٚٹھ لاینہٕ یکھ - ہشہ چھینہٕ رٕژھ تہٕ شکھ گژھان - مگر مطلب ژٕینہٕ وَن چھینہ صاف پاٹھی یہ کتھ باوان زِ بجہ ہنٛز نوشہ چھُ دوہلی یارس ستیٚ سیٚٹھہٕ واٹھ کوٚرمُت تکیازِ اگر سو کتھ آسہ ہے نہٕ تیلہ ہیٚکہ ہے نہ نوش صاف پاٹھی ہشہ کھنی بیتھ پاٹھی کتھ ٹاس کٔڑتھ - یہ کتھ چھیہ قابلِ غور زِ نوش چھیہ اَمِس مُسافرس وَنان - 'ہتو راتھ آنیا' ییٚنچ ژٕینہٕ وَن چھیہٕ راتسے لوت پیٚنچ، خیال آسہ زِ دوہلہ میلہ موقہٕ تکیازِ میانی ہش چھیہ میہ ییٚٹھ پہرٕ دارسٕندی پاٹھی دوہلہ نظر تھوان -

کُنہ شارس منٛز چھُ آنکار منٛز نکار تہٕ نکارس منٛز آنکار نہٕ آسان - مگر لفظن ہنٛز سار منٛز چھینہٕ کُنہ تہٕ جایہ باوتھ آسان کرمژ -

اکھ رٕوٗٹھمژ وٚلس چھیہ پنٕہ نس مدن وارس وَنان ——

'میانہٕ مدن وارٕ ! اژٕ گژھہ تہٕ میہ آسن وَدُن تہٕ رِوُن نصیبس - تمِس روٗس میہ کرتہٕ ژٕ تہٕ وَدُن تہٕ رِوُن" -

شارس منٛز چھُ وَنہٕ نکُ طریقہٕ سیٹھاہ پیچیدہٕ، مگر لفظن ہندِس اِظہارس منٛز چھینہٕ کانہہ تہٕ پژھ ہش کتھ - جُدٲیی ہندِ نارٕ دٕزمژ وَس چھیہ پنٕہ نِس ٹاٹھِس عاشقس اکِہ پراژِ یہ پژھان وَنن زِ کوٹھِ چھُ وہ ندٕ نار وُمان بیٚلہٕ ژٕیہ چھیسے وُچھان ہٕینیس وٚلیسہ ستیٚ اَلنہٕ تہٕ وَلنہٕ لوان - دوٚیمہ پراژِ چھس وَنان زِ ہرگاہ وۄنی ژٕ میہ اَلنہٕ تہٕ وَلنہٕ یکھ، تیلہ گژھی ژٕیہ تہٕ تمی ہنٛز جُدٲیی ستیٚ سوے کتھ - یوسہ کوٹھِ گامژ چھیہ - نہ چھیہ عشقہٕ نار وِیکلیمژ وٚلس آنکار کران نہ چھیہ نکار ے کران - اَمہ علاوٕ چھُ مطلب ژٕینہٕ وٚنز ستیٚ پتہٕ لبنہٕ لوان زِ محبوٗب چھُ سیٹھاہ بے رحم، احسان فراموش یُس دوہن کھراوُن ییٚٹھ رٕوٗزِتھ دوہہٕ وۄنی ماشوقن ہنٛز زِندگی برباد چھُ کران -

کُنہ جایہ چھُ وَنیچہ کتھِ منٛز نکار باوِتھ تہٕ کتھِ ہنٛز ژٕینہٕ وَلن آنکار تہٕ نکارس منٛز روٗٹ

آسان۔

مِثال

" زار پار چھےٚ کران زٕتہٕ روز خوش تہٕ وُڈ کِنس گژھہٕ ژٕ والِس۔ ہیتے وٕلِسی ازٕ وُنہٕ ہندی پانٹی پرژلونہٕ موکھ گاشہٕ ستی مِتہٕ ژٕلہٕ راوتن یہٕ اَنہٕ گوٚٹ۔ ہیتے گاشہٕ راُوم ژٕ سوندری۔ پننہٕ گاشہٕ سہلابہٕ ستی مِتہٕ کرِتکھ یمہٕ راُژ گنٹس منز عاشق سمکھنی واجِنہٕ سوندر ربےٚ پردہٕ۔

اَتھ شارس منز چھُ آنکارہٕ تہٕ لنکار تراُوتھ مطلبچ ژینہٕ وَن بیٚنیہِ سہے اَکِس اِشارس کنٕ دوران۔ عاشق چھُ عشقہٕ نارہٕ دزمژ وٕلِسیہِ وٕنان زوتہونہٕ موکھکہٕ گاشہٕ ستی مِتہٕ اَنہٕ تیتھ گاشہٕ سہلاب یتھ زٕن راُژ گرِژھیپھ ہیتھ یارس ستی میلنہٕ دزامژ سوندر ربےٚ نقاب سپدِن نہٕ

(A WOMAN WHO EITHER GOES TO MEET HER LOVER OR KEEPS AN APPOINTMENT BY him DURING THE DEAD. DARK NIGHT)

ننگہٕ گژھن تہٕ مُند چھِ کنٕ ژٕ ہیتھ گژھن۔ مدلوار چھُ یہِ کتھ وَنہتھ تہٕ من رٕنژہٕ ناوِتھ آنکار کران زٕ ستھ کنہٕ پرینیٚ وٕلِس چھِیہٕ مینٹھ تہٕ موٚدرہٕ مگر بیٚنیہ پراژہٕ چھُس دِپان زٕ ژٕ گژھ تہٕ والِس تکیاز ژٕ چھکھ ستھی کنہٕ زٕوٗن۔ راز نیر لونٕ تہٕ کتھ بیٚنیہِ وٕتہٕ پیٚنھ۔ وٕنہٕ نکٕ مقصد چھُ زٕلونہٕ یار باش زنانہٕ ژھیپھ ہیتھ درامژ چھِیہٕ یتس بیٚنیہِ زٕوٗنہٕ گاشہٕ ستی تراٹھ۔ مطلبچ ژینہٕ وَن چھِیہٕ اَتھ شارس وار یاہن زاُلی ہنجن منز پاراوان تہٕ دٕلہٕ گوتہٕ تی دِوان۔

کُنہٕ جایہٕ چھُ کتھ کرنچہٕ ترایہٕ کنہٕ مطلبچ ژینہٕ وُنہ یا ترس کنٕ اِشارہٕ کران، حالانکہ لفظ مانے چھِنہٕ شرٕوکان یا تمامہٕ گژھان، بلکہ چھُ اَتی تھےٚ روزان۔

کوٗسہٕ تام وٕلِس چھِیہٕ ہمشہٕ چھُ وٕلِسیہٕ کنٕ وٕنان ــــــ

ہیتے وٕلِسیہٕ۔ وٕنیوے نامتہٕ ہیتہٕ اَتھ ہمپوشس مُشکھ

اَتھ منز چھےٚ بوٚمبرہٕ ہیتھ۔ مگر لوٚز ژینیٚ موتھ تہٕ میون۔ مُشکھ ہوانے دِژنے اَمی بوٚمبرن

وُٹھس ٹوپھ ۔ ووڈ یہ چون چھو کہ لدوُٹھ وُچھتھ کمِس کھسہِ نہ ڈیکس دزِہہ۔ یہ کیاہ کرِے ترٚیہ چھِے لاٹِنس پی بھوکُن تہ تی بھوگ ؛

یُتھ شارس منز چھُنہ لفظہٕ مانے ہُس کُنہ تہٕ ٹھوز گرِٹھان مگر لوٚز مطلبٕچ ژینہ وَن چھِیہ ونجنا یہ کِنیٚ یا ہیٚنسا رآیی کنِ بیٚیہ سبے اُکس اشارس ترکھ دِوان۔ عشقہٕ نار پھٹنس آم شولِس چھِیہ صبرکین سرحدن لرِہ پار کٔرِتھ یارس میلان۔ حالانکہ سدرہٕ ولیسہ چھُنس ٹھاکھ آسان کوٚرمُت مگر تو تہ چھِ سہ یارس نِشہ واتان ۔ مَدن وار نہ چھ بے وایہ پاٹھی ووہلسنس یِتھ موٚ ژ تہ میٹھی کران ۔ اَکھ منز چھُ مَدن وار رژ قُلی وُٹھن موٚ ژ کٔرِتھ دَندتاران تہ چھوکہ لد کران۔ چھوکہ لدوُٹھ ہیتھ چھِیہ یہ یار باش زنانہ ژھیپہ ژھیپھ کران تکیاز رژ قُلی وُٹھن ہِندی چھوکھ چھِ ٹاکار پاٹھی یا و نہ کِس مزشرس باوتھ کران ۔

دوٚیمہ کار آنند ورٚدھن چھُ یمو مثالو کنِ اَتھ کتھِ واش کڈان ز لفظ مطلبس چھِنہ شارس منز کانہہ تہ وُقسٕتھ آسان نہ نہ چھ اہلہٕ دِل تہ رسِلہ اَتھ بیٚتھ کانہہ غور کران۔ موٚن ز لفظ چھُ کُنہ تہ شارس لرِ لوٚر کٔرِتھ اکھ پٔدٕ ٹھہراو دِوان تہ اکھ سیٚدٕ سیوٚد مانے ہیٚنس کران یُس لوکن منز ولوٚد تہ سیوٚد چھُ آسان۔ مگر کتھِ ہنز نزلے چھ تمکِس اشارہ دِتھ مطلبٕچ ژینہ وَن وتِرھنادان یا استیارہٕ کِنی کتھ تام بٔیِس مطلبس واتناوان ، یِہِنیک خیال تہ چھُنہ لفظ کہ نزابہٕ منز آسان۔

دوٚیمہ کار آنند چھُ سہ ووڈ ترٚیمس تتھ رٚولِس وتِرٚھناوُن یس ژھان یُنہ زن رسس یار سیٚج ژہن چھِ وَنان ۔ رسس منز چھُ سہ اکھ مقام یُس زن اہلہٕ دِل ژہتھ چھِ ہیکان پانے پاٚنز پانس منز ووہلسنس لوان ، کیاہ تام محسوس کران مگر لوٚد دٔرے پرژھن یِہو کھ زن چھِ کٔر تہ زٚری بنان ۔ رسس چھُنہ بیان ہٕکہ موٚہوسینہ ۔ اگر زن کلُس ماچھ دمِو تہ تو پتہ پرژھ ہوس اَمیک مزہ سہ گلہٕ ناواَتھ تہ کلس دِیہ زیر۔ چناچہ دوٚیمہ کارن وتِرٚھناو یہ کتھ ز دوٚیمہ یا مطلبٕچ ژینہ وَن چھِیہ ادبک رٚو۔ اَتھ کتھِ واش کڈتھ ہوو اُمز لفظٕچ پاوژنیچ باوَتھ چھِنہ شارک زدٕ ہٕکہ شارک چھِیہ سو باوَتھ یُس اَسہِ مطلبچہ ژینہ وَنہ کِنی اشارہ دِیہ ۔ ووڈ چھ دوٚیمی کار رسچہٕ نزابہٕ کِنی مایی بٔرِتھ

یہ پرٛزھان ہاوٗن زِشارس منٛز چھُ رسس (PATHOS, EMOTION, FEELING, ESSENCE OF THE POETRY) اکھ خاص اہمیتھ حاصل۔ سوال چھُ ووتھان زِ رس کیاہ چھُ۔ رسن ہُند تیداد چھُ ہیوٚندستانکیو ڈرامانقادَو داہ موٚنمُت۔ شرنگار یا سنگار یا عشق چھُکھ یمن ؤہن رسن ہُند سرتاج موٚنمُت۔ رسن ہنٛز تندلہِ منٛز ہاسیہ رس یا ٹھٹھ مذاقک رس، کرُنا رس یا وگیہ لاون رس، روٗدر رس یا تیزِ کوٚنٹڈ کھارن وول رس، ویر رس یا جنگِ ما دانس منٛز بوٚہادری ہُند رس، بیانک رس یا خوف دِہی ہُند رس، یا نفرتھ پاداہ کرن وول رس، شانت رس یا ہمہ ہنگ رس تہ واتسلیہ رس یا شُری کھیلہِ کِنہِ دِل شادی ہند رس۔

رسس ووتھ لوٗدِ نہ خاطر چھُ ستھایی بھاوَن ہند یا پایہ دار جبلتن ہُند اکھ خاص منظر۔ ستھایی بھاو چھِ تِتھ احساسس وَنان یُس زن پرٛتھ بشرس منٛز پایہ دار پاٹھی ٹھیکتھ چھُ۔ ستھایی بھاو چھِ انسانی جبلتن منٛز قرار کرِتھ گیتھ آسان۔ سہ زن گو عشق، اسُن، جہال دونٛرھ (BRAVE HOOD)، کھوژُن، نفرتھ، حارانی یا تاجب، واراگ وغارہ۔ یم چھِ انسانی فطرتس منٛز شرٛیتھ آسان۔ ماحولچ وٚتش تہ وُشنیر لگتھ چھِ یم بارسس یوان۔ اُتھ صوٗرژھ یم وِبھاو وَنان۔ وِبھاوک مطلب گو وُکنہ خاص احساسک ووتھ لو۔ وِبھاو چھُ دوٚن صوٗرژن منٛز باگراونہ یوان۔ اکِس چھِ وَنان آلمبن

( BASE, THAT ON WHICH A RAS OR SENTIMENT IS BASED. PERSON ON THING WITH REFERENCE TO WHICH A SENTIMENT ARRIVES)

تہ دوٚیمِس چھِ وَنان اُدیپن یا EXITERS۔ آلمبنچ زان ہیکو یتھ کِنہِ کرِتھ۔ عشقہِ رسس منٛز گیہِ ماشوق آلمبن تکیا زِ عاشقن ہندی خاطر چھِ ماشوق عشقچ اکھ علامتھ یتھ سہ تھَلہِ تھلہِ وُچھان چھُ تہ عاشق چھُ پنُن پان مُشرِتھ بذاتِ خود عشقچ اکھ صوٗرتھ داران یا ہیوان۔ اُدھی پَن چھُ عاشقس وُشہ ناوان۔ اُدھی پنک مطلب چھُ بر نہ لاوَن وول۔ اُدھی

پَن چھُ زِ صوٗرژ بناوان ۔ اکھ چھیہٖ سو صوٗرتھ یوٗس ماشوقس منٛز آسی تھیٚے چھ تہٕ یا کھ چھ ماحولُک وُرٛتو ۔ تہٕ زَن گوٚو مَسی چیٚلمُژ وُچھُن ، وُٹھ کِمہٕ لاگوٕتھ موٗدریر برُن ، دٕنیا ژھالادِنیٚ ہیٚجہٕ تہٕ ژوٗرٕ نظرِ دِنہٕ ۔ ہیٚے ہیٚے زٕنٛہ مس ما ، لوٗس چاو کھارُن ، مایہٕ مند چھ ٹاری بھری بھری وُچھُن ۔ دوٚیِم گوٚو ماحول تہٕ اَرُژ زیل ۔ سُہ زَن گوٚو زونہٕ گاش ، آبشار ، وَن وِگنہٕ ، واوُک ہر ہر ، دوٗرِ رِکلہِ ہُند موٗدرلول بوٗش ، بوٗمبرُ سُند وارِ وارِ پوشہٕ وَنھرن نالہٕ موٚت کرُن تہٕ ولوٗر ژلُن ۔ یِموٚ سٟتۍ ییٚس اکھ لِ ججی ہُند اثر اَیِساسَن پیٚٹھ چھُ پیوان تہٕ ہسر چھِ لہر ماران ، تِتھ چھ وَنان اَنُبو ۔ اَنُبوک مطلب گوٚو زِ یِتھ اَکھ سوٗرودس پتہٕ پتہٕ اکھ اَیِساس یکہٕ ۔ کاشُر پاٹھۍ ہیٚکو اَنُو بھوب لوٗکُو ویداکھ ۔ انبو چھ دوٚ قسمہٕ آسان ۔ (۱) ساتوک (INVOLUNTARY) یا خود بخود یا کنٛڈ روٗس ۔ یِمن ہُند تفییدا چھُ اَٹھ ۔ روٗٹہٕ گرٛژھن ، گُمہٕ ژھٹہٕ بیہنہٕ ، کنٛتھ کران ولسرُن ، تہٕ رِ کنٛڈی پھٹی ، ٹھرٕ ٹھر اَژنۍ ، پھوٚر ووھتُھ ، اَشس دار لگنہٕ ، لاینہٕ پُن بیترِ ۔ (۲) کاییک گوٚو جسمٲنی حرکتن ہُند اظہار ۔ تہٕ زَن گوٚو اشارہٕ کرُن ، اَچھو سٟتۍ ہاوُن ، کلہٕ زیرِ سٟتۍ آنکار تہٕ نکار کرُن ۔

اَتھ دوران چھِ خیالن ہنٛز نندلہِ لوان تہٕ گرٛژھان تہٕ یِمن چھِ وَنان وہنزاری باو (TENTATIVE SENTIMENTS) یا لارِ ژلہِ وِنۍ اَیِساس ۔ یِہُند تفییدا چھُ تیتیہٕ تہٕ ژہ وَنہٕ لوان ۔

آنند وردھن چھُ وَنان زِ موٗن رٕسک اَیِساس چھُ لفظن ہنٛز شوخی سٟتۍ کھالنہٕ یوان ۔ مگر پوٚز اَیِساس چھِ کہہ وچھِ چھِنہٕ لفظ کانہہ تہٕ مانۍ نھوان ۔ یتہٕ چھِنہٕ صحی زادلس منٛز چھُ پرٛتھ ورِ رٕسس دوھتھ بوٗدِنہٕ خاطرٕ لفظ یوان نھوہٕ ہیٚکہٕ چھِ لفظ رٕس چہ ژینہٕ وِنہٕ منٛز بدلنہٕ خالص رٕہ چ ژہنی باژ باتی تھوان ۔

اگر (مثالہٕ پاٹھۍ) شارس منٛز لولہٕ نارس باو وَنہٕ لفظو سٟتۍ رولق کھارنچ کوشش آسہٕ کرنہٕ آمژ تہٕ وِبھاگ تہٕ بینہٕ آلمبن تہٕ اُدھی پَن

(A PARTICULAR STATE OF THE MIND FOR THE

TASTEFUL DEVELOPMENT OF THE SENTIMENTS)
آسن ہنہ سلسلہٕ وار پاٹھی اکھ اکِس لرِ لوٚر کرِتھ ہکِہ متی، تِہنٛدس شارس منٛز چھُنہٕ رٕسچ لوٗرٕ کامیابی
وُنان۔ وہ نیٚ اگرزٕن لفظن ہنٛز خاص ژھانڈو ترٲوِتھ وِبھاوٕچ

(THE BASE AND EXITERS FOR THE TASBEFUL
DEVELOPMENT OF THE SENTIMENT) ژینہٕ وُن آسہ وہ پلونہ آمٕژ۔ ظاہر
چھُ زِ رٕسچ پارٕ زان سپدِ ٹھیکھ پاٹھی۔ رٕس کہِ احساسہٕ خاطرٕ چھِ لفظ صرف اکھ علامتھ یادٕ کران، لفظ
یا لفظن ہنٛز تندلہٕ چھُنہٕ پانہٕ رٕس۔ موٗن زِ لفظ چھِ اکھ موٗرژ ( IMAGE ) یادٕ کران، مگر موٗرژِ ہنٛد
زوٗ چھُ رٕس تہٕ رٕسچ ژینہٕ وَن سپدِتھ چھُ لفظٕچ موٗرژ وُستھ ہیوان تہٕ راسی گرژھان۔ اَدِ پتہٕ لیٚس
آنند تہٕ سوٚرٕوٗ دوٗزان چھُ، سہ چھُ رٕس۔ لفظ چھُ شارس ہُنٛزٕ پاٹھی للہٕ ناوان، مگر شارُک ہیبرٕ چھُنہٕ
لفظ ہُکہٕ لفظٕچہِ زیرِنہٕ حرکژ ( MOVEMENT AND VIBRATION ) منٛز چھُ
تخیُل گٕھٹِتھ نیران۔ سے چھُ شارُک زوٗ تہٕ تِتھی چھِ دوٚنہٕ کاروٗنان رٕسچ سگہ وُن۔
دوٚر کارن چھُ اَتھی کنِتھ گوڈٕے وکھنے کرمٕژ زِ مطلبٕچ ژینہٕ وَن چھیہٕ وَنہٕ نچہٕ
ترایہٕ تہٕ لانکرینہٕ ہنٛز گراپہٕ پانُس منٛز لوٚرِتھ تھوان۔ بییہٕ چھِ وَنہٕ نچ ترلے تہٕ لانکرینہٕ ہنٛز گرامہ
لوغوی کھوٗنہٕ ہُنٛزٕ پاٹھی سیٹھاہ تھٕد یاپچ آسان۔ دوٚنہٕ کارچھِ اَتھ کنِتھ بییہٕ ہنا وِرژھناوِتھ وُنان
زِ۔ مطلبٕچ ژینہٕ وَن چھیہٕ بے شک پاٹھی شارُک زوٗ، مگر لفظن ہنٛز ژھاے تہٕ مطلبٕچ ژینہٕ وَنہٕ منٛز
گرژھِ کانہہ ننہٕ کانہہ زیرِنہٕ حرکت ( MOVEMENT AND VIBRATION )
آسنی۔ یوٚسہ زیرِ تہٕ حرکت تھیچھ دِتھ کنِتھ نام سوٚرٕوٗرکس عالمس منٛز وانہٕ ناوان چھُس۔ بییہٕ چھیہٕ
بیا کھ کنِتھ۔ شارچہِ ژینہٕ وَنہٕ ژ ہیتھ لیٚس سوٚرٕوٗرنہٕ مرٕ لوزن وانٛس تہٕ پرٕن وانٛس لبنہٕ چھُ لوان،
تیٚتھ سوٚرٕوٗرکس مقامس منٛز چھِ لفظ تہٕ لفظوسٕتی وَننہٕ آمٕژ شوٗبہٕ دار لانکرینہٕ
( WORDOLOGICAL BEAUTIFICATION ) گیٛیِھ گرژھِتھ کنِتھ نام تِہنٛدس عالمس
تھکھ کھوان یِتھ زلہٕ چھنہٕ باوِتھ کرِتھ ہیکان۔ اَتھ سوٚرٕوٗرکس مقامس اندر چھِ لفظ کھٹنہٕ

یوان۔" اَتھ بجِھس مقامس پیٹھ زَن بننہ پانچ وٕگلن چھِیہ گامژ آسان تہٕ بٮ۪یٚہ ولسِتھ یِکٕٹ چھُ بنیومُت آسان" اَتھ چھِ دوٚن کارس دوٚن یا سوٚرو پرچ ... ناو دوان۔ دوٚنہِ کار چھُ وَنان زِ یہِ کتھ چھِیہ بروٚنٹھے وَنہٕ آمژ زادبُک یا شارُک زوٗچھ مطلب ژینہٕ وُن۔ یتھ کنہِ پرانہٕ سمبہ دوٚد برٚگ ہنز جُدٲیی وُچھتھ سنسکرت ادبکِس گوڈٕ شاعر والمیکی سُند شوکھ گوٚو شرو کِس شارس منز بند۔ امہِ کنہٕ مُند تارِیخی پس منظر چھُ یتھ پاٹھی بیان یوان کرنہٕ۔

والمیکی ریوٚش اوس اکہِ پھِرِ تمسا کولہِ ہِندِس بٔٹھس پیٹھ بہتھ۔ اَتھ کولہِ منز اوس شوخ تہٕ ماےہ لوٚرتھ دوٚد برٚگ تہٕ دوٚد برٚگنہٕ اوٚس نکھہ نکھہ بہتھ یا وُن چھاوان تہٕ پانہٕ وأنی لول برٲن۔ مگر امہٕ بیتہٕ کتہٕ نام پیٹھ آو ہنگہ تہٕ منگہٕ پھرپھرکروٗن کان تہٕ لوٚگ دوٚد برٚگس۔ رَتہٕ ستی گوٚو دوٚد زُل تہٕ گیٚس کارِ موٚرن۔ ژھرتہٕ ژھرٹ کران وَچن اُچھ۔ دوٚد برٚگنہٕ اوٚس آر ہٕرژٚینتھ وُچھ ژیٹان تہٕ افسوسک اظہار کران۔ والمیکی ریشیو وُچھ یہِ سورُے تہٕ تمس وُژھ دِلس دُبرا۔ اُچھ گٲیس ترَتہٕ اِحساسن لوگُس نَچھن۔ شوکنتھ سٔری وُژھ ہٕرتہٕ بچھن لٔجٕ ژنڈ۔ دوٚد کھلرسس آو آوٕلن تہٕ آبس کھتی پھوکہٕ ڈول۔ سیٚیح ورِ اوٚس ژاگہٕ تہٕ والمیکیس آیہٕ زبان ——

" اے شکارِ! یہ کیاہ کوٚرتھ ژیہٕ ژیٚے مورتھن ینہٕ خواہشہ خاطرِ یہ دوٚد برٚگ یُس زَن عشقس اوس لول برٲن تہٕ ماے وندان۔ واے شکارِ، ژیہٕ کتہٕ لگی اَژھہ کھورٕ"۔

دوٚنہِ کار چھُ وَنان زِ الگ الگ لفظن ہنز ژھانڈ۔ وِنہٕ نچ ترٲے تہٕ گرٲے، ہمن مُند میٚل کرِتھ یُس اکھ شوٗبہٕ دُن شار وودِ پدان چھُ سہ چھُ دِلس تھٔپھ کران تہٕ اِحساسن وٕگہٕ لاوان یتھ کنہِ والمیکی ریشیرِ دوٚد کھچہ گرِ کرِ وقتہٕ یِنہٕ شوک گوٚنڈ تہٕ کرُن رسہ کِس (STATE OF PATHETIC SENTIMENT) شُرکِس منز۔ والمیکی سِندِ امہِ شُرکِ مطلب ژینہٕ وُنِ تہٕ کرُنا رسہ چھِ خوٗصوٗرژ علاوہ چھُ اَتھ شُرکِس منز اکھ تواریخی واقعہ تہٕ موجوٗد تکیازِ یہِ سورُے عَمَک واقعہ چھُ والمیکی ریشِس اُچھن بروٚنہہ کنہٕ سپدان۔ اگر زَن والمیکی ریشی یہ واقعہ اِحساسچ کہہ وَجہ پیٹھ کھورمُت آسِہے نہٕ تیلہِ آسِہے اَتھ واقعس صرف اکھ تواریخی دوٚگہٕ وُت، مگر تیلہِ یہ واقعہ اِحساس ہِندِ میچھرِ ستی ادبُس منز گنڈنہٕ آو

پرِ شار بنِو اکھ عجیب غریب تہٕ اَکھ آبہِ کرٕنا رٕسچ تہٕ (STATE OF PATHETIC

SENTIMENT) اہمیتھ دِنہٕ۔

دوٚہنہِ کارٕسند وَنٕ چھُ زِلوٚت نام دُنیٲیی واقُن ہُند تولُن چھُ، تِہنز تندل چھینہٕ
کارن (CAUSE) تہٕ کارِیس (EFFECT) پیٚٹھ لوٚہ لنگر تھوٚتھ پکان تہٕ اَکھ چھُنہٕ ادیکِس اِحساس
عسترٕ کانہہ تہٕ رشتہٕ۔ یہِ گوو یکہٕ وُن ہگرٕ۔ مگر بیٚلہِ کانہہ تہٕ واقہٕ اُد بچہٕ زِلوٚ منٛز اَزٕ، یہِ چھُنہٕ اَمہِ پتہٕ پوٚت
روزان تہٕ نہٕ چھُ یہِ واقہٕ کارن (CAUSE) تہٕ کارِیہ چہِ تندلہِ منٛز گنڈِتھ لیوان۔ بلکہِ چھُ یہِ واقہٕ وِباو
(آلمبن + اُدیپن (THE BASE AND EXITERS FOR THE PARTICULAR

DEVELOPMENT OF THE SENTIMENT AN EXTERNAL

MANIFESTATION OR INDICATION OF THE FEELINGS)

تہٕ سنچاری باو

یا اِحساس ہنٛز کھینچہِ یم زَن سِتھِس موقس منٛز یوان تہٕ گرٛشھان چھِ۔ گویا بیٚلہِ زَن دُنیٲیی واقہٕ اِحساسہٕ
کِس پسِ منظرس منٛز گنڈِتھ چھِ لیوان، یم چھُنہٕ تمہِ پتہٕ واقہٕ روزان بلکہِ چھِ ادیکُ زوٗنتھ دلیش تہٕ کال
بنِتھ (TIME AND SPACE) ہیوٚر گرٛشھان تہٕ وولہٕ گِت PASSED

OVER OR LEGEND) روزان۔

دوٚہنہِ کارٕسند وَنٕ چھُ زِ دُنیاہ کِس وَرتاوس منٛز چھُ کرن وول تہٕ تمہِ ہندی کرتوٗت
(CAUSE AND EFFECT) سلسلہٕ برابر یکہٕ وُن روزان، اَتھی چھِ دُنیاہ وَنان۔ مگر
ادبہٕ کِس دُنیاہس منٛز چھُ کرن وول تہٕ کرن والین ہُند طور طریقہٕ وِباو

(THE BASE AND EXITERS FOR A PARTICULER

DEVELOPMENT OF THE SENTIMENT) THE EXTERNAL

MANIFESTATION OR INDICATION OF THE انوباو

FEELINGS)

تہٕ سنچاری باوٕ ( TENTATIVE FEELINGS ) منز بدلِتھ دُنیاوہ
نشہٕ اُلنگت بھاوس یا اِحساسس ( PASSED OVER OR BEYOND THE
WORLD ) منز ٹھہراوان - اَتھ چھُ دوہ نہٕ کار اَلوکِک ( EXTRA-ORDINARY
یا دُنیاوی فتورٕکس نشہٕ اپور تورٕ مُت مانان۔

والمیکی سندِس اَتھ شُرکس چھُ دوہ نہٕ کار داخلی ریچ (STATE OF PATHETIC SENTIMENT) ژرینہٕ وَن دِتھ بیٚلیس کنھٕ نہٕ واش کڈِتھ وَنان زِ ہرگاہ مطلبچہ ژرینہٕ وٕنہٕ کنہِ اَتھ شُرکس داخلی رشک (STATE OF PATHETIC SENT.MENT) جامہٕ مُشراوو تہٕ نقاد چھِ بیا کھے سلب کرٕان۔ مثلن:۔

شکارِس ہِش فطرت تھوون والہِ راونہٕ ! رام تہٕ سیتا ہِم ژوٕرِ کتھ مزس منز اسوٕ ؤسِ منز رؤزِتھ لول تہٕ مائے چھاوان تہٕ بھاوان۔ ژرینہٕ نیتھن سیتا لوٗٹِتھ تہٕ رام ترووتھن جُدائی ہِنز اَنہٕ گٹہِ منز تہٕ سیتا گاژھ تھون عشقہٕ نارس منز۔ گرٕژھ اَتھ سوہٕ ہنزِ۔ لنکایہٕ منز مہٕ تگِنے ژرینہٕ زانہہ تہٕ اَتھ کھورٕ۔"

دوہ نہٕ کار چھُ وَنان زِ تھدِ پایہٕ کِہن شاعرن ہندِس کلامس منز چھیہٕ پانہٕ سرسوتی ماج (GODESS OF LEARNING) موٗدرِتہٕ میٚٹھ آبشارٕ کرِ پاٹھۍ لفظ چھاوان تہٕ وَس باوان اَکِس اَلگِے عالمس منز مطلبچ ژرینہٕ وَن ( SUGGESTED SENSE ) کرِتھ بادَتھ کران۔

یِتھۍ شاعر چھِ پننہٕ تخیُلس منز باوٕژ ہُند اظہار تتھہٕ اندازس منز کرِان زِ باسان چھُ زِ شار چھُ پان چھُوکلی پاٹھۍ بالہٕ تینٛالہِ پیٹھ ساز وایان وسان تہٕ دوہ بے چھُ بہٕ سوز وَسہٕ ڈُن روزان۔ یِتھِس فنس منز چھِ کالیداس وغارٕ شاعر اوٗنگجہِ پیٹھ گنزرنس لایق یِہُند تیداد صرف پانژھ یا شیہٕ چھُ۔

دوہ نہٕ کار چھُ وَنان ــــ مطلبچہٕ ژرینہٕ وَنہٕ علاوٕ تہٕ چھُ یِمہِ کتھہِ ہُند آسُن ضروٗری زِ یِتھِس اَدبس داد دِنہٕ خاطرٕ تہٕ سمجنہٕ خاطرٕ چھیہٕ امی شوٗعورٕکی تہٕ اعلا پایکِ زانن والی تہٕ آسنۍ ضروٗری

تیلی چھ یتھس اُدبس مول کھسان تہ لوکہ زٕ تہٕ پیٹھ بول باشہٕ کران ۔ یہ کتھ چھیہٕ اَسہٕ گوڈنیتھے دوگہٕ ناوِمٕژ زِ لفظٕچ مانے ژاڈرِ دٕنہٕ چھیہٕ اکھ ضوٗرٕوٗری کتھ ، مگر لفظ چھُ مانے زانہٕ پتہ کھٹنس یوان ۔ اُدٕ پتہ یُس وُزن چھُ کران تہ مطلبچ ژرینہٕ وَن چھُ دِوان ، تمہِ خاطرٕ چھُ اہلِ دل آسُن ضوٗرٕوٗری ۔ یہ چھُ ظاہر زِ شاعر چھ سوندر ہندی کشیپر تھ تہ پارِتھ لفظ استیمال کران ، مگر لوٗزاگر یِرٕن وول لو غاتھ تُرٕ تہ مانے بیٚنہٕ ژارتہٕ ۔ سہ شار یا شُرکہ بنہٕ بے سوٗد ۔ شاید ما گژھِ چھوکہ لد ۔ یتھہٕ پاٹھی زن غار ہندِ اکھ سیتار کر سورٕ وایتھ بے سوٗد تہ بے مانے چھِ سپدان ۔ سیتار وایِنہٕ خاطرٕ چھُ ضوٗرٕوٗری زِ سورٕن ہنز زان گژھِ آسٕنۍ ۔ مگر سیتارس ستۍ گژھِ کُنہٕ ہشیارۍ زیاد آسٕنۍ تیلی ہیکہِ سورٕ چ ژرینہٕ وَن سپدِتھ ۔

دوٚیِمہِ کار چھِ وَنان زِ دٕزرُنہٕ نٕشہٕ THE PRIMARY OR EXPRESSED

THE SUGGESTED بیوٚن روزن وول مطلب چھُ ونگیہ SENSE )

یا تُرچہ یا تُرچار آسان ۔ SENSE OR THE MEANING HINTED AT

مطلب مانے چھُ لفظس کتھ ( DYNOMICS ) دِوان یا یہ وَن زِ لفظ چھُ شاعرِ ہنز تتھ موٗرٕژ اظہار کران یوسہ موٗرٕژ شاعرِن کھارٕنۍ چھیہٕ ہیٚرٕ ژٕ آسان ۔ حقیقتھ چھیہٕ یہ زِ تھدِ پایکۍ شاعر چھ لفظس پوٚت پھیرِتھ زان ( RECOGNITION ) کرِتھ اَتھ پتہ لس شارس منز استیمال کران ۔

اُدٕ موکھ چھُ لفظ وٕژنُک ( PRIMARY SENSE ) کارٕ ترٕاوِتھ ونگس یا تُرچہ چارس ( SUGGESTED SENSE ) باوتھ کران ۔ تُرچہ چار چھنہٕ لفظ بلکہ چھُ مانے یُک پھُہلاو ۔ شوٗبہ وٕنۍ شاعر چھِ لفظس تہ اَمِہ کس مائیٚس سونر چھمبہٕ ستۍ موکھتہ جرتھ اَتھ قابل بناوان یتھ زن لفظن منز تخیُل چھُ شولہٕ ماران ۔

کینٕژن ہندون چھُ زِ ترچ جارٕ پاٹھی SUGGESTED SENSE OR

IMPLIED SENSE کلامہٕ ٹھیکراونہٕ برونہہ چھیہٕ ییمہٕ کتھِ ہنز زان تھوٗنۍ زبرٕ ضوٗرٕوٗری زِ خیالچ موٗرٕژ بناونہٕ برونہہ گژھِ لفظ تہ مانے یکٕٹ کرِتھ سیوٗد آسُن ۔ یتھہٕ کُنۍ اَنہٕ گٹس منز گاش ژھانڈن وول ژانگہٕ چہ سوٚرِژ ہنز ژھانڈ دِتھ گاشٕچ ییرتھ چھُ بران ، تیتھے کٕنۍ چھُ ترچارس

تھپھ دِنہٕ وول گاٹل گوڈ لفظ ( SUGGESTED SENSE OR IMPLIED SENSE ) مانے ہس ییژھ بران تہٕ کوشش کران۔

کتھ چھیٚہ سیوٚدٕرِ گاش خاطرٕ چھ سوٚیتھ اکھ اہم مقام تھوان تکیازِ سوٗیژٕ روٗس ییٚہ نہٕ گاش تہٕ تھٔے پاٹھۍ ترٕجارس باوتھ دِنہٕ خاطرٕ چھ ضوٗرٕوٗری زِ لفظ تہٕ اَمیک مانے گژھہ پوٗرٕ پاٹھۍ سیوٚدٕ آسُن۔ یہنز چھُ یہ زِ تخیٔلس زیٖرٕ دِتھ چھُ شاعر کتھ ہنزٕ باوتھ ترٕجارس منٛز زٲری پاٹھۍ کران۔ یتھ پاٹھۍ لفظ تہٕ مانے چھُ شارس منٛز اَثرُک درواز، مگر جملہٕ تہٕ اَمیک مانے چھُ تمہ کھٕنٛج باوتھ یتھ منٛز اَثرِ اکھ نوٚوے ژِینہٕ وَن چھیٚہ لبنہٕ یوان۔ وننک مطلب چھُ زِ لفظن میٚل دِتھ چھ جملٕچ اداکٲری پیش یوان۔ جُملہٕ کمہ ترابہٕ تہٕ گرایہٕ تُلہٕ یرد، یہٕ چھُ شارٕچ مندورٕ پیٚٹھے دارٕ مدار تھوان۔ لفظ مانے وِلوٚدٕ گژھنہٕ پتہٕ تہٕ چھِ اکھ احساس یا تلخی لفظس منٛز روزان۔ سو تلخی یا ٹیٹھ چھنہٕ توٚتہٕ تام ہمان، یوٚتہٕ تام نہٕ ترٕجارٕچ ( IMPLIED MEANING ) ژِینہٕ وَن لبتھ دِیہ۔ اَکھ کتھ فِٹ کڑتھ چھُ دوٚنی کارٕوٗنان۔ موٗن جُملہٕ کِس یا نظمہٕ بندس منٛز یوان تاہ وُنہٕ ہیٚچ ہمنتھ تہٕ ہکتھ چھیٚہ آسان، سو باوتھ کرنہٕ وِزِ چھُ نظمہٕ ہنز ترابہٕ منٛز کُنہٕ تہٕ صوٗرٕژ منٛز بینہِ باسان۔ مگر ذکر یا اَدبچہٕ زیرٕ زبرٕ زانن وٲلۍ چھِ اَتھ اہن لفظس تہٕ مانے ہس ہن پادٕ کٔرِتھ اَمہ کِس ژوٗس دِیٚھ دِتھ ترٕجارٕچ پٲری زان کران۔ مثال دِتھ چھُ دوٚہ نہٕ کارٕوٗنان زِ یتھ پاٹھۍ ژونگ ذٲلتھ پانس تہٕ چھُ باسہٕ تلوان تہٕ اَندرٕ پکھی چیرٕن تہٕ چھُ گاشراوان۔ تھٔے پاٹھۍ چھُ لفظ گوڈ ینہٕ لِس مانے ہس ہاوِتھ وننگس یا ترٕجارس ( SUGGESTED SENSE ) باسِتھ دِوان۔

دوٚہ نہٕ کارٕچ اَنھ ڈیٚنجہِ اَلبساوِتھ وُنان ـــ یٮ۪تہٕ مانے پننِس پانس یا لفظ پننس مطلبس تل کٔرِتھ DEPRIVED ITS ORIGENAL MEANING

مطلبچہٕ ژِینہٕ وُنہٕ باوتھ کرٕ، تتھ اَدبس یا شارٕچہٕ بادام گوجہٕ چھِ ٹیٹلا دوٚنی وُنان۔ تہٕ زن گوو ییٚنہٕ لفظ تہٕ مانے پننٕ پان پھرِتھ تھوِیا مانے ہس ورٕژھنے کرِ تہٕ خاص مطلبچ ژِینہٕ وَن ہاوِتھ دِیہ۔ تتھ چھِ دوٚہ نہٕ وُنان۔

دوٚنہِ کارٕ زِ پوٚرٕ ورٛٹھنےٚ چھیہٕ زِ لفظہٕ تہٕ مانے ہیٚچ شوب ، مثالہِ سیتۍ سجاوِتھ شار پیٚیہٕ کنٕ خوش کروٕ زٕ اَچھرن ہُند باوٕزبل۔ اَدبچہِ نزاے تہٕ گراے چھیہٕ پاٗزٕ پانےٚ دوٚنہِ شنزٕ الِنہٕ تہٕ وٕلِنہٕ لِوان۔ یِتھہٕ پاٹھۍ شوبہٕ دارشارس لِشہٕ چھہٕ پانےٚ رنگہٕ برنگی تہٕ بیوٚن بیوٚن لول لوش کرِتھ ناوار الِنہٕ تہٕ وٕلِنہٕ لِوان ۔

دوٚنہِ کارن کُراتہٕ نچھے گوڈٕ پوٚر پاٹھۍ ورٛٹھنےٚ زِ دوٚنہِ یا مطلبچ ژیٚنہٕ وَن چھنہٕ لفظن تہٕ مانے ہیٚچ نوٚ بصورتی موحتاج۔ ہِشرٕ چ سجاوٹھ ، لانکرینہٕ ہٕنز زرق برق ہُشیار کتن میوٗٹھ لوٗن اَچھرن ہُند روٚنہِ ناد۔ یہ سوزٕ ے چھُ نیٚبرٕم گنگھٹھ۔ یِمہِ پیٹھ زبادٕ آوبزٕ روٗزن چھُنہٕ کانہ زمانے ہٕقوان۔ یِم سارۍ چھہٕ لفظس تہٕ مانے ہٕنس لوٗچھر منوٗر وٗر کران۔ مگر شارٕک زوٗ چھُنہٕ نیٚبرٕم گونگٕھٹھ بلکہِ چھیہٕ سو دوٚنہِ یا مطلبچ ژیٚنہٕ وَن یوسہٕ زٕن انجسابہٕ کُس عوٗرٕ وٗحس پیٹھ کھارِتھ سوٗر وٗر پادٕ کرناوان تہٕ دِلہٕ چین تارن سوزٕ بٕران۔ اگر دوٚنہِ یِمَن ظاہری تہٕ بناوٹی چیٖزن مَدتھ ہیٚنہٕ بیہہ، تیلہِ چھینہٕ سو دوٚنہِ یا مطلبچ ژیٚنہٕ وَن روزان۔ موٗن زٕ کیٚنژن ہُند وَنُن چھُ زِ دوٚنی یا مطلبچ ژیٚنہٕ وَن چھینہٕ صحی پاٹھۍ پنُن پان ہاوِتھ دِوان ، مگر دوٚنہِ کارٕ سُند وَنُن چھُ زِ گاٹلہٕ تہٕ ادبکہٕ ماہر چھِ پرِتھ زمانس منزٕ اتھ ترٕچھارس ژینان آمتۍ بیٚیہٕ چھکھ سٕمفِس اَدبس ولیوٚ تٕلمت تہٕ اَمیک رس ژہہ مُت ۔

کیٚنہہ اَدبکہٕ نقاد چھہٕ دوٚنہِ یا مطلبچہِ ژیٚنہٕ وَنہٕ تھٕنٕے کُرِتھ یِہ وٕنان زِ لانکر ینہٕ (POETIC ORNAMENTING) منزٕ لیُس میچھر تہٕ ٹاچھر چھُ میلان سٕہ چھُ لوٗت وُسیع زِ دوٚنہِ یا مطلبچ ژیٚنہٕ وَن چھیہٕ پانےٚ تتھ منز وُزان ۔ اَدکِہ کیاہ چھیہٕ دوٚنی یا مطلبچہِ ژیٚنہٕ وَنہٕ ہُند اکھ نوٚو بٕر کھوٗلُن۔

دوٚنہِ کار چھِ کتھہِ ہٕنز زبان دِتھ وَنان زِ لانکرن ( POETIC ORNAMENTING ) چھیہٕ لفظ کُس مانے ہٕنس ( PRIMARY SENSE ) پیٹھ ڈٕرتھ روزان۔ مگر دوٚنہِ یا مطلبچ ژیٚنہٕ وَن چھِ وٕنگس ( SUGGESTED SENSE ) ہاوِتھ دِوان۔ یِتھہٕ زٕن ترٕچھار اُلِتھ تہٕ وُلِتھ چھُ روزان ۔

کیٚنژن نقادن ہُند خیال چھُ زِ لانکرینہٕ ہُند (POETIC ORNAMENTING)

کینژ و لنجو کنز چھیہ مطلب ژرینہ وَن (SUGGESTED SENSE) صحی پأٹھی باوُنہ کرتھ دِوان ۔ یتھ پأٹھ سماسوکھتی، وِشیشوکھتی، آکھیپ تہ اَپن ہُتی لأنکرین منز باوُنہ چھیہ یِوان ۔

۱۔ سماسوکھتی ۔ سماسوکھتی لأنکرن چھہ تِتھ وَنان ییلہ زَن شارس منز ہوی مانے دار لفظو ستی میٹل دِتھ نیرِ ADJECTIVE بدلے مانے

مثال ۔

"یام شام وقتہ زوٗن اُسمانس پیٹھ کھژ، یہ وُچھتھ آیہ کملینی پوشہ مال کھولنس"۔

سنسکرت اُدبس منز چھیہ یہ رلوایتھ زِ کمپوش چھہ سِری یہ پزو وچھتھ کھولنس یوان تہ زوٗنہ وُچھتھ وٹنہ یوان۔ یتھ مثالہ منز چھ کوستہ نام عشقہ نار ژُٹمژ مسول پنہ لس مدن وارس واریا ہر کالی وُچھان تہ تمس وچھتھ چھیہ سو کھولنس آمژ۔

۲۔ وِشیشوکھتی ۔ ییلہ زَن کرن وول (CAUSE) حاضر تہ آسہ، مگر لوٗز کرن والی سندی کرتوت آسن نہ لوٗرِ یِوان ۔

مثال ۔

سو ندر رہند بتھیک رس چینہ پتہ تہ رُدُ سہ زلیشہ ہوٗتے ۔

۳۔ آکھیپ ۔ نکار پچ کلہ زیرا آستھ آسہ دُرژھو وانجہ ہنز دُ یہ راپہ آنکارس یوٗری وولہ کران ۔

مثال ۔

ہتے زوٗنی ! ژہ مَتہ کھستہ راژ منز ییتھ سانس اُسمانس پیٹھ تکیا زِ مدن وار کہ رشِ چھنہ اُسہ منز از ۔

۴۔ اَپن ہُتی ۔ ییلہ زَن پزر پچ کتھ چھپاوتھ بیا کھے اَپزپچ کتھا بیہہ ناونہ ییہ ۔

مثال ۔

'پنا چھنہ میہ لوے، یہ ہا چھ میون مُل کلی مونتھ۔'

لآنکرن (WORDOLOGICAL OR BEAUTIFICATION OF THE POETRY) . بجر دِنہٕ والین نقادن جواب دِوُن چھُ دوٚہ نہِ کار وَنان — زِ لآنکرن چھِہٕ اکھ سو کوٚشِش یوٚسہٕ اَکِ ماہِر زانِتھ تہٕ مانِتھ شارس پیٹھ چھِ وَلان۔ اگر زَن شارس یہِ رٕشیم تہٕ کِمخاب تھوٚو دِتُلو، شار گژھِ ننگہٕ۔ اَمہِ کھوتہٕ ہیکوٚ ونتھ زِ لآنکرن چھِہٕ شارک زوٚ بلکہِ چھُ بیٚتھِم گیٚنگٹھ۔ یَیتھ اَسی دوہ نی یا مطلبچ ژینہٕ وَن وَنان چھِ، سہٕ چھُنہٕ شارک تیٚمبرُیم گونگٹ بلکہ چھُ سہٕ شارک زوٚیار رُح۔ اَوَسے ووٚن گوڈے اَسہِ بیٚتہِ مانے نیٚنس پانس تہٕ لفظ ذاتی مطلبس نال پھِرِتھ مطلبچ ژینہٕ وَنہِ باوتھ کرِ، تیتھی چھِ وَنان دوہ نہِ۔ یتھ شار یا ادب چھُ وتیجہِ دوہ سہٕ نہٕ دلوار ترآوِتھ پژتھ سمیہ تہٕ پژتھ کالہٕ زِندہٕ روزان۔

رحمان راہی

# شارِ شنآسی

دَمہٕ دَمہٕ کوٚرمَس دَمَن ہالے

پرٛزلیوم دیپ تہٕ نَنیم ذاتھ

أندرُیم پرٛکاش نیٚبر ژھوٚٹُم

گٹہِ روٚٹُم تہٕ کٔرمَس تھپھ

(لل دێد)



# دود عشقُن جودِ یارگوم    موّت ماشوق یادِ پیوم

شمس فقیرُن یہِ مشہوٗر بٲتھ آسہِ توٚہہِ بردہ نہہ تہٕ خبر کٲژیاہ ہہِ پھرِلوٗ زمُت یا پوٗر مُت ۔

وٗں ہرگاہ کانسہِ یہِ خیال آسہِ زِ بہٕ چھُس اَمہِ بٲتُک کانہہ مانہِ مطلب یا مُدا مفہوٗم بیان کرُن یژھان تسَ کرِ بہٕ گوڈے عرض زِ حضرتھ توٚہہِ چھِیہِ غلط فہمی ۔ میانہِ زٕ کنہِ چھُنہٕ شارس نیٚتھ کانہہ مانے آسٲنی یُس شار الگ کُن تھاوِتھ تہٕ شارٕ نشہِ بے نیاز سَپدِتھ پننُن حقیقی ووٚجوٗد برقرار ہیٚکہ تھٲوِتھ، تہٕ اَوِکنہٕ ہےٚ بہٕ شارُک کانہہ ژٹِتھ چکیتھ مانہِ مفہوٗم بیان کرنہٕ کیاہ زٲنتھ تیتھ ہیوٗ ژٹِتھ چکیتھ تہٕ خود موختار مانہِ ہیٚکہِ کانسہِ گاٹلِس اِنسانہٕ سنزِ کتھ آسِتھ ۔ مانہِ ہیٚکہِ کُنہِ علٰمی مضموٗنس آسِتھ، کُنہِ توٲریخی بیانس یا اخلٲقی ہِدایتس یا کُنہِ سائینسی نوکتس ۔ شارس چھُنہٕ اَمہِ گاچہِ مانہِ آسان ۔ شار گوو کانہہ واقہ، کانہہ تجربہٕ کیہنہٕ سَپدُن، کیہنہٕ گدرُن ۔ شامہٕ ژھمبرِن لگہِ آفتابُس اناری غوطہٕ تہٕ تَتھ کُس مانہِ گڈٕ ی زِ ۔ یمپوشس لٔج گرائے تہٕ شبنمَ آوکھلَس بیٚٹھ چھکنہٕ ۔ یہِ چھُ اکھ واقہٕ یُس وُچھنہٕ تہٕ ژیٚننہٕ ییہِ ۔ مانہِ کیاہ ونوس ۔ سَرفُن ترٛوو کرٛوژھ تہٕ اکھ نرم، نوزُک، نوٚو تہٕ ژندٕ لوٗن رنگہٕ روٗپہٕ ووٚجوٗد دراو نوٚن تہٕ اکھ گوو تماشہِ وُچھُن تہٕ سَنُن تہٕ نزِ تشریح کرنہٕ بہن، شری گمہٕ ناوی نیٚندٕ رمشر پننہِ وُٹھہٕ پھلی ۔ یہِ گیہِ قودرتہٕ وٲلی سنزِ قودرتھ وُچھنہٕ تہٕ مطلب کتھ بہموس کڈنہٕ ۔ کانسہِ گنیو و کانسہِ ہُند تاشوق یہ گوو لبٕ اکھ تجربہٕ، اکھ واقعہ، اکھ گدرُن ۔ اَتھ گدرنَس نہٕ چھُ کانہہ علٰمی مانہِ تہٕ نہٕ کانہہ منطقی مفہوٗم ۔ بہٕ چھُ اکھ واقعہ یُس ژینُن چھُ، اکھ صوٗرتِحال ییمہِ منٛزی گدرُن چھُ، اکھ گدرُن یُس وہتراوُن چھُ ۔ مانہِ چھُنہٕ الگ پاٹھی کہیں ۔ شار چھُنہٕ کانہہ پژھرٕ زِ گام دِتھ نیرہ لبس کانہہ ٹاکار جواب ۔ شار پرُن یا بوزُن گوو گو لائبس مُشکِل ہیوٗن تہٕ موحسوٗس کرٕتھ تَتھ حظ تُلُن ۔ یامنزٕ اَکھس نار ژٹُن تہٕ دزُن دگ پرزناونی ۔ تِھیس حالَس ہےٚ مانہِ کری زِ تہٕ کیاہ ؟

شمہ صابس یہ ونن ادس تمۍ چھُ تہٕ ننیس باتس منز وونمُت۔ شمہ صابن مُدا ہنیکہ نہٕ میانین لفظن منز بیان سپدِتھ تہٕ نہٕ ہنیکہِ بیٚیہ کانسہِ ہندین لفظن منز تتھ باوتھ سپدِتھ۔

دو دِ عشقن جود یارہٕ گوم          موت ماشوق یاد پیوم

اتھ شارس زن ڈالہِو لفظن ہنز یہ ترتیب تہٕ نثرِ چالہِ پھرِتھ دِنہٕ ہویہے کتھ یتھ پاٹھۍ زہے یارا میہٕ ہساگو عشقن دود جودگرِتھ تہٕ موت ماشوق پیوم یاد۔ تہُنْدِ ولنۍ انتھ صورژ منز رُودا امیک شارُت قایم؟۔ ڈلِو شار موٚد تہٕ بیہ زُو نثر رُود۔ شمہ صابُن جود ھُٹ تہٕ سون اپیرہٕ گوولون۔ اوے کِنۍ چھُم یہ ونن ضوروری باسان زِ ہرگاہ کانہہ شخص کُنہِ شارک حوالہ دِتھ تھوری یہ پرژھنہٕ بیہیہٕ زِ آخرونن کیاہ حص چھُ پرژھان یہ شایرہ تس گژھہٕ ژھوٹ جواب دیُن زِ بیب شایرحص چھُ تی پرژھان ونُن یہ تمۍ سُند شار ونان چھُ تہٕ بس۔ تہُ ... والہٕت تہٕ اورہٕ پور کٔنن مسلہٕ والنہٕ بجایہ ہرلون شارے بیٚیہ تتھی سٔنو تہٕ تتھی منز بیر گدُرُن، یو سہٕ صورتِ حال درینٹھ پیوسو بناولون کہیں تے تہٕ پننس تخیلس منز پنُن گدُرُن تہٕ شار کرِو پنُن مُدا پانے حالی۔ تہٕ ہرگاہ نہٕ بنِتھ کِنۍ شارس واتِتھ ہیکو تیلہِ ہیکوس نہٕ زِ نہے واتِتھ۔ تکیاز شار چھِنہٕ سمجنہٕ لوان، تتھ چھُ واتُن پیوان۔

شار زانُن گوو یار پرژناوُن، تہٕ شار مولونُک صحی طریقہٕ یا نہٕ ناولسن چھِ رنگہٕ رنگہٕ فایدہٕ۔ لوڈ ہیو فایدہ پیرِ شار چھُ رلوایتی تشرِ پکو تہٕ کانٛژ مانیونتہٕ آزاد سپدِتھ تہٕ فرسودگی لنشہٕ نجاتھ لبتھ اکھ نوو تہٕ نادیدہٕ دُنیا بنان تہٕ پرِتھ کانہہ پرن وول یا لوزن وول چھُ اَتھ نادیدہ دُنیہس پننہٕ پننہٕ اَند تہٕ پننہٕ پننہٕ توفیقہٕ موجب دریافت کران تہٕ امہِ حِن مختلف جہژن وانان تہٕ رنگہٕ رنگہٕ حظ تلان۔

اوٚن گو وبنہٕ ونُن چھُ زِ شارس منز آسہِ کانہہ تیٚتھ لفظ بیمبک نہٕ کانسہِ لفظ مانہٕ تہٕ مولوم آسہِ۔ یا شارس منز آسہ کانہہ تیٚتھ اشارہ یا تلمیح یتھ واش کڈُن ضوروری آسہ مثلن زیرِ تبصرہ باتک یہ بند:

اَتھ حیہ کِس دریاوس          شہہ منز نفہہ میہٕ لاگیمس

دوٚر برزخہٕ نوٚرہ پرینہٕ لیو          موت ماشوق یاد پیوم

سوال چھُ زِ ہے "کیاہ گو وتہٕ برزخ" کتھ چھِ ونان۔ آسہِ نہٕ کانسہِ خبر سپدِ یا ٹھۍ دموس جواب زِ یم

چھِ دۄشوٗے عربی زبانٕ مندی لفظ ۔ "ہے" گو وزنہٕ زندگی تہٕ دٔے نٕکیازِ دٔے چھُ پانٕے زندگی ہُند آگرُ ۔ یتھے پاٹھۍ چھِ "برزخ" تتھ جایہِ یا تتھ حالتس وَنان یوس دۄن مختلف یا متضاد جاین یا حالژن درمیان آسہِ ۔ مثالے جنتس تہٕ جہنمس منز باگ اعراف تہٕ یتھے پاٹھۍ یوسہ حالتھ مرنہٕ پتہٕ کُس دمس تہٕ قیامتھ برپا سپدنس درمیان چھیہٕ تتھ تہٕ وَنوٚ برزخ ۔

ہرگاہ مانہٕ مطلب بیان کرنُک عام تہٕ رلوٚاٗیتی انداز ورتاو وٚ تیلہِ چھیہٕ سوے ساسہٕ لٹہٕ ژاپہ کتھ بیٚہہٕ ژاپٕز تہٕ ونٕ زِ شمس فقیرن چھُ اَکھ بَاتس منز وحدت الوجود ورتھنوومُت ۔ مگر یہ گو وسوٚدرس منز وَسنہٕ ورأئی سوٚدرُک اوحال لوٚزن یا لوزناوُن ۔ شمس صابنس اَکھ بَاتس منز کمہِ نوعیژِ ہُند تجربہ تہٕ کیفیتھ گدٕرُن چھُ گژھ ماران تتھ متلق کرُو برونہہ کُن کتھ ۔ فلحال چھِم بیاکھ اہم کتھ ژٕنس یا وٚنی لوٚسہ اسی بِسلہِ پاٹھۍ مشراوان چھِ ۔ تہٕ یوکُن پہٕ وُنیکتام اَسہِ کانسہِ ظون ہیرمُت چھُ ۔ تو ہہ چھُ مولوٚے زسون واریاہ شاعرس مایہ چھُ گیوٚن چالہِ وَنہٕ آمُت ۔ کاشرِس محاورس منز چھُ وُنہٕ تہٕ وَنان زِ مثالے فلانٕ شاعرن چھُ یلہٕ تاہ یا تیٚوتاہ گیوٚن ووٚنمُت تہٕ سانہِ اکثر صوٗفی شاعرو ییہ ووٚنمُت چھُ تہٕ چھکھ زیادہِ ہین گیوٚن یاتہٕ پاٹھۍ ووٚنمُت ۔ تہٕ تمہِ کلامُک اصل زُوزِ تہٕ چھُ تیلی نون نیران ییلہِ بقولِ احد زرگر ربابہٕ سارنگ، طبلہٕ، طوٚوٚس کُلہ پرناودن ۔ ازچھِ اَسی یہ مولہٕ کتھ مشران تہٕ اَمہِ قسمکی بَاتھ تہٕ تتھے پاٹھۍ پرِنچ غلطی کران یتہٕ کیٚن مثالے کُنہٕ کتابہِ یا اخبارس منز چھپیمژ اَزِچ کانہہ آزاد یا نثری نظم پرِنہٕ ییہِ ۔ یہ گیہِ تِرژھے ہِش باتس کہٕ ڈی ۔ کانسہِ فنکارٕ سُند نژُن وُچھنہٕ پانہٕ اَچھو ہٕلکہ یہ وَتتھ متلق اخبارس منز چھپیومُت رِپوٹ ۔ کانسہِ آسہِ ڈرامایُک منُ سٹیجس پیٹھ یا ریڈیو پیٹھہ گندنہٕ باپتھ، تہٕ اَسی پرِ و تمیک سکرپٹ محض کاغذ پیٹھہٕ ۔ یہ طریقہ چھُ سراسر غلط نِکیازِ یتھین ہوین باتن ہُند حقیقی زُوزِ تہٕ چھُ تیلی لوٚپہِ پاٹھۍ موحسوٗس سپدان ییلہِ یم کانسہِ زانٕ کارموسیقارٕ ہندی ذٕسی سازنہٕ آواز دۄشوٚنی ہُند میٚل پراوَن ۔

خار، دۄنی دِموٚباتہٕ سۍ پھیر ۔ باتُک گوڈنیک مِصرٕ چھُ ع

دود عشقُن جودِ یارٕ گوم ۔۔ اتھ منز چھِ ترییہ لفظ خاص نوٚجھس لایق۔ عشق، دود تہٕ جود ۔ مانٕز نوٚتھی

پرٛژھ کاتھہ یمِن لفظن ہُند مانہٕ۔ یقینَن وُنیوٗس نہٕ تِہنٛز مانہِ کہیں بَلکہٕ دیوٗس لفظِ عشق چھُ محض اکھ اشارٕ تہٕ نفسیاتی حالژ کُن یَتھ منز آدمس بیٚیس کانسہٕ ہنز کُل گُنان گُنان اکھ عجیب عقلہِ نہٕ وَرژوُن تہٕ بیان نہٕ سپدن وول دوٗد ٹکران چھُ تہٕ یتھ منز آدم تتھہٕ پاٹھۍ ہیٚنہٕ چھُ لوان زِ نہٕ جود جھُس آسان گومُت۔ یہٕ اشارٕ نہٕ دِلیٚوس، مگر لفظن ما آو مانہٕ کرنہٕ؟۔ لفظو دِژ صرف ژِینہٕ وَن اکِہ مخصوص نفسیاتی حالژ ہنز۔ یَتھ اَسی بیٚیَن لفظَن منز لوٗل، ماے یا محبت وَنان چھِ۔

اَمہِ نَلہٕ کَیٖہ اکھ کَتھ واضیٖح زِ شاعرَن یِہ ہُند لفظہٕ ورتاو چھُ عام لفظہٕ ورتاوِ نِشہِ بیوٚن آسان۔

یَتھ بٲتَس منز چھُ شمہٕ صاب اکھ تِنیتھ کردار، اکھ تِنیتھ نفر پیش کران یمۍ عشقن دوٗد ہینتھ تہٕ جود وُزٕناوِتھ اکھ تیتھ جذباتی دُنیاہ برپا کوٚرمُت چھُ ییٚتہِ تہٕ ممکن چھُ ییٚنہٕ عام پاٹھۍ ممکن باسہِ۔ یتھہٕ پاٹھۍ خالَس منز باضے حدٕ رسی عجیب تہٕ اورٕ کِ لور واقاتھ دریٚشی لوان چھِ تہٕ خاب وُچھَن والِس سہٕ سوٗرے اونکھرِس منز جونکھرٕ سیٚود تہٕ ولیٚود باسان چھُ تِتھے پاٹھۍ چھُ یہٕ بٲتھ تہٕ سازَس تہٕ آوازِ ستۍ رلیتھ عشقہٕ دادِ نہٕ لولہٕ جادِکہِ ذٔریِعہٕ اکھ طِلسماتی عالماہ وہ پداوان، یَتھ منز بظاہر اورٕ کِ لور واقاتن ہُند اکھ عجیب سِلسلہٕ برونہہ کُن لوان چھُ تہٕ لوان لوان اکھ عقلہِ نہٕ وَرژِنۍ مگر احساسَن رام کرٕ وِنۍ تنگ ترتیب لَبان چھُ۔

بٲتس منز یِم مختلف واقاتھ اکھ اَکس پتہٕ ژھالہٕ تُلی تُلِ تہٕ نِہَہ لاے لاے برونہہ کُن لوان چھِ، ہرگاہ وارٕ سَنو تِمن سارِنٕہ واقاتن باسہِ ژرکہِ اَکُے واقعہٕ زَنُم دِنہٕ وول تہٕ سُہ گو وَعدٕ موٚنت ماشوق یاد پیوٚم! یاد چھِیہٕ منز فُک ضِد۔ ماشوقہٕ سٕنز یاد بیدار گژھنہٕ برونہہ اوس سوٗرے موٚٹھمُت۔ نہٕ عشق نہٕ عشقہٕ دوٗد نہٕ نہٕ نمیک جود۔ لَس ژھو پہٕ تہٕ ٹھہراو ——! تہٕ مَشرفہٕ کِس اَتھہٕ مرگہٕ صحراوس منز وُزلیوٚم ہنگہٕ تہٕ منگہٕ یاد ووٚتریکُ دلیوانہٕ کرٕ وُن ساز۔ تہٕ میٚہٕ ژلیوٚن بے ادٕ سُس ڈوٚلمُت۔ تَس نہٕ رژھ تہِ بِھیرٕ پیوٚمُت۔ سُہ نِتھِے مَنٛز مزازٕ تہٕ مدنوار انہار۔ یاد پیوٚم زِ داد گوم۔ ہوشَن حواسَن ہِندی زِولانہٕ ژھیٚنِم، کاَف کوٚڈُم کاڈ، موے خانہٕ گٲم برٕ وُتھ، لولہٕ کھٲسِس دِیتُم دام تہٕ —— اَمہِ پتہٕ وُچھُم تہٕ پتہٕ زانہہ خالَس منز نہٕ وِچھ ما!

یہِ گوٚو کٔرال تہٕ ہینہٕ بَدلے! یہِ گوٚو واوٕ ہوٚند وان تہٕ ہیتہٕ پھرِکۍ تھے! ڈٕچھنہٕ کھوٚوٕرۍ لوٚپٕرۍ چھیمہِ ہیٚرِ لوٚبہٕ فقط بانہٕ تھٕرٕے۔ رنگہٕ رنگہٕ تہٕ چالہِ چالہِ بانہٕ۔ زوٗن افتابہٕ، زمین اسمان، کُلۍ کوہ، پوٚش جانا وار، سٲرۍ اُدٕ سپدٕ کرالہٕ ہِندِ اَتھہ تھٕرتہٕ لوان تہٕ آہنٕزۍ کوندِ منٕزٕ رنگ برٕنگٕ روٗپ رُٹٕ رُٹٕ نیران۔ یہِ نیٛول، یہِ وۄزُل، یہِ ملاےٕ، یہِ لیوٚدُر، یہِ چھوٚت، یہِ کرٕہُن ـــــ برٕنزٕ لٲیتھ واپُن، لوٚ ختہٕ چھُے۔ بٔتہٕ لوٚختہٕ، ہٕتہٕ لوٚختہٕ، بوٚڈ لوٚختہٕ تہٕ بہٕ؟ اما یہِ کیُتھ؟ اوم۔ اَدٕ اوم۔ بٔے لوت دراس اوم۔

یِتھۍ پاٹھۍ گوٚڈنکس بَندس منٕز لولُک، دادیُک، جادیُک مستی تہٕ مدٕلوٲرۍ یہِ تہٕ مشرٕرُک اَکھ موٚحسوٗس سپدن وول صوٗرتِ حال وۄتلیوٚمُت اوس تِتھے پاٹھۍ چھُ یتھ بَندس منٕز تہِ اَکھ واقعہ تہٕ اَکھ منظر وۄ براونہٕ آمُت اَکِہ امیجہِ کہِ ذٔریہٕ، اَکھ شبیٖہہ تہٕ شکل وۄتلاوِتھ۔ یاوٕ لوٗیتھ پاٹھۍ زِ یہِ واقعہ وۄتلاونہٕ باپتھ چھُ شاعرن کرالہٕ وانہٕ گرٕ ہٕٹس بیٛٹھ بانہٕ تھٕرن والۍ سُند تصویر بیٛشِ کوٚرمُت تہٕ کرالہٕ کوندِ منٕزٕ نیرن والین رنگ برٕنگی تہٕ کورٕکیٛو بکرِ آواز دِنہٕ والین بانن ہُند اَکھ دلکش منظر وۄ بروٚومُت۔ اتھ منظرس منٕز چھِیہٕ حرکتھ تِہ تہٕ سوٚکوٗن تہٕ ژھۄپہٕ تِہ تہٕ صدا تہِ حارتھ تہٕ خُشی تِہ تہٕ راوُن تہٕ ہٕٹرُن تہٕ۔ تہٕ یلیتھ چھُ لفظِ اوم اَکھ دُمانہٕ لفظ۔ اوم گوٚو نالوٚختہٕ تہٕ تہٕ اوم گوٚو خوداے تہٕ حقیقتھ ازلی تہٕ ـــ وُں سوٚنچتو یانٕے ہرگاہ اَتھ سٲری سپدِ منظرس تہٕ واقعس سٕتہٕ وٕپے تہٕ یہٕ ژھوٚرُے مفہوم تہٕ مانہٕ تہٕ ژاروس تیٚلہِ سپدِ نہٕ باتُک زوٗر نہٕ تہٕ موٚحسوٗس۔ یہِ چھُ صحی زِ اسۍ ہیکوٚ بانہٕ تھٕریہِ ہِندِس اَتھ کُلہُم واقعس صوٗفیانہٕ تاوِیل کٔرِتھ تہٕ وُنیتھ زِ اَتھ بَندس منٕز چھُ شمس فقیرِ خود ایہٕ تعالاہ سِندِ ذٕسرِ یہِ کاینا تھ وۄجوٗدس ینکھ تہٕ آدم پادٕ سپدنُک تہٕ آدمہٕ سُند بیقل تہٕ وُچاپٕ آسنہٕ کنٕز بارِ امانتھ تُلنکِس ازلی واقعس کُن اِشارٕ کران۔ مگر کٔنہٕ چھِیہٕ یِزِ اَتھ صوٗفیانہٕ تاوِیلس تِہ پھیرِ تیٚلی ژُو ہیلہِ اسۍ ژٕھرِس تہٕ چھیٛنِس مفہوٗمس یتھ لار نہٕ بجایہِ گوٚڈنمن لفظن تہٕ اِشارن سٕنتھ کم از کم خیالہٕ منٕزی سُہ تصویر ہینہٕ نِنہٕ اُچھن برونہہ کُن اُلون یُس شاعرن وۄتلووُمُت چھُ۔ شبیٖہن تہٕ تصویرن مُدے گنڈنہٕ تِلہٕ چھُ بیا کھ فائدہٕ یہِ نیران زِ مانہٕ ژارنکۍ تہٕ تاوِیل کرنکۍ امکان تہٕ چھِ ہُران۔ یہِ چھُ تصویرو، شبیٖہو، رمزو تہٕ علامژو ذٔریہٕ باوُتھ کرنہٕ کُے نتیجہ زِ اُکۍ سپدِ شارس چھِ ہیوٚن مطلب ہیکان نیرِتھ تہٕ برٕنٕھ کانہہ مطلب چھُ رُٹے تہٕ لوٚزٕ ےباسان۔ یہِ چھُ

شائیرانہ باوُژ ہُندُے کمال زِ شائیر چھُ پننہ کنہٕ پرژھہ ہُندیا کنہٕ عقیدُک اِظہار تھتھ پاٹھی کرِتھ ہیکان زِ اُکس بیہ پرژھ تہ بیہ عقیدہ پرِن وٲلس یا بوزن وٲلس نہ چھُ سہ اِظہار بوزتہ ناری موٚند باسان ۔

یمہ موٲلہ کتھ ذیہنس منز تھاوِتھ دِتو بٲتہ کِس باتے حصص وُون تہ پانے سپدِ مولوم زِ پرزی چھ شمس فقیرن زانٔنتھ یا ازانٔنتھ پننی کتھ تہ پننٕ تجربہ باوِنہ موکھ اُتھ بٲتس منز شائیر بیہ ہندی رنگہ رنگہ وَل وَرنا وی متی ۔

اُمی کُنُرن کیاہ دِیُت جلاو　　　تس کنہٕ ہیے کیاہ چھُ ناو

پرزِ منز رُزِ پان کھاجوم　　　موٚت ماشوق یاد پیوم

عاشق چھُ ماشوق ستی یاد پیٹھ تہ بیہ ڈیٖلہ زِ نہ لسندس حضورس منز وانٔتھ پننُ پان اَکس تھکس عالمس منز لبان بیتہ پرسٹھ اندہ کُنرُک جلاو چھُ ۔ اتہ نہ چھ قسمہ قسمہ باپنہ نہ ہندی بیوٚن بیوٚن رنگ تہ نہ تہنزن آوازن ہُند پھیر ۔ اَتہ چھُ صرف عارِفہ پاد کرن وول اکھ جلاو ، اکھ نیہ ناوہ یمی شینس جہاتھ آورمُت چھُ ۔ اما یہ جلاو کیاہ ؟ اتھ کیاہ ماننہ کری زٕ ؟ اتھ کیاہ ناو تھوی زٕ ؟

پرزِ منز رُزِ پان کھاجوم

شمہ صاب دپان اُتھ جلاوس تہ نیہ ناوس اَنزی منزی گژھنہ موکھ کھاجوم تتھے پاٹھی رُزِ پان پتھ پاٹھی عشقہ پیچان آفتابس نکھہ وانٔنہ موکھ پانس ورنہ وٕھٹی نہ دِوان تہ رُزن کھسان چھ ۔

بٲتہ کِس اتھ بندس منز تہ چھُ جلاوک اکھ راوُن گیہ تہ رُزن کھسُنک اکھ بیہ سوکھ تصویر، تہ کُنُر کرِتھ تجربک تہ اَسہ کانہہ باس ہیکِتھ بیٖمہ منزی شمہ صاب گذرلومُت چھُ ۔

اَسہ دِژِ شائیرن بیہ خالص ستی مشتبہا بہتھ خالص منز ۔ یوسہ بظاہر غار منطیقی تہ ھبیہ تہ تھار تہ عقلہ نہ ورژُن راوُن لبنُ آسان چھ تتھے ہیو عالم چھ یتھ بٲتس منز تہ ۔ اُتی دود تہ اُتی جود اُتی میخانُک مس چوٚن تہ اُتی کرالہ واہنچ باپنہ تھری ۔ اُتی عشقہ پیچانک رُزن کھسُن تہ اُتی دوہ ۔

اُتھ نیہ کِس ڈری یاوس　　　شہہ منز تھہ لاے مس

دوٚہ رُزن تہ نُورہ پرژلوم　　　موٚت ماشوق یاد پیوم

یہ مے کیاہ گوو؟ تہٕ ییٚک ذٔرِ یاوِکتھ وٕلُو۔ ؟ شہہٕ منٛز تھٔہہ لایِ کتھ کرٕ وناو تہٕ برزخہٕ تلہٕ کیاہ چھُ مراد تہٕ تیمہٕ نوٗر پرِبرٛلن کتھ وٕلُو؟ یمَن تہٕ اُمہٕ قسمکین باتے سوالن ہینکہ فلسفک یا تصوفک کانہہ موٗمولی طالبِ عِلم تہٕ جواب دِتھ۔ یتھہٕ پاٹھۍ زٲن اَسہِ ہیٚر کنہٕ وَننہٕ بایتھ ووٚن زِ ژےٚ گووزِند تہٕ زندٕ تلہٕ چھُ مراد زندگیہ ہُند آگُر یا نہٕ دٕیے، پانہٕ ازلی تہٕ اَبدی حقیقتھ۔ شہہٕ منٛز یتھہٕ لایِنس ہیکو عبسہ دَم نہٕ مانہٕ کرِتھ تہٕ یہ ناویل تہٕ ہیکو کرِتھ زِ چونکہِ خوداے چھُ شہہٕ رگہ کھونہٕ تہٕ نزدیک لہٰذا چھُ پانہٕ ییہ ووٚن دِژن تہٕ محض شہہٕ کس کھسنس وٕسنس ژھنتھ تہٕ چھُ اصل حقیقژ واتن ممکن۔ تہٕ برزخس وَلُوسہ چھُ دوٚن متضاد یا مختلف جاین یا حالژن منٛز باگ اکھ الگ جاے یا حالتھ۔ مثالے جنتس تہٕ جہنمس منٛز باگ اعراف یا مرن وِزن تہٕ قیامژ درمیانٛج حالتھ ۔۔۔ یتھےٚ کٔنۍ چھُ اُمہٕ بیتُک بنٛد ؎

دِلہٕ کے درواز کٔنۍ ژٲس — مُلکِ وَحدتہٕ منٛزی دِراس
عرشِچہٕ جوٗیہ پےٚ میٚیہ وٕزلوم — موتٕ ماشوق یاد پیوم

دِلُک درواز، مُلکِ وَحدتھ، عرشِچ جوٗے، اُمہٕ قسمکین اظہارن تہٕ ہیکو تصوفکی اصطلاح زانتھ مانہٕ کرِتھ تہٕ وَنتھ زِ دِیہ سُند کُنہ سرکرنُک چھُ کُنے ذٔرِ یہٕ تہٕ سہ گوو دِلس ووٚن دِژن تہٕ تتھی منٛز ازلی تہٕ ابدی حقیقژ ہنٛز جوٗیہ مُند پےٚ وُزناوُن۔ تِژن گووٚ مَن پرزناوِتھ پننۍ پرزناوُن۔ یاوٗنۍ تو مَن عرف نفسہٗ فقد عرف ربہٗ ۔

مگر سوال چھُ محض یہ خوشِک فلسفہ ہوٚدٕ یے تصوف وِپرژھناوِتھ ہیکہ وا اَسی شمس صابنہٕ گُدرنُک ترزن تہٕ تہند منز رچ جولانی موحسوٗس کرِتھ؟ میانی کٔنۍ نہٕ کیہنہ۔ تکیازِ یا نہٕ چھُ یانہٕ شمس فقیر بنُن تہٕ نتہٕ چھُ سُے کُنُے طریقہ ورتاوُن یُس پانہٕ شاعر شمس فقیرن اَسہِ عام برن والین لووُمت چھُ یا نے شارس منٛز لوٚہ شبیہہ ( IMAGE ) یُس تصویر یُس واقعہ موجود چھُ سہ یہ ڈیٖزِ تر پتہٕ نسہ نفس بنفس منٛز رینُن۔ یا نے بوزُنے یا پرنے پننُن گُدرُن یاوُن!

میہٕ چھُ باسان اکھ بنٛدس تہٕ اُمہٕ پتہٕ بیتہٕ والین دوٚہ شوٗنی بندن منٛز چھِیہ اکس تتھس شخصہ سنٛز مانہٕ ساوبہہ زہینتھِ یُس بدل کانہہ چارٕ نہٕ لبنتھ ذٔرِ یاوس ووٚتھ ژھنان چھُ، تہٕ عرفاب

سَپدِتھ تَتھ آبی عالمس منز DELIRIUM مُک بانے حلیس ہوش ڈلنک شکار سَپدان چھُ۔ تہٕ آبس منز بوڈان بوڈاں عجیب عجیب رنگوٚ تہٕ واقاتوٚ منزٕ گُذران چھُ تہٕ بدلے بدلے عالم ڈیشان چھُ تہٕ چھیکرس ڈری یاوِکس ژٕہکِس پہٕ زانٕہتھ ینجہِ دِوان چھُ زِلوٚٹھ لوٚبُم تہٕ نجاتھ پزٕ وٚدم۔ غرقابی ہِندِس اَتھ واقعس چھُ رَزِپان کھالنہٕ کِس مَنٛزرس ستیٚ تہٕ واتھ لگان تہٕ بُاپتہٕ کہِ آخری بَندکِس آخری مصرس ستیٚ تہٕ یِن رَلان ع

کیہہٕ نہٕ آسِتھ دامہٕ کیاہ پوٚم

گویا شمس صابنِس گُدرِنس تہٕ تہندِس تجربُس ہیکہِ کم اَز کم تخیلی طورٕ سُے وُاتِتھ لِیُس غرقابی ہنزٕ اَتھ علامتھ ساز شبیہہِ سٕنہٕ تہٕ ژینہٕ۔ تہٕ یہٕ کُلھم تصویر ژینان ژینان چھُ ممکن زِ پرن وول یا بوزن وول واتہِ بدلے کُنہٕ ہَن، یورہٕ وُنیکیام کانہہ وُتمُت آسہِ تہٕ تمِس گژھن حقیقتژ ہِندی تم گوشہِ روشن یِہندِ ووٚجوٗدُک نہٕ میہٕ یا توہہِ گُمانہٕ تہٕ آسہِ۔

ہرگاہ ووہٕ ذِ ساری سے بَالتس نِوُسَر سَنو ممکن چھُ یہٕ بُاتھ باسہِ اَکھ رُوحانی سفرنامہٕ یتھ گوڈنکس بندس منزٕ میخانہٕ منزٕ لولہٕ مسَ چیتھ دس ووتھان چھُ تہٕ لِیُس آخری بَندس منزٕ سوٗرٕ سوٗدُر دامہٕ چھانَد واتان چھُ۔ اَتھ بالتس وَنوٗیا تہٕ تخیلکِس دُنِیہس منزٕ شایرِ سِندِ فنی وُڑوہٕ اَکھ پزٕ کوشش تہٕ نیتہٕ شمس فقیرٕن روٗحانی واتنیارٕ تہٕ معنوی معراج۔ فنکُ سہٕ وُڈوٗلیُس آنتھس وُاتِتھ چھُرا اِحساسُن یُہند ژھایہ گیٚت باسان چھُ، یا روٗحانی واتنیارُک سہٕ عالم ییٚتہِ سوٗرٕ کیہہٕ چھینتھ فقط مُتس ماشوقہٕ سنز یاد روزان چھیہٕ، یاد تہٕ بس۔




رُسُل میر




ژٕ ایوان روشہٕ چھکھ نتہٕ ہوشہٕ ڈلایو مدآنو
بہٕ رلیوان ہرنہٕ چشمن سورمہٕ چھلایو مدآنو

میہٕ عشقنہٕ واوہ ہیوتم نار پالنس خاکھ میہٕ گوو
بآبِ اشک نابد زن بو گلایو مدآنو

یتہٕ مبر زل چشمہٕ چھے ہلہٕ! روز سیوٚد وُچھ دولہٕ میہٕ کن
بہٕ لوئے چانہٕ چھس بیمار بلایو مدآنو

بزورِ پنجبہٕ مژگان دِیتوٚتھم تیرِ غمزآ
لوٚکر ھتس زنجہٕ زن ہارنجہٕ تلایو مدآنو

یتم شہبازٕ پھیرتھ راز دِلک بازونے
جگا رُک ماز یینہٕ ناز تلایو مدآنو

میہٕ نیوٚتھم ژٕ وٚرِ دل مستوٚر کوٚرتھم حورِ قوصوٚر
بدآنس سوٚرٕ ملے دوٚر ژٕ لایو مدآنو

میہٕ کوٚرتھم پھوتہٕ موکھتس طوطہٕ کر کیاہ باشہٕ کراو
دوہا آکہٕ موتنے ونہار گلایو مدآنو

غونچے زن نیر پھٹتھ پھیر گلہٕ زن پرد ژٕ ٹتھ
بہٕ چانے خارہٕ گژھتھ دُبارہٕ پھولایو مدآنو

کھَٹتھ سینس اَندر لۄنالہٕ رٹُھ شامہٕ سۄندَر
جامہٕ زن سَرِو قَدَس پان وَلاٲیو مَدٲنو

میتیو یکِھناژ میوٕنے مہیم تٔنے جسم زُلفن
عُطر چنبیل کۄستوٗرِ نافہٕ مَلاٲیو مَدٲنو

رۄسوٗلن پیالہٕ چٔشمن خوٗنِ جگر کۄرتہٕ شراب
کبابِ دل بہٕ ژیٔنے کیٚتھ تاوِ تلاٲیو مدٲنو

بہ چھُس رۆسِل میٚرن باتھ

ژٕ ییوان رودشہٕ چھکھنہٕ تہٕ ہوشہٕ ڈلایو مدانو

بہٕ رِلوان ہرنہٕ جیٚشمو سورمہٕ چھلایو مُدانو

یہ باتھ چھُ کینژو کتھو کِنہِ خاص توجہس لایق ۔ گوڈٕ نیتھے عٔلمہِ عوٗروضکہِ لحاظہٕ یاو تو ییتھ پاٹھی زِ اتھ باتس منز بیٚس وَزن ورتاونہٕ آمُت چھُ سُہ چھُ ازی چہ عام کاشرِ شاعرِ بہٕ ہندِ لو وزنو نِشہِ مختلف ۔ اتھ سِلسلس منز چھیٚہ یہ کتھ زٕنِنس یاوٕنی لایق زِ یتہٕ ہن ژوٚن یانژن ہتن ؤرین دوران سپُد سانہِ کاشرِ شاعرِ بہٕ پیٹھ کلاسکل فارسی شاعرِ بہٕ ہندِ نیو تھ غلبہ زٕ امس گیہ بِہنہٕ اصلی گرائے نرالی یہ ڈیوٚز تہٕ مشتتھ ۔ چونکہِ کلاسکل فارسی شاعری اَس عوٗروضکہِ سیٹھے ضابطہٕ بند، تِوکنہِ ہیوٚت اَسہ کاشرِ لو تہٕ (تہٕ خاصکرِ تھ یٚری ہیتھو لیکھی ہیتھو کاشرِ لوٕ) پننہٕ کاشرِ شاعری تہٕ یتھی وے ضابطہٕ بند زاٗو لِو کنہٕ وچھنہٕ ۔ سون اَزیکُ غزل آسِن یا مثنوی، رُباعی آسِن یا نظم یہ سوٗرے شار سرمایہ چھُ فارسی بحرو تہٕ وزنو مطابق گنڈنہٕ آمُت تہٕ فارسی چالہِ وَزن وُچھنگ ورتاونگ عاد تھ چھُ نیو تھ سَنیومُت زِ غلطی کنہِ چھکھ اَسی پننہٕ برانٕزٕ باتھ ، وَتژن ہُرِ کنہٕ نژن مِصرِ تہٕ فارسی گرِ یے مینٹی ہیوان تہٕ ییلہِ نہٕ تمہٕ آیہِ برابری لوان چھیٚہ تہٕ چھِہ برانین کاشرِن شاعرن ہندِس اَن پرٕ آسنس رہ کھاران تہٕ سوکھ بہان ۔ حالانکہ پزر چھُ یِزِ ساٗنی بیشتر گیوٚن باتھ چھہِ کاشرِ لکہِ موسیقی ستی والبستہ تہٕ لوٚتامُتھ تہٕ اَسی پننہٕ پیٹھ کالہِ کیوٚاز کالہِ چہِ لوکہِ موسیقی ہُند حال اَو حال مولوم کرَو تہٕ نمکی خولہٕ خط بَدِ کڈُو تہٕ تمہِ چہِ قرابتھ دارِی بہ پرزنہٕ ناوَو تو تامُتھ روزِ پرانہٕ کاشرِ شاعرِ بہٕ متلق ساٗنی زان اَڈلیچ ۔ اتھ سِلسلس منز چھُس بہ پننین موحترم دوستن تام ییٚنُ یہ تاثرٕ واتناوُن یژھان زِ سانین کھاندرن کھوٚندرن ، رسمن رٕیژن تہٕ مختلف سماجی تقریبن پیٹھ کیم لکہ

باتھ اُسہِ اَتھن، نٹین، تمکھنارِن، سورنین، ڈُنڈمن، نھالجن تہٕ ڈکرن پیٹھ لوکہٕ چارٕ بیٹھ لوزان آمتۍ چھِ۔ تِموٕ منٛز چھُ وارِہین باتن تاجکستان تہٕ قزاکستان ہیوٚن منٛز ایشیائی علاقن ہنٛز لوکہٕ موسیقی ستۍ سیٚدٕ سیبوٚد واٹھ باسان۔ یوٚتامتھ نہٕ وُنلہ منٛز ہینہٕ آمتۍ یِم گوشہٕ روشن سپدٕن توٚتامتھ ہیکون نہٕ اُسی ییٚنٛ واریاہ قابلِ قدر شارٕ سرمایہ تہٕ پرزنہٕ پاٹھۍ مولناوِتھ۔ اَتھ اہم کامہِ ہیٚکہِ ساٚنہٕ کشمیر یونیورسٹی ہُند سنٹرل ایشین سٹڈیز ستۍ وابستہٕ ڈپارٹمینٹ رٕتۍ پاٹھۍ ڈسلابہٕ کرِتھ تہٕ باقین ہندِ بایتھ وَتھ کڈِتھ۔

مُتلِقہٕ لوٚت منظرٕ نتہٕ بیہٕ خبر آسنہٕ کنۍ چھُ باضے ساتہٕ کانہہ باتھ پرٕن نہٕ شہٕ گیوُن تہٕ کروُٹھ باسان، تہٕ اَدٕ بیٚلہٕ اَمہِ قبیلکۍ باتھ لیکھنہٕ تہٕ چھپاونہٕ یِوان چھِ تِمن چھیہٕ رنگہٕ رنگہٕ تہٕ اَنگہٕ اَنگہٕ مسنجہٕ صوٚرتھ گژھان۔ اَزلیُس باتھ آسہِ ژورمُت چھُ اَتھ تہٕ چھُ مختلف چھاپن منٛز مختلف اندازٕ اورٕ یورٕ تہٕ اَڈٕم زَڈٕ گومُت۔ اَدٕ بایتھ چھُ میانۍ کنۍ اَمہِ باتچ مولانکہٕ وَن کرنہٕ بروٚنہہ یہٕ ضروٚری باسان زِ باتھ پیہٕ مناسب طریقہٕ پرنہٕ تہٕ صحی پاٹھۍ درٕج کرنہٕ۔

مرحوٗم حافظ احمداللہ صابن چھِ پننہِ "اصلی موسیقی کشمیری" منٛز اَمہِ باتکۍ صرف زٕ بندٕ درٕج کرِمتۍ تہٕ روایتی کشمیری عنوانہٕ مقامِ کُلیانُس تل گنڈِمتۍ۔ کلامِ روٚسل میہر ناوِ یِم جزٕ چھاپھ سپدۍ متۍ چھِ تِمن منٛز نہٕ چھینہٕ باتکۍ ساری شار درج تہٕ حال حالے یوس شارٕ سوٚمبرٕن "کاشُر غزل" ناو فاروق اینڈ کو طرفہٕ چھاپ سپزٕ مٕژ چھیہٕ تتھ یوٚدوَے باتکۍ اکثر شارٕ درٕج چھِ مگر تہٕ کرِتھ نہٕ تہٕ چھِ ساری شار درٕج تہٕ نہٕ چھُ کلام غلطیو روٚس۔ نہٕ بیٚلہٕ تہُے یہٕ باتھ سازکُ تہٕ آوازٕ ہند میل بنان گژھہٕ جایہٕ لوزٕو تہُے ژٕ ہیٚنوٕ پانے زِ یلہٕ پاٹھۍ چھُ اَمہِ باتکۍ اِنتخابے گیونہٕ یِوان۔

بہرحال یِم ساری ماخذ بروٚنٛہہ کنہِ رٹِتھ تہٕ کینہہ زبانی روایژٕ نظرِ تل تھاوِتھ نہٕ باتُک اُنہار تہٕ انسان موٚحسوٗس کرِتھ یوس صوٚرتھ اَدٕ باتن میانِس ذہنس منٛز پراوسہٕ کرمیہٕ یہٕ ڈیلۍ زٕ تہٕ گیوَن چالی قلمبند تہٕ ترتیب دِژمَس یتھہٕ پاٹھۍ :

ژٕ ییوان روشہٕ چھکھنہٕ تہٕ ہوشہٕ ڈلاؤیو مدآنو
بہٕ رلواں ہرنہٕ چیشمو سورمہٕ چھلاؤیو مدآنو
میہٕ عشقنہٕ دادِ میوٚ تنمَ نار پالنس خاکھ میہٕ گوو
باَبے رشک نابدَ زن لو گلاؤیو مَدآنو
ییمبر زَل چیشمہٕ چھے ہلہٕ ! روزِ سیوٚ دوچھ دولہٕ بہٕ کُن
بہٕ لوے چانہٕ چھس بیمار بُلاؤیو مَدآنو
برزولے پنجہٕ مژگان دِتیوٚ تھم تیرٕ غمزا آم
لوٚکرہ ٹھکس زنجہٕ زن ہارِ نجہٕ تلاؤیو مَدآنو
ییتمَ شہبازٕ پھیرِ تھ بازٕ دِلک رازٕ وَنے
جگاٗرک مازٕ دِمے نازٕ نَلاؤیو مَدآنو
میہٕ نیوٚ تھم ژوٗرٕ دِل موٚستوٗرِ کوٚر تھم حوٗرِ توٚ صوٗر
یَدآنس سوٗرٕ ملَے دوٗر ژٕلاؤیو مَدآنو
میہٕ کوٚر تھم پھوتہٕ موکھتس طوطہٕ اکرٕ کیاہ باشہٕ کرآو
دہ ہا آکِ موتہٕ نے وَنہاَرٕ گلاؤیو مَدآنو
غونچے زَن نیرٕ کھٹتھ پھیرِ گُل زَن پرٕ دٕ ژٹتھ
بہٕ چانے خارٕ اگرٕ ہتھ دُبارٕ چھوہ لاؤیو مَدآنو
کھٹتھ سینس اَندرٕ لوٚ تالہٕ رٹنتھ شامہٕ سوندر
جامہٕ زَن سرٕو فادس پان وَلاؤیو مَدآنو
مَتیوٚ بِکھنا ژٕ میونے ہم تنے جسم ژُلفن
عطرٕ چنبل کوٚستوٗری نافہٕ ملاؤیو مدآنو

رۆسولَن پیالہٕ چٲنِتھ خوٗنہٕ جگرٕ کوٗرٕنہٕ شراب
کباب دل بہٕ ژٕ یِئے کیٚتھ تاوِ تلایو مدا نو

بہٕ اوس باتھ ۔ تہٕ وۄنۍ کرِو اکھ فنی گون ورِژھناوچ کوٗشش : گوڈنِچ کتھ چھِیہٕ یِہٕ صورژکنۍ چھُ یہٕ غزل، یِہِنز گوواکھ چھُ ردیف قافیہ بلکل تمی چالِ یِمہٕ چالہٕ مثلے کُنہِ فارسی یا اردوٗ غزلس آسہِ ۔ مگر تہٕ آسِتھ تہٕ چھُ اکھ بحر غار مروج تہٕ غار مولوی ۔ حالانکہ ہاوٕنہٕ باپتھ ہرگاہ باوُن یِیہِ تیلہِ ہیکون یہٕ بحر، بحرِ ہزج مثمن محذوف مانِتھ تہٕ زحافاتھ نظرانداز کٔرِتھ ہیکو کھ اکی مولہٕ رُکن یِتھہٕ پاٹھی بیان کٔرِتھ :

مفاعیلُن مفاعیلُن مفاعیلُن فعولُن

مگر غزلکس آوازہ انہارس امچہِ آہنگہٕ ترتیبہٕ تہٕ کلہم صدا سازی بہٕ گژھہِ یِتھہٕ پاٹھی کنہٕ گنڈ نہٕ غزلک نصف طلسم پھٹہٕ ۔ بیٚتھ چھِیہٕ ۔ کلاسکل غزلچہِ رِوایژ خلاف رۆسُل میرُن اکھ غزلس منز زنانہٕ عاشق تہٕ مرد چھُ ماشوق، یِہِنز کاشُر لولہٕ شاعر یہٕ ہنز پرٲنۍ رِوایتھ روزمرہ چھِیہٕ ۔

دویم وننہٕ لایق کتھ چھِیہٕ یِہٕ رۆسُل میرنۍ نیٚتھی ہوی غزل چھِ جان پاٹھی باس دِوان زِ کاشُر زبانۍ منز چھُ غزلُن نہٕ صرف وارہ پاٹھی کھورٕ ٹھیکرٲوی منی بلکہ چھِ طرحداری تہٕ تگنگری تہٕ پنتھمٕ ۔ محمود گامی لوزان لوزان یِنتہٕ سیٚزرُک یِزرُک تہٕ سیٚدِ سیٚودٕ اظہارُک احساس سپدان چھُ تہٕ چھُ رۆسُل میرُن کلام پران پران نوکہٕ شنجی تہٕ ہوبرمندی تہٕ ورگہٕ پاٹھی کتھ ونِنچ ژینہٕ وُن لگان ۔ تہٕ ترٕیِم قابلِ توجہ کتھ چھِیہٕ یِہٕ غزلکہِ رسمہٕ مطابق یوٗ دوے یِزٕ یِتھ کُنہِ شارُک مانہِ یِنہٕ یِنہٕ جایہ مکمل تہٕ خود موختار چھُ لوٗزنہٕ کٔرِتھ تہٕ چھُ پورہ غزلک موضوع کلہم کٔرِتھ کُنُے باسان :۔ دوٗر برتہٕ کٔمی فراکھ، دژن تہٕ وۄلکُن وصالک تمنا تہٕ برم ـــ چھُتہٕ یہٕ بڈ موںڈ مت موضوع مگر رۆسُل میرن چھُس یِنہٕ جذبہٕ، تخیلہٕ تہٕ ہونرستی یِتھ زورٕ تہٕ دِتیمُت ظی یتھ چھُ شاد سپدان۔

رۆسُل میرُن شاعرانہٕ کمال چھُ یِزٕ کتھ چھِیہٕ اکھ اکس تِتہِ ژھینہٕ گژھنچ ، نارسٲئی ہنز تہٕ ارمان کھنیچ مگر کتھ منز ۔ چھُ وۄتلان نیزکی ہند فضا، ملاقاتُک موسم تہٕ مجلس آرٲیی ہند ماحول ۔ غم باوان باوان شادی بٔرنۍ ژھرن کنڈن ہند ندکرہٕ کراں سونتہٕ پھلیہٕ ہندی رنگ ژھٹنی، فراقُک شار ونہِ وصالک عالم اُچھن برونٹھ کُن انُن ۔ بہٕ گیہِ شاعری ہنز کراماتھ ۔ میرزا غالب وناں زِ یارس یِژھی لاژی کرنس وۄت

اکھ زماناہ اکھ مگر وَنان تَمہِ اَنمانہٕ زِ پرِتھ اَندٕ لولہٕ محفلہِ ہِندی زانٛگی پرِ بزلان تہٕ وِصالکِین مَس کھاسین چھیٖنہٕ بُبراے کھسان۔ ع

مُدت ہوئی ہے یار کو مہماں کیے ہوئے      جوشِ قدح سے بزم چراغاں کیے ہوئے

(ب)      رٕوسٕولن پیالہٕ چیٖشمن خوٗنِ جگر کوٗرنہٕ شراب
کبابِ دل بہٕ ژٕیِٚ کیٛت تاوِ تلاٖیو مدٲنو

رٕوسُل میٖر وَنان پیالو بدلہٕ تھاوِکھ چیٖشمہٕ آیتٕ، شرابہٕ کنہٕ لوٗرِکھ خوٗنہٕ جگرنہٕ کبابہٕ کنہٕ تَجِم واٗلنِج تاوِ۔ لوٗزوٕ ہیٚ تہٕ یہِ سورُے چھُ دوٗرٕرک، مجبوٗری ہِندٕ تہٕ محروٗمی ہُند بیان مگر موٗحسوٗس ہیٚ کرِو تہٕ تیلہِ چھیٖنہٕ پیالہٕ ہنز طلنین، شرابکُ دوٕشلُن تہٕ کبابن ہُند ژٕھر سورُے چٕھ تہٕ مُرہٕ پا مثال۔

غزلس چھِ کُل کھہ" شارٕ تہٕ بظاہر چھِ کھوٕ ذ منز دوٗرٕرکی بیٖٹھی ہوی ویداکھ کُنن گرشھان:

ژالِواں روشہِ چھکھنہٕ تہٕ ہوشہِ ڈلاٖیو مدٕنو
بہٕ رلِواں ہرنہٕ چیٖشمن سورمہٕ چھلاٖیو مدٕنو

مگر کہیں نے تہٕ شَن شارن منز چھِ یمَے ویداکھ تیٖتھ کھلواٗے اَنداز، وُتاوٗلِ اظہار تہٕ تیٖتھ شوقل بیان پراوان زٕنتہٕ یارس یار سمکھاوِ نہٕ باوتھ چھیٖنہٕ سپدان۔ مثالے یِم شار:۔

غوٗنچے زِن نیر چھٕٹتھ بھیر گل زٕن پرِ دِ زٕٹھتھ
بہٕ چانے خارٕ گرٕتھ دُبارٕ بھولاٖیو مدٕنو
مَتیوٗ بِکھنا ژٕمیونے میم تَنے جیم زُلفَن
عطرِ چنیل کوٗستوٗری نافہٕ ملاٖیو مدٕنو
کھٹتھ سپنس اَندرِ لو نالہٕ رٹتھ شامہٕ سوٗندر
جامہٕ زٕن سرٕ وِ قدس پان وٕلاٖیو مدٕنو

زٕتھ کھنڈ بردٕ نہٕ کوٗرمیٖہ اِشارٕ پاٹھی عرض زِ رٕوسُل میٖرُن یہِ غزل چھُ ٹاکارٕ تُلوٗتھ نہندِ وُسوار تخیلک تہٕ تھہنز زوٗدار ہوزمندی ہُند۔ یُس لولہٕ ہٕنس پٕننہٕ اَمارٕ چ گرٕ یکھ ماوِ نی تہٕ پٕننہِ خارٕ خارٕ چ بیقراری

باوٕنۍ آسہٕ ستہٕ ہینکیا یِمہٕ کھوتہٕ کانہہ جان اِظہار لبنہٕ زٕ:۔

غوٗنچے زن نیرِ پھٔٹتھ پھیرِ گُل زن پرٕدٕ ژٕٹتھ

بہٕ چانے خارٕ گژھتھ دُبارٕ بُلاٚیو مدٕنو

غوٗنچہٕ تہٕ گُل یِم دوٚشوے چھہٕ بٔڑ مانہٕ ساٚدی تہٕ بسیار پاسلی رمز۔ غوٗنچہٕ چھُ گُلس مقابلہ موصوٗم تہٕ تہٕ موٚستور یانے پرٕدٕ دارتہٕ۔ موصوٗم غوٗنچہٕ نیرِ اُندرمہٕ جوشہٕ پھٔٹتھ تہٕ گُل بٔنتھ وہراوِ پننہٕ اٚمارٕ پرٕچ کوٚچھ، ہنکیازِ لبقول میرزا غالبؔ ہر غنچے کا گُل ہوا آغوش کشائی ہے۔ دہاہہٕ بند پوشہٕ ٹوٗرٕ مُترٕ زلوٗ تہٕ پان وُٹی وُٹی ٹھاوِن وول غوٗنچہٕ نیرِ پرٕدٕ ژٕٹتھ۔ یا وٗنو ژھوٚپ پوشہٕ ٹوٗرٕی ہن ہنہٕ ڈٕلِج بیہٕ واپہٕ لوٗلن واجینٕز گُل تہٕ تھرِ پٔٹھچ حیا بند غوٗنچہٕ ہٕن ننہٕ واتہٕ وُچھراے کرن واجینٕز آبی ژٕرٕ۔

میہٕ چھُ باسان یِتھِس شارس دِیہٕ ہے غالبؔ تہٕ داد خاصکر یتھ یہٕ ژٕینتھ زِ شاعرٕ یہٕ ہندِس اتھ سرٕ ساٚدر تہٕ کرامٕژ عالمس منٕز چھُ پوشہٕ ٹوٗرس گلہٕ، ہیوٚ جانا وار بنان تہٕ گو لالس چھُ کوٚنڈٕ یوت موٚژِ تھٕ دُبارٕ غوٗنچہٕ دہاہہٕ مُشک ژھٕٹان۔ غالبن چھُنا پانہٕ اکھ فارسی شار وٚنمُت۔

لالہ وگل دمد از طرفِ مزارش پسِ مرگ

تا چہا در دلِ غالب ہوسِ لوئی تو بود

روٗز روٚسُل میرٕنۍ ہوٗ زمندی تٔتھ چھہٕ زٕ روٗخ۔ اکھ ظاہری بیٚمہٕ کِنۍ شاعرٕ لفظن گندِ تھ کنہٕ نزاکتھ تہٕ لطافتھ بخشان چھُ۔ مثالے یہٕ شار:۔

میہٕ عشقنہٕ واوٕ ہیوٚ تمہٕ نار پانس خاکھ میہٕ گوٚو

ہآبِ اشک نابد زن بہٕ گلاٚبو مدٕنو

اڈٕی چھہٕ اتھ عشقنہٕ دادِ پران مگر چھُ یہٕ دراصل عشقنہٕ واوٕ ہنکیازِ شارس منٕز چھیہٕ اصل کتھِ علاوٕ باوُژ ہنزٕ یہٕ نزاکتھ تہٕ ژھیٚپتھ زِ آب خاکھ واو نار ژوٚشوٕنۍ جُزوَن ہُند چھُ وٚلِتھ ٹلِتھ تذکرٕ سپُد مُت۔ یانے ورگہٕ پاٹھی چھُ وَننہٕ آمُت زِ مُتِس یارٕ سندی لوٗلن چھُ کھلواے زٕنہٕ ہُند سوٗرُے وٚجوٗد، سارے کایناتھ آوٕ رمزٕ۔ یِتھے پاٹھی چھُ یہٕ شار:۔

یَنمٕ شہبازٕ کھیٚر تھ راز دِلُک بازوَنۍ
جگٲرٕک مازٕ ہیٚنٛہ ناز نلاٚیو مدٕ نو

اَتھ منز تہٕ چھ لفظن ہُند صوتھٕر ہشرٕ یا آواز مۍلیا مانہٕ رلِتھ زٕرھاو نہٕ آمُت۔ باز تہٕ شہباز یمن دون لفظن چھ پانہٕ وانۍ ہشرٕ تہٕ تہن نہ لیکس شارس مانہٕ زنگی مزدار بناوان چھ شارکین بانۍ لفظن ہُند آہنگ اکھ عجیب سوٗر دٲنان۔ یوہے لفظ گنیٚنٛد چھ ہلہ، سبوٗد، دولہٕ بیترٕ وَنتھ یتھ شارس تہٕ اکھ مٲری منز رجنستان۔

یینبرزٕل ہیٚشمہٕ چھے ہلہٕ! روز سیوٗد وچھ دولہٕ یہ کنٕ
یہ لوٗنۍ چانہٕ چھس بیمار بلاٚیو مدٕ نو

روٗسُل میرنہٕ ہونرٕ ہُند بیاکھ پاس چھُ اَمہٕ کھونہٕ نہ نوزرٕک تہٕ اہم تہٕ اَتھ چھ شارکہ ظاہر کھونہٕ تمہٕ کِس بٲطنس ستۍ واٹھ۔ مثال چھ یہٕ مصرعس اظہار چھ پاکیزٕگی تہٕ ایکسا سہ چھ نزاکژ ہُند سیٚٹھاہے رٕت نموٗنہٕ چھ۔ جامہ زن سروِ قدس پان ولاٚیو مدٕ نو

ژٕکہٕ چھ عاشق زٕنہٕ وَنُن زِ ماشوق رٹن نالہٕ مَتہٕ، مگر وَنان چھیہٕ انتہاٚئی شایستہ طریقہ:
کھٹٕنہٕ سینس اندر لِونالہٕ رٹتھ شامہٕ سوندر۔ جامہٕ زن سروِ قدس پان ولاٚیو مدٕ نو

ہرگاہ یہ باوژ ہُند یہ شوٗزرٕ زٕرھرنہٕ ییہے شاریہٕ ہے مالایاٚئی تہٕ شاعرٕ سُند حُسنک تہٕ لوکٕ تصور باسہے یوٗٹھ تہٕ وُسی پایہ۔

محبوبہٕ سُندِ لیٚس تصور روٗسُل میرن یہٕ لِس کلامس منز دوٕ برو وُنت چھُ سہٕ چھُ ژکہٕ دُژنگ۔ اکھ رنگ چھس پرانہٕ کاشرٕ لکہٕ شاعرٕ یہٕ ہُند ییمہٕ کنی محبوب اکھ انتہاٚئی بہٕ فکر تہٕ لولہٕ باشہٕ کرُن طوطہٕ باسان چھ یا اکھ سیٚٹھاہے موصُم تہٕ پاکیزٕ ذاتھ باسان چھ۔ یُس لولہٕ منز زٕٹتھ ہوہوکٕر کرز۔ لیٚس گرا شامہٕ سوندر بنان چھُ نہٕ گرا چھ لوٗو تہٕ رانتس منز نزہٕ سپپارٕ کٕر یم چانہٕ لولرے۔ رنگہٕ وٗلرٕ یتھ کھونہٕ کھونہٕ للناوم۔ منز شرٕ پراوم اَمریتہٕ کول یموہٕ میٹھی کٕری مس زنتہٕ قوٗرانس۔ اَدٕ نسارٕ وٗدم نہ پانس تام محبوبہٕ سُند یوہے ٹلہٕ ٹلہٕ کاشُر تصور چھ روٗسُل میرٕ ییمہٕ شارٕ منزٕ بیٚرٕ لُو تراوان:

کھٹٕنہٕ سینس اندر لِونالہٕ رٹتھ شامہٕ سوندر   جامہٕ زن سروِ قدس پان ولاٚیو مدٕ نو

تہ عاشق زنہٕ ہُند تصور ننہٕ چھُ ہیٚرِ لوب نہٕ کاشُر۔ یہ زٕنی چھیہٕ لولہٕ دادِ پننہٕ نٕمن ہرنہٕ ہٕلیتمن سورمہ چھلان، اُشہ وانہٕ نابد زٕنَ گلان میم ننہٕ تہٕ جیم زلفن عطر چنبیل تہٕ کوٗستوٗری نامہ مُلان تہٕ جگرک ماز ناوِ تلان۔

محبوٗبس مُتلق روٗسُل میرنہٕ تصوٗرک دوٚیُم رنگ چھُ جلالک تہٕ جبروٗتک باس دِوان تہٕ میانٕی کِنہٕ چھیہٕ اَتھ رنگس تیزی تہٕ تُندی روٗسُل میرنہٕ فارسی دٲنہٕ عطا کرِمژ۔ اَمہٕ زاویہٕ وچھتھ چھُ ماشوق باضے شہباز باسان یُس ہوٗنٹھ دِتھ شکارس جگرک ماز دِگرِ دِگرِ کھیوان چھُ تہٕ باضے چھُ باسان ہاٚرِنج نہٕ کان سنبالتھ شکارس درامُت اکھ شکارٕی یُس لولہٕ شکارس اُچھرِ والن ہند پنجہ دِتھ تہٕ غمزٕ تیرِ سیٚز راٚوِتھ بچارِس اَڈ ماٚرِس تُمن ہنزٕ ہاٚرنجہٕ تلے رنجہٕ ناوان چھُ۔ مثال چھیہٕ

ییتم شہبازٕ بھیرِ نتھ راز دلک باز وَتے ... جگرٕک ماز پَنن ناز نلاؤ مدہ نو
برزورِ پنجہ مژگان دِتیو تھم تیرِ غمزٕ اَ ... بوکورِ تھس رنجہ زٕنَ ہاٚرنجہٕ نلاؤ مدہ نو

پَزر چھُ پزٕ میر صاٚبنس اَتھ غزلس یوٗت سَنوٗتیوٗت نیرِ اَمکِ گوٗن ننٕ۔ تہٕ اوٚکِنہٕ چھِنہٕ شاید یہ وَنُن مبالغہٕ زِ یہ چھُ کاشرِ زبانٕی منٛز موٗجوٗد اکھ سیٹھے ماٚرِی موٗند کلاسکل غزل، ییتہٕ منٛز شاٚیرن پننہٕ تخیلُک وُچھہ وار، اِحساسُک وُشنیر تہٕ باوٕژ ہنٛز ہوہ نرساٚری سیتِ کُن کرِتھ اکس تخلیقی ماٚرِی منٛزرس زُنم دِتمُت چھُ۔

## ج

یٚندراز نہِ دربار نغمہٕ کراں چھی پٕرِستانو

سوزِ منصوٗر گر بزاں ، کن میہٕ دِژاو گوس دلیوانو

یہِ چھُ احمد بٹہ واری صابُن اکھ مشہوٗر بٲتھ مگر اَتھ مُتلق چھ کینہہ اِختلاف : اکھ یِز بٲتس کٕرِنہٕ شارچھِ کُل ۔ دوٚیُم یِزِ شارن ہِنز ترتیب کیاہ چھیہ تہٕ ترٛیُم کینٛژن لفظن ہُند ہیر پھیر ۔ یم چھِنہٕ موٗمولی اختلاف زِ کیازِ یِہندِ کِنہٕ چھُ بٲتک کلیم وُجود منأثر سپدان تہٕ لوزن والس رُت یا ناکار باس لگان ۔ ژٕ ن گوو پانہٕ کرہ وُنی کین بٲتھ تمہِ تگہٕ تہٕ ترتیبہٕ ہیٚتھ یوسہٕ بٲتک مزاز ، ماحول تہٕ فضا وُچھتھ میہٕ زیادٕ مناسب باسان چھیہ :

یٚندرازنہِ دربار نغمہٕ کراں چھی پٕرِستانو — سوزِ منصور گر بزاں ، کن میہٕ دِژام گوس دلیوانو

شماہ لاطماہ ، رأتی راتس چھِپے پر بزلانو — شب گوو تہٕ آو صبا ، گاش گاشس نشہٕ مند چھانو

نارٕ ستی نار دزاں ، آبہٕ ستی آب تن ناوانو — خاکہٕ ستی خاک چھ پاک ، واو واون کوٚر مسانو

چھٕنہٕ عأری فنٛ نیٚندر ، عأشٕ آرام نوش کرانو — دِل کابہٕ ، ڈیٚکہٕ سیٚندر ، یا کُنہٕ کرِتھ یکسانو

گوو منصوٗر فنا ویٚو ندُن ہیٚو ہیٚو تہٕ مسلمانو — اَن پرٕ لنس ناچھ منع چھُنا گدٕرُن ژھایہ روزانو

نہٕ چھُ مردن کھٕنتھ نقش بر سنگ چھکھ نہٕ سوزانو — یہٕ چھیہ میٚنحنتس موٚزوٗری ، بے میٚحنتہٕ چھُ بے سامانو

کُمَ کُمَ جوٗاں مرأن گنہٕ چھِ کراں پننہِ اَسنانو — دَم ہیٚتھ شیر گر بزان ، نم چھِ عیاں کوہ بیابانو

بٲتھکی اکثر مصرٕ چھ گواہی دِواں زِ شأیری گیہٕ نہٕ کیتھ زِ زأکی دِموس تہٕ ولیٚوٹھ پٲوٹھ مانہٕ اَنوس کڈِتھ ، بلکہِ چھیہ سو اکھ واقعہ ، اکھ گدٕرُن یَتھ اَنزی مُتری گرٕژھنہٕ بابِتھ یا تہٕ پرٕنہٕ پاٹھو عأش آرام نوش چھُ کرُن تہٕ نتہٕ کہیں تُے تہٕ یٚنُن تخیُل وُزنأوِتھ یٚندرازنہِ دربارٕ دلیوانگی ہُند روح رکانہٕ ژٕینُن ۔

بٲتک گوڈنیکُے شارچھُ اکھ اہم کتھ اَبینہٕ بناوان ، یانے شأیری گیہٕ نہٕ کیتھ وَنہٕ بابسر باوُن

ہٗلکہ گدٕرٕن ہاوُن ۔ گاٹُل چھُ کتھ وَنان، درویش چھُ سِرِ باوان مگر شاعر چھُ گدٕرٕن ہاوان یتھ کٔنۍ مثالہ پاٹھۍ شوٗنگمِتس خاب یاشرِس کھیل ہاوِزِ۔

ئِندرازنہٕ دربارِ نغمہٕ کران چھِ پرِستانو        سوزِ منصوٗرگر ہزاں کن میٚہ دِژاو گوس دِلوانو

لفظہٕ پاٹھۍ تہٕ درمیٚنِکھ گو ئِندرازہٕ رُوٗدک، وٗزملن تہٕ گگراین ہند حکمران تہٕ دِوتہِن ہند رازہٕ

یٚہندِس دربارس منز اَتھہ رٔژھہ زٔژاں تہٕ گیوان چھیٚہ تہٕ گندرٕو ساز وایان تہٕ گایان چھِہ تشبیہہ پاٹھۍ

اَتھ لوٗن شارٕک ڈرامأیی صوٗرتِ حال خیالس منز۔ اکھ حدرٕوس وُہلاوُن وول، سِرِ سوو تہٕ جاہہ جلالہ

وول پادشاہ۔ اَمۍ سُندٕے عظیمُ شان تہٕ بارونق دربار چھُ لگتھ۔ پٔرۍ بہٕ چھیٚہ زٔژاں اکھ زِیادہ پیٚداہ پرِزنہٕ

پرِستانٕک پرِستانے چھُ نغمہٕ کراں۔ ساز وزاں، سازندر گایان تہٕ سوزگر ہزاں! تہٕ اَتھ منز چھُ دربارٕ

نیبر شوتہٕ وولاہ اکھ دروازس تَل ژھیٚنتھ کن دِوان   اکھ حدرٕوس غار مومُولی صوٗرتِ حال! دِلن تہٕ

کٔڈس ووٗڈھ مگر دربارس اَندر تہٕ ماہیکہ اَژِتھ۔ نتہٕ چھُس حال خطرناکھ۔ سازس سیٚہہ بنیوٗمت اِنژھہ

جایہ اژن گو وگرِ بٕرتہٕ وِلس ۂہس پان لبشرٕن۔ اما یوٗزِ وھلیمِتس شوقس کیاہ کرِزِ؟ کٔل ییٚلہ دِژالیس تہٕ

کنہٕ پاٹھۍ گرٕ ھِس تسکیں سیٚدٕن۔ دپان:

کن میٚہ دِژام گوس دِلوانو

زٕنزٕن گو واندرازنہٕ وراَیی دِیوم نیبر کنی لوزہا اَندر کیٚتھ ساز تہٕ کہٕنز آواز چھیٚہ۔ مگر تتھ گوم پھرِ تھے۔

کٔنے یوت دِژوم زِ عقل دٔرم تہٕ گوس دیوانہٕ۔ دلوانہٕ تیٚتھ زٕبیچ کنہٕ وان گیم تہٕ تگم تہٕ باوُن تہٕ یہٕ بہٕ

باوتھ کرٕ تہٕ تگہٕ نہٕ مترِ رِتشہٕ محروم گاٹلین لوزٕن۔

دلوانہٕ گرٕ ھن گوٚ وُنہٕ پاگل گرٕ ھنٕے یوت۔ دلوانہٕ گرٕ ھن گو وکالنہٕ سِتھ شیدا تہٕ پھلوا گرٕ ھن

تہٕ۔ سوزِ منصوٗرٕک گرِ بز لوٗزِتھ گو وُنہٕ سہ فقط عقلہٕ ہِند لوٗ زولانہٕ وے لٔنشہٕ آزاد ہٗلکہ گوس پانس اَندٕ کٔچھ

سوورٕے مُشتھ تہٕ محض گو وٕنٹھی سوزس پھلواَے، تٕیتھ زِ یتہٕ گیسوس لَب تمہِ کٔے جستجو، تہٕ اَسہٕ وُنہٕ گتن

گیہٕ زٕ نتہٕ کنن یہٕ منٛز کرِ کھ زِ لوٗزوا! ئِندرازہٕ نہٕ دربارٕ ہا منصوٗرٕن سوزگر ہزان! کُفرٕکہٕ کھٕ ہا اسلامٕک

آلوٗدہ نلان!

دربارٕ کریم وُچھلاوُن وٲلۍ نغمہٕ تخیلہٕ چوٲچھوٕ وُچھنہٕ، یمَن اَژھٕ رٕژھن ہُند سوز دِلہٕ کیو کنو لوٗزُن، کفرُک تہٕ اسلامُک یہٕ گَنٹھ کُنہٕ اَندٕ نِکھ پرٕزٕ ناوُن، تہٕ اَعلا حقیقژ ہنز یہٕ پھلوا کرٕ ونہٕ لیلا ژینہٕ۔ یہٕ چھُ گوڈٕ ڈینگ شرط احمد بٹہٕ وارِرنِنش واتنُک۔ یِتہٕ ہیکَن شارَس رنگہٕ رنگہٕ تاویل سٕیدِتھ اکھ تاویل ہیکوس یتہٕ کٔرِتھ زِیٔندراز، تسُند دربار، دربارَس منز نغمہٕ کرٕوُن پٔرِستان تہٕ گریزٕوُن سوز، تہٕ اتھ سوزَس کُن دِتھ دلواہہٕ گژھن وول ــ یہٕ سورُے گو (ا) پانہٕ خوداے لایزال (ب) کاینات تہٕ (ج) یمَن دوشونہٕ ہُند تجربہٕ کرن وول انسان!

لوٗزُوہے تہٕ باتُک یہٕ گوڈنیُک شار چھُ یہٕ ڈیژٕ تہٕ صُریہٕ منز سوٗدُر۔ یہٕ چھیہٕ مجازٕچ برٕمبراوُن واجینہٕ ترٕتَن محفل، روٗحانی عالمَس منز خوداے ہندی دلواہہٕ کرٕ ونہٕ زنگ، تہٕ یمو دوشوٕیے کتھو کھوتہٕ تہٕ اکھ نۆیے کتھ پیٚزٕ یہٕ شار ہیکوٗن شاعرانہٕ حسابہٕ تٕھو دِ شارٕ ہونٕ ہُند تاثیر مانتھ۔ نکیاز شاعری منز تہٕ چھُ وُزملہٕ ژھٕٹُن تہٕ اَژھٕ رٕژھٕ ڈالَن، پٔری یہٕ آلوَن تہٕ گگرایہٕ ڈُبہٕ ڈاسَن کفرٕکِس شوقس تہٕ اسلامٕکِس سوزَس رٕنتھٕ کٕنی میل گژھان زِعارٲنہٕ چھیہٕ شادمانی پھولان۔ کتھ چھیہٕ فکرٕ تران تہٕ تہٕ چھیتہٕ نہٕ فکرٕ تران! تہٕ یی گو شارُک اِبہام، باوٕژ ہُند گپُر۔ شاعر چھُ مختلف علامژ وَرتاوِتھ تہٕ رنگہٕ رنگہٕ حالژ اچھن بروٗنہہ کُن اَنِتھ تمہٕ سِرٕ ساوِی دُنیہٕ ہُک باس دِوان ییمیک باس نہٕ بدل کُنہٕ تہٕ ظاہری ذٔریہٕ یہٕ لگہٕ۔ مِثال نیتوٗن یہٕ شار:

شماہ لا طماہ راتٕژ راتس چھُے پریزلانو          شب گو وتہٕ آو صبا، گاش گاشس تِشہٕ مَندٕ چھالو

سیٚدٕ سیوٗد چھُ اکھ منظر بروٗنہہ کُن یِوان۔ اکھ گہہ ژھٹہٕ وُن شماہ چھُ دزان تہٕ راتٕژ راتس پریزلان۔ سوال چھُ کیازِ؟ پونیرٕ اَہندِ دزنہٕ چھوٕرُوشنان تہٕ یکھہٕ زوتان، مگر شماہ کوٚ موکھ دَزان؟ اُمِس کُس لالچ؟ ڈلو کھیں نہٕ۔ یہٕ چھُ لا طماہ، پانہٕ دزان تہٕ اوٚند لوکھ گاشراوان۔ انجام؟ :- صُبح سُپُد، آفتابُک پرٕتو پیوٚ تہٕ گاش گاشس تِشہٕ مَندٕ چھالو! شارُک مرکز چھُ شماہ۔ یلنٕ اکھ اِشارٕ اکھ علامتھ اکِہ واتِھ۔ اَتھ علامژ واتُن چھُ لوٗزُن وٲلِس پننہٕ کامہٕ تہٕ یتُن توفیق۔ وَنہٕ تہٕ بایتھ زَن وَنہٕ یہٕ زِ

شماہ گوو دوستِ خوداے یُس دوزخُن بےتہ جننگ طماہ سورُے منسآوِتھ ہیرِ بوتہ محض یادِ خودا بنان چھُ تہ یُس اُمی یادکہ برکتہ بانہ اکھ گاشہ آگر بنتھ ینُن اوٚند لوکھ پرپزلاوان چھُ مگر یُس نتہ کرِ نتھ تہ ینہ ہُنز رگ اِحساس زندہ چھُ آسان تہ یہ حس تہ چھُ آسان زِ تس کھسِتھ نہ چھُ بیاکھ وُجود شمس بُتھ اُفتابہ!

میون یہِ ناوِل زن آسہِ صحی نہ تو تہ گووہ مطلب پزِ شارس چھُ پتے مانہ۔ ممکن چھُ سوٚد ر بھٕ یتھ چیزس امیہ خالی اکھ پوٗچ زانتھ کھوٗنت کوڈ سو آسہ موٗل لال تہ لال شناخس نش وانس قدر پزنہ یاٹھو۔

شاعر چھُ کُنہ تِتھی ولِ تہ ورتاوان یم بازیگار ژھل باسان چھہ۔ مگر پزٕ شاعری چھنہ بازیگری بلکہ اعجاز آسان۔

نارِ ستیٚ نار دزان، آبہ ستیٚ آب تن ناوالو
خاکہ ستیٚ خاک چھُ پاک، واو واون کوٚر مستالو

دم دِتھ نے سنوٚ یہ باسہِ محض اکھ لفظہ گنڈ۔ مگر تہ چھنہ کتھ۔ یہ شار تہ چھُ باتے شار برونہ کُن انتھ پرن۔ امیک مدا مولوٗم کرنہ موکھ چھُ اکہ طرفہ یہ زِ تس پاوُن زانتھ عالمس منز چھُ یند راز منصور بنان، عارف نیندٕ رمُارتھ عاشن آرام راوران نہ راو راوانِے تہ بلکہ نوش کران۔ اتہ چھُ دل کا بہ اُستھ تہ ڈیکہ سینڈ رملان، ہیوٚند مسلمان ہیٚوٗے گنزرنہ یوان تہ نار، آب، خاک واو ساری ہے کُن سپدان۔ نار چھُ رینہہ تہ گنڈان تہ گاش تہ ہاوان، آب کثافتک جوہر نہ بنان تہ پاکیزگی ہند ذری یہ تہ۔ آدمہ ہنزِ س میٚنز مرس چھیہ بتراٹھ ہنز۔ میٚنزرے شوٗژراوان واوس چھُ واوِ رے وولناوان تہ تہ وو لسنس تہ اُنان۔

سیاہہ سفیدِ کس اتھ عالمس منز ژالیو منصور تہ پرنوٗن انا الحق۔ یتھ کُنی چھنہ اور ار نہ کانہہ روٗٹ مگر شرط چھُ فنا سپدُن۔ انا الحق پرنس چھنہ وَیسے کھاک کینہہ اما پوٚز یمن پزٕی یاٹھی سہ حال عطا سپدِ یمن چھنہ امہِ قسمچ باوتھ کرنک ضوٚرور چھُ تکیا زِ یمن یہ پزی یاٹھ گدرِ تہند گدرُن، تہند تجربہ چھُنہ ژھا یہِ روزان، قال چھُنہ ضوٚروری، حال چھُ باتے حال باوان۔ یہ چھُ تِتھے لوٚن تہ ملکم بُتھ

کنہٕ کھٔنتھ عبارتھ، نہ سوٗرۍ وٚنی، ہمیشہ پوشہٕ وٚنی۔ سہٕس چھُنہٕ پٔنُن جسُ ہاونہٕ باپتھ مارکس مشرٕ نیرُن ضوٗرٕ وٗری، سُہ اُسۍ تن پُتھ وٚنہٕ ژھیٚپتھ، تسُنز گریز چھیٚہ عیاں کوہ بیابانو...... !



وٚنِسی کارِ مشکل بار گوٚب گوم      وٚتراوُن پیوم
گُلالہٕ پانَس کالہٕ رنگ گوم      وٚتراوُن پیوم

ناماوار صوٗفی شاعر صمد میرنہٕ اکہ مشہوٗر وژُن چالہٕ تمثیلی نظمہٕ مُند گوڈنیک بند۔

تمثیل گَیہِ کانہہ کتھ سیدِ سیوٚد وَننہٕ بجایہِ مثالہِ پٲٹھۍ وَنٕنۍ۔ مثلن کتھ آسہِ دوٚن انسانن ہنز، مابہِ محتیج مگر سوے وَلو تتھ کُنی سِتھ جاناوارن ہنز کتھ باسہِ۔ ہارِیے تہاوکھناکن تہٕ لولو      زارمیأنی طوطس وَنتہٕ لولو گویا تمثیل چھیہٕ کتھ ڈٕلِتھ وننک ورگہٕ باوژہٕ مُند اکھ النکار، اکھ وَل تہٕ اَمہِ قسمکۍ وَل چھِ وارِیاہ۔ مثالے تشبیہہ، اِستعارٕ، تشبیہہ، علامتھ وغارٕ۔ یٚیلہِ نہٕ وَنَن وأنِس سیدِ سیوٚد واریا تسلی لِوان چھُ سُہ چھُ ورگہٕ باوژہٕ ہِندی یِم وَل ورتاوان۔

تمثیلہِ مُنہٕ وَل چھُ تیٚلی کارگر گژھان یٚیلہِ اَتھ زِ روح آسَن۔ اکھ دیدمان تہٕ بیاکھ درپردٕ۔ یا وَنو یِتھہٕ پٲٹھۍ زِ یٚیلہِ تمثیل ظاہری مانہِ تہٕ باطنی مطلبہٕ کیٚن دوٚشوٚنی سوتھرِن ہیٚتھ زندہ باسہِ تیٚلی چھیہٕ سو کامیاب مانہٕ لِوان۔ مثالے کلیلہٕ دمن۔ شُرِن ہِندِ باپتھ سیدی پٲٹھۍ گگرن براریٚن ہیٚہن شالَن زرِن ہاریٚن ہِنز دلچسپ ڈٕلیلہٕ یِمہٕ گگر بڈیٚن کتھی مانہِ ساوی لوٚکنہٕ تہٕ سُننَن لایق سِر۔ دوٚشوٚنی سوتھرِن ہیٚتھ خوٗدکفیل۔ شُری حِسابہٕ وچھون تہٕ سیٚز کتھِ یا واقہس یا ڈٕلیلہٕ گژھِنہٕ کُھریٚن تہٕ ہرگاہ سَتہِ رَس وأتِتھ کانہہ بدل مانہٕ کڈٕن ہموس نَتہٕ مانے لیس گژھِ یِہنہٕ لفظ یِہنہٕ جُملہٕ سِتۍ یکُن۔ چوٗنکہِ یہِ دوٚیم سُتھ، یہٕ دوٚیم سوتھُر چھُ درپردٕ آسان نوٚکنی چھِ اَتھ تاثیر کرنکۍ دَرواز وُتھی روزان۔

دوٚنی ہیتون زیرِ تبصرٕ نظم۔ نظمہِ چھُ کُل ڈٕہ بَند تہٕ تمثیل دوٚتلاوَن وألۍ اہم بند چھِ یِم:

مأنی ماجہِ ییٚنہٕ نے ژھایہِ وٕچھوم      دایِنہٕ شہر عوم
زأگنہٕ لأگنہٕ زالہٕ کوٚنٹ گوم      وٚتراوُن پیوم

دردل مالین دکہ دِتھ گوم　　وارِوٕرے کرٕ وٕوٕڈھ ہیوم
حق اوس ہشہ نبد سنخ کورُم زوم　　وہتراوُن ہیوم
یتھ چیرخہ نیدرس توسہ کرٕزوم　　وَرٕنلہ روٕداوم
پوٗل گوس بازرمول وسِتھ گوم　　وہتراوُن ہیوم
موکجارٕ اندرے خط مبہ سوزوم　　تتھ مبہ پرارُن ہیوم
لوکچار مدنوزنہ پَنٕنے گوم　　وہتراوُن ہیوم
وَنی تزرے وٕنسی پی نہ زانیوم　　تی مبہ زانُن ہیوم
امہ سوٕنہ ہیترٕ نم کامہ بیٹھ گوم　　وہتراوُن ہیوم
تنہ چھس گاں وَنہ کَس یہ کیاہ گوم　　دون ہُندے نیاے ہیوم
اوٗش کمہ تے خوٗن دَم کُرِتھ چوم　　وہتراوُن ہیوم

یمہ کیہنہ بند لوٗزِتھ آسہ توہہ پانے رٕتلو نمُت زِ نظمہ منزٕ چھُ اَکس ازلہ زالہ ٹُجمرٕ زنٹھ موصوم خانہ ماجہ کورِ ہُند ٹیوٗٹھ اَوحال تہ کرٕوٕڈھ گدرٕن یادنہ آمُت ییس کھاندرٕ سِپدِتھ وآرِلوٗ واتان واتانے ہشرِ ہنزٕ سنختی تہ زاوم ہنزٕ پامہ وہتراونہ ہیوان چھیہ۔ ییسنہ کھاندرٕ ییتہ وری وادَن توسہ کتی کتی تہ پنہ نس خاندارٕ ہنزِ نظر منزٕ نہ کانہہ پن دران چھُ تہ نہ کانہہ مول ہُران چھُ۔ لوسہ موکجارٕ چہ ہشہ بے توجہی ہُند نسکار سِپدِتھ پانہ پسے وون دِنہ بیہان چھیہ زِ خبر مبہ ماکھوت رہ، تہ پنہ نی بُرٹھ پُرٹھ شبرنس لگان چھیہ۔ تہ پتوسوٕ نہ تالنس لگتھ ساری وانہِ کانہہ اُف یا آہ کرنہ ورأے اوٗش، گمہ تہ رٕتھ دَم کرِتھ چلیے چیٔیے تانہ لوسان تہ پانہ لوٗسِدٕ سِپدان چھیہ۔ لوسہ پنہ نس آشنس ییمہ آشہ فِدا سِپدان چھیہ زِ ہمس ناکنہ دوہہ ژلنس اکرم ناکنہ دوہہ یاد۔ مگر ییسنہ یہ آش تہ زانہہ پوٗرٕ گژھان چھیہ تہ لوسہ چھیکرس یہ سوٗرے کرِ کھُر، سارے سختی، سارے بیہ توجہی، یہ سارے بیہ یزتی، برباد‎ی تہ ناوہ میدی ژالِتھ صرف پتے لوت وَنان چھیہ تہ صرف پتنہ سپر رُکھن واجنہ تہ دور ژلین واجنہ ولبسہ وَنان چھیہ زِ

وٕنسی اکار مُشکل، بارگوٗب گوم　　وہتراوُن ہیوم

اَمہِ چالہِ نظمہِ چھیہٕ کاشُرِس منٛز پیسار۔ تۄہہِ تہٕ آسُن کرِتھ بوزمٕتۍ یا پرمٕتۍ

حبہ خوتوٗنہِ ہنٛزِ یہِ تمثیل کمۍ آسہِ نہٕ بوٗزمٕژ زِ

چھنا مالہِ نین دین گُذاٗرۍ کہی بور روزِے واٗرۍ ونٕنے

ہسُتہِ دۄیمٕ نوٗش بچاٗرۍ کیٚہے زرے اوٗنھم مالہِ نٕنے

زاٗم نھاوۍ نٕم برنہِ ناٗرۍ کہی بور روزِے واٗرۍ ونٕنے

صمد میرنہِ نظمہِ منٛز چھیہٕ ٹاکارپاٹھۍ کاشرِ شاعری ہنٛز ورناونہٕ آمژ اکھ رِلواٗیتی تمثیل نظرِ گژھان۔

اُکِس موصوٗم کورِ ہنٛد کھاندرسپدنہٕ پتہٕ مالنِکِس وکھتہِ اُنھ چھلُن تہٕ واٗرۍ ویگ کرِ کھرو بتراوُن۔ میٹھِ لوکچار پچ

لوٗت یاد ( NOSTALGIA ) ۔ کرِتھ یاونکۍ ٹیٚپھۍ حاٗرۍ تاتھ تہٕ لوسہٕ واٗنہِ ہنٛدی لوٗسیدہٕ اظہار۔

اُمِس کورِ ہنٛد یہِ گُدرُن چھُ تمثیلہِ ہنٛد ظاہری سوٗنھر، تہٕ کانہہ تہِ تمثیلی نظم چھنہٕ توتام تخلیقی

زُو تہٕ فنی مٲری منٛز ربراوان یوٗتام نہٕ گوڈسو اتھ ظاہر کِس سوٗنھرِس پیٹھ لوٗز باسہِ۔ کمال چھُ یِہ زِ نظمہِ ہنٛد دُرپردٕ

ماننہٕ کوتاہ نہٕ سوٗن اُسی تہٕ، نظمہِ ہنٛدِس جُزوِ دیگر گژھہِ نہٕ اَمہِ کِس ظاٗہری توٚلہٕ خطس کانہہ خلل سپدُن یا پھر پیوٗن۔

یہِ چھُ لوٗز زِ زیرِ تبصر نظمہِ چھیہٕ وزنہٕ زِنگی یا قاٗفیہ بنٛدی ہِہ حسابہ کیٚنہہ کوتاہی نظرِ گژھان۔ یانُمو

کھوتہٕ زیادٕ لوٗٹھ اکِہ شارُک یہِ وژھر زِ

پھمب یِژھہِ پیٚنے وِژھ ناولیوم یِژھہِ ستی صاف گوم

یہِ گووژ رنبرِ تھزلُن تکیا زِ یِژھہِ ہنٛد پھمب یِژھہ ستی وِژھناوان چھُنہٕ صمد میرس یہِ خیال پے

رۄزان زِ تُس ماوس تمثیلہِ ہنٛد ظاٗہری وُلت برقرار تھاوُن نہٕ تُسند دُرپردٕ مانہ مانچھُ ظاٗہرِ کرِ جامہ گڈھ

ننیہٕ نوٗنے بروٗنہہ کُن یوان۔ یا نے سہٕ انداز بیان یُس نہٕ تمثیلی شاعری یہِ وَنان چھُ۔

مگر نظمہِ ہنٛد کلہم وۄجوٗد نظرِ تلِ تھاوِتھ چھیہٕ یمہ کوتاہی نظر انداز کرنس لایق باسان۔ کلہم کرِتھ ہرگاہ

وچھوٚ تہٕ اُکِس بیٚہ خبر ناتجربہ کار کورِ تہٕ اُکِس ستم رسیدٕ زنہٕ ہنٛد کرُوٹھ اوحال چھُ اَچھن بروٚنٹھ کُن یوان۔ ازبیلہِ

ہُنم پراٗنز ساتھ زِ تِس چھِس ییوان باسان چھُس یُس مول موج نہٕ کیٚاس منٛز زھاین تہٕ گراین وچھان آسُم

دراصل اُسُم تمے زاگان نہٕ تمہ وِے لاجِس یَتھ زالس تہٕ پانہٕ ژِلی۔ یُسے مالین دردل باسان اوسُم

تمی دُیتِم دکہ تہٕ پاوٲنس یِتھ کرِ یِچھرٕس ۔

مالنِہ بیٹھہٕ وٲری وکِس اَتھ سفرس منٛز چھُ اکھ انتہاٲیی گُنڈٕ مرحلہٕ وٲرِ دی برٛانٛدہٕ اژُن ۔ ہرگاہ نے مالنِہ بیٹھہٕ پانس ستیٚ کانہہ نشوٕ بدار زاٲم براندہ تہٕ ہشہٕ کانٛہہ ستیٚ آسن ٹلمت تیٚلہٕ چھُس ساری واٲنِہ پامہٕ دوٚترٕ ژالن تہٕ سختیَن تَن دِنی ۔ ہشہٕ تہٕ زاٲم منٛز ناراضگی چھس خاندارس منٛز بیٚہ توٚجہی ہُند سبب بَنان ۔ بیتہٕ ہرگاہ وٲرِ وی بارٕن خوش نہٕ آو تہٕ موکھہٕ اُچھِن ہُندگاش زاٲلی زاٲلی توٚ یہ تہٕ کتہٕ تَتھ چھُس نہٕ کانہہ بوٚر روزان ۔ بیٚہ توجہی تہٕ بیٚقدری چھَس موکہٕ جارِ پچ ہش گُنڈرٕ نیامنٛتھ کران ۔ اتھ ناپُر سانس منٛز برٛنکہٕ یتھ کرِ لیٚون اکہِ دوہ چوٚرتھ تہٕ روٚشتھ بیٹھی منٛتس یہٕ لَس خاندارس باوِ لیون خط لیکھتھ یٚنُن دوہ ندٕ مگر خطس وونُس نہٕ جوابے ۔ اوٚش گوس موکھہٕ پرٕ ژن آسنتھ تہٕ سیاہ دِل ۔ بیٹھہٕ سٕپدُس بیا کھ وٲرِ داتھ ۔ تمی اُتس سون گرٕ ہیٚمہ ژونز زاٲنتھ کامہٕ بیٹھہٕ کاٲم ہیٚنٛزٕس ، بیٹھہٕ پاٹھی بنے یہ تسنز ساٲرے زندگی اوٚش ، گمہٕ تہٕ خوٚن دم کرِتھ چوٚن تہٕ وتراوٕن ۔ مگر یہ سوٚرے وتراواں چھَس واٲنجہٕ منز یہ دَگ تہٕ وتراوِنی زٕ بمس ناکنہِ دوہ زٕتس ! کرِم ناکُنہِ ساتہٕ یاد !

یہ گوو نظمہٕ ہُند ییٚرٕ بُم سوٚتھر ۔ باٲطنی مطلبس واتن چھُ یَنُن یَنُن بتہٕ لیسلہٕ پاٹھی چھُ وَنہٕ لیوان زِ یہ کوٚر گیہٕ روٗحِ آدم ، مالیُن گوو ازلی کُنہِ رُک سٕہ حال ، ابزدی وصلک سُہ مقام یَتھ رمز پاٲٹھی جَنتھ وَنان چھِ ۔ وٲرِیو گوو یہ عالم مجاز ۔ یہ دُنیاہ یور جنتہٕ منٛز گُنڈتھ ژھننہٕ یتہٕ آدم ووت ۔ اوٚش گوس مورشد ، ہش نہٕ زاٲم گاس مورشدہٕ ہندی مطالبہ تہٕ ازماٲیشہٕ ۔ توٚ یہ کتن گیہٕ ریاضتھ موکجار گوو دُنیاہ ترک کرنُک ظوٗن تہٕ سوٗن گیہٕ دوٚگرٕ نیارک باس سونہٕ منز فرماں برداری کرنی تہٕ توٚبتہٕ تہٕ پننِس اُمتس یاد کرنُک مطلب گوو دوٚگرٕ نیار زاٲنتھ نہٕ کُنہِ رس لین سپدن ۔

یہ گوو اکھ تاٲبیرٕ لُس بٔڈ عام چھُ تہٕ ییٚمہ ورٲے تہٕ وُنیکتام اَسہٕ سوٚ نچمتے چھُ ۔ مگر یہ ڈَر راوِ بیٚیہ اکہِ لٹہٕ یہ اہم کتھ زِ تمثیلی نظمہٕ ہندس ظاہری رمزس دریرہٕ دِلیُس باٲطنی مُدا ژھیٚپتھ آسان چھُ تتھ تاٲبیر کرنکی درواز چھِ ہمیشہٕ یرِتھ کانسہِ ہندِ باپتھ وُتھی ۔ یَس یوٚت واتہٕ سُہ تیٚنٛچ شیٚچھ وَنہٕ ۔ چنانچہ یرِ تھو یے زیرِ تبصرِ نظمہٕ ہنکہ جیٚدیدہٕ طرزہٕ تہٕ تاٲبیر سپدِتھ ۔ اَتھ ہیکو شوٚعور ، تحت شوٚعور ، لاشوٚعور یا اجتماعی لاشوٚعوکس گاشس تل

تہٕ ورٕژھنےٚ کرِتھ۔ بلکہ مذہبی تہٕ نفسیاتی تاثیر اکِتھ کٔن ترٲوِتھ تہٕ ہیکو محض نیچرل سوٗتھرس پیٹھ روٗزِتھ تہٕ آدمی ارتقچ دلیل بٔھرِتھ۔

روٗزنامہٕ قسمہٕ چنٮ۪ن نظمن ہنٛز ادبی حیثیت، سو ہیکہِ صرف دوٚہ لو چیزو کنہِ سٕر سپدِتھ۔ اکھ یہ وچھِتھ زِ نظمہِ ہٕنٛد ظاہری دُنیاہ چھا کانٛہہ واقعہٕ تہٕ زندٕ صوٗرتِ حال وٕتلاوان تہٕ شہ صوٗرتِ حال چھا پنٕنی خوٗدکفیل تہٕ خوٗدمختار۔ تیٚتھ زِ ہرگاہ باطنس کُن ظوٗن تہٕ گژھہِ نہٕ ظاہرٕچ باسہِ لوٗرِ تہٕ سیٚٹھاہ۔ دوٚیِم یہ زِ ظاہری رمزس تہٕ باطنی مطلبس چھا پانہٕ وٲنۍ تخلیقی میوٗل سپدمُت۔

توٚہیہ ہیٚیہ صمد میرنی یہ نظم یُس نٕش تخیلس منٛز وہ پدا آوِتھ اکھ پانہٕ پنٕنٕیٛن تاثیر کرُن۔ تہٕ نستی ہیرکنہِ ورٕژھناوِ مژ کٔنٛہہ نظرِ تل زٕٹھِتھ تہٕ نظمہِ ہنٛدس کھساوس، وسٲوس تہٕ لہراوس، مصرن تہٕ مصرن ہندس ماہنٛیل تہٕ صوٗرژل اثہٕ گنٛنس تہٕ لفظن ہنٛدس آوازٕ ملس کیٛتھ آوازٕ ٹکراوس سام ہیٚتھ اَرچ ادبی حیثیت مشخص کرٕنۍ تہٕ مولانکہ وٕنۍ۔

٥

## مَس بہٕ گوسے راتہٕ کے پیالے ہَنو

کاشُر زبٲنؠ منز چھ اَمہِ قسمکۍ باتھ کیٚہہ ہیٚن کیٚن منز ساںہِ کلچرٕچ زندگی ہِندی کیٚنہہ سیٹھے مارٕ مُندی تہٕ اوترٕ اوترٕ تام برقرار و انافاتھ زِندٕ چھ تہٕ سائنس یا دوٚو ترِس رِیٛہہ گنڈن وٲلی کیٚنہہ اَچھوٚر اَنہار ہمیشہ ہمیشہ خاطرٕ محفوظ سپدی متی چھ۔ تہٕ یہِ باتھ چھُ ستی مجازٕچ تہٕ حقیقتٕچ مُند اکھ انتہٲیی مارٕ مُنز بلہٕ وَن تہٕ یِمہٕ کتھ مُندرُت تُھولہٕتھ زِشارس چھ اکہِ کھوتہٕ ژٕری مانہٕ تہٕ آسان۔

بَڈٕ ڈلہٕ ژوٚلُم ژھلہٕ موکھ میٛہ ہاوِنا
کھسہٕ وِنہٕ تیل بلہٕ نا ے ہَنو
مَس بہٕ گوسے راتہٕ کے پیالے ہَنو

اَچھِ وَلہٕ گچھ ڈبہٕ وَنھراوسس
اَز یِیِم لِچھ نووسا ے ہَنو
مَس بہٕ گوسے راتہٕ کے پیالے ہَنو

اُسمٲنٕ جانہٕ وار آیہٕ وُچھان
لگہٕ متی چھ اَزلنہٕ زا ے ہَنو
مَس بہٕ گوسے راتہٕ کے پیالے ہَنو

سونتکۍ پھلوٲے کرِ وِنؠ آلو تہٕ گرِیشمکۍ وُشنہٕ ہاوس۔ سالُن تہٕ مالُن پھیرنک مُنھ۔ ڈلکۍ مَلر تہٕ ڈنگن ہنز گرایہٕ۔ ناوَن تہٕ شِکارن منز یارن دوستن ہنز محفلہٕ۔

تیل بل ناچ تنگی تہٕ ناون ہنز ژٕرلہٕ گھکر۔ اَچھ وُلک باغ تہٕ نتیجہٕ کیچھ ڈٕبہٕ تہٕ تِمن منز پٲراوکرِتھ اَچھ دارِ۔

میٚنہٕ ووت لوکچار ہیٚتھ اَزتام اَلہٕ پلہٕ نصف صدی یہ مٲری موٚند تہٕ مزاز کِنہٕ شوٚد کٲشر بٲتھ لوٗزان۔ ماجن ہیٚنن ہندِ ہٲٹہٕ نہٕ تہٕ جوانن بُورگن ہنز زٕلوٗ نہٕ۔ رنگرزاٹہٕ ہالن ہیٚتھ نہٕ تہٕ قالباف وانن منز نہٕ۔ پُرخلوص دِہلٕد تکہٕ ین منز نہٕ تہٕ خوش فضا ڈٕل دٕہن ہیٚتھ نہٕ۔ صوٗفیانہٕ سازن سوٚنطوٗرن ہیٚتھ نہٕ تہٕ ژھرِ نیٚٹن تہٕ تُمبخنارِن ہیٚتھ نہٕ۔ اَمابوٚز بٲتھ لِیٚتے مشہوٗر چھُ تیوٗتے چھُنہٕ تیٚقہٕ پٲٹھی مولوٗم زِ یہے ووٚنمُت چھُ تہٕ کٔمی۔ کیٚہنہٕ چھِس مرحوٗم نیامہٕ صاٮ۪بن کلام گنٕزراوان تہٕ کینژن ہُند وَنُن چھُ زِ یہٕ چھُ گُل بکاولی ہندی مصنف اسلام باہٕدکی مرحوٗم لَسہٕ خانن ووٚنمُت تہٕ میانہٕ اکثر دوس چھِ اُتھ نِنتھٕ ہیوٗ اکھ لوکہٕ بٲتھ گنٕزراوان یِتھ کِنہٕ سون واریاہ وَنہٕ وُن چھُ یا سٲنہٕ بےٚ شمار زٕنی بٲتھ چھِ۔

ہیٚتھ چھُ اَمِکس ووجہٕ کِس مصرس منز اکھ لفظ یُس مختلف طریقہٕ پٕرنہٕ چھ یوان۔ اَڈٕ چھِس پران "ہنوز" تہٕ تہندِ کِنہٕ چھُ یہٕ فارسی لفظ ہنوزُک کٲشُر تلفظ، یمیُک مطلب چھُ ووٚنہٕ یا وُنہٕ تہٕ —
مَس بہٕ گو سے راتہٕ کے پیایٔے ہنوز۔ تہٕ اَڈٕ دٕپان نہٕ یہٕ چھُ ح ن و حنو۔ اکھ حرف ندا یانے اکھ ناد لاینُک لفظ۔ ناد حَنَس یا حَنیفس۔ حنیف چھُ عربی لفظ تہٕ ڈکشنری مانہٕ چھُس بٲطل تراوِتھ حقس مازَن وول۔ حنیف ہنکِہ کٲنسہ مردس ناو آسِتھ تہٕ سِتہٕ چھُ اُتھ زنانہٕ ناو تہٕ بنان۔ حنیفہ۔ یا کٲشرِ پٲٹھی ژھوٚٹرِتھ صرف حنہٕ یُس "حنو!" کرِتھ آلو دِیُو۔

تہٕ اَڈٕ ہن دوستن ہُند خیال چھُ زِ یہٕ ہنو چھُ ہ ن تہٕ و۔ زٕ لاوِتھ محض اکھ صدا، اکھ آواز یتھ پٲٹھی سانین واریاہن بٲتن منز "ناے" یا "لو" یا "ہو" چھُ۔

چونکہِ شٲیری ہُند عالم چھُ اکھ سیٚٹھے سِر ساٚوی عالم آسان ییٚنہٕ تہٕ کو کرس کُنی زنگ کرِنہٕ بنان چھیٚیہٕ۔ بلکہ ییٚتہٕ پرسنہٕ وزِ لوٗی تہٕ یدلے گوشہ روشن سپدان چھِ۔ تو کِنہٕ کرہٕ بہٕ وُنہٕ کینہٕ ینہٕ بہٕ عارضی راے عرض زبٲنکی کلہم مصرِ نظرِ تل تھاوِتھ نہٕ چھُ میٚنہٕ فارسی لفظ ہنوز مناسب باسان تہٕ نہٕ حنیف ناوُک ژھوٚچر حنو۔ تہٕ میٚنہٕ دِلیو اجازتھ زِ یہ مانن فلحال یہٕ لفظ محض "ہنو" یانے اکھ صدا یے لفظ اکھ ژٕھر آواز۔

تہٕ بوٗزِتوٚ وۄنۍ پوٗرٕ مصرٕ مٕس بہٕ گوٚسے راتہٕ کے پیالٕے ہنوٗ۔ اَمہٕ مصرٕچ گوٚنٛج چھُ اکھ واقعہٕ پیالہٕ چیتھ مٕس گرٛھنکُ تہٕ یہِ واقعہٕ چھُ راتھ سٕپُدمُت۔ راتھ یوسہٕ گنڈرٕ سپٕز چھیٚہٕ۔ یوسہٕ نہٕ وۄنۍ باتے چھیٚہٕ۔ ماگٕز توٚ راتھ سپٕز اکھ مجازٕچ محفل منعقد۔ عاشق گوٚو ماشوقہٕ سٕنٛزٕ مٕس پیاٚلی چیٚتھ ڈٲشتھ مدہوش۔ تہٕ پتہٕ آس نیٚلہٕ جلس بیٚیلہٕ راتھ اُس ڈجٕمٕژ تہٕ گاش اوس پھوٚلمُت تہٕ ماشوق داماہٕ دِنتھ ژوٚلمُت۔

یاد پتوٚ پیالہٕ پلناونکِس تہٕ مٕس گرٛھنکس اَتھ مُبہم واقعس واٹھ قوران مجیدکِس اَلَسْتُ بِرَبِّکُمْ قالوٗبلیٰ آیتے کرہمِس ستہٕ۔ یُس خوٚدایُس ہوٚس ماشوقس تہٕ آدمس ہوٚس عاشقس درمیان روزِ ازل سپدیمتہٕ وادٕ قرارُک نشاٚہد چھُ۔

بَڈٕ ڈلہٕ ژوٚلمُت ژھلہٕ موکھ میٚہ ماوِنا

اَمہٕ مصرٕ تلہٕ ننے یہِ مجازٕ پاٹھٕ بیا کھ کُنھ زٕراتکہِ ملاقاتٕچ یہِ محفل تہٕ وادٕ قرارٕچ یہٕ مٕس بُاگرن آس بَڈٕ ڈلہٕ سپٕز مٕژ۔ لوٚکھ ناوِ کرٕ کرٕ ساٚس دراہتی۔ گوٚڈنچ راتھ لُج بَڈِ ڈلہٕ۔ اُتی لُج لولہٕ محفل، اُتی لوٚگ پیالُس گردِش اُتی سپُد عاشق مٕس تہٕ اُتی ژوٚلُس ماشوق بیخوٚدی منٛز، بیٚہ شوٗنکہِ پاٹھٕ۔ تہٕ عاشقس چھُ وۄنۍ للہٕ وُن فِراق، دوٗرِ یرٕ تہٕ جُدٲے تہٕ یہِ بیٚہ سوکھ تمنازِ موکھ میٚہ ماونا۔ یا بقولِ رحمان ڈار وارِ وُچھِہن صوٗرتَن۔ راتھ اُس راتھ۔ بَڈِ ڈلہٕ ناوَن ہُند چرٕ گٕبٕش، ژانگین ہنٛز برٕبہیہ۔ محفلن ہُند گیوٗن. مَدٕ فاٚنٛی ماشوق۔ لولہٕ ہوٚت عاشق۔ سُہ سورُے موکلیو وتہٕ ڈل چھُ خاٚلی گومُت۔ ساٚلہٕ واٚلی چھِ ڈلہٕ نیرِتھ تیٚل بَل وٲتی متہٕ۔ دۄہ شوٚے اَندٕ چھکھ آہرٕ ہتہٕ۔ تاجب کیاہ چھُ اَتھٕ آسہٕ کُنہٕ ناوِ منٛز میون ماشوق تہٕ۔ تہٕ تتی وُچھن بیٚہ اَکِ لٹہٕ، اَدٕ تتی کھسہٕ وِنہٕ تیٚل بلہٕ نالہٕ منٛز۔ سمکھنس چھُمنہٕ چارٕے تہٕ کیا زِ راتکی پیالُن چھُس چھوٚر روومُت تہٕ لوٚنام تہٕ سُہ سمکھیم بہِ خُمار وسیم تہٕ۔ اورٕ وَسہٕ ناگک آب تہٕ لوٚر کھسہٕ میون شوق۔ مگر افسوٗس اَتہٕ آم تہٕ کُنہٕ جایہِ وِنہٕ۔ وُن کُنہٕ ژھارن تہٕ کوٚت لارٕ؟ سُہ چھُ ساٚلہٕ موٚت تہٕ جایہِ جایہِ پھِروُن۔ تیٚل بلہٕ سمکھُم نہٕ تہٕ بہٕ براٚرس اَچھِ وَلہٕ۔ لولہٕ تہٕ مایہِ۔ میٚہ چھُ بہتھ ازٕنے تہٕ پگاہ سُہ واتہٕ نہٕ یہِ وُچھن۔ بہٕ براٚرس۔ گژھِ ڈیہِ روزٕس انتظارس اَچھِ داٚر زن۔ میٚہ چھُ دل گواہی دِوان ہُنتہٕ نَے ڈلوٚ ٹھُم بیٚنہٕ ڈلبِشن۔ راتھ نَے تیٚل بلہٕ لوٚتُم از واتیم لوٗری۔ تَس نہٕ چھیٚہٕ کاٗنہہ جاے گنڈِتھ تہٕ نہٕ چھُس کاٗنہہ ناو مقرر۔ سُہ چھُ پرِتھ جایہِ واتن وول۔ تَس

چھِ رنگہٕ رنگہٕ صِفتھ تہٕ گژھن رٕسی ناو۔ تٔسُند مُلاقاتھ چھُ میانٕہِ زندگی میون ازل تہٕ میون اَبد۔ میون یاوُن تہٕ میانہِ یاونُک شوخ انہار۔ سُہ چھُ بوٚڑ تہٕ رفیق ڈل تہٕ بہٕ اکھ ترلیشہِ ہٕش لوکٹ تہٕ لوٚچ ژٔر۔

اَما ہُم کم آے ہُپاری ہیری کنہِ۔ یا چھیہٕ ہاٰر یا چھُ طوتہٕ۔ نتہٕ دہٕ شوے وُچھاں وُچھاں۔ یکھہٕ واو تہٕ لولہِ کرآو۔ یم چھہِ پرٚزی کم تام بَدلے جاناوار۔ وُچھ یکھہٕ کیاہ چھکھ شوٚبدار تہٕ تونتہٕ کیاہ چھکھ لولہٕ وٕنہِ۔ وُچھ ہیتھ آے نہٕ ڈٔھتی یَتھ باغس منز میانہٕ گچھ ڈبہِ برونٹھ کنہِ ــ مگر اللہ بہٕ کیاہ یم چھہِ دہٕ شوے اکھ اَکس سٟتی گنڈِتھ زٕنتہٕ اَکی سے والہٕ واشہِ منز بند۔ یم جاناوار تہِ ژٕ، بہٕ تہٕ میون ماشوق تہٕ ژٕ۔ یم تہٕ ازلہٕ چہِ والہٕ واشہِ منز گرِفتار تہٕ اکھ اَکس سٟتی والبتہ تہٕ ٹَتہِ پٕتہٕ لٔس محبوٗلس یَتھ پھلوا ازلہٕ پیٹھٕ ابدس تام۔

اَسمانٕ جانہٕ وار آے وُچھان
ٹگہٕ منز چھہِ اَزلہٕنہِ زاــــلے ہنو

طوطہٕ تہٕ ہاٰر۔ ساقی تہٕ میخوار۔ عاشق تہٕ ماشوق، خوداے تہٕ آدم۔ اکھ نہٕ سورٕ وُن حسُن اکھ نہٕ ہمہٕ وُن شوق۔ اکھ نہٕ ژھینہٕ وُن سِلسلہٕ۔ اکھ نہٕ ژھوکہٕ وُن ارمان۔ اکھ ازلی تہٕ ابدی سفر۔ پروردگار سُند خلاق ووٚجوٗد تہٕ بندہٕ سُند بیٚہ حد جوٚنوٗن۔ آگرٕ ک تقدیر تہٕ آنچھس تام یکہٕ وٕنہٕ ندبیرٕ ح بیٚہ سوکھ لٔہر۔ راتُک پیالہٕ تہٕ اُزچ ترلیش۔

## و

چون یکہٕ نے پرزٕ نووٕے دۄرِے  ۄلے کوٚ ستوٗرِے پۄرِی ؤے تراوٕنیرِے

صُبحس وُتھی تھے زٕیری درایہٕ کھے کاٹھس  بَدنام کوٚرتھس کھیٚتہٕ بلہٕ کٕس گاٹھس

کاٹھہٕ کاٗٹی زاٗیتھ نارگوٚوِیے سوٗرِیے  ۄلے کوٚ ستوٗرِیے پۄرِی ؤے تراوٕنیرِے

اَتھ ناوِ نٕمس بیٹھ ہم کھوٗر چھکھ وایاں  ہٕمن عاشقن تہٕ پر مجگاں لایاں

ہم گوٚے کولہِ تَے تُم تٕر رٹھ تَے یوٗرِیے  ۄلے کوٚ ستوٗرِیے پۄرِی ؤے تراوٕنیرِیے

ویرِناگاٗے نیرِے باٗ آسے گیے  اَچھہِ ولہٕ کی پوٚش شبرے لاگیے

گرایہٕ ماراں کوٚت گرٕ ھکھ کوٚندوٗرِیے  ۄلے کوٚ ستوٗرِیے پۄرِی ؤے تراوٕنیرِے

گُچھہِ کُٹھِہٕ نے وَتھر اَوِتھ تھاوِہٕ یے  لچھہِ ناوِس نیاٗے یٔیٚن باوِ یے

وَچھہِ مٔنٛزلس مٔنٛز چھنِتھ اَچھہِ نوٗرِیے  ۄلے کوٚ ستوٗرِیے پۄرِی ؤے تراوٕنیرِیے

وَندہٕ زٕ ٹھِم زٕ ٹھِہِ اوٚبر کھٹر مٔنٛزی لوٗزی لوٚ کُنہٕ اَندہٕ دراوا چانکھ نب نوٚن تہٕ یکبار سُبد لوٚہہٕ ےَ دُشن تاپہٕ وَرشن ہیو یا گرٕ نٕشمہٕ گرٕ یکہِ دوران تُج کُنہٕ وزِہٕ منگہٕ تہٕ منگہٕ کانہہِ شٔنٛج واوِہٕ زِنگاہ ۔ تِہٕلین موقن بیٹھ لوسہٕ اَبادُش فرحتھ تہٕ ناقابلِ بیان تراوتھ موٗحسوٗس سُپدان چھیہٕ تِرِ ھے ہٕش خُشی چھیہٕ روٚسُل میرن یہٕ باتھ بوٗزِتھ نسَ انانس سُپدان لیٚس وار باہ کال چھرا فلسفیانہٕ یا صوٗفیانہٕ شاٗیری لوزان گومُت آسہِ ۔

یہٕ باتھ لوٗزِتھ چھُ یکبار دوہن کتھن ہُند خوشوٗن باس لگان ۔ اکھ یِزِ روٚسُل میر چھُ لوٗہہٕ زَن عرشہٕ تہٕ اَسمانہٕ بیٹھہٕ والیٚس وٗستھ سانِ یٔیمہِ ہوٗید مان زمینی زندگیہٕ تہٕ یتھ زمینہِ بیٹھ روزن والین ہنٛز کتھ کران ، تہٕ دوٚیم یِزِ شاٗیر چھُ اَکِس نوٗزُک نظر تہٕ اداشناس گامہٕ گندرٕ ہندکرٕ پاٗٹھی پانس اَندی کِھچ انساٗنی حُسنس تہٕ لول بَران تہٕ قودرتہٕ کِس ماری مَندہٕ تس تہٕ موج ٹُلان ۔

چون یکہٕ نے پرزٕ نووٕے دۄرِنے  ۄلے کوٚ ستوٗرِے پۄرِی ؤے تراوٕنیرِے

باپتھ کس اَتھ گوڈنکیسے شارس منز چھُ اکہ طرفہ کُنناوم مدہ ماتی ماشوقہ سُند ماری موند تکیُن پرزناوتھ انسانی حُسنک باس لگان تہ دوئمہ طرفہ اکس رۄمی کچہ سُند سرنازہ نیرو منزی آوِلی تہ زاوِلی قدم تراوِنہ ڈلیشتھ قودرتہ کہ ماری مندِنیک احساس گنان۔ تہ یموتہ پژھ وے کینژہ خوصوصیژہ کنہ چھُ رۄسل میر کاشر زبانی ہند اکھ اہم مجاز لپسند شاعر مانہ یوان۔ ترزن گو وتیُنہند س کلامس منز چھُ کاینا تی تہ وۄجودی مسلو بجایہ عام دوہ دِنچ زندگی بسر کرن والین میہ ہوین، تو ہہ ہوین انسانن ہندِس جذباتی حال احوالس باونہ سیدان۔ تہ بیاکھ کتھ چھیہ یہ زِ اَتھ باوژ منز چھُ ژۄر یہن تصویرک گاشدار تہ رنگ بستہ روی بروہہ کُن یوان۔ نوے کتھ تہ چھُ رۄسل میرنس اکثر کلامس منز عاشق بنہ وانہ تہ خوش دہانہ لولہ باونہ کران، تہ ماشوقہ سند جسمانی ماری مندنیک شوقہ تہ ذوقہ سان نندکرکران …. ہرگاہ اَسی کاشر صوفیانہ شاعری ہردلوِنہ شہلس تل اکھ زھۄپ تہ سُنہ ناگہ لو کھر مانون، رۄسل میرنی شاعری باسہ تیلہ زِ نتہ متیس سونتس منز صُبحکِ تاپہ واش کڈ ہی لوسمن تھر۔ بیٹھ چھُ رۄسل میرس بیاکھ بجر یہ زِ سہ چھُ مختلف اشارو کنایو کنہ تہ رنگہ رنگہ منظر دوہ براونہ ہنہ کاشر تیک باس دوان۔ چنانچہ یمو خوصوصیژ چھیہ اکھ اکس ستی زلیتھ تہندِس کلامس کاشرِ تکہ شاعرِ یہ سُند میٹھو خولہ خط عطا کران۔

زیر نبصر باتھ چھُ بیتھ کنہ وار کارا اکھ لولہ وژن مگر رزھا سنتھ چھُ یوزن تگان زِ یس ماشوقہ سُند نکیُن دۄری پرزناونہ یوان چھُ تسند یتیب نشانہ چھنہ واضیح۔ چھتہ سہ زکہ اکھ کاشرے کوٗر، مگر چھیہ کوسہ تہ وَنُن چھُ دُشوار۔ سہ چھیہ گرا ہلی کوٗر باسان یوسہ نیرو منزی لوٗری تراوان چھیہ تہ گرا اکھ گرلیسی کوٗر یوسہ صُبحاے ڈھنتھ کاٹھ سوٗمبرنہ نیران چھیہ۔ اَتی باسان زِ ناوِمس بیٹھ کھوٗر واین واجینی یانز کوٗر چھیہ تہ اَتی گرزھان راے زِ نہ کمہ تال سرِیہ بیٹھ درامژ تہ ویرناگ تہ اچھ دٔل سائلس آمژ اکھ سالہ مژ چھیہ۔ تہ اَتی باسان زِ یہ گرزھ شہر حِنِ بجھ کوٗھرن ہنز کانہہ اچھ دار آہسن۔

ماشوقس متلق یوٗ دوے یہ بیان بیہ گنڈ باسان چھُ مگر یوٗہے بیہ گنڈت چھُ حُسنس متلق رۄسل میرنس تصورس کُشادگی تہ بجر بخشان۔ اَمی کِنہ چھُ کانہہ خاص شخص محبوب بتہ بجایہ انسوانی حُسنک پرسیتھ کانہہ نۄمونہ رۄسل میرُن محبوب، تسنز اچھ نوٗر بنان، تہ یتھ پاٹھی چھیہ رۄسل میرنی لولہ

شاعری کلہم انسانی حُسنٕچ مدح خان باسان۔

مجاز وٕنٕ والیٚس چھُ ہیٚتھٕے یہِ خطرٕ آسان زِ کھورہے ڈوٚلُس تہٕ غلاظتٕ ہندِس سنڈاسس منٛز ووت۔ نسوانی حُسنٕچ کتھ تہٕ زمینی لوٚلٕچ باوتھ ہیٚکہِ مومولی بیٚیہ احتیاطی کٕنۍ مالاباٹی ٹُنٛنھ۔ مگر رٕوُسٕل میرٕن یہِ باتھ لوٚتُے لوٚن۔ بیٚیہ پھرٕمک تہٕ زنٛزٕل چھُ تیوٚتُے چھُ رمز۔ لوٚرٕت تہٕ پاکھ پاٹکیزٕ تہٕ۔ کُنہِ کُنہِ چھُ رٕوُسٕل میرٕ تٕھری زُلف تہٕ خال، ساز تہٕ سورمہٕ تہٕ وُرٹِہ تہٕ کنہٕ والی گُنٛز۔ راوِتھ ہیمے زٕن ہیچو گڈٕ نہٕ ٹھیکہٕ ناوان مگر اُزی کِس زیرِ نبصرٕ باتٕنس منٛز چھُنہٕ سراپا نگارِ یہِ مُندٕ سٕہ کھرٕوُن تفصیل۔ بٕلکہ چھیٚیہ تِتھ بدلہٕ محض اِشارٕن کام ہیٚنہٕ آمٕژ۔ محبوب کٕیتھ تہٕ کیاہ چھُ تِیچ چھُنہٕ کانہہ وِرٕتھنے۔ فقط چھیٚیہ تُسند یکٕن پرزنادٕچ کتھ، تہٕ سو تہٕ دوٚرِ۔ چون یکہٕ نُے پرزٕ نووُے دوٚرے۔ بوزوٚ ہے تہٕ اُمی دوٚر رٕکٕنٛ چھُ یہِ محبوب نافہٕ ہٕژٕ رٕوٚسی کُچہٕ یاد پاوان۔ کوٚستوٗری لفظس چھ زٕمانہٕ۔ یا تہٕ رٕوٚسی کُٹ تہٕ نتہٕ سٕہ لوٗزٕک بدن تہٕ طرحدار جاناوارٕس سٕاری ہیے سونتہٕ کالس پٕننہٕ لولبوشہِ سٕتۍ شٕبیٚہجار چھُ پاوان۔

باتٕک دوٚیُم بند چھُ لولُک تہٕ حسنُک ابدی داستان ہیٚرِ کوٚہٕن تہٕ بالن ہٕندِ نیرِ اوٚند لوٚکھ بدلاوِتھ لوٚن پاتھلِ عام کاشرٕن گامن ہٕند منظر پیش کران تہٕ ساتہِ سماجی زندگیہِ ہٕند اکھ وُنٕہِ تہٕ ویٛوٚد تصویر ہاوان۔

| | |
|---|---|
| صُبحس وُتھی تھے زٕیری دِرایہِ کھے کاٹھس | بدنام کوٚرتھس کھنہٕ بلہٕ کِس گاٹھس |
| کاٹھہٕ کانٛزِ زانٛلِتھ نارگوٚ وِیے سوٚرِیے | وُلے کوٚستوٚرِیے لوٚری مے تراوٕنِرے |

یہِ بندِ تہٕ چھُ لولٕچ رمز باوتھ لوٚزٕ گوٚڈٕ نکہٕ شارٕچ ہٕہلی کوٚر چھیٚیہ یِتھ بندس منٛز اکھ گرٕ لسی کوٚر بٕنان۔ وادٕ موٚجوٚیے وہٕرِتھاےٚ پہٕ صُبحاے تیٚندرٕ۔ راے اٗسس زِ کاٹھ سوٚمبرٕنہٕ کہِ بہانہٕ وانہٕ یارٕ بل تام تہٕ تہٕ ملاقاتھ سپدِ۔ مگر کیاہ نام روٚٹ گوٚس، آور یرٕ ہیٚوس، نہٕ زٕیر گوٚس۔ ہُپاری گوٚو یارٕ بلس پیٹھ بیٚیہ سوکھ پاٹھٕ ڈُنٛز دِرٕ وٕنِس عاشقٕس تہِ کتھِ ننٛبر۔ حسُنس پھُٹ وادٕ لول گوٚو بدنام تہٕ بیٚیہ قرار عاشقن کوٚر فرٕیاد:

کاٹھہٕ کانٛزِ زانٛلِتھ نارگوٚ وِیے سوٚرِیے۔ یانے لولُک الاوٕ ہیٚے زاجوٚتھ سوٚری کیاز کوٚرتھن؟۔ وادٕ ہیٚے کرٕ لوٚتھ آداے کوٚہٕ روٚزٕ ہے۔

ترٛیِیم بنٛدچھُ ترٛیِیمُ وٕلگتھ:

اَتھ ناوِ نمس پیٹھ ہم کھوٗر چھکھ وایان    یِی مَن عاشقن تیرِ مژگان لایان

ہم گوٚے کولہِ تےٚ نم رٕٹھتےٚ ژٕلیوٗریے    وٕلے کوٚستوٗر پیے پوٗری مےٚ تراو تیرے

کھنہٕ بلہٕ کٕس گاٹھس پیٹھ پرآرِتھ بدنام سپدن واٗلس عاشقہٕ ہنز۔ دلہٕ دُبرائے چھیٚ وونی ناوِ نمح ناز ل بنان، بوسہ لولہٕ ڈری یاوس تار دِنہٕ موکھ ہم تہٕ چھیٚ لاگان تہٕ کھوٗر نہٕ وایان۔ اَندی کیٚھو وچھن والی چھ تیٚسندِ ناز ن ہندی خریدار نگہ یا نہٕ چھیٚ سو بییٚہ ہے کُنام ژھاران تہٕ ژہ پاٗری ڈٕژ دوان۔ تہٕ اَتھی منز بیلہ رٕوٚسُل میرس پیٹھ نظر چھس پیوان حال ہوشی چھُسنہٕ روزان۔ ہم چھُس اَتھ منز ہیٚرتھ گژھان، ناوِ چھُس نم ڈلان تہٕ رٕوٚسُل میرن یہ پانس کُن لمہٕ ون آلو چھُس کنن گژھان:

ہم گوٚے کولہِ تےٚ نم رٕٹھنےٚ ژٕلیوٗریے

ناوِ منز پچ کوٗر کھرِنہٕ لوٚٹھ، پوز گژھ کوٚت، نہٕ چھِنہٕ عاشقس مولوم۔ ویر ناگ کھسِتہٕ سہ ہیٚیس تٕتی زاگے۔ اَچھ وُلہ نیرِ تہٕ تتی لاگہس شیرِ لوٚش۔ یَس محبوبہٕ سُندِ یکن بر وہٕ نہٕ رٕوسی کچھن ہندی لوٗر تراوی ژہتس پاوان اوس تسنڈے یکن چھُ وونی کُہارن ہندِن چھینکن پیٹھ شوبہ دار زاٗپنا یکن روہٕ پہ ہنزن کوٚندوٗرِن ہنز ترلے تہٕ گرائے باسان۔

گرابہ ماران کوٚت گژھکھ کوٚندوٗرِ یے

باتُک آخری بند چھُ عاشقہ سُند شوقہ ہوٚت تہٕ خابہ موٚت انتظار۔ گچھ کُٹھ نے وٕنھر آوتھ تھاو۔ لچھ ناوِس نیاے یِنُ باوِیے۔ وٕچھ منٛز لس منٛز رٕچھتھ اَچھ نوٗرِ یے۔ نیرلو وٚستھ۔ گاموٗ ہیر کھ۔ گاٹھو کھٕسِتھ۔ ناگن تہٕ باغن زاگے ہنھ چھُ وونی عشق گچھ کُٹھِن ہندی خاب وونان۔ تہٕ رُژھ پیٚتہٕ رُژھ وہٕ کرن وول حُسن چھُ اوٚتاہ کی ساری آدمی وہِ منساوِتھ ووی یا نہٕ لچھ لو و خودائے باسان یَس عاشق یِنُ نیاے باوِ تہٕ پتھ پاٹھو یِنُ لون نیچھناوِ۔ حُسن چھُ ظاہری خولہ خط تہٕ جسمانی پوجھ ترآوِتھ وونی خالص اَچھ نوٗر بنان یا نے لسوانی حُسنک لیٚس اکھ شوٗد تہٕ شوٗز پرِ توٗ تہٕ عشق چھُ اُمہِ پرِ توٚ با پچھ پیٚنہٕ وُچھک منٛزِل یانے یِنہ لولہ تٕتی ایحساس تہٕ مایہ بُرہٕ ژی جذ باتھ آیتن تھاوان۔ باتکہ گوڈنکہ شارک

رٚژسۍ کٹھ یکِن چھُ آخری مِصرح گاشہٕ تھٕتراے بنان۔ کاٹھ کانِہ ہُند سوٗر چھُ دِلک سوٗر ؤدبنان۔ آدمی حال چھُ دِوتاے باس دِوان ـــــ یِ گیہ فنی کراماتھ تہٕ شاعرانہٕ کایا کلپ۔

یِم لوٗکھ حقیقتس مقابلہٕ مجاز وَنن مومۆلی زانان چھِہ تِم تہٕ ہرگاہ رسمی کنہِ منساوِتھ رۆسل میرنس یِتھ رنہٕ وُشنہٕ تہٕ شبنمی شبیٖہہ کیتھ واتنچ کوٗشش کرن تِمن تہٕ تگہِ لوٗزن زِ اصل کنہِ چھیہٕ شاہرول ورتاوِتھ پننہِ تجربہ آینہٕ بناوُن تہٕ پننس اِحساسس زندہٕ تہٕ زلہٕ وُن رۄپ عطا کرُن۔ حقیقتھ تہٕ مجاز یِمن دۄشوٕنی چھُ پتولاکن آدمی تقدیرس تہٕ یِتھ کایناتس منٛز آدمی صوٗرتِ حالس سٟتۍ واٹھ آسان۔ دُنیہِچ بہترین صوٗفی شاعری چھیہٕ مجازچ لَے تہٕ لہجہِ ورتاوان تہٕ بہترین مجازی شاعری چھیہٕ سو یتھ منٛز بنٛھیک حال دِلک داغ بنہٕ تہٕ گچھ کُٹھِ بہن وول پوٗزھ لچھ نوو خوداے باسہٕ۔

شاعرِیہ ہُند اکھ اہم گوٗن چھُ تمیک ووٛنھ واشرمانہٕ لوان یتھ انگریزی زبانی منٛز ونان چھِہ۔ اَمہِ ووٛنھ واشرکنۍ چھُ شار لوزن وول پننہٕ نِین اِحساسن منٛز لوٗہے زن تھوٗد ووٛنھنک تہٕ واش کڈنک تہٕ اکہِ جایہٕ بیٹھ بیٚیس جایہ کُن پرواز تلنک اِمکان لبان۔ لفظن ہُند ظاہری دُنیاہ بیے وِچھو تیلہِ چھُ رۆسل میر کشیرِ منٛز رۆزِتھ کاشرِ عاشقن تہٕ ماشوٗقن ہنٛز کتھ ونان، مگر ونان چھُ تتھ کنۍ زِ اوٚند لوٗکھ تہٕ چھُ دُنیہِ منٛز ولتھ لوشہٕ وَن باسان تہٕ اٚندی لٚکھ روزن والی انسان تہٕ کوٗستوٗرِ تہٕ اچھ نوٗرِ باسان۔ تہٕ یہ خوصوصیتھ چھیہٕ رۆمانی شاعرِیہ ہنٛز اکھ سٹھاہ وِیز خوصوصیتھ۔



وۍنِسے نارٕ ے ژٕزمیأنی تَن تے  یارس وَنتےٚ لوزِہم نا ے

پوشے موٚت چھُم ییٚہ رٕوشن تے  یارس وَنتے لوزِہم نا ے

کرٕسے مالہٕ سٕنز پوشن تے  سٕے چھُم رٕٹھ کتہٕ سُنا جا ے

دِژنم لأنژ ژوٗرن سَن تے  یارس وَنتے لوزِہم نا ے

یخلاص گوو آدُبل ین تے  عاشق تٔہنز وَلنے آ ے

لاشک چھُمنہٕ عشقس ژھین تے  یارس وَنتے لوزِہم نا ے

کاہِلی ڈٔوٗنی ہوٕ کرِم واون تے  یاوٗن ژوٗرن کرٕ نم گمرا ے

لوزکیشاہ ووٚن محموٗدن تے  یارس وَنتے لوزِہم نا ے

یم چھِ محمود گأمی نہٕ اکہ بأنگی کہنہٕ مشہور شار۔ محمود گأمی یُس چھُ کلُہم کأشرین شأیرن منز اکھ امتیاز رِسہ چھُ پننہِ کتھ ہنٛٛزٕ گدرُن سٹھاہ سیٚدی ساد پأٹھی باوان۔ تیوٚت سیٚدی ساد پأٹھی زِنہٕ وانہٕ چھُنہٕ کُنہٕ تہِ نگنگری ہُند باس لگان۔ مگر اَمہِ سیٚنزِ باوٕ چھیٚہ تسنز کتھ لوزن وألس زنتہٕ مأتھر دِتھ اکِ عالمہ بیٹھ ہیٚیس عالمس واتناوان۔ وٕٹھ لوٗکھ تہ ییٚہ طرح دُنیاہ بیٹھ ٹُنتھ رِنتھ تخیلہٕ کین سِپرساوی دردٕ گامن ساأل کرٕناوان۔ محموٗد چھُ اکھ ہنرمند شأیر مگر کمال چھُس ہنرٕ پننہِ ہونرچھِ تتھ پأٹھی ژھایہِ نھاوان زِ ساری چھِ تسُند سیٚنزِ رتہٕ شوزر وچھِ وچھ شاد سپدان تہٕ کریماہنہٕ کڈان۔ شأیری ہنرٕ اکھ خوصوٗصیتھ آسی برأنی پأٹھی سہل ممتنع وَنان تہ پننہِ پأٹھی ونوس آسی مشکل سہل، بالےٚ تیتھ شارٕ وَنُن یمیک سیٚنزٕ رٕچھتھ گمانہٕ گژھِ زِ ییٚ تگِ میٚنتہٕ وَنُن"، مگر ییٚلہِ وَنُن ہیٚیہ اَدٕ تگِس زانُن زِ یہ گووآرٕ یلیس دٕ دٕ ہیوٚن۔

محمود نہِ اَمہِ دَرٕ پردٕ ہونرِ ہنرٕ مثالہٕ چھیٚہ واریاہ۔ نہٕ ازکروٗ آسی شارن ہند چھکٕ رٕ سی

مانہٕ تہٕ مُدأتی ترأوِتھ زیرِ تبصرٕ بأتہٕ چہٕ أتھی خوصوٗصیژ منلق کتھ۔ نیتون گوٚ ڈینگ شار؛

وٕلِیسے نارَرے دٕزمیأژِ تن تٕے یارس وَنتےٚ لوٗزِم نا سے

لوٗشے موٚت چھُم بیٚیہٕ روشن تٕے یارس وَنتےٚ لوٗزِم نا سے

سرسری پأٹھی ہیے پرٕو یا لوٗزٕ وٕنیٚلہِ باسہِ شارک مانہٕ یُتےٚ یوت زِ لوٗلہٕ واجنیاہ اکھ چھیٚہ پنٕنِس روٗشمنِس مدلوارٕ سُند توجہٕ پانٕس کُن پھِرناونکہٕ غرضہٕ پننہٕ وٕلِیسرِینُ حالِ زار باوان۔ لوٚزٕ ہنا اگر لفظن نکھٕ یکوٚ، تِہُنٕد نبض زٕ یوٗنہٕ تہٕنٕد خولہٕ خط بدٕ کڈِتھ تِہنز ژھاے گرائے پرزٕ ناوٕ وٕنیٚلہِ پرٕ پرٕلِن لوٗتجہِ تہٕ لال جواہر۔ مثال چھیٚہ بیٚزِ لولہٕ وہدِ اکھ دِنہٕ واجنہِ عاشق زُنہِ یٚمِس ماشوقہٕ سٕندِ روشنہٕ تن نارٕ دزان چھیٚہ سہٕ ماشوق چھُ پانہٕ لوٗشہِ موٚت۔ گویا لوٗش چھُ تراوِتھ پاوٕنہٕ بجایہِ نار ژٕلان۔ یہٕ چھیٚہ اکھ عجیب کجرأسی کتھ یالے ترٕنزِ ھ کتھ لوٗسہٕ چھیٚہ بظاہر ناممکن باسان مگر درحقیقتھ چھیٚہ بنہٕ ونی۔ لوٗشہِ مُتی سُند روشنُ چھُ تنہِ نار گنڈٕ لِس برابر۔ خبر یہٕ عجیب تہٕ کجرأسی کتھ کُس لوٗزِ تہٕ کُہ زانہِ؟ خبر سہٕ مدلوار وأتیا اُتھ رمزس۔ لوٗے تہٕ چھُ وٕلِیسہِ وننہٕ لوٗان زِ یارس وَنتےٚ لوٗزِم نا سے۔ بیا کھ کتھ چھیٚہ۔ ماشوق چھُ لوٗشہِ موٚت۔ اَدٕ کِنی گوٚ ژھ سہٕ میٚہ کُن ژوٚرٕ ژے یہٕنِ مأیِل سپدُن تِکیاز ِ یُنہٕ اَمِس اکھ لوٗشہِ بدن۔ مگر ڈیکہٕ لأگس کیاہ کٔری زِ سُے لوٗشہِ مُدُن تہٕ مجلس پسند یار چھُم روشان تہٕ ژھایہٕ روزان۔

دوٚیمِس بندس منز چھیٚہ سٔنی لوٗشن مالہٕ کرنہٕ لوٗان؛

کرہٕ سَے مالہٕ سٔنی لوٗشن تٕے سُے چھُم رُٹِتھ کنہٕ سُنا جاے

دِژِ نم لأژِ ژوٗرن سَن تٕے یارس وَنتےٚ لوٗزِم نا سے

سوال چھُ پیٚزِ سٔنی لوٗشی کیازِ؟ سوٚنبُل یٚمبرزل کونہٕ، گولاب، گُلِ آفتاب کونہٕ؟ اتھ رمزس چھُ دوٚیُم مصرٕ گنٔی کڈان۔ سُے چھُم رُٹِتھ کنہٕ سُنا جاے۔ نٔزٔن گوٚ و یار چھُم تِتھے پأٹھی دوٗرٕ ژھایتِ گوٗشن ہِہتھ بِتھٕ کِنی کانہہ سٔنی لوٗش ژوٗرِ خلوکھ پھوٚلمُت آسہِ۔ یہٕ دوٗرٕ تہٕ خلوکھ ماحول چھُ ترٕیمِ مصرِکِس لأژِ ژوٗرس تہٕ رونلہِ سَن دِنہٕ کِس واقعس سٔنی جذبأتی ہشر پراوان؛ دِژِ نم لأژِ ژوٗرن سَن تٕے۔ اتھ مصرس منز چھِ بیٚیہٕ تہٕ کینہہ نوٗکتہٕ ژھیٚپتھ۔ لوٗن گوٚ و تقدیرٕ لیٚسنہٕ لوٗن تہٕ ولوٗد

آسان چھُ اوکنۍ چھیۍ اُمس بیہ وساتقدیرس روتلہ اَنہ گژھسَن دِنہ وأنس ژۄرس ستۍ سیٹھاہ مُشابہتھ۔

وۄنۍ وُچھتون ترٛیٚم بنٛد:

یخلاص گوو اُویُل پن تَۓ — عاشق تَھو وَلنۓ آے

لاشکھ چھُپنہ عشقس ژھین نَۓ — یارس وَنتۓ لوز کہم ناے

گوڈٕ چھُ یخلاصس اُویُل پن وَنُن بجایہ خود اکھ بٔڈ باوتھ، اکھ اہم نفسیأتی پزرُک رمز، تہ بیٚیہ عاشقن ہُند یہ مزٕ رتم چھہ باو باوجہ رزِ تہ مکاری ہند گرداً می نظرانداز کٔرِتھ اُتھی یخلاصہ کِس اُولِس پنٛنس ولنہٕ لوان ــ بیٚیاکھ کتھ:ــ عام پأٹھۍ چھُ پنہٕ کانسہٕ نفرس یاکنہٕ چیزس وَلنہٕ لوان مگر لولُک یہ عالم چھُ بدلہ یتہٕ آدمی وَ وجودے عشقہٕ کِس اُمس پنٛنس ولنہٕ چھُ لوان ــ تہ اَمہ کھوتہ تہ زیادٕ اُویُل لوکہٕ چھُ بیٚیہ اُولِس پنٛنس چھُ پرینٛہ وِزِ نفوس سِتھ ژھینہٕ نک اندیشہٕ آسان مگر محمودگامی ییٚمہ دُنی ہیکہ تجربہ باوان چھُ تہ چھُنہ یخلاصہ کِس اَنہ اُولِس سلسلس زانہہ تہ ژھین پیوان۔ یہ پَن چھُ عاشقہ ہسند بیٚیہ معشوقس تام ازلہ بیٚیہ ابدس تام برقرار۔

باتہکس آخری بندس منز تہ چھُ لوٚہے وُزملہ وُنیب لوٚہے متضاد واقاتن ہُند میل۔

لوش نار ژھٹان تہ اُوی جار درِ رُک نومونہ بنان:

کاوِنۍ ڈوٚنۍ ہوکرِم واون تَۓ — یاون ژۄرن کرٕ کم گراے

لوز کیاہ ووٚن نۓ محمودن تَۓ — یارس وَنتۓ لوز کہم ناے

ڈوٚنۍ گُلا چھُ ڈونہو برٕتھ۔ کاو بوٚلھ لنجہ تہ جھُنہ وزان کُنہ؛ کم ییتۍ ڈوٚنۍ تہ یہ کُن کاو۔ یہ گوو عاشق تہ اَندٕ اَزی کہ بیٚیہ آخرس تام۔ کاواوس اُتھی گلگوشنس تہ پیاری وُژھ بیٚیہ خبر پأٹھۍ واو گیل تہ دِژن ڈونہن چھاًنۍ۔ کاوس بیٚیہ بانبر۔ وقیق ژٕلہ لارژہن تہ لوگ بیٚتھی وٕ شتھو ڈوٚلس تونت سینٛزٕ پرنہ۔ مگر اَتھ کیاہ کرِ رِ نصیبۓ چھُسنہ کانہہ ڈوٚن کھیٚیہ ہے سألم تہ سورُے ــ بیٚیہ وساپاونُک سوٚرن تہ لوٚزی لوٚ لوٚہے کاوِنۍ ڈوٚنۍ ہوکرِم واون تَۓ۔ جوانی ہِندن ژہن گژھان ڈوٚنۍ گُرنِد

تہٕ ہاوسناکھ دِل بُنان ڈوٗنی کُلیکُ بیٚہ سوکھ کاو ـــــ یہِ چھیٚہ اکھ تمثیل تہٕ ہرگاہ مانہِ کرنہٕ یٚہیموس محبوب بنہٕ لولہٕ یار تہٕ تقدیر تہٕ تہٕ شوداے تہٕ ، تہٕ عاشق بنہٕ ولہٕ نش ویدا اکھ دِیہ واجینی زُنی تہٕ اکھ بیا کھ آدم تہٕ تہٕ کُلہم آدٕی صوٗرتِ حال تہٕ ـ تہٕ ممۄدِنہٕ بہِ مُشکل سہل باوتھ باسہِ سیٹھاہ مانہٕ ساٗو ـ



برونہہ چھِ میہ شاعر بہ ہیُنر غاصیتھ مدنظر تھاوِتھ عرض کورمُت زِ شاعر یتھ چھُنہ تمہ گاچہ

کانہہ مانے آسانی ییمہ گاچہ مثالے کُنہ سا ینسی بیانس آسِتھ ہیکہ۔ بلکہ چھُ اَتھ برعکس شاراکھ تجربہ،

اَکھ واقعہ آسان یُس ٹزینیُ چھُ ہیوان ، اَکھ صورتِ حال ییمہ منز گُذرُن گژھہ ، اَکھ گُذرُن یُس وبتراونُ

یژِ۔ گویا شار بوزن یا پرن والِس سِند ایُہے ٹزینیُ تہٕ وبتراونُ چھُ شارُک حاصل آسان۔ اَوے کِنی

تہٕ چھِ غار تخلیقی تحریرس مولومانی ادب وَنان تہٕ تخلیقی فن پارس LITERATURE OF POWER

یا نے قووتُک ادب وَنان۔ بِہی کتھ چھیِہ وۄنھان نہٕ کنہہ پاٹھی۔ تہٕ زانُن گژھیِہ اکھ کتھ تہٕ بیکی ہنر گرین

ٹزینیُ چھیِہ بدل کتھ۔ شاعر چھُنہ ینہٕ ذیٖہنک کانہہ منطقی مفہوم اَسہٕ نام وانناوُن یژھان، بلکہ

چھُس اَسہٕ ینہٕ کلہم وجودُک یہ ڈیُزر تہٕ پاوُر تاران نہٕ سون وجود چھُ ینہٕ ہندی پاٹھی شولُن ہیوان۔

شاعر یہ ہیُنر ییُہے غاصیتھ نظرِ تھاوِتھ کرِ میہ کُنہ تہٕ باتک یا شارک کانہہ ژھوٚرِے

تہٕ چھوٚنے مفہوم بیان کرنہٕ بجایہ تِتھ شارس یا باتس منز۔ وۄنانن والِس مخصوص صورتِ حالس

کُن ظوان پھیرنِچ کوشش تہٕ بوزن والِس ہندِ خاطرِ تمہِ صورتِ حالہٕ منز گُذرُن ہنا آسان بناونِچ

کوشش۔ یوہے کِنہ چھُ ہیجوٗر صابنیو ینیو باتو منز اکھ باتھ درج ہرگاہ اَتھ زِ تہٕ نہٕ زور حسابہ

مانہٕ ژھارنہٕ ییہموس تیلہ راوِ اَمیُک سوزِے ماری منز۔ بلکہ باسہٕ فنارتھ۔

| | |
|---|---|
| ویٖسیے کیاہ ملالہ روٗٹ جانانَن | جاے تمی زٹ پرسنانَن منز |
| دِلہٕ کُے حال کیاہ باوِہ غارزانَن | جاے تمی زٹ پرِستانَن منز |
| یار درژاوِ پھیرنہٕ پوشِتہ ماودانَن | ساتھا ییو تھ ارغوانن منز |
| پوشِتوٗ رنگ روٗٹ آتن فانَن | جاے تمی زٹ پرِستانَن منز |

عاشقو دِل دِتھ لولہٕ دُکانن     بوٗلرٕ لج حُسنٕکہ کارخانن منٛز

ہارِ ہیٚتی کاہ کاہ نارِ پستانن     جاے تٔمی رُٹ پٔرِستانن منٛز

سوندراہ مٔرِتھ گٔمژ سازٕ سامانن     سنٛز کراں آس روپہٕ خانن منٛز

یاونکہٕ مدہٕ وآج عشقہٕ طوٗفانن     جاے تٔمی رُٹ پٔرِستانن منٛز

واش ییٚلہٕ کوٚڈ تٔمی زُلفِ پیچانن     گاش رٔود ژوٚرِ دُردانن منٛز

مُشک دار واوژا و منٛز گُلِستانن     جاے تٔمی رُٹ پٔرِستانن منٛز

روپہٕ نازمویہٕ کیہن تل سایبانن     پادشاہ دوٚن پاسبانن منٛز

اَجہِ رآژ گاہ ترووہاہِ نابانن     جاے تٔمی رُٹ پٔرِستانن منٛز

پھیرس جنگلن کوہ بیابانن     ژاراں گٔییس وآرانن منٛز

کیاہ کیاہ دِتر ووٚبیتمہٕ میانٕ پانن     جاے تٔمی رُٹ پٔرِستانن منٛز

پوشک مرتبہٕ کنٛڈی کیاہ زانن     دانا زن چھُ ناداتن منٛز

اکی ہیے زاے کیاہ اکھ اکس مانن     جاے تٔمی رُٹ پٔرِستانن منٛز

دِل میون ٹھوٚوی تون منٛز چھولدانن     یہ بُلبُلو سوٚنبلستانن منٛز

اَمی کرِ بند گی غنچہٕ دہانن     جاے تٔمی رُٹ پٔرِستانن منٛز

مہر سُند برژِن مس لوٚدلوٚپن بانن     تی کُتُھ تروومُوے خانن منٛز

ہیجوٗر باگراوِ، پھرژ بیمانن     جاے تٔمی رُٹ پٔرِستانن منٛز

باتک گوڈنیکُے "وِلیسیے" لفظ چھُ اشارٕ نہٕ باتک اکھ مرکزی کردار نہٕ باوتھ کار چھیہٕ اکھ سوندراہ اکھ لوسہٕ ہینہِ درِک حال ہینہِ ولیسہٕ باوُن یُژھان چھیہٕ، تہٕ تیسندِ درِک: لوٚہے حال چھُ ہیجوٗر صابنہِ باتک وجوٗد۔ یہ حال محسوٗس کرنہٕ بجایہ پُس شخص اَمیک چھرا ولوٚڈ پوٚٹھ مانہِ ژھارنہٕ بیٚہنیہ سٕہ گووغارزان تہٕ تس دُچھتھ ونہِ پرتھ کانہہ زِ ع

دِلہٕ کُے حال کیاہ باوِ غاؔرزالنس

یہٕ باوَتھ کاراُس سے

سوندراہ مُرٕشِ گمُرٕ سازٕ سامانن    ستٕرٕ کراں اُس روبہٕ خانن منٛز

یاوٕنکہِ مَدٕ واَج عشقہٕ طوٗفانن    جاے تٔمی رٕٹ پٔرِستانن منٛز

عاؔلی شان روبہٕ خانس منٛز بیہتھ بیٚہٕ لِس ہُسنس پانے پٔاراوکٔرۍ کٔرۍ بیٚہٕ نیسے سازٕ سامانس ستۍ مُرٕشِ گمُرٕشِ۔
تہٕ اَمی سے خود مُحو تہٕ مَدٕ ہشرِ زِنہٕ چھُ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ دِلس کوٚ ہوٚند تام لول سنان تہٕ تُسے لول چھُس طوٗفان
بنِتھ یاونکہِ مَدٕ والان تہٕ تُو بیٚتہٕ ہچھِ کُٹھبو منٛز۔ کٔڈتھ جنگلن تہٕ بالن پھرناوِتھ واَرانن منٛز۔ حاَراں نٔھاوان۔
سوال چھُ زِ سِہ مَدٕ والن وول تہٕ ملالہٕ رٔٹتھ پٔرِستانن منٛز۔ جاے رٔٹن وول کُس تہٕ کیٚنتھ چھُ؟

یار دراو پھیرِ تہٕ پوشہٕ مأدانن    ساتھاہ بیٚوٹھ ارغوانن منٛز

پوشہٕ ونگ روٗٹ آسن فانن    جاے تٔمی رٕٹ پٔرِستانن منٛز

یہٕ گودگو ڈٕنجہٕ نظرِ ہُند تاثر۔ جانانہ چھُ تیٚنتھ زِ لیس وِچھتھ پوش رنگ رٔٹان تہٕ تیتھان چھِ یہنا
سُنبأ لتھ وُچھُن تہٕ

روبہٕ ناز موٚ یہٕ کِین نٕل سایابانن    پادشاہ دون پاسبانن منٛز

اَجِہٕ رأتِشِ گاہ ترٕٹو ماہِ تابانن    جاے تٔمی رٕٹ پٔرِستانن منٛز

تہٕ چھیکرس وأتِتھ تو بتھ لوٚت بیٚٹھ زِ

واش بیٚلکہِ کوٚڈ تٔمی زُلف پیچانن    گاش رٔدٕ ترٕوِ دُردانن منٛز

مُشک دراو زاو منٛز گلستانن    جاے تٔمی رٕٹ پٔرِستانن منٛز

بأتک یہٕ بند چھُ مہجور نٛیو بہترین شارُومنز اَکھ۔ اَکھ منٛز چھُ وُبھراے تہٕ دُبراے کٔرِتھ
بیان اکہِ واقعک لیس سُیدٕ مُت چھُ۔ اکھ لبسیار پاسِل واقعہ۔ موکھ پرِٛون محبوب اوس سوکھ موکھ
تہٕ سوٗرِ عالم اوس گہہ ترٕاوان۔ اَتھ منٛز۔ بیٚہوِتس ییٚنِ زُلف پٔاراونُک ظون۔ کالہٕ کو نکل مُستُس کوڈِن

داش زِمَند نین گوو شام ۔ سیاہ زُلفن ہندِ واشہ ووتلیمژ اَنہ گٹہ ڈلیشتھ با نبر لویو گاش تہ پیٹھ کُنہِ زٕ ھیٖن جاے مےٚجس تہ رُود محبوٗبہ ہندِ نیے دُردانن منز۔ ژُور تہ ہیٲر آ یہ واوس وِزِ تہ سہ ژُول مَستہ مُشکہ لہراہ ہیتھ تہ دوٗر لو وباغہ کین پوشن نٕھکہ ناوِ تہ زِ وچھوا صلی کتھ چھےٚ خوشبوے وَنان ـــــ

یہ شار چُھ باضابطہ اکھ متحرک تصویر یُس تخیل چوٲپھو وُچھُن تہ پرزُناوُن پزِ۔ زُلفن ہنز سیاہی چھیہ پرزنٲس تِتھ کُنی ٹھوٗر کران زِ انہ گٹس منز ژھیٚنہ کہیں بوزن لوان سوا یہ تمہ زِ ژیمہ زُلفن ژھا یہ آسِتھ تہ کنہ دوٗرن ہندہ موکھتہ ہلین وہ تھان چھیہ ۔ دُردانہ ہکو کھ دَند ھٕلی تہ ماٗنتھ یم زُلفن ژھایہ نیہ نیہ کران چھےٚ ۔ استعارٕ گُنز۔ رتھ ہکوس بیا کھ تاٲویل تہ کرِتھ ۔ محبوٗبہ سند حال وُچھنہ برونہہ اوس عاشق زِ نہ یڈ گمانہ پیٚنہ حُسنک پوٗز نیلہ محبوٗبن زُلفن ۔ واش کڈِتھ پتہ دلکشی ہُند باس دِتِھ تسُند سُہ سوٗرے گمانہ تہ غوٗر ژوٗر ژا وشرُکہ نین تہ پیٚتھ دراو۔ واو محبوٗبہ ہندِ مُشکہ ہنز رُک ایلان کرنہ تہ لوٗگ اکِ سے اکِ سے پوشس تبنلاو نہ۔

دِل میون ٹھوٗد توٗن منز پھوٚلدانن ... بیہ بلبو سو نِلستانن منز۔
اُتی کرِ بنگی غونچہ دہانن ... جاے تمی زُٹ پُرِستانن منز۔
پوشک مر نبہ کُنڈی کیاہ زانن ... دانا زن چھُ نا داتن منز۔
اکِ سے زاے کیاہ اکھ اکس مانن ... جاے تمی زُٹ پُرِستانن منز۔
میر سند پرٚوانہ مس لوٗد نوٗن بانن ... تی کُنن تر وو موے نانن منز۔
ہجوٗر یا گراو، پھر ژ ہیمانن ... جاے تمی زُٹ پُرِستانن منز۔

یہ تکی یم ترنشوٗ ے بند چھےٚ میاُ ذ کُنہ یا نہ مہجوٗر صاٲبن ژُر پاسل تعارف۔ تسُند مزاز دل میون ٹھوٗد توٗن ..... شاعری منز تسہنز یا نہ ناو منز رنوا پیتھ نہ دِیت میر سُند پرٚوانہ مس..... تہ سماجس منز تسُند مرتبہ ۔ پوشک مر نبہ کُنڈی کیاہ زانن ۔ یہ وَرژُن پیٚرتھ ہیکہِ ضِمنن یہ کتھ تہ روشن پیٚدِ تھ زِ مہجوٗرُن زولہ باوتھ کتھ کُنہ اُس اُزکین جدید شاعرن ہنزِ۔ لولہ باوٗژ لنشہ مختلف ۔

ظ

رحم صابٕ سولۍری سُند بأتھ چھُ :

جان وَندلوہا بہ پان وَندہٕ لو
زُو تہٕ جان وَندے میانہٕ پیرہٕ لوتےٚ لو

نۍ گو مار رُباب رَگن گنیم تارے
زیر بم تھاوی زکم چیپر لوتےٚ لو

ژٕ ساز آنگنہٕ موٚ نکھ وانیو
اُچھ ماگژھ نبے خبرہٕ لوتےٚ لو

بُڈ ڈاڈا منزی باگ تران وُچھکھ
حضرت بلہ کے سپہرہٕ لوتےٚ لو

چھُے سوال نبیٚ تتہٕ موکلاوی زکم
بیٚتہٕ آسہٕ عالم گپرہٕ لوتےٚ لو

لو نپیرلو غم چھُ کیاہ سولۍری رحمس
رحم نیوُ سوزن پیرہٕ لوتےٚ لو

یتھ پاٹھی کانہہ آلو وُجوٗدس اَنہٕ باپتھ آلو دِنہٕ وول، ہوا تہٕ لوزن وول ترٛلیشوے ضورۍری چھ نتھے پاٹھی چھ شاعر تخلیق کرنکُ عمل تہٕ تیٚلی اَندواتان بیٚلہٕ شاعرس سُند احساس لفظہٕ صورتھ تہٕ پراوِتہٕ لوزن والی پسندٕس ذہنس منز ردعمل تہٕ پاٹھ کرِ۔ رحم صابُن یہ بأتھ چھ یتھہٕ کنی کتابہٕ منز درج مگر اکھ حقیقی وُجوٗد چھُ پترتھ نمہٕ وِزِ لوٚو زنم لُبان بیٚلہٕ کانسہٕ درد دِلس گیوٚن والی سِند ہتہٕ نیرتھ یہ کانسہٕ حساس لوزن والس لیہ اَنان چھُ ۔ یلہ چھِہ مِرزا غالب وَنان زِ : ڈھونڈے ہے اس مُغنیِ آتش نفس کو جی

جس کی نوا ہو شعلۂ برقِ فنا مجھے

بأتس منز چھ زِ کردار مَن بُنیادی اہمیتھ چھیہ ۔ مُرید تہٕ پیر یا لُو سالک تہٕ رہبر ۔ پیرن چھ مُریدس تیٚتھ کیاہ نام سوٚ چھ کوٚ رمت زِ تس چھ پیر زِ نمہٕ زِ گنگ وَنہٕ ہاوُک، بینہٕ وُجوٗدکہٕ تکمیلک ذریعہ تہٕ بینہٕ نجاتک وسیلہ باسان ۔ تُوے تہٕ چھِس چھندی کران، وَندی وَندی لگان تہٕ وولسنہٕ یتھہٕ پھیری پھیری وَنان

جان وَندلوہا بہ پان وَندہٕ لو
زُو تہٕ جان وَندے میانہٕ پیرہٕ لوتےٚ لو

یہ لوتے لو چھ شادمانی نہ سوٚرۄڈک انتہا، ترٛاں ترٛاں مَس گژھتھ، اچھو نہ کھور لو، گرٛالو تہٕ مدرالو باوتھ کرنہٕ یتہٕ ییہٕ پھٕرک پاٹھو اُتھہٕ وانیک عوٗرۄج۔ ترٛن سوٚرۄڈک یہ لوتے لو چھ گوڈٕ بیٹھہٕ برابر اندس تام وزان نہٕ وپھان۔ گوڈنکہِ شارکس ونٛدی وٛندی لگنس چھُ یتی مہِ شارکس پوتہٕ پتہٕ گنس ستی سیدِ سیٚود واتھ۔

ننہِ گو ماربابہٕ رگن گیٚم تارٕ زیرٕ بَم تھاوٕ زیٚم جیہرٕ لوتٕے لو

باتگ یہ شار چھُ تمہِ سوچھک تہٕ عنانیک اکھ لولہٕ وٕن شاہدٕلیس مُریدس پیرٕ پنٕنہِ سُیدمُت چھُ تس سمکھنہٕ بردہ نہ۔ ادس سٕہ محض اکھ جسم۔ خالی رگن ہنٕز اکھ سوٚمبرٕت۔ مگر یام پیرٕ پنٕنز مَنہٕ کامَن گیٚس نام گوس ساری ییے تلکھ بیٹھ ــــ نہٕ تلکھ بیٹھ نہٕ ڈلو ساری ییے گوس ادلہٕ بدل، حضورٕ نہٕ پھیرٕ تہٕ ذاتھ بدلی۔ عام پاٹھی ہرگاہ کانٛسہِ پان چھینہِ تہٕ پتھ کُن موٗرٕلس کرٕنہٕ، رگہٕ ہرگاہ ہوکھنس تہٕ شروٗکنس تٕمن بنہٕ تس تجربہٕ مگر پیرٕن چھیہٕ بدلے کراماتھ کرٕمژ۔ مُریدٕ پنٕنز تنہِ چھُ چھنی کرٕنہٕ بجایہِ سوز لوٗرٕت ربابہٕ بنیومُت تہٕ تسنٕزٕن رگن سوٚرۄدٕ ہنٕز تارٕ۔ جسمک لو چھُ چھُ روٗحانی لطافژ ہُند سامانہٕ بنیومُت۔ یہ ادلہٕ بدلی کرٕ پیرٕ پنٕنہ ڈ اکھی عنایتَن۔ مگر نہٕ کرِتھ تہٕ چھینہٕ الو، گرٕ ییہ پوٗرٕ سُیدمُت۔ ربابہٕ چھُ موجوٗد، تارٕ چھیس برابر اما پوٗز تھاٹھنے جیہرٕ گنڈٕنہٕ ییس مناسب زیرٕ بَم ماو وٕنلس؟ کنھن ہنٕز پوٗرٕ باوتھ کرِتھ تہٕ ہرگاہ نہٕ پیرٕ کتھ ہاوِہس تہٕ دیدمان تھاوِہس، کنھن ما سُیدِ واتناوِ پرٕ؟۔ سفر موکلہِ پوٗز منزل ییہِ نہٕ ولوٚد۔ توٗے تہٕ چھُس ونان نہ:

زیرٕ بَم تھاوی زیٚم جیہرٕ لوتٕے لو یا نے تٕنبتھ جیہرٕ زرٕاگ تہٕ رقص بنہِ لوتٕے لو

خارٕ، مریدس دراو یہ ارمان نہٕ ــــ ربابس چار یکھ تارٕ، زیرٕ بَم سُیدٕ موزوٗن نہٕ

بقولِ احمد بٹہٕ واری سوزِ منصوٗر ہیوٚتن گرٕنزن۔ سوزِ سوٚرۄدکِس اتھ بٕرٕلس منفامَس منٛز چھیہٕ وۄدٕمتین تہٕ دلوا نہٕ پاٹھ باریابی۔ امہِ آنگنٕی ہیکن صرف زُو وُنھراوٕن والی عاشق ٹکنِتھ، سودا بدلاوٕن والی زرٕنگرٕ وانٕنہٕ۔ وۄدٕ چھُ امُت زرٕنگرٕ منٛز رنگہٕ رنگہٕ سودا ہیتھ۔ گمانہٕ چھُس زِ یرانی پاٹھی اژِ آگن تہٕ وۄٹھ بنہٕ والی تبنلاوکھ مگر تس ما چھیہٕ خبر زِ تنہٕ بدلیو وسوٗرٕ سے عالم۔ یتھ کالہٕ لیس خریدارس سٕہ یٕمن سودا باوی ماو؟ انبہٕ ناوان ادس سٕہ چھُ ازیانہٕ اکھ نتھ نیپہٕ نیپہٕ کرٕہٕوٕن لال بنیومُت زِ زرٕنگرٕ والین تہٕ ساد مکارن لگن اچھ ٹکرٕ۔

ژسانہٕ آنگنۍ موٚنٛکھ وانیو          اُچھ ماگٔژھ نَے خیر لونٔے لو

( ییٚتیتھ روزِ شاید منزی یہٕ ژینہٕ وَن دِزٕ تہٕ مناً سپیے زِیچھی ہوی باتھ چھِ پتہٕ ہنوکیٚنٛژ واشارو دٕسی ضِمنَ سانہٕ کاشُر سماجی تہٕ ثقافتی ییٚتھ کالک پے وُزناواں وُزناواں تہٕ سانہٕ ذیٚہنی زندگیہ ٹھٔری کاسان کاسان اَسہٕ پتہٕ نس لاشعورس دٕزِ لو یا اجتماعی شعورس سنٛز تہٕ ہکٹ کرناوان )

اوہ لیو کتھ سوٚمبراوِتھ اَنن والین تہٕ تمہٕ نے کنٛھن ولوٕ مار کرن والین یتھ بھلوا گژھن وول مُرید چھُ پیرِ سنٛدِ عنایتہٕ پانہٕ اکھ پر سٕزٕ لہٕ وُن سپُر بنیوٚمُت ۔ تِہٕنز وِ ظاہر ہیٚن اُچھو چھییہ باطنس وانن واجیٚنی نظر پراوِمژ نٕس گوو بٔڈِ ڈلہٕ یِنُن پیرِ نظرِ تہٕ حضرت بلُک سپُر باسیٚوس سارٔی سپے وِہانہٕ کران ۔۔ بٔڈِ ڈُلی نار دِوُن یہ ہاتِزٕ چھُ حضرت بل کُن لمان ! یِہے ہیکہٕ میٚہ تہٕ تار دِتھ ! درگاہ وانناوِتھ ! تہٕ نبی سنٛدِ دربارِ میٚہ تہٕ موکلن بَرانھ عطا کرناوِتھ !

بٔڈِ ڈُلی منزی باگی ژران وُچھکھ
حضرت بلہ کے سپر لوتے لو
چھِے سوال نبی تہٕ موکلاوی زِ یم
ییٚتہٕ آسہٕ عالم گیپر لوتے لو

یتھ جایہ میٚہ "حضرت بلہ کے سپر" لوٚر شتھ چھِ کیٚنہٕ صاحب حضرت بلہ کے نوُر" پران ۔ سانہٕ وا کثر گیوَن والیو تہٕ چھِ سپر" بدلہٕ "نورے" گیوٚومُت ۔ لوٚز میٚہ آبہٕ تہٕ تِتھ ستی برابری ۔ اکھ اَکِنِ زبانک قافیہ چھُ سپر، چیپر تہٕ خیپر بیپر یتھ ستی تہٕ "نور" لفظ ہم آہنگ سپدان چھُ ۔ تہٕ دوٚیم اَمہٕ موکھ زِ یہٕ لفظ "نور" چھُ تِتھ کایا کلپ سپدن وألِس عالمس تہٕ تِتھ سپر ساوی فضہس کانہہ اثر کران یتھ منز شتہٕ ربابہ تہٕ رگن تارِ بنان چھییہ تہٕ ییٚنہٕ بٔڈِ ڈلُک نار وول حضرت بلُک آنہٕ باسان چھُ ۔ اَکِنِ چھُ میٚہ "نور" بجایہٕ "سپر" پرُن باتہٕ کِس روحس زیادٕ نکھہٕ باسان ۔

باتہٕ کِس آخری مصرس متعلق وٚون میٚہ گوڈے اِشارٕ پاٹھی زِ اتھ منز لیٚس لوٚ پیری سند رِیٚہیہ اَندی اَندی ژٔژنگ اِشارٕ چھُ سٕ چھُ اَمہٕ بُزہی مٔلن سارِنے شارن ہندِس لوتے لوکِس ژٔژن گنٛس

ستۍ سیٚدِ سیوٚد رلان ۔ یہ زٕتن گژھان چھُ روٗحٲنی سفرُک آخری قدم ۔ اِبتدٲہک زیر و بَم چھُ وۄنی سوزُک گٔنڈہ مارٕ وُن یپٕ ہیٚنہ بنیومُت یمہٕ مُریدٕ وٕنی توس یاسٲنگ یار رحم صاب پانس ستۍ تھٕکنہٕ ڈیٚہتھ بنیومُت چھُ زِفنا چھُ بقا بنیومُت تہٕ غم شادمٲنی ۔ سوزٕکس برِہلس ہیٚپس مشر ۔ لوتٕے لوکرن وول عاشق چھُ وۄنی تس پونپرس تہٕ نارس نَژاہ لاینگ حوصلہ دِوان لیٚس وُنہٕ رٕیہنہٕ أندٕ یکھی گژھتھ چھُ دِوان ۔ دپان چھُس:

پلونپر لوگم چھُ کیاہ سو پوٗری زمس ؟

رحم نیٚوو سوزن ہیر ۔ لونے لو

سوزَن نیٚوو رحم صاب ہیر ۔ رحمو صاٲبُن ٲنھ چھُ اَسہِ ہیر لوان ۔ یہ ڈیٚشتھ ہنُک قوو تھ چھُ اَمہٕ بٲتُک فنی مٲرٕ مشرر ۔ کہیں نٔے تہٕ یہ گوہن چھُ اَتھ بٲتَس لانجاینس ہندِس ووتھہٕ وانرس یانے سَبلایمَس نکھہٕ انان ۔

# سانہٕ کیٚہنہ کتابہٕ

| کِتاب | مصنف / ترتیب کار |
| --- | --- |
| کٲشرِ ادبٕک توٲریخ | ناجی مُنور، شفیع شوق |
| تہذیبک توٲریخ | ناجی مُنور، شفیع شوق |
| کٲشُر ہیٚندی ریڈر | ڈاکٹر ٹی۔ این۔ گنجو |
| اَوحال نامہٕ | چمَن لال چمَن، بشیر اختر |
| نفسیاتھ | عبدالغنی مدہوش |
| کٲشُر شیوِمت... | بدری ناتھ کلا |
| کٲشرِ لکہٕ تھیٹر | محمد سُبحان بھگت |
| اَزِچ کٲشر شاعری (انہار) | رحمان راہی، شفیع شوق |
| کٲشرِ ادبُک فِکری پوٚت منظر (انہار | رحمان راہی |
| ادبی تنقید (انہار) | رحمان راہی |
| نوٗ شارِ سۄمبرَن | غلام نبی فِراق |
| تشریح کتاب | ڈاکٹر رتن لال شانت |

